


خاص شمارہ

# ڈاکٹر سید امین تابش



ایڈیٹر

شہزادہ رفیق

# ثقافت

## خاص شمارہ: ڈاکٹر سید امین تابش

جلد: 17 ☆ شمارہ: 17 ☆ 2022 عیسوی

ایڈیٹر
شہزادہ رفیق

ناشر

بزمِ ثقافت کشمیر، ہیڈ آفس میمندر شوپیان (رجسٹرڈ)

رِسالُک ناو : ثقافت (خاص شُمار: ڈاکٹر سید امین تابش)

ایڈیٹر : شہزادہ رفیق

شُمارٕ : 17

مول : 350 روپیہِ

چھپن وٕری : 2022 عیسوی

کمپیوٹر کمپوزنگ : TFC سنٹر، سرینگر 7006575292

چھاپ خانہٕ : ٹی، ایف، سی پرنٹرس سرینگر 9419525103

ناشر : بزمِ ثقافت کشمیر

ہیڈ آفس، میمندر شوپیان (رجسٹرڈ)


رسالہٕ میلنگ پتاہ:

☆ شہزادہ رفیق (ایڈیٹر ثقافت)

فون: 7006955097-9906758955

☆ مراز کلچرل سنگم، ہیڈ آفس، شوپیان (رجسٹرڈ)

☆ بزمِ ثقافت کشمیر، ہیڈ آفس میمندر شوپیان (رجسٹرڈ)

☆ کتاب گھر لالچوک سرینگر

☆ تخلیق، صنعت نگر

☆ گلشن بکس، ریذیڈنسی روڈ سرینگر ☆ TFC بکس، گاوکدل، سرینگر

# باگنے

⌘⌘⌘

# آدن

تحقیقی ،تنقیدی تہٕ تخلیقی عملہٕ ستی ستی چھُ بزمِ ثقافت کأشرِ زبأنی ،ادب تہٕ ثقافتکہِ تعلقہٕ دأنشور طبقس منز حسبہٕ آگہی ہُند فرض پٔنُن قرض مانان ۔ شأعرانہٕ تجربن ہنز زان تہٕ علم پراونہٕ باپتھ چھِ سأنی کأشری شأعر سبٹھاہ حساس ،مگر نثر تہٕ تحقیق چھُ مولے مشر پھس تژ اونہٕ آمُت یا چھُ تژ اونہٕ یوان ۔ تأریخی رٔوی یہ اگر سام ہمو نثرٕ ے چھُ زبأنی ہُند ڈ ںکہٕ ٹِکہٕ تہٕ امی کِنی ہیکہِ زبأنی ہنز تدریسی عمل تہٕ محترک سپدتھ ۔ییمیُک سانہِ ماجہِ زبأنی حدٕ کھوتہٕ زیادٕ ضرٗورت چھُ ۔یۄ تام کأشر زبان شأعری تام محدوٗد دروزِ ،تدریسی عمل ہیکہِ نہٕ پۄٹھ پکن پاے لبتھ ،تہٕ نہٕ ہیکن ماجہِ زبأنی ستی محبت کرن وألی امہِ خأطرٕ کانٛہہ منفی جواز پأدٕ کرتھ ۔

أسی چھِنہٕ کأشرِ زبأنی ہنزٕ وکالژٕ خأطرٕ ذمہ دأری سان کانٛہہ کأشر اخبار یا رسالہٕ ،یُس ربتہٕ وادیا دٗوریُت آسہِ ہے ،چھاپٕ وِتھ ہیکان ۔کأشرِس منز اگر کانٛہہ کتاب چھپان تہٕ چھِ تتھ چھُنہٕ کانٛہہ مٗلی ہیٚنہٕ وول یا پرن وول تہٕ میلان ۔شاید چھُنہٕ اَچھ مطالعأتی اہمیت محسوٗس گژھان ۔افأدیت چھِ علمی انکشافن ہُندِ واتنیارٕ کِنی ییمیُک ذٔریعہ یہٕ نثری ادب چھُ ۔

وُنیُکتام چھِ کُژتامے قلمکار ییم شعوٗری طور نثر پارٕ تخلیق کران تہٕ مُسلسل لیکھان چھِ ،ییمن منز محمد یوسف ٹینگ ، رحمان راہی ، ناجی منور ، غلام نبی خیال ، غلام نبی

آتش، ولی محمد اسیر کشتواڑی، بشیر بھدرواہی، شفیع شوق، گلشن مجید، فاروق فیاض، رفیق راز، بشر بشیر، شاد رمضان، مجروح رشید، منشور بانہالی، رتن تلاشی، محفوظ جان، شمشاد کرالہ وأری، شفقت الطاف، آفاق عزیز، رشید سرشار تہٕ شہزادہ رفیق چھِ۔

''ثقافت'' رِسالکی خاص شُمار شایع کرنُک تہِ چھُ اَسہِ مقصدیی زِنثری ادب گوٚڑھ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لیکھنہٕ یِن تہٕ سانہِ ماجہِ زبأنی ہُند ہلم گوٚڑھ مختلف نوعیت کیٚو فن پاروٕ ستی جرنہٕ یِن۔ اتھ سلسلس منز آیہِ بروٚنٹھے تحقیقی تہٕ تنقیدی نمبرو علاوٕ نمایندٕ عالمی افسانن ہُند کأشُر ترجمہٕ نمبر تہِ شایع کرنہٕ۔ یِیلہِ زن سون ترتیب دیتمُت 'ثقافت' امین کأمل نمبر ریاستی کلچرل اکیڈیمی 'شیرازٕ' نأوی، شایع کوٚر تہٕ ضخیم ''محمد یوسف ٹینگ'' تہٕ 'رنجور کاشمیری' نمبر چھِ فاینل گژھتھ چھپایہِ پزاران۔ أسی چھِ خوش زِ سانیو دأنشوروکوٚ راَسہِ یِمن خأطرٕ قلمی مدد تس ستی شاباشی تہِ۔

پزر تہِ چھُ یی زِ منفرد شخصیٔژ ورٕٚس ہیکہِ نہٕ سون ثقافت، اظہار تہٕ زبان کُلی طور کاڈ کڈِتھ۔ سوٗرے لُکہٕ ارساعتھ رٕلتھ تہِ ہیکہِ نہٕ تہِ سپدِتھ یہِ اکھ دأنشور، مفکر تہٕ شأعر انفرأدی سوٚتھرس پیٹھ وتہٕ ہأوٕ رٕ وی یہِ کنٕ کرِتھ ہیکہِ۔ سانہِ ماجہِ زبأنی یُس اظہارأتی تہٕ لفظٕ راش رنگی پوچھر لوٚگ، سُہ سپُد دأنشورن ہٕندِ ظونہٕ جدلیأتی رٕوی یہِ کنٕ ممکن۔

بزمِ ثقافت چھُ ازبیہِ اکِہ پھرِ فخر محسوٗس کران زِ أسی چھِ پیٚتی ضخیم نمبر کأشرس فنس تہٕ ادبس لوٚ ے خوٚ ے تھاون والین گُلہِ میوٚٹھ کرنہٕ پتہٕ ڈاکٹر سید امین تابشؔ صأبس پیٹھ تہِ تحقیقی تہٕ تنقیدی نمبر کڈِتھ ہیکی ہتی۔

دپان پتہٕ نیٚو چھنہٕ پیغمبر تہِ مأنی ہتی یاونیو زِ پتہٕ نبن چھِ پتٕنی دون أچھن کھران۔

امیُک تجرُبہٕ گوٚ واسہِ تمہِ وِزِیلہِ کاشرِ زبانٕ ہِنٛد بوکینٛژٕ وٕژ کی درو کتابہٕ رٕٹھ تہٕ کالہٕ پگاہ
گٲرتھ نبٹھ ہوو۔ یہِ چھِ یہنٛز فطرت تہٕ اتھ کیاہ گری زِ۔

سون خصوٗصی نمبر کڈنک مُدعا تہٕ مقصد چھُ چھرا یہِ آسان زِ زبانٕ متعلق ،
اِظہارس متعلق ، فنس متعلق تہٕ یہنٛز ذاتی شخصیژٕ متعلق سپدِ کھُلہٕ ڈُلہٕ تعمیری بحث تہٕ ماجہِ
زیوٚ ہنٛزِ پاپرجایی خاطرِ ہیکہِ تعصب تہٕ نفرت بغٲر گُنہٕ دِشایہِ ہُنٛد بے پتاہ میلتھ۔

خاٲر...... جناب سید امین تابشؔ چھِ سانٛی زانٛی ٕتی تہٕ مانٛی ٕتی ڈاکٹر ، یہُنٛد
میڈیکل سائنس حدٕ کھوتہٕ زیادٕ دیُت چھُ ۔ یمو چھِ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ ضخیم
کتابہٕ شایع کرمٕژ تہٕ امہِ علاوٕ چھِ یمو اتھ موضوٗعس پیٹھ ۴۵۰ تحقیقی مقالہٕ لیکھی ٕتی یم
دُنیہکین نمایند انگریزی رسالن ، میگزینن تہٕ اخبارن منٛز شایع سپدی ٕتی چھِ تہٕ ازکل
تہٕ چھِ چھپان ۔ یمن ہُنٛد ویوٚر میڈیکل سائنسکی طالب علم چھِ تُلان ۔ ڈاکٹر تابشؔ
چھِ اعلیٰ میڈیکل ڈگری پرٕ اوتھ دُنیہکین بڈٕین میڈیکل انسٹی چیوٗٹن منٛز کام کرٕمٕژ ۔
کٔشیرِ ہِنٛدِس شیر کشمیر میڈیکل انسٹی چیوٗٹس منٛز تہٕ چھِ بحیثیت ہسپتال انتظامیہ ہٕک
سربراہ تہٕ میڈیکل سپرانڈنٹ روٗدی ٕتی ۔ اتھ ٕستی ٕستی چھِ ڈاکٹر سید امین تابش اکھ
گونہٕ سآوی لِکھٲری ، یم غزل ، نظم ، نعت لیکھنہٕ علاوٕ مختلف موضوٗعن پیٹھ مقالہٕ تہٕ
لیکھان چھِ یمن پیٹھ کاشرِس منٛز دُنیکتام نہٕ آسنس برابر لیکھنہٕ چھُ آمُت ۔ حق چھُ یی
یمو چھُ اظہارٕ اتی سوٚتھرِس پیٹھ نوٚہنہٕ تجرُبہٕ کٔری ٕتی ۔ یمن تہٕ یہنٛدِ ین گونن پیٹھ
مقالہٕ تیار کرناوِنس منٛز کٲتیاہ کامیاب چھِ اسی گآ ٕتی ، تمیُک پُرخلوص جایِز چھُ پرن
والین ہیوٚن ۔ ووٚنی گوٚ وٲسی چھِ مطمین تہٕ ادارٕ چھُ پانس خوش قسمت زانان زِ سید
امین تابش صابن ، علم ، عمل تہٕ زندگی سپٕز قلم بندٕ ثقافت ، کہن شوٗبہٕ دار صفن پیٹھ ۔

اسہِ چھُ یہِ پزٕ محسوٗس کران احساس تچھُن ووتھان زِ پٔتی مبن دون ؤری ین دوران دژ لیہِ سائی کینْہہ ٹاٹھۍ قلمکار یہِ دُنیا ترٛ اۄتھ یمن منٛز ڈاکٹر عزیز حاجنی ، ناجی منور ، ڈاکٹر مشعل سلطانپوری ، پروفیسر مرغوب بانہالی ، شہباز راجوروی ، فدا راجوروی، اوتار کرشن رہبر، چمن لال ہکھو ،ڈاکٹر جی ایم آجر ، قاضی ہلال دلنوی ، ہردے کول بھارتی ،نصرت اندرابی ،مظفر ایرج ، فاروق آفاق ،غلام رسول جوش ، ذی شان فاضل تہٕ جگن ناتھ ساگر چھِ ۔خداے کٔری نکھ سورگس منٛز جاے۔

ساہتیہ اکادمی ترجمہ ایوارڈ 2020 عیسوی آیہِ حال حالے بٲگراونہٕ ، سانہِ کأشرِ زبأنی ہٕندِس جواں سال تہٕ جواں عزم ادیب ، محقق ، نقاد تہٕ ترجمہ کار ڈاکٹر شفقت الطاف صأبس میٔول یہِ انعام ٹیگور سٕنٛزٕ ''اکھ ہتھ اکھ'' منتخب نظمہ سۄمبرنہِ کأشرس منٛز پھِرنہٕ باپتھ ۔ییٚلہِ زن بیسٹ بُک ایوارڈ کأشرِ زبأنی ہٕندِس گونہٕ سأوی تہٕ ظونہٕ بأوی محقق ، نقاد تہٕ شاعر جناب ولی محمد اسیر کشتواڑی صأبس تہنٛزِ ''توازُن'' نثرٕ سۄمبرنہِ دِنہٕ آو أسی چھِ یمن دوشونی وژھِ وأنٛجہِ مبارک کران ۔ دَے دی نکھ زُون پاے تہٕ قلمس آے ۔آمین۔

'ثقافت' رِسالُک سیدا مین تابشؔ نمبر توہہِ گٔژھ میٔوٹھ کران چھِ اسہِ تہٕ یہِ وومید زِتہٕ سٕ زِ وِیہِ پرِتھ پننٛی مولٕلی تہٕ پُرخلوٗص تاثرات ،یُتھ أسی ینہٕ وألی نمبر ییمہِ کھوتہٕ تہِ شاندار، شۆبہ دار تہٕ معیأری بنأوِتھ ہیکو۔

شہزادہ رفیق

ایڈیٹر

# سانہِ ادبُک شمع......سید امین تابشؔ

پروفیسر رحمان راہیؔ

جنابو......سید امین تابشؔ چھُ دوہدِ ش پنٕنۍ طبعی مشورٕ بیمارن دِوان ۔ یہِ چھُ کاشُرِ قومُک بجاپأٹھی اکھ خأرخواہ، دَگدار تہٕ ہمدردآسنہٕ علاوٕ رُت انسان تہِ ۔ یِم چھِ پننہِ طبعی کمالہٕ تہٕ علمی بصارتہٕ کنۍ کشیرِ نیبر تہِ مانہٕ یوان ۔ کمے لُکھ چھِ تم آسان یِم بڑِس عہدس پیٹھ وأتِتھ پتہ پننہِ ماجہ زیوٕ آے چھِ کانچھان یا شعرگویی چھِ کران ۔ تِم لُکھ چھِ حوصلہ مند تہٕ حوصلہٕ افزا، یِم پنٕنہ تہذیب تہٕ میراث رچھن ۔ نتہٕ یوسہٕ شہرت سید امین تأبش صأبس طبعی تعاونہٕ حأصل سپز تہٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ انعام تہٕ اعزازات حأصل گے، تتھ کُن وُچھِتھ اگر نہٕ یہِ بیٛیہِ کینْہہ تہِ کرِ ہاضرٕ رت تہِ اوس نہٕ یِمن ۔ اگر موجوٗدٕ دُنیہُک معروف افسانہٕ نگار چیگوف وُچھون ، دراصل چھُ سُہ پیشہ کنۍ اکھ معالج مگر شہرت دِژِس افسانو، امے لحاظہٕ چھُ سون تابشؔ تہِ سانہِ ادبُک شمع یُس زوٗ رِ پیٹھ دزان چھُ مگراوٗند پوٛک چھُ گأشراوان ۔ امین تابشؔ چھُ سہل تہٕ معنہِ سأوۍ استعارٕ ورتاوان تہٕ شعرس پُر لطف بناوان ۔ مےٚ چھِ پے زِ تابشؔ اوس سبٹھاہ لوکچارٕ پیٹھہٕ شعرگویی کران ۔

ازچھُس حأران تہِ گرٛہان زِ أکِس تِتھس عہدس تہٕ پیشس سۍتۍ وابستہٕ روٗزِتھ چھُ از تہِ کأشرِس ادبس آے کانچھان ۔ یہنٛز اکھ کتاب یوسہٕ اکھ ادبی تہٕ

تأریخی دستاویز چھِ ۔ میون مراد چھُ ''حسینی کاروانک سفر'' چھِ پزے اکھ یادگار کتاب تہٕ یہنٛز ازیہ دوٚیم ضخیم کتاب یوسہٕ قریبن ستن ہتن صفن پیٹھ ؤہرتھ چھِ یتھ منٛز ادب، طب، شخصیژ تہٕ باقٕی گون چھِ ۔ چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚناوِ چ، یہِ کتاب چھےٚ اہم تہٕ کأشرٕن طالبِ علمن ہنٛدِ خاطرٕ اکھ دستاویز تہِ ۔ یہِ چھُ پزرٕ زِ کأشرِس ادبس أس اچھ ویٚژھ ھے تہِ، خأریہِ ویٚژھ ھے سپٕز دوٗر ۔ خدا یہ دیہِ نُس آے

أخرس پرٕ یہ امے کتابہِ منٛز یم شعر

راتھ کمٕ شہرس اندر وُزناوی ییٚتہِ مرٕ ننٛدرِ لُکھ

رأژمتی ژھانڈان چھِ کُس ییٚتہِ روو کُس کُس ؤنی دِوان

کأیناتُک اصل کُس ییٚتہِ فکرِ تور کُس ئِژ خبر

أسی کھڑا سوٗنچتھ تھکان نالس رٹان دامن ژھوٹان



# ڈاکٹر سید امین تابشؔ ...... اکھ زندٕ مجمع العلوم

پروفیسر سید امین تابشؔ چھِ اکھ ہمہ جہت شخصیت آسنہٕ علاوٕ زندٕ مجمع العلوم (Living encyclopedia)

اُمی سٕنزٕ تصنیف کرمژٕ کتابہٕ چھِ میڈیکل (طبی) سائینس تہٕ ادبی دُنیہس منز اکھ باگہِ بوٚرُت دیُت۔ یِم کتابہٕ چھےٚ جامعہ، علمی ادارٕ تہٕ طالب علمن باپتھ سبٹھاہ اہم تہٕ مُفید۔

اُمی سٕنزٕن غزلن پیٹھ منی موسیقی ہٕندی ژورسی ڈی چھِ کأشرس تمدن تہٕ ثقافتس اکھ منفرد دُہر بر۔

ڈاکٹر تابشؔ چھُ واریاہ کالہِ پیٹھ طبی سائنس، ادب، تمدن تہٕ ثقافت خأطرٕ تھٕکنٕ لایق کأم کران تہٕ وومید چھِ زِ یِم روزن پننہِ قأبلیت تہٕ صلاحیت بروے کار اُنتھ لوٗکن منز علم تہٕ ادبُک گاشہِ زٕول کران۔

پروفیسر طلعت احمد

وایس چانسلر

کشمیر یونیورسٹی

# پروفیسر تابشؔ بسیار جہتٕ تھاون وول

یہِ چھےٚ میانہِ خاطرٕ خوشی ہنٛز کتھ تہٕ ستی چھُس بہٕ پننہٕ پان سٔبٹھاہ خوش نصیب تہٕ زانان زِ بہٕ لیکھہٕ پروفیسر امین تابشؔ صابنہِ ناوِ کینہہ اچھر۔ پروفیسر سید امین تابشؔ صاب چھِ گراں قدر شخصیت تہٕ میانہٕ خاص دوستو منٛز اکھ سٔبٹھہٕے مشفق تہٕ رفیق دوست بہٕ اگر یاد پاوٕ زِ تابشؔ صاب کٲتیاہ محنتی، قابل، صبرٕ وول، اقامت وول تہٕ بیٚیہِ درجن وادٕ وصفن ہُند مالک آسنہٕ کنہِ رودمےٚ یمن ستی تقریباً پٔتِمو ۲۵ ہو ؤری یو پیٹھٕ تال میل۔ییٚلہِ زِ ن أسی دوٚشوے سکمز سرینگرٕ کام أسی کران۔ پروفیسر تابشؔ صاب چھِ بسیار جہتٕ ل شخصیتکی مالک۔ اکہِ طرفہٕ چھِ اعلیٰ تعلیم یافتہٕ، محقق، سائنٹیسٹ، تہٕ معالج آسنہٕ علاوٕ اعلیٰ ایڈمنسٹریٹر تہٕ۔ یہنٛز درجن وادٕ کتابہٕ میڈیکل سائینس کہِ حوالہٕ پورٕ دنیاہَس منٛز مشہور چھےٚ۔ بہٕ سپدُس سٔبٹھاہ خوش ییٚلہِ مےٚ کأشرِ زبأنی منٛز یہنٛز تھٕکنٕی لایق کام "چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو" تہٕ "علم تہٕ عرفان" ناوی کتاب وُچھِ۔ یمن منٛز، ادبہٕ کہِ حوالہٕ، شخصیتکہِ حوالہٕ، صحتہٕ کہِ حوالہٕ، اسلامیاتہٕ کہِ حوالہٕ وہرٕ ھنے سان باوتھ کٔرتھ چھِ۔

بہٕ چھُس وزٕھِ وأنجہِ پروفیسر امین تابشؔ صابَس امہِ کامہِ باپتھ مبارک کران تہٕ یم کتابہٕ بنن سانہِ کٲشرِ باپتھ اکھ مثال تہٕ اکھ دستاویز۔

سٔبٹھہٕ ہے محبتہٕ سان

پروفیسر مشتاق احمد صدیقی

وائس چانسلر اسلامک یونیورسٹی آف سائنس اینڈ ٹیکنالوجی اونتی پورہ کشمیر

# ڈاکٹر تابش............اکھ سائنس داں

ڈاکٹر سر الیکزنڈر مکارا

ڈاکٹر تابش صابن گرمے ءِستھن اُکس وُریس کام۔ یوان یوٗانی گوٚ ویہِ یونیورسٹی منز سارِنے ٹوٹھ پنہٕ نو اخلاقو ءِستی زیوٗنن سارِنے ہُنٛد دِل۔ ڈاکٹر تابش ءِسندی کینہہ خاص وصف یم زَن یونیورسٹی ہندٕ ن فیکلٹی ارکانن تہٕ منتظمین وار یاہ متاثر کرِتھ گئے۔ یِہنٛد انگریزی زبانٕی پیٹھ دست رس آسُن تہٕ لوٗکن ءِستی حسنِ سلوک ورتاوُن، علمی بصارت تہٕ اُمی سُنٛد تحقیق چھُ منہٕ مون۔

ڈاکٹر تابش صابَس چھےٚ عالمی ''نیشنل ہیلتھ سروس'' برطانیاہَس اندر خاص علمی مہارت۔ یو سہٕ سبٹھاہ کم لوٗکن آسان چھےٚ۔

بہٕ چھُس فی ذاتی یِہنٛدِس دِتِس، یِہنٛدِس جذبَس تہٕ خدمتِ خلق اللہ ہَس وُچھِتھ بے حد متاثر سپد مُت۔ مےٚ چھےٚ وۄمید زِ ڈاکٹر تابش ءِسنٛز ان گنت صلاحیژ بروے کار اَنِتھ کرن یم عالمی سطحِس پیٹھ طبی سائنسکس شعبَس مزید مستحکم تہٕ فعال بناونس منز کرن اہم رول ادا۔

**Sir Alexander W. Macara**
Chairman
British Medical Association, London



# اندازِ خسروانہ

ہوا ہے گو تند و تیز لیکن چراغ اپنا جلا رہا ہے
وہ مردِ درویش جس کو حق نے دیے اندازِ خسروانہ

مے چھُ ژیتس یتھ وِتش لگان تہٕ سہٕ وخ چھم یادٕ وترس پیٹھ کھنتھ یُس وخ مےٚ پروفیسر سید امین تابشؔ صائبس ستیٚ گزروا لقسیم یونیورسٹی البریدہ سلطنت سعودی عربیہ۔ مے کوراتہٕ ژ ساس ژورس منز جوین۔ بحیثیت پروفیسر سر جکل ڈیپاٹمینٹس منز عربین کلچر، تہذیب، زبان یہ، سورے اوس میانہِ خاطر نوٚوٕے، بہٕ اوسس یژھان مےٚ گوژھ جان دوست بنُن، اکہ دوہہ سمکھ مے اتہِ پروفیسر تابشؔ صائب یونیورسٹی منز، اِدٕ بژنس منز سپز زان تہٕ پتہٕ بنیہ یہ، زبردست دوست، دوشوے گیہ مکہ شریف تہِ تہٕ مدینہ پاک تہِ، مےٚ وچھ تابشؔ صائبس اوس شاعری تہٕ نثرس ستیٚ زبر دست لگاو، ییٚتہِ پروفیسر تابشؔ صاب اکھ خوبصورت ڈاکٹر چھ تتہ چھِ یم جان قلمکار تہِ، ژ ساس ستس منز گوس بہٕ واپس پاکستان، مےٚ سپز تمہِ وزِ خوشی ییلہِ مےٚ رکتھٕ تام پاٹھی ڈاکٹر صابن موبایل نمبر دریافت سپُد، یتھ کنی سپُد فیس بُک تہٕ وٹساپ ذریعہ روزانہ ملاقات، بہٕ سپدس خوش زِ یہنز کتاب، چانہِ انمانہ آفتاب پکو، چھےٚ شایع سپدن واجینٕز، بہٕ ونہٕ یی زِ تابشؔ صاب چھُ اکھ شمع یتھ واوطوفانس منز :

یتھ واو ہالے ژونگ گُس زالے تلہِ کنہِ زالبس علم تہٕ دین

پروفیسر ظفر علی چودھری

وائس چانسلر، فیصل آباد میڈکل یونیورسٹی، فیصل آباد، پاکستان

# DOWN THE MEMORY LANE

Having known Dr. Syed Amin Tabish for over three decades, and the time we spent together at SKIMS Srinagar, I found him as a trustworthy colleague, a dependable friend and a professional with amazing administrative capabilities from conception to execution of any project .

Dr. Tabish has been an asset to SKIMS throughout, more so, during the most difficult times of turmoil and unrest. Whenever, there was some major event like disaster situation, I would always be confident that he will manage it well. And he proved it. One of the remarkable achievements at SKIMS is introducing three-tier shift duty system after nearly two decades. We did it together though it seemed impossible for others.

The youthful curiosity in him would impress anyone. Not only has he been at the interface of management and medicine but also at the interface of medicine and literature.

While living at SKIMS Faculty Houses, we used to often go for an evening walk and share our good memories, and of course would discuss some difficult issues as well.

When in Saudi Arabia, Dr. Tabish was holding a

dream position, yet on my insistence he returned to SKIMS and together we advanced the primary cause of existence of SKIMS to provide quality care and achieving excellence in higher medical education.

He has a tremendous interest in scientific research and has published over four hundred papers. He authored over a dozen books. He has been also admired for his impressive speeches.

Being a multifaceted personality, he has always been focused, has lived an organized and a disciplined life, effectively utilized time in creative and innovative activities.

I still remember the SKIMS main hospital lifts which would repeatedly collapse : I was desperate to get them revamped. After three decades he very tactfully, during some difficult times, got them fully functional despite tremendous odds. He was instrumental in creating a road map for improving/upgrading SKIMS Emergency. When I conceived of my dream project, SKIMS Upgradation, he played a major role in creating an administratively and financially comprehensive document - this could be used for decades for SKIMS improvement.

Wish him good luck for his future professional, personal and literal desires.

**Prof. Abdul Hamid Zargar,**
MD,DM ( Endocrinology)
Former Director SKIMS,Srinagar

# کیثر الجہت قلمکار، ڈاکٹر سید امین تابش

پروفیسر شفیع شوق

یہِ مائنٕ تومیانٕی کوتاہی یا سہل انگاری زِ کُل کاشُرِ ادبُک تارِیخ لیکھنُک دعویٰ اَستھ تہِ اوس نہٕ مےٚ ازتام ڈاکٹر سید امین تابش نہِ کلامُک تہٕ باقٕے نگارشاتن ہُنٛد کانٛہہ مطالعہ تہٕ نہٕ اوسُم یمن ہٕتی کانٛہہ تعارف۔ کیٛنٛہہ دوہ بروٗنٛہہ ییٚلہِ جناب رشید نظامی صاًب (مقبول براڈ کاسٹر تہٕ میون نیک ہمسایہ) صُبحٲے صُبحٲے زٕ شاندار کتابہٕ تہٕ زٕ سی ڈی ہتھ سون آنگن ژاو، بہٕ گوس تھنٛدِ ن اتھن منٛز میانہٕ ناوٕ ڈٲلِ وُچھتھ نہایت خوش تہٕ ہٕتی بیوس حٲرتن زِ مےٚ کوتاہ کم علم چھُ پانس أندی پکھی لوٗکن ہُنٛد۔ 'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٗ' (2019ء)، تہٕ 'علم تہٕ عرفان (2020ء) زٕ کتابہٕ چھےٚ پزٕے عصری ادبس اکھ موٗلُل اضافہٕ۔ کتابت تہٕ طباعت تہٕ نفاست اعتبارٕ کاشُرس منٛز لا مثال۔ دوٗن وٗرین ہُنٛدس مختصر مدتس منٛز یُتاہ جوشہ خروشہ سان پننٕی شناخت بناونکہِ نیک ارادٕ زٕ کتابہٕ پیش کرنہِ چھِ کارِ رستمی۔ دوشوٕنی کتابن چھُ مےٚ بروٗنٛہہ میانِو سوخن شناس أدیبو نہایت شاندار لفظن منٛز داد دیُت مُت، اتہِ اور چھُنہٕ میانہٕ باپتھ کانٛہہ تحسینی لفظ یا ترکیب۔ تابش صاًبُن تارِیخ کمال چھُ یہِ تہِ زِ أزی کہِ زمانہٕ کیو سارٕوے کھوتہٕ مقبوٗل گلوکارو چھُ یہُنٛد کلامہٕ گوٗمُت تہٕ استاد قیصر نظامی صاًبن چھےٚ یمن بٲتن موسیقی ترتیب دِژمٕژ۔ امہِ کھوتہٕ بوٚڈ حٲصل کیا ہیکہِ أکِس شاعرس

اَسِتھ۔

ڈاکٹر امین تابش نٟن دون کتابن سرسری سام ہٮ۪تھ چھُ گوڈ نٟتھے مواد ُک تنوع قابلِ داد۔ نہٕ صرف موضوع اعتبار بلکہ ہیتی اعتبارٕ تہٕ۔ مشرقی ادبکۍ بسیار رِوایتی مضمون مثلاً حمد، ثنا، نعت، منقبت، احوال، دُعا، مدح، شہر آشوب، فریاد تہٕ شکوٕ بیترِ چھِ ورتاونہٕ آمٕتۍ۔ کاُشرس منز چھِن اَیراُنی ادبکۍ مختلف معنوی تہٕ لفظی صنایع انیٚمتۍ یُس ہاوان چھُ زِ شاعرس چھُ علم بیان تہٕ بلاغتس پیٹھ دسترس۔ امیُک ثبوٗت چھُ تابش صابٕنی دوٚیم تصنیف 'علم تہٕ عرفان'، یتھ منز عالم اسلام کیٚن واریاہن عظمتن تہٕ شخصیاتن پیٹھ مصور مضمون شامل چھِ۔

تابش صابٕنی دوٚنوے تصنیف چھِ ہاوان زِ ادبی صنفن ہنٛدی حد کاُتیاہ اضافی چھِ تہٕ یم صنف کِتھ پاٹھۍ ہیٚکن اکھ اَکِس قریب یِتھ تخلیقی ادب بٕنِتھ۔ 'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو' کتابہِ منز چھِ سائنس، مذہب، دریافت، ایجاد تہٕ ٹیکنیک ہِوٚہن شعبن ہنٛدی نہایت کارآمد مضمون، یم مختلف سطحن ہٕنٛزن کاُشرٕن درسی کتابن منز شامل ہیٚکن سپدِتھ۔ امہِ علاوٕ چھُ اتھ منز کلامِ تابش تہٕ شامل یُس تس نمایندٕ شاعرن ہنٛدِس صفس منز شامل چھُ کران۔

ڈاکٹر سید امین تابش صاب چھُ عصری زمانٕک کثیر الجہت اَدیب تہٕ شاعر۔ میاُنی یم سرسری بیان چھِ میانہِ باپتھ تسنٛد کُلہم دیُت تہٕ تسنٛد شخصیت زانٕنس کُن میون شوق تہٕ تجسس ہاوان۔



# ڈاکٹر امین تابش: میاٚنہِ نظرن منز

خورشید احمد گنایی (آیی۔اے۔ایس)

ایڈویزر ٹو گورنر

بےٚ چھُس زانان زِ ادب چھُ پوٚر دُنیہس منز اکھ اہم ذریعہ۔ بےٚ زانہٕ ہن سید امین تابشٕ صرف بحیثیت اکھ ڈاکٹر۔ مگر از سپُز مےٚ خوشی زِ سانہِ کشیرِ ہندی پیتاہ بڈی ڈاکٹر سید امین تابش صاٚب چھِ اکھ مولہٕ وٚنی اَدیب تہٕ، بےٚ سپدُس تمہِ وقتہٕ سٹھاہے خوش ییٚلہِ مےٚ یہُنٛد کلام بوزتہٕ باسیوو زِ یم چھِ سٹھاہ زبر لیکھان۔



# سید امین تابشؔ......اکھ قابل ماہرِ تعلیم

ڈاکٹر عبداللہ الغشام

وائس ریکٹر، القیم یونیورسٹی سعودی عربیہ

پروفیسر سید امین تابشؔ صابن گرٔ القسیم یونیورسٹی منز دون وٕریین کأم حالانکہ یورینہٕ بروٚنہہ آسہٕ مےٚ یہنزٕ واریاہ کتابہٕ پرمژٕ۔ بیٚیہٕ یم مختلف رسالن منز أمِ سٕندی تحقیقی مضامین شایع أس سپدان بیہٕ اوسس یم پران۔ مےٚ اوس سبٹھاہ اشتیاق یمن ستی کأم کرنک۔ خأرمیون شوق گوٚو حقیقتس منز تبدیل نتیجہٕ دزٕ اوِیہٕ زِ تِتھے یمویتہٕ سعودی عربیاہَس منز جوأین کوٚر یتہٕ سپدٕ سأری منتظمین، استاد طالبِ علم تہٕ باقٕے سوٗرے عملہٕ أمِ سٕندی گرویدہ۔ یہٕ گوٚو سارِنے ٹوٹھ یمو دیٚت کالج آف میڈیسن، یونیورسٹی ہاسپٹل تہٕ دویمین کالجن ہُنٛد پلان تمہٕ آیہٕ ترتیب یُس نہٕ أسی زانہہ تہٕ مُشرتھ ہکھو۔ یمو گرٔ یونیورسٹی ہنٛدِس علمی ماحولَس جدید رنگ تہٕ طرز دنہٕ خأطرٕ زبردست کوشش۔ یمو دیٚت تحقیق کرنک ظوٗن پرتھ شعبَس منز۔ تہٕ یونیورسٹی ہندِ طرفہٕ دزٕ اوِ یہندی ژٔسی اکھ معیأری رسالہٕ تہٕ یتھ ناوچھُ ''انٹرنیشنل جرنل آف ہیلتھ سائینس'' یتھ یم پانے مدیر أس۔ یہٕ رسالہٕ ووت عالمی معیارس تام۔ تابشؔ صأب چھِ زبردست ماہر تعلیم، ادیب تہٕ یونیورسٹی پلاننگ ہنٛدی زأنی ہتی تہٕ مأنی ہتی ماہر۔ بیہٕ چھِ واریاہن کتابن ہنٛدی لکھأری تہٕ یم واریاہن ملکن ہنٛزن لائبریرین منز موجوٗد چھے۔ تابشؔ صأب چھ، آسمان کِبن پربز لوٚنمن تارکن منز اکھ تارٕ کھ۔



# تابشؔ......اکھ ممتاز ڈاکٹر

پروفیسرؔ (ڈاکٹر) اوپندر کول

ڈاکٹر سید امین تابشؔ چھُ اکھ ممتاز تہٕ تھکُن لایق ماہرِ تعلیم۔ اکھ شاندار محقق تہٕ قابل منتظم تہٕ ڈاکٹر۔ بیٚیہ وارِیاہن وصفن تہٕ صلاحیتن ہُند مالک تہٕ۔ ڈاکٹر تابشؔ رؤد ہندوستان تہٕ باقی ملکن منز تِمن مشہور تہٕ معروف ادارن منز تھدِ بن تھدِ بن عہدن پٮ۪ٹھ کأم کران یوٚت واتُن سبٹھاہ دشوار چھُ۔ یِہنز قائدانہٕ صلاحیژ تہٕ استادانہٕ کردار چھُ پزٕے ہاوُن تہٕ باوُن لایق۔

طبی سائنس کِس دنیاہَس منز یِہند رول نمایا آسنہٕ کِنی تہٕ عوامچ بے لوس خدمت کرنہٕ باپتھ آے یِمن قومی تہٕ بین الاقوامی سطحس پٮ۪ٹھ درجن وادانعامہٕ تہٕ دنہٕ۔

ڈاکٹر سید امین تابشؔ صأبن چھےٚ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ تصنیف کرمٕژ ۳۰۰ کھوتہٕ زیادٕ مقالہٕ یِم تحقیقی تہٕ علمی چھِ۔ تابشؔ صأبَس چھِ طبی تعلیم، صحت عامہ، تہٕ تحقیقہٕ علاوٕ بیٚیہ تہِ وارِیاہ گون۔ یِم چھِ اکھ بہترین شاعر تہٕ تہٕ وارِیاہن میڈیکل میگزینن ہندی مدیر تہٕ۔ کشیرِ منز چھُ اَمی سُند دیٚت قابلِ تحسین یتھ منز شعبہ ایمرجینسی، میڈیکل سروِس، تہٕ ہاسپٹل منیجمنٹ بہترِ سرفہرست چھِ۔ امہِ خدمژ ستی بچوٚ یِمو ساسہٕ بدِ بن لُکن ہُند زو۔

اَز یِہنز کتاب ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو'' بازر یِنہٕ ستی ہرِ یُہند قدتہٕ لوکن واتہِ امہِ ستی وارِیاہ فائیدہ۔



# صحتچ ضمانت

محمد یوسف ٹینگ

زبان چھےٚ زندگی ہنٛز ترجمان آسان تہٕ صحت چھُ زندگی ہنٛز دولت ۔ کأشرِ زبأنی چھُ صحت تہٕ زندگی متعلق ہمیشہ وٕنمت تہٕ دٕنمت اۄرزٕ تہٕ دۄر کۄٹھ ۔ چشمن ہُند گاش تہٕ کوٚٹھبن ہُند ہوش ۔ پٕٹ گرٕھنی مگر مٕٹ مہٕ گرٕھنی ۔ یِم چھِ محض کینٛہہ کتھٕ ۔ کأشرِس چھےٚ سبٹھاہ رٕژ شأعری، کم کاسہٕ ادبی نثر بیٚترٕ تہٕ مگر صحت تہٕ تندرستی خأطرٕ زن تہِ ہو کھے مو کھےٹوک ، مگر ڈاکٹر سید امین تابش چھِ اچھ ویٚژ ھے دۄر کرنہٕ خأطرٕ بروٚنہہ کُن آمٕتی ۔ تِم چھِ پانہٕ حکیمٕ حاذق ، تِمو چھِ کأشرِ زبأنی ہنٛز کٔمی تہٕ کوتاہی کاسنٛگ سنٛز کۄرمُت ، توے چھِ یہِ کتاب مریضس تہٕ ڈاکٹرس دوشونی خأطرٕ واریاہ حاجتہٕ سألی ۔ امین تابش صأب چھُ رُت شأعرتہٕ یہِ کتاب بنہِ کأشرِ ادبہٕ خأطرٕ اکھ ڈألی ، امہِ سِتی گرٕھن ڈاکٹر، اُدیب تہٕ مریض ترٕیشوے مالا مال تہٕ یہِ کتاب بنہِ پرٕتھ کأشرِ گرٕچ لأزمی ارزتھ تہٕ بجلی بُتھ ۔



# سید امین تابشؔ......تب وتاب کا پیکر

غلام نبی خیال

ڈاکٹر سید امین تابشؔ چھُ کٲشیرِ ہنٛدِ ادبی تہٕ ثقافتی دُنیہک اکھ سُہ فرزند یُس پننہِ استعداد موجوب پننہِ مادری زبٲنی کٲشرِس ، کٲشرِ ہنٛدِس ثقافتی میرٲثس تہٕ پننِس مادرِ وطنس خوبصورت شارو تہٕ نٔژِ ستی لول چھُ بران۔

سٲنس ہم عصر کٲشرِس ادبس پیٹھ اکھ سرسری نظر تراونہٕ تلہٕ چھُ نَنان زِ اتھ منٛز چھُنہٕ ازسُہ فنی زٲوِ جار تہٕ خیالن ہنٛز سر بلندی نظرِ گژھان۔ صوٗفی شاعری ہُنٛد کلام رواروی منٛز قلم بند کٔرتھ ہیکو نہٕ اَسی ازکانٛہہ سُہ شاعر بدِ کڈِتھ یُس یہِ دعویٰ کرِ زِ تٔمی چھُ شمس فقیر، رحمان ڈار یا وہاب کھارنس کلامس اکھ رژھر تہٕ ہُر برکوٗ رمُت تہٕ تمہٕ کتھِ باوٕژِ یم نہٕ یمن پایہِ بڈٕ ہن گونماتن ہنٛزن تخلیقن منٛز جلوٕ گر سپٕز۔ مُجمل پٲٹھی ونو زِ یہِ نٔو شاعری چھ تنگ بندی تہٕ بیٚیہِ نہٕ کینٛہہ۔

ادبیاتچ کانٛہہ تہِ ذات اَسہِ تن یہِ چھُ لٲزمی وجدانک نتیجہ آسان تہٕ یو ہے Inspiration چھُ قلم کارٕ سندٕ ہن خیالن وُتش دِتھ تٔمن شاعری ہُنٛد یا نٔثرُک جامہٕ وَلان۔ تابشؔ صاٮ۪بنٛز شاعری تہِ چھِ امی تجربُک نتیجہ یتھ منٛز سُہ پھِری پھِری پننہِ وطنٕک تہِ حال چھُ باوان باوان اُرزدٕ ے کران زِ یہِ گوٚ ژھ شانہ وو گنبن تہٕ خوفہٕ تہٕ بیٚیہِ دوس انسانن ہُنٛد وطن بنٕن

انہِ گٹہِ چھُ وۄلُمت نال چھُ وأران شہر میون

دم پھُٹِھ چھِ ییٚتہِ انسان چھُ حأران شہر میون

تابشؔ صأبنہِ منظوم کلامُک باگہِ بۄ رُت حد چھُ نعتِ محمدؐ یُس وونۍ چن تارن مِضراب دِتھ سوز وسازُک اکھ لوبہٕ وُن ماحول زنۍ چھُ کران۔

یمہِ وتہِ سہ پۄک تتھ رأ چھدر ووٚنی پانہٕ چھُ جبریل

تتھ شہرِ پاکس چشمہٕ وندان دِل تہٕ جگر میون

تابشؔ صأب چھُ انسأنی آزأدی تہٕ فِکری وُسجارک علمبردار۔ دۄشوے شعۆری تمنا ییٚلہِ لسانی طور نیرن تیٚلہِ ہیکہِ سہ تہِ حافظ شیرازی ہٕنٛدِ یمہِ شارُک آنہٕ ہأوِتھ

ہرگز نہ برد آں کہ دِلش زندہ شد بہ عشق

ثبت است بر جدیدۂ عالم دوامِ ما

سائنس ثقافتی دُنیہس چھُ تأبشؔ صأب اکھ مولُل تحفہ یُس پننہِ قلمچ رنگ پاشی کُرِتھ سورُے اونٛد پۄک مُشکہ ناوان چھُ۔ خدا دِیِنس اتھ قلمس آے تہٕ پاے۔



# ڈاکٹر سید امین تابشؔ ...... محقق

ڈاکٹر سید امین تابشؔ صاب چھِ دنیہکبن تمن بہلہِ پایہِ ڈاکٹرن تہٕ منتظمن منز
اکھ ویوٚ دناوِ یموطبی دنیاہَس منز خاص طور برطانیہ کِس ہیلتھ سسٹم یا ونوس ''نیشنل ہیلتھ
سروس'' اندر تجربہ علمی مہارت حاصل کٔریوسہٕ زَن سبٹھاہ قلیل لیکھن والین باگہِ چھ
یوان۔ سید امین تابشؔ صابنہِ علمی ادبی تہٕ تحقیقی صلاحیتن ہندی مداح خان اَسی مےٚ علاوہٕ
بیہِ تہِ واریاہ۔ ڈاکٹر سید امین تابشؔ صاب چھِ اکھ بہترین مقرر تہِ یمہِ وزِیم لیکچر اَسی
دوان بوزن وألی اَسی ضرور متأثر سپدان۔ تأبشؔ صابَس چھِ انگریزی زبأنی تہٕ ادبَس
پیٹھ پورٕ گرفت۔ امہِ علاوٕ یُس یہند تدریسی طرزِ عمل اوس ہمیشہِ اَس یم اتھ منز نوبرانہٕ
نچ کوشش کران۔ یہِ ونہٕ بہٕ یہِ اوس یہنزِ شخصیتُک اکھ نمایاں تہٕ ہمہ جہت علمُک اثر۔ ڈاکٹر
تابشؔ سُند جوش تہٕ جذبہٕ وُچھتھ ونہٕ بہٕ یِ، بہٕ ونہٕ وثوکہٕ سان کہ طبی سائینس کِس دنیا
ہَس منز چھِ یم اکھ چمکہٕ وِنی تارکھ تہٕ تمو منزٕ سُہ اکھ تارُکھ یُس نہٕ زانہہ تہِ لوسہِ۔ چونکہ
ڈاکٹر تابشؔ صابن کٔر اکہِ وٕریہِ کھوتہٕ زیادٕ وقتَس تام مےٚ ستی کأم۔ یوان یوأنی دیٚت
أمی محبتُک، خلوصُک تہٕ ندامتُک باس یمہِ کِنی یمو میون دِل زیوٚن۔ یُہند کلامہٕ،
اخلاق، علمی بصیرت تہٕ تحقیقی جذبہٕ وُچھتھ گوس بہٕ سبٹھاہ متأثر۔

فی ذأتی چھُس بہٕ یہندِس دِتس یہندِس ضزبَس تہٕ أہندبن ادبی کبو طبی
کارنامن وژھ ہِ وأنجہ داددوان۔ ☆☆☆

Liam J Murray
Professor of Cancer Epidemiology/ Director of centre for Public Health
Queen's University, Belfast (U.K)

# میون رفیق......امین تابشؔ

پروفیسر محمد زمان آزردہ

ڈاکٹر سید امین تابشؔ چھُ میانہِ تموسائتھیو منز یم گذشتہ صدی ہنٛدِس ستمِس دٲہلس منز سمکھیہِ اکھاَکس رلیہِ تہٕ یکہٕ وٹہٕ وُتھی پٔتھی۔ تہٕ اِد دڑایہِ پنہٕ پنہٕ قسمتکِس ناوَس پتہٕ پتہٕ کانٛہہ گُنے زوٗن تہٕ کانٛہہ بیٚیہِ کانٛہہ ہتھ یا بیٚیہِ کانٛسہِ ستی پنہٕ نٮ۪ن پنہٕ نٮ۪ن طرفن تہٕ پنہٕ نٮ۪ن مٔنزلن کُن۔ ڈاکٹر سید امین تابش صاٮ۪بُن خاندر چھُ مےٚ اَچھن تل۔ مےٚ چھُنہٕ وُنکٮ۪س یاد زِ اَسی کتھ جایہِ سمیٚیہِ سرینگر یٮ۪لہٕ پتہٕ برات ہتھ گاندربل کُن روانہٕ سپدے یہِ۔ مےٚ چھُ امین تابش صاٮ۪بُن قبلہٕ گاہ تہٕ وُچھمُت۔ یِمٕ ہنٛزٕ سادگی تہٕ مذہبی عقیدت مندی ہُنٛد احوال اَسی نوجوان دوست اکھاَکس ستی پھِران اَسی۔ جناب غلام نبی گوہر صاٮ۪ب اَسی اسہِ زٕٹھی تہٕ تہٕ لیڈر تہٕ۔ یِہنٛزِ رہبری منز اوس سون یہِ قافلہٕ نوِ نوِ وتہٕ بدِ کڈان۔ گوہر صاٮ۪بس اوس اکھ چیز زِسہٕ اوس جُرنہٕ سان موکھ پرٛتھ تہِ دِوان تہٕ خاٮ۪من ہنٛز نشاندہی تہِ کران اما اتھ عملہِ منز اَسی زِ چیز ٹاکار، اکھ گوہر صاٮ۪بُن بےلاگ تہٕ پرٛزرس پٔتھ منٛنی تبصرٕ تہٕ دوٚیم رہنمایی تہٕ رہبری ہُنٛد جذبہ۔ اسہِ تہٕ اوس گوہر صاٮ۪بن یہِ طریقہ ٹوٹھ تہٕ بیٚیہِ اوس یہِ براہ تہٕ یوان، مےٚ چھُ یاد یٮ۪لہٕ تابش صاٮ۪بن ''حسینی کاروانٕک سفر'' تصنیف اسہِ بروٛنٹھہ کُن ترٛاوُ تہٕ سانہِ امہِ چھوکہِ کاتیاہ تعریف کٔری اتھ تہٕ پتہٕ آے اتھ کتھ تہِ کڈنہٕ۔ تابش صاٮ۪بُن بٔتر چھُ یہِ

زِنہٕ گیہِ یم تعریفوٕ ستی آب تہٕ نہٕ تنقیدٕ ستی برہم۔ تتھ چھُ وجہ زِ اُمس تہٕ اوس پےٚ زِ یم ساری ونن والی چھِ مخلص تہٕ ہمدرد دوست۔ تابشؔ صاب اُسی بیشتر شاعری تہٕ کران تہٕ بییہِ کاشرِ اخبار کس سلسلس منز پٔنن دیُت تہٕ آیہِ تن تھاوان۔ حضوری باغ (اقبال پارک) واقع کشمیر کلچرل آرگنائزیشن چہِ لبہٕ تہٕ تمہ دارِ درواز ما آسن وُتہٕ تہٕ اسہِ ژھانڈان۔ گوہر صابنہٕ مُدرِ تہٕ نرم کرکہٕ تہٕ نوجوان اُدیبن تہٕ شاعرن ہنٛدی پنٛنہٕ تحریرِ تہٕ تقریرِ آسن تمن لبن ہنٛد بن کوٚنن منز وُنہٕ تہٕ گژھان۔ حق چھُ یہِ کہ اتھ دفترس پٹھ یم ہفتہٕ وار لوکچہ لوکچہ محفلہٕ سپدان آسہٕ تمو کوٚر پٔنن پان زانٛنس منز اسہِ سبٹھاہ مدد۔ پزر گوٚو یہِ زِ اسہِ منز وُچھ ساروے اُنہٕ اُتھی تہٕ پنٛنہٕ خدوخال کڈی بدتہٕ کینژن پھیر بن رکھن تہٕ کوسن گر شکلاونچ کوٚشش۔ بہٕ ونہٕ از شبقہٕ پاٹھی بییہِ وثوقہٕ سان زِ اگر امین تابش تمن محفلن منز شریک سپدمُت آسہِ ہانہٕ تیٚلہِ تہٕ آسہِ ہے یہِ ڈاکٹر ضروٗر، دیارتہٕ آسہٕ ہانس، لوٗکھ تہٕ آسہٕ ہانس زانان۔ امادٔ نشورن تہٕ قلمکارن ہُنٛد سہ حلقہٕ یُس اُمس از پتہٕ بروٗنہہ وُچھان چھُ سہٕ نہٕ آسہِ ہے اُمس ویوٚ دتہٕ نہٕ آسہِ ہاتتھ حلقس منز۔ خداصاب دِی نس زیٹھ عمر تہٕ بییہِ یِڑھنس قلم تُلتھ ادبک ہلم دوہے برُن تہٕ پتہٕ امہِ مالہٕ ستی پنٛنہٕ پرن والی یار دوست تہٕ بتھِ ینہٕ والی لُکھ تتھے کنہٕ مالامال کرٕنی یتھ کنہٕ زیرِ نظر کتابہِ کُن سارنے ہنٛز نظرِ ووتھان چھےٚ۔



# علم وعرفانٕچ نوٗرٲنی نَد

ظریف احمد ظریف

زینتھ دِژنے اتھ خاکہٕ دانس بینأیی پأری زان

سأری مطلب نِشہِ چھی پانس حبس کونہٕ چھُے واتان

(رحمان ڈار)

زِ تژے دٕہلی بروٗنٹھ اوس مےٚ سید امین تابش صأبُن ناو گاہے گاہے ادبی نظم و نثرِ کس تحریرِس اندر تہٕ نظر گژھان ۔ پوٚز امہِ علمہٕ تہٕ عرفانُک عاشقِ صادق زون مےٚ سٹیٹ انفارمیشن دفتر کس آڈیٹوریمس اندر (پوپوگراونڈ) ییلہِ تمو پننہٕ کتاب ُچانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚچھ رسمِ رونمأیی ہٕنٛدِس موقعس پیٹھ تتھ پُر وقار تہٕ ادبی تقریبہ اندر مےٚ تہٕ آلو اوس دیتمُت ۔ یتھ اندر سأنی باگہِ بُرتی عأِلم ، فأضل ، أدیب ، شأعر ، دأنشور ، سوخن شناش ، سوخندان تہٕ بیٚیہ کینٛہہ سیأسی تہٕ سمأجی شخصیژ تہٕ شریکِ مجلس آسہٕ ۔ یمو یہِ ژھایہِ ہٕلس پٔتِن بسیار پاسل کأشُر مصروفِ عمل قلمکار پننہِ پننہِ زان کأری ہٕتی ان زانہن تہٕ زأنی روو ۔ تتھ اندر أسی ملکِ کشمیرکی نا ماوار ، غیرت مندتہٕ معتبر دأنشور تہٕ ہمہ تن گوش ، أمِس پیر وارِ اندر پھوٚلمِتِس مُشکد ار گلاب ہٕنٛزِ خوشبوہِ ہٕتی معطر سپدان ۔ یتھ اندر یِہند منظوم معنہِ سوو کلام تہٕ سانو مشہور تہٕ مقبوٗل گلوکار وپیش کوٚر ۔ یہِ بوٗزتھ باسیوو زِ اکس حبسہٕ ہُشار قلمکار سُند پٔتِن الگ اسلوب ، اظہار تہٕ انہار کوتاہ پُر مغز تہٕ پُر اثر چھُ روزان ۔ ووٚنی ییلہِ ڈاکٹر تابش صأبنی یہِ باگہِ

بزٕژ علم تہٕ عرفانٕچ ڈالی تہِ برونٛہہ کُن آیہِ یہِ وُچھتھے چھُ گوڈٕ پٕزی پأٹھی چشمن طراوتھ تہٕ دِلس پُر اسرار فرحت باگہِ یوان۔ علم تہٕ عرفان ناوُک یہِ عطر بیز پوشہِ گوٚندچھُ دینِ اسلام کِبن مقبوٗل تہٕ معتبر عألمن، فأضلن، کأملن، صوٗفین، فلسفین تہٕ دأنشورن ہنٛدِ باپتھ موجبِنِ حیات بخش تبرک تہٕ تحفہٕ۔ پنٛنہِ زانٛنہٕ باسیوو مےٚ علم تہٕ عرفان ناوِچ یہِ پُر بہار کتاب۔ یتھ ظأہری جمال تہٕ بأطنی حُسن تہٕ اسرأری طراوتھ باگہِ چھِ آمٕژ، اتھ یتھٕ کنٛ صاحب کتاب تہٕ عرفأنی موضوٗعاتن ہنٛزٕ رنگارنگی سٟتی وہٕژ ھنے کران چھِ، سو چھِ اُہنٛزٕ فنی تہٕ فِکری نزاکتٕچ سَند۔ کُنہِ تہٕ تخلیقی تہٕ تألیفی کتابہِ چھِ دعویٰ دار نقاد پتہٕ حُسن وقبوٗ وُچھان۔ بہٕ نہٕ چھُس کانٛہہ نقاد تہٕ نہٕ کانٛہہ دعوادار زأنی کاریُس یتھبن تخلیقن حُسن وقبوٗوُ چھِ۔ بہٕ چھُس ذأتی طور حُسن وجمالیاتکُے عاشق تہٕ قبوٗ چھُم پانسےٚ اندر نظرِ گژھان۔ موٚختصر زون مےٚ تابش صأبنٛ علمی تہٕ عرفأنی ڈالی چھِ شریعت، طریقت تہٕ معرفت کِبن طألب حقن ہنٛدِ باپتھ حقیقت حق زانٛنٕک اسرأری ژونگ یمہِ کہِ گاشہِ سوٗتکس یتھ گژھس سفرس اندر پکان بنی آدمس ٹھوٗنکر لگہِ نہٕ۔ عزیز القدر سید امین تابش صأبنٛ تحقیقی سوٗمبرن چھِ رسوٗلِ برحقٕ ہنٛدی مدح تہٕ ثنا سٟتی پنٛنبن اسلافن واجدادن ہُنٛد قلبی معرفتُک اظہارٕ تہٕ اقرار۔ یہِ کتاب بنہِ یمن انشااللہ صدقہ جاریہ تہٕ توشۂ اُخرت تہِ۔

ربِّ کریم دِین ڈاکٹر تابش صأبس انسأنی صحتُک مأہر، رأچھدر تہٕ ادبی مأداٚنُک پےٚ پُرد، ژُکی درا سنس سٟتی سٟتی دینِ مینٛچ تہٕ یتھے کنٛ خدمت کرنٕچ ہمتھ تہٕ حوصلہٕ۔ بیٚیہِ کرِی نکھ قبوٗلیتِ عام وخاص نصیب۔ آمین



# ہمہ جہت شخصیت ڈاکٹر سید امین تابشؔ

سلطان الحق شہیدی

ڈاکٹر سید امین تابش ایک ایسی شخصیت ہیں جو قرآنی فرمان کے مطابق (قل سیر فی الارض) ملکوں ملکوں گھومے ہیں۔ اس دوران خود کو حکمت کے پیشے میں مہارت اور اعزاز سے سرفراز کیا۔

تعلیم بھی حاصل کرتے رہے اور معلمانہ مقام بھی حاصل کیا۔ تخلیق اور تدقیق کے کارنامے انجام دیتے دیتے ان کو ضبط تحریر میں لاکر پڑھنے والوں کی بصیرت میں اضافہ کرنے کا جہاد بھی اپنا وظیفہ حیات بنایا۔ تابش صاحب اپنی کتابوں میں تحریری اور تصویری دونوں طرح کا مواد فراہم کرتے رہے ہیں۔

انگریزی زبان میں انہوں نے سینکڑوں مضامین اور درجنوں کارآمد کتابیں لکھیں۔ لیکن ان کے اندرون میں جو ایک سیال جذبہ کارفرما رہا، اُس نے انہیں کشمیری اور اُردو نظم میں نثر میں اظہار کرنے کا بیڑا اٹھایا۔ حکمت، تاریخ، تصوف، اور تحقیقاتی بیانیہ نے انہیں ابواباب اور ابوالبصار ہونے کے دائرے میں داخل کیا ہے۔

میری نظر سے ان کی دو ضخیم کتابیں کشمیری زبان میں لکھی ہوئی گذریں، جو علم و عرفان کے لحاظ سے بہت معلومات افزا ہیں۔ انہوں نے شروع میں ایک

کتاب: ''حسینی کاروان کا سفر'' بہت ہی معلومات افزا لکھی ہے۔جس کو نظر ثانی کے بعد دوبارہ شایع کرنے کی ضرورت ہے۔ حال ہی میں ان کی کشمیری منظوماتؒ کو بھی دیکھا جن میں مجھے تخلیق کائنات اور قرآن عنوان کی دو نظمیں ہم خیالی کی عکاس لگیں۔ میں انہیں اپنے چند قطعات میں خراج تہنیت پیش کرتا ہوں:

حضرتِ آدمؑ سے لے کر تا بہ حال — دے دیا جس نے حقایق کو کھنگال
تغیرات کی تہہ تک گئے — سخت کوشی میں ہیں آپ اپنی مثال
ان کی تحریروں سے یہ ثابت ہوا — واقعی ہیں آپ مردِ خوش خصال



شعر و حکمت اور تحقیقی جہات — سب میں روشن ہیں تو ہیں اخلاقیات
آپ نے گہرائی اور گیرائی سے — کر دیا ہے واضح عنوان حیات



کی ہے جس دینِ متیں کی پیروی — ڈھال دی ہے اس میں اپنی زندگی
خدمتِ انسانیت کرتے رہے — اور پائی اس طرح سے برتری



حکمت و تحقیق کے مسند نشیں — پیکر علم و ادب تابش امین
درد انسانی کے حاصل پر سدا — مہرباں ہوں رحمۃً للعالمینؐ



# سید امین تابش: عالمی سۆتھرِک منتظم

شاہد بڈگامی

ڈاکٹر سید امین تابش صأب چھِ عالمی سۆتھرِک اکھ میڈیکل سائنٹسٹ تہٕ طبی ادارن ہُند ماہر منتظم یمو یورپی ملکو علاوٕ سعودی عربی یس منز پننہٕ نبن اعلیٰ صلأحیژن دادِ تحسین حأصل کۆر تہٕ بڈٕبن ادارن تہٕ یونیورسٹی ین ہٕتی بطورِ ایڈمنسٹریٹر وابستہٕ روٗزتھ کوٗرُن ماجہِ کٔشیرِ ہُند ناو روشن۔ واریاہس کالس کٔشیرِ نیبر روزنہٕ پتہٕ کوٗرُن شیر کشمیر میڈیکل انسٹی چیوٹ انتظامی طور عالمی معیارس تام واتناونس منز اہم رول ادا۔ ڈاکٹر سید امین تابش چھِ بین الاقوامی سۆتھرِ کبن معیأری میڈیکل رِسالن ہندی مدیر تہٕ روٗدٕمتی تہٕ واریاہن رِسالن ہٕندِس تحریرس ہٕتی چھِ برابر وابستہٕ۔ یمو چھِ ہسپتالن ہٕندِس انتظامس تہٕ جدید طبی تحقیقس پٮ۪ٹھ ضخیم کتابہٕ تصنیف کرمژٕ تہٕ یہندی تحقیقی مقالات چھِ بین الاقوامی رسالن تہٕ کتابن منز چھاپ سپدان۔ طبی سائنس ہِکس أمس جوان فِکر مأہرس تہٕ رمز شناسس اوس طالب علمی ہٕندِ زمانہٕ پٮ۪ٹھے علمس تہٕ ادبس کُن رجحان یُس أمس کریری پٹن کہ پایہٕ

بڑِ بخاری خاندانٕک میراث چھُ ۔ یمو ہیوٚت نثرٕ تہٕ نظم پنٕنہِ ماجہ زیوٚ منٛز لیکھُن ۔

"حسینی کاروانٕک سفر" ناوٕ یہنٛزٕ گوڈٕنچ کتاب گیہِ تیٚژاہ مقبوٗل زِ الہٕ پلہٕ ترٛ ہہ وٕری بروٚنٛہہ آیہِ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدِس کاشرِس شعبہِ کِس ایم ، اے کِس نصابس منٛز شامل کرنہٕ ۔ یم روٗدی اخبارن تہٕ رِسالن ، ریڈیوتہٕ ٹیلی وِجن کہِ ذریعہٕ پنٕنی نثری تہٕ شعری تخلیقات لُکن تام واتناوان تہٕ پننہِ پیشہ چومصروٗفیا تو باوجوٗد کاشرِ زبانی ، ادبس تہٕ ثقافتس لول بران ۔ تابش صاب اَس اَکس بجہ علمی ، ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمہِ (کشمیر کلچرل آرگنایزیشن) ہنٛدی جنرل سیکریٹری تہٕ کاشرِ اخبارٕکی ایڈیٹر تہٕ ۔ یمن چھِ وارِیاہ بین الاقوامی اعزازات بحیثیت ڈاکٹر دِنہٕ آمتی ۔

تابش صاب چھِ تھدِ پایکی نثر نگار تہٕ پُر گو شاعر ۔ یمو کاشرِس ادبس منٛز پنُن اکھ منفرد مقام حاصل کوٚرمُت چھُ ۔ اسہِ چھُ یمن پیٹھ فخر تہٕ بے پناہ مسرت زِ یمن چھُ کاشرِ زبانی ستی بے حد محبت ۔



# اکھ ہمدرد...... سید امین تابشؔ

سید امین تابشؔ صأب چھِ سانہِ کشیرِ ہُنٛد اکھ بہلہِ پایہِ معالج، شاعر تہٕ دأنشور، یتے یوت نہٕ بلکہِ اکھ بے باک ادیب، شریف تہ کم گو، یمن کاشرِ زبأنی ہُنٛد ژُوکھ تہٕ دود چھُ۔ یمن روز ہر وزِ ہمدردی میٚیہ ءستی۔ تتھ چھُ وجہ کأشُر اخبار یُس ہفتہ وار اوس نیران تہٕ چیف ایڈیٹر أسِس تأبشؔ صأب۔ مےٚ اوس اکثر یمن ءستی ملاقات سپدان، البتہ کتھ باتھ گرتھ أسم ونان اخبار خاطر سوزِ و مضمون، حالانکہ یہُنٛد بوٚڈ کارنامہٕ اوس لوکچہ وأنسہِ منز کتاب بازرتراوِنی ''حسینی کاروانک سفر'' یِہ حسینی موٚت گوٚ و مےٚ تنہٕ پتہٕ ٹوٚٹھ۔

منظور ہاشمی

# Dr. Syed Amin Tabish: A Shining Star

Dr. Tabish and I have been friends via Twitter. I have always read his tweets on most important issues of Medicine, literature and other matters

He has been busy in writing thought provoking, intellectually stimulating and informative posts. Moreover, he is a great poet as well.He has authored more than a dozen books and published nearly 450 Scientific Research Papers in top medical Journals.

I wish my father Qateel Shifai [Urdu Poet, film songs lyricist] was here to say something on the poetry and other literary contributions of Amin Tabish. After reading some of his Urdu poetry & a few translated poems, listening to his songs and speeches on youtube

(https://www.youtube.com/channel/UCsg2DOa-6xmpU9_UvotxOnA/videos?view=0&sort=p),

I did find some similarities of Tabish's writings with Qateel Shifai.

My father (Qateel Shifai: 1919-2001) has been one of the most popular poets ever and film lyricist. Famous for his following ghazals:

گرمئ حسرت ناکام سے جل جاتے ہیں

ہم چراغوں کی طرح شام سے جل جاتے ہیں

ہمیں بھی نیند آ جائے گی ہم بھی سو ہی جائیں گے
ابھی کچھ بے قراری ہے ستاروں تم تو سو جاؤ

اپنے ہاتھوں کی لکیروں میں سجا لے مجھ کو
میں ہوں تیرا تو نصیب اپنا بنا لے مجھ کو

اپنے ہونٹوں پر سجانا چاہتا ہوں
آ تجھے میں گنگنانا چاہتا ہوں

یہ معجزہ بھی محبت کبھی دکھائے مجھے
کہ سنگ تجھ پہ گرے اور زخم آئے مجھے

Husn Ko Chand Jawaani Ko Kanval Kehte Hai,
Unn Ki Surat Nazar Aaye To Ghazal Kehte Hai

Tujh ko choo lo to phir aye Jaan-e-Tamanna mujh ko
Der tak apne Badan se teri Khushboo aaye

Dil pe aaye huye ilzam se pehchante hain,
Log ab mujh ko tere naam se pehchante hain..

Jis ki jhankaar mein dil ka araam tha, woh tera naam tha,
mere honton pe raqsaaan jo ek naam tha, woh tera naam tha

Sabaq seekha hai mai ne Karbala ke marde maidan se
Likhi jati hi tareekh e ummam khoon e shaheedan se

My father has written 2500 film songs and 20 collections of verse were published in Pakistan and India. His song Tere Dar Par Sanam for the Hindi movie Phir Teri Kahani Yaad Aayi remains an iconic number, till date.

By using simple words and a larger amount of Hindi, Qateel brought Urdu poetry closer to the masses. He established a certain standard to ghazals in films and gave them respectability.Jagjit and Chitra Singh, Ghulam Ali & Mehdi Hassan has sung his ghazals in a number of their albums.His poetry is included in the masters' level syllabus in many universities in Pakistan and India

Qateel Shifai managed to infuse magic in the most simple of verses, simply because of the way he constructed the words.

زندگی میں تو سبھی پیار کیا کرتے ہیں

میں تو مر کر بھی میری جان تجھے چاہوں گا

سراپا آرزو ہوں ، درد ہوں ، داغِ تمنا ہوں

مجھے دنیا سے کیا مطلب کہ میں آپ اپنی دنیا ہوں

کبھی کیفِ مجسم ہوں کبھی شوقِ سراپا ہوں

خدا جانے کس کا درد ہوں کس کی تمنا ہوں

کیا ہے پیار جسے ہم نے زندگی کی طرح

وہ آشنا بھی ملا ہم سے اجنبی کی طرح

بڑھا کے پیاس میری اُس نے ہاتھ چھوڑ دیا

وہ کر رہا تھا مروت بھی دل لگی کی طرح

کسے خبر تھی بڑھے گی کچھ اور تاریکی
چھپے گا وہ کسی بدلی میں چاندنی کی طرح

I had the opportunity to go through some of the Urdu poems of Dr. Tabish (Tasveer, Waffa, Jazbat Ki Devi, Takhleeq, Manajat); English Poems: Happy Memory, Happy Hearts are Sure to Win; some translated Kashmiri poems and also Hussainiyat. Aye Malik e Koon o Makaan, Ae Maalik e Roz e Jaza is a masterpiece of literature. Naats written by Dr. Tabish are outstanding and brilliant. Similarly, his books and articles are a rich addition to literature at international level.

Having gone through some of his writings I can say that he is truly blessed. I also must admit that he is on the Top of the World, a Shining Star indeed.

**Pervaiz Qateel**
Son of: Qateel Shifai
3 Auchinleck Gardens
Glasgow Scotland (UK)

# سون مہراز مدُن......امین تابشؔ

ڈاکٹر عزیز حاجنی

سانہِ کشیرِ ہُنٛد یہِ مہرازِ مدُن تہٕ پوشہِ مدُن سید امین تابش دزٲوا کہِ پربزلوُنہِ تارٕکی پٲٹھی نوٗن۔ یِیٚتہٕ یہِ اکھ بہترین معالج چھُ تتہٕ چھِ یِم بہترین أدیب تہٕ شاعرتہِ۔ وومید چھےٚ تابش صاب تھاون برونٛہہ کُن یہ سفر جأری۔

سید امین تابش صأبس چھےکأشرِ زبأنی ہنٛز دگ بجاپأٹھی۔ یِیٚتہِ یِم غزل، نظم تہٕ ادبہِ کہ حوالہِ مقالہٕ لیکھان چھِ تتہِ چھِ یِم حفظانِ صحتہٕ کہِ حوالہِ عام فہم زبان ورتأوِتھ کأشرِ پأٹھی دادبن متعلق زان کأری دِوان۔ یِتھ منٛز شگر، زُکام، کلہٕ دود، دِلکی دأدی تہٕ باقٕے تِم دأدی یِم انسانس لاحق چھِ سپدان۔ تأبشؔ صأب چھِ یِمن دادبن متعلق زان، تدوٗرک، علاج تہٕ احتیاط بڈٕ نفیس آیہِ فِکرِ تاران۔ حالانکہ سأنی زبان چھِ پرٛتھ لحاظ باگہِ برٛزٕ، امہِ زبأنی ہنٛدِ حوالہٕ چھےٚ کالہٕ پگاہ درجن واد کتابہٕ بازر پیوان مگر تأبش صأبنی یہِ کتاب چھےٚ بیوٗن تہٕ بدٕوٗن۔ یِتھ منٛز اسہِ الگ الگ بأگ نظرِ چھِ گژھان۔ یِیٚتہٕ یہِ شأعر چھُ تتہِ چھُ محبِ حضرت محمد صلی اللہ علیہ وسلم تہِ، امہِ خأطرِ چھُ کتابہِ اندر الگ بوگ ''ذکرِ حبیبؐ'' کہِ ناوٕ۔ یِتھے کنی چھُ ''گاشہِ تارکھ'' ناوٕ تہِ الگ بوگ ''اوٗرزوٗ'' ناوٕ امہِ حوالہٕ تہٕ چھُ الگ بوگ تہٕ أخرس اُنہٕ خانہٕ کہِ حوالہِ اکھ بوگ۔ کلہم چھےٚ یہِ کتاب رٕژھراوِنی لایق یہِ چھُس فی ذأتی سید امین تابشؔ صأبس امہِ کامہِ باپتھ وزھِ وأنٛجہِ مبارک کران۔



# سماجُک ژُوکھ در

پروفیسر غیاث الدین مخدومی

یہِ چھےٚ کأشرِ ادبہٕ باپتھ تہٕ کأشرِ قومہٕ خأطرٕ خوش آیندہ کتھ زِ سأنی مأنی ہِتی تہٕ زأنی ہِتی قلمکار، ادیب تہٕ اکھ بہلہِ پایہِ معالج ڈاکٹر سید امین تابشؔ صأبنہِ یہِ تصنیف۔ یتھ ناو ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو'' چھِ۔ یہِ کتاب چھےٚ واقعی اکھ باگہِ بوٗرتھ کارنامہٕ یُس وأنسہِ وادن کأشرِ زبأنی تہٕ ادبہٕ خأطرٕ موجود روزِ۔ اکھ بہلہِ پایہِ معالج تہٕ میڈیکل منتظم آسنہٕ باوجود روزی سید امین تابشؔ پننہِ ماجہِ زبٕو تہٕ کلہم علمی تہٕ سمأجی کامبن ہِتی پنٕنی لوے کھوے تھاوان۔ مےٚ روز پٕتی موٗ تقریباً ترہوٕ ریو پیٹھ سید امین تابشؔ صأبس ہِتی تعلقات تہٕ ہروزِ یمن ہِتی ملاقات سپدنہٕ ہِتی باسیوو مےٚ زِ یم روزن عام لوکن ہندِ سمأجی، اقتصأدی، تہٕ معاشی حالژ منز بہتری اننہٕ خأطرٕ ہوٗل گنڈِتھ۔ صحتہٕ تہٕ طبی حوالہِ یوسہٕ یہنز کأم أسی وُچھان روزی تمہِ حوالہِ میوٗل یمن درست دنیاہَس منز اکھ وہژن لایق مقام۔ دنیاہَس منز چھِ لچھِ وادلگھ لسان بسان مگر طبی مأدأنس منز چھ، کھے ترژھِ شخصیژ اسہِ وٕنس تل یوان یم بسیار آوریار أستھ تہٕ سمأجی کامبن منز پٔنٕن پان آوٗرچھِ یژھان تھاوِنی۔ یتھ زن عام پأٹھی ونان چھِ خدمتِ خلق اللہ۔ تابشؔ صأب چھِ اکھ ذمہٕ دار، اکھ باغأرت تہٕ معروف معالج آسنہٕ باوجود تہٕ پٔنٕن پان عام انسانہٕ ہِنٔدِ مدٕ خأطرٕ وقف تھاوان۔ مےٚ چھُ یقین زِ یہِ سأدروار یہنز تصنیف ہکہِ أکِس انسان سُنٔد سوٗنچ بدلأوتھ یُس اکہِ صحت مند سماجہِ خأطرٕ سبٹھاہ ضروری چھُ۔ ☆☆☆

# جذبہ سلامت رہے

پروفیسر نسیم شفائی

آپ کی تخلیقات

بے پناہ خوبصورت نعتیں

دل سے جزاک اللہ

غزلیں بہت عمدہ......مرحبا

اصل میں آپ

عاشقِ حبیبِ حق ہیں

اور

اہل بیت سے محبت

اور

عقیدت رکھنے والے ہیں

جذبہ سلامت رہے

ہم کو موت کیا مارے گی



# سید امین تابشؔ صابس ستی ...... اکھ ملاقات

شہزادہ رفیق

'بزم ثقافت' چھُ کأشرِ زبأنی ستی تعلق تھاون والین فنکارن، قلمکارن، نقادن تہٕ دأنشورن ستی ملاقات کٔرتھ 'ثقافت' رسالہٕ کین خاص شمارن منز شایع کٔرتھ تِہندِ ادبی دِتہِ نِش پننین پرن والین زأنی یاب کران۔ أتھی ستی چھِ یہِ اکھ شعوٗری کوٗشش تہٕ زِسأنی کأشر زبان گژھہِ تنقیدی رٕوی یہِ تہِ ڈیجیٹل تہٕ باگہِ بُرزٕ بنِنٕ تہٕ تمن وکانن گوٗژھ کانہہ علاج بنن یموسون کأشر لیکھن وول کأشرِ بن نِش دوٗر رومت چھُ۔ بلکہ کأشرِ بن لوٗکن، سیاستدانن تہٕ تعلیمی مأہرن یُس منفی ظون تہٕ منفی رٕوی یہِ پننہِ ماجہِ زبوِ متعلق چھُ تتھ گوٗژھ صحی تدورُک گژھُن۔ یہِ چھِ سانہِ حساس وقتُچ ضروٗرت تہِ۔ امہِ کِنی ہیکہِ سانین قلمکارن ہُنٛد مثبت ظون شعری تہٕ نثری ادبس کُن تہِ پھیر تھ۔

ازتام چھِ سأنی ادارن کأشرِ زبأنی ہنٛدین واریاہن ناماوار پایہِ بڈین تہٕ مقتدر أدیبن، شأعرن، نقادن تہٕ دأنشورن ستی ملاقات کٔرتھ 'ثقافت' رِسالہٕ کین خاص شمارن منز شایع کٔری متی۔ ازچھُس یہٕ کٔشیرِ ہنٛدس ناموٗر گونہٕ سأوی، منہٕ بأوی تہٕ ظونہٕ پرأوی أدیب، شأعر، محقق تہٕ ماہرِ میڈیکل سائنس جناب سید امین تابش صابس ستی صنعت نگر سرینگرِ تِہنزِ رہأیش گاہ پٮ۪ٹھ موجوٗد۔ یُتھ یمن ستی یِہنزِ زندگی،

یِہنٛدِس روٗنہٕ ظوٗنس ، یِہنٛدِس ادبی تہٕ تخلیقی سفرس ءسِتؠ ءسِٹ میڈیکل سائینسس یِہنٛد دیُت ، ''یُس سبٹھہے ؤہرتھ تہٕ تجربہ پرأوِتھ چھُ'' ، متعلق کتھ کرو ۔ یہ کتھ باتھ سپٕز سوال وجواب کِس صوٗرتِ حالس منٛز ، سون گوڑنیُک سوال اوس یِتھ پأٹھی :

.............................................

شہزادہ رفیق : السلام علیکم ، تأبش صأب

ڈاکٹر تابش : وعلیکم السلام ورحمۃ اللّٰہ وبرکاتہٗ

شہزادہ رفیق : تأبش صأب ! تمہِ ماحولچ گۄڑی تو باوتھ یتھ منٛز تُہۍ زامتۍ تہٕ پرتھے ہتۍ چھِو ؟

ڈاکٹر تابش : بہٕ زاس تحصیل پٹن کِس تِلہٕ گام نأوی گامس منٛز اکِس روٗحأنی خاندانس منٛز ، یُس گُلشن سادات کہِ ناوٕ مشہور چھُ ۔ علمی تہٕ ادبی لحاظ چھُ یہِ گرٕ ہمیشہ علاقس منٛز قابلِ احترام تہٕ دینی مرکز روٗ دمُت ۔ مألس چھُ سید غلام الدین ناو تہٕ ماجہِ سیدہ زینب ۔ أسی چھِ ترٛے بأے تہٕ اکھ بیٚنہِ ۔ بہٕ چھُس ژوٗن اولادن منٛز سارِوٕے کھوتہٕ لوکُٹ ۔

شہزادہ رفیق : کیا صنعت نگر یێتہِ تُہۍ وُنکین بسان چھِو چھا تہنٛد بن جدن ہُند تہِ مسکن ؟ کِنہٕ تِم چھِ بیٚیہِ کُنہِ جایہِ روزان أسی ءتۍ ، اسہِ ؤنی تو ویژھنأوِتھ ؟

ڈاکٹر تابش : میون بُڑی بب سید محمد حسینؒ صأبن کٔر ۱۹۴۷ء بروٗنہہ پاکستان ہجرت ، اکھ عظیم تہٕ بہلہٕ پایہِ عألم ، متقی تہٕ مبلغ آسنہٕ کنہٕ أسی سأری سے پأکستانس منٛز قابلِ احترام شخصیت مانہٕ یوان ۔ ۱۹۷۶ء پتہٕ چھِ سرینگرس منٛز رہأیش پذیر ۔ گوڑٕ أسی کرن نگر بسان تہٕ ۲۰۰۰ء پتہٕ چھِ صنعت نگرس منٛز رہأیش پذیر ۔ 'تخلیق'

ناوُک یہِ گرِ چھُ پنٕنہِ آر کی ٹیچکر باپتھ سبٹھاہ مقبوٗل تہٕ مشہوٗر۔ سون جد چھُ سید تاج الدین ہمدانیؒ تہٕ امیر کبیر سید علی ہمدانیؒ، یہُنٛد اکھ زُر سید محمد یوسفؒ (شاہ صاب نوابازاری) شاہ محلہٕ نواب بازرس منٛز دفن چھِ۔

شہزادہ رفیق: تأبش صأب! اسہِ وٕنیو پنٕنہِ تعلیمی سفرُک حال احوال؟

ڈاکٹر تابش: ابتدأیی تعلیم گٔرمےٚ پنٕنہِ نسےٚ گامس منٛز حأصل، دینی تعلیم پٔرمےٚ گرس منٛز ییٚتہٕ امہِ علاقہٕ کِہن بچن تہٕ قرآن تہٕ باقٕے مذہبی اموراتن ہنٛز تربیت أس یوان دِنہٕ۔ میٹرکس تام أس مےٚ فرسٹ کلاس، فرسٹ پوزیشن یوان، گورنمنٹ ہایی سکوٗل کریری پٹھ کوٚرُم میٹرک پاس تہٕ بہمہِ جمأژ ہُنٛد امتحان کوٚرُم ڈگری کالج سوپر پٹھ پاس۔ ۱۹۷۶ء منٛز میوٗلُم گورنمنٹ میڈیکل کالج سرینگرس منٛز ایم بی بی ایس ڈگری باپتھ دأخلہ تہٕ ۱۹۸۲ء منٛز گٔرم ڈاکٹری ہنٛز ڈگری مکمل۔

شہزادہ رفیق: تابش صأب، اسہِ وٕنی تو پنٕنس ادبی سفرس متعلق؟

ڈاکٹر تابش: لو کچارس منٛز اوس موقعہ میلان ادبی محفلن تہٕ مشأعرن منٛز شرکت کرنٕک، باہوٗہر اوُسُس تہٕ ادبس کُن گنیٖم مأے تہٕ شوق ہیوٚتُن وارٕ وارٕ ہرُن۔ میون پِتُر تہٕ ماسٹر بوے سید سیف الدین جوہرؔ اوس پیشہِ کِنہِ حکیم تہٕ ادبس ستی اوُسُس سبٹھاہ لگاو۔ تابش تخلص تھاونٕک کریڈٹ چھُ أمی سےٚ گژھان۔ نومہِ جمأژ پٹھ اوُسُس کلچرل فورم کریری تہٕ کروہن کلچرل فورمُک ممبر تہٕ، اتہِ أسی عظیم گونماتھ ییمن منٛز سید علی گوہر، خاموش کریری، منظور ہاشمی، غلام محمد غمگین، تنہا نظامی، سعد الدین سعدی بیترِ شأمل أسی ییمن بزرگ ہٕستی ین نش ہیوٚ چھےٚ مےٚ

وارياہ کینہہ ۔ یہِ دوراوس ادب تہٕ شعروشاعری ہنٛدِ تحریکُک آغاز میانہِ خاطرٕ۔ ۱۹۸۲ ءیس منٛز ییٚلہِ مےٚ ایم بی بی ایس ڈگری مکمل کٔر ۔ مےٚ کٔرکھ گوڈنٕچ پوسٹنگ ژوڈٕ ری بلاکس منٛز تہٕ ژرارِ شریف اوس بی ایم او آفس ۔ حضرت علمدار کشمیرؒ، مقبوٗل شاہ کرالہِ وأری ،عبدالاحد آزاد ہوی بہلہِ پایہِ روٗحأنی پیشوا، أدیب تہٕ شاعر أسی متاثر کرنہٕ باپتھ کأفی ۔ امہِ علاوٕ أسی غلام نبی گوہر تہٕ موتی لال ساقی تہِ امے علاقکی بسکین دار ۔ غلام نبی گوہر أسی کشمیر کلچرل آرگنایزیشنکی صدر، یموے دِژ مےٚ اتھ تنظیمہ منٛز شأمل سپدنٕچ دعوت ۔ یہِ بنیو میانہِ ادبی سفرُک اکھ تابناک دور ۔ ژووہ ؤرشہِ وأنسہِ منٛز بنیوس بہٕ امہِ نمایندٕ ادبی تنظیمہِ ہُنٛد جنرل سیکریٹری ۔ امہِ تنظیمہِ دِژ میأنس ادبی سفرس اکھ نٔوبہٕ ۔ پروفیسر محی الدین حاجنی، پروفیسر مرغوب بانہالی، پروفیسر غلام نبی فراق، غلام نبی ناظر، علی محمد لون، غلام رسول سنتوش، پی این پُشپ، امر مالموہی، شاہد بڈگامی، محمد زمان آزردہ، موتی لعل ساقی، محمد احسن احسنؔ، علی محمد شہبازؔ چھِ کینہہ اہم ناو یمن سۭتۍ روٗزتھ وارياہ ہیوٚچھ ۔ بہٕ اوٗسُس سداہ، ارداہوٗ ہریلہِ میأنٛی گوڈنٕچ کتاب "حسینی کاروانُک سفر" شایع سپز، بہٕ اوٗسُس امہِ وقتُک کم عمر مصنف ۔ نثرس منٛز أسی وارياہ کم لیٚکھن وألۍ تہٕ مےٚ تہِ کٔر اکھ ادبی کوٗشش نثر لیٚکھنٕچ یوسہٕ از تام جأری چھِ ۔ لوکچارس منٛز یموے مےٚ ادبی سفرس منٛز حوصلہ افزأیی کٔر تِمن منٛز چھِ اوتار کرشن رہبر سرفہرست ۔ بہٕ اوٗسُس شراہوٗ ہریلہِ تِموے مےٚ ریڈیو کشمیر سرینگر کین پروگرامن منٛز شرکت کرنٕچ دعوت دِژ تہٕ وِزِ وِزِ دیُت تِموے مےٚ ادبی پروگرامن منٛز شمولیتُک موقعہ۔

شہزادہ رفیق: میڈیکل سائنٛس طالب علم أستھ ،کتھٕ تھووٕ توہہِ پنٛن ادبی سفرتہٕ جارٕی امہِ ستی ما آیہ توہہِ کانٛہہ تھوس؟

ڈاکٹر تابش: شُری پانہٕ پیٹھے أسی مے زٕ شوق (یم میانٕبن والدینن ، باین تہٕ بینہٕ تہٕ پسند أسی ) اکھ ڈاکٹر بنہٕ نُک ، دوٚیم أدیب بنہٕ نُک ۔رب کأیناتن أس شُری پانہٕ پیٹھے لیکھنٕچ صلاحیت عطا کٔرمٕژ ۔محنت کٔرتھ کوٚر مے دوشونی (میڈیکل سائنس تہٕ ادب )ستی انصاف ۔کینٛہہ قربأنی آیہ دنہٕ ۔

A tough life needs a tough language

شہزادہ رفیق: تابش صأب اسہِ وٕنی تو سہٕ کُس قوت چھُ یُس تہنٛدِ شاعرانہٕ سفرکہِ شعوٗرُک محرک بنیوو؟

ڈاکٹرِ تابش: میانہِ ادبی سفرُک محرک چھُ فقط سو وتھ یوسہٕ خداین میانہِ باپتھ ژأرمٕژ أس ۔شوق تہٕ جنون ، ہمت تہٕ حوصلہٕ کٔرتھ کوٚر زندگی ہُنٛد وُنیکتام سفر طے ، جذبات تہٕ احساسات ، حأدثات تہٕ حأرثات أسی وٕزِ وٕزِ خیالن وُتلِش دِتھ قلمس زبو دِوان ۔

میرا قلم تو امانت میرے لہو کی ہے
میرا قلم تو امانت میرے ضمیر کی ہے

شہزادہ رفیق: تہٕی أسی واگوڈٕ پیٹھے تابش تخلص ورتاوان ۔اتھ ما چھُ کُنہِ واقعہس ستی واٹھ؟

ڈاکٹر تابش: یہٕ اوسُس گوڈٕ پیٹھے تابشؔ تخلص ورتاوان تہٕ میانٕبن تمام سرٹفکٹن پیٹھ چھُ یہوے لفظ ناوس ستی شأمل یعنی سید امین تابشؔ ۔

شہزادہ رفیق: تابش صاب ترقی پسند تحریکہ کۆ رزندگی ہُند پرٚتھ کانہہ پہلو تہٕ اظہارٕ
وُطیرٕ متأثر خاص کرفن تہٕ ادب۔ مگر تہنزٕ شاعری تہٕ تنقیدی رُوی یہِ چھُنہٕ اچ بظاہر
کانہہ شہادت پیش کران۔ییلہِ زن کینٛژن نام نہاد ترقی پسندن چھُ نقادوز زوال
پسندتہٕ ناوکۆ رمُت۔اسہِ وُنی تو ویژھناوِتھ امیُک کیا وجہ چھُ؟

ڈاکٹر تابش: ١٩١٧ء منزٕ آو رُوسس منزٕ اکھ زبردست انقلاب ییتھ منزٕ محنت کش
طبقہ لینن سنزٕ سربراہی منزٕ تمہِ دورکس بادشاہ زارس خلاف متحد گےتہٕ سُہ وولٕکھ
تختہٕ پیٹھٕ بون۔ موٚزوٗرن تہٕ کوٚملبن ہنٛزٕ یہِ شاندار فتح گےسارٕی سےٚ دُنیہس منزٕ
مشہوٗر۔اکھ سوچ گوٚو پاٚدٕ زِ کروڑن ہنٛدِس تعدادس منزٕ موٚزوٗر پیشہ انسان یِم
سبٹھاہ محنت کران چھِ، کینٛژن سرمایہ دارن ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ طاقتہٕ وألی۔أتھی
دوران ووتلیو وُدُنیہس منزٕ اکھ احساس زِ شاعرتہٕ أدیب یہنٛدس سینس منزٕ اکھ
دردمند دِل چھُ ہیٚکی نہٕ ظالم تہٕ مظلوٗم سنٛدِس جنگس منزٕ غأرجانبدار روٗزتھ۔
أدیبس تہٕ شاعرس پزِ پنُن فرض نبھاوُن، ١٩٣٥ء منزٕ آیہِ فرانس کس شہر پیرسس
منزٕ اکھ عظیم کانفرنس منعقد کرنہٕ ییتھ منزٕ تمام دُنیہکی أدیب تہٕ شاعر جمع گے۔
ہندوستانٕچ ترجمأنی کُر ملک راج آنند تہٕ سجاد ظہیرن۔اتھ پس منظرس منزٕ آیہِ
انجمن ترقی پسند مصنفین' بارسس۔١٩٣٦ء منزٕ آوامہِ تنظیمہِ کہِ طرفہٕ لکھنوس منزٕ
ہندوستانہٕ کین أدیبن تہٕ شاعرن ہُند اکھ اہم اجلاس بُلاونہٕ تہٕ یہِ فأصلہ نہٕ زِ
ہندوستانکی أدیب تہٕ شاعرتہٕ کرن طبقاتی کشمکش تحریکہ منزٕ شرکت۔محنت کشن
کرن حمایت، فرقہ پرستی تہٕ انسانی استحصالس خلاف کرن جدوجہد۔ترقی پسند
تحریک گیہِ ہندوستانس منزٕ سبٹھاہ مقبوٗل تہٕ مُلکُکی وزیراعظم پنڈت جواہر لال

نہرو ون گرامہِ تحریکچ تأیید۔ امہِ تحریکُک اکھ نتیجہ دژ اوزِ ادبس منز ییہِ حُسن کأری پیٹھ کم توجہ دِنہٕ۔ مواد تہٕ موضوٗعس پیٹھ ییہِ زور دِنہٕ، ترقی پسند ادب بنیو عوامچ آواز تہٕ سادہ تہٕ سہل زبان آیہِ استعمال کرنہٕ۔ وقت گُذرنس ستی ستی ییلہِ ترقی پسند ادب، ادب روٗدنہٕ، تہٕ نعرِ بأزی بنیے یہِ، تہٕ أتھی ستی گوٚ وامیُک زوال تہٕ شروٗع۔ کأشرِس ادبس تہٕ پیٚو ویمن بدلوٗنبن حالاتن ہُند اثر۔ کٔشیرِ منز تہٕ آیہِ ترقی پسند تحریک بارسس۔ امہِ تحریکہِ ہُند قداوار أدیب چھِ دینا ناتھ نادم، امین کامل، اختر محی الدین، رحمان راہی، غلام نبی خیال تہٕ سومناتھ زُتشی۔ واریاہ دأنشورأسی گوڈے اتھ تحریکہِ ستی وابستہ۔ اتھ دورس منز اوس اکھ ادبی رسالہٕ ''کونگ پوش'' شایع سپدان۔ حکوٗمت کہِ طرفہٕ آو أدیبن پیٹھ دباوتراونہٕ تہٕ کینژن آے گورنمنٹ نوکری دِنہٕ۔ یہِ اوس اکھ خاص وجہ زِ یہِ تحریک پَچ نہٕ بروٗنہہ۔

میانہِ شأعری تہٕ نثر پارن منز چھُنہٕ ترقی پسند تحریکُک کانہہ اثر۔ طبی سائنس (میأنی پیشہ ورانہ زندگی)، زبان، تہذیب، ادب، تمدن تہٕ ثقافت (میون شوق) چھِ میانہِ زِ بجہِ ذمہ دأری۔ طبیعت، مزاج تہٕ ماحولہِ مطأبق با مقصد زندگی گذارٕنی، نیکی ہُند جذبہ، سماجہِ رِکس نبضس پیٹھ اتھ، لُکن ہِندبن جذبن تہٕ احساسن ہنز ترجمأنی چھِ میانہِ شأعری تہٕ نثری تخلیقن ہُند مقصد۔ یہِ سورُے روٗد وِزِ وِزِ میأنبن تحریرن تہٕ تقریرن منز لفظن ہنز زینت تہٕ پاکیزگی ہنزِ شکلہِ منز عوامس آیہِ تن۔ یہِ انداز تہٕ اسلوٗب چھُ بنی نوع انسانہٕ سنز خدمت کرنچ اکھ کوٗشش۔ میانہِ زندگی ہُند سفر چھُ یمن دون ذمہ دأریین ہُند اکھ مأری موٚند

امتزاج تہٕ اتھ منٛز توازُن پأدٕ کرُن اوس کریوٗٹھ مگر میوٗٹھ تہٕ۔

شہزادہ رفیق: تابش صأب ، پرٛتھ کانٛہہ ذی حِس تہٕ ذی شعور قلمکار چھُ کانٛسہِ نتہٕ کانٛسہِ نِش مُتأثر آسان ، اِدٕ نظریہِ کِنی یا باوٕ ژبلہٕ کِنی۔ کیٛا تۄہۍ چھِوا کانٛسہِ نِش مُتأثر ،اگر چھِوٕ ، کتھٕ کِنۍ تہٕ کتھ حدس تام؟

ڈاکٹر تابش: بہٕ یِمو شخصیژو زندگی منٛز متأثر کوٚرُس تِم چھِ وارِیاہ یِمن منٛز خاص پأٹھۍ حضرت زین العابدینؒ، حضرت حسن بصریؒ، حضرت رابعہ بصریؒ، حضرت اویس قرنیؒ، حضرت سلمان فارسیؒ، میر سید علی ہمدانیؒ، عبدالرحمان جامیؒ، مولانا رومؒ، علمدارِ کشمیر شیخ نورالدین ولیؒ، عبدالاحد آزاد، رُسل میر، دینا ناتھ نادم، میر تقی میر، علامہ اقبال، غالب، فیض احمد فیض، ندیم قاسمی، احمد فراز، ساحر، امجد اسلام، قتیل شفائی، کرشن چندر، پریم چند تہٕ پروین شاکرِ علاوٕ شیکسپیر ، شیلے، ٹالسٹاے، ڈاسٹوسکی ، سر ایزک نیوٹن ، آنسٹاین ، تھومس ایڈیسن ، ایمرسن ۔ یِمن عظیم دینی رہنماہن، فلسفی، سائنسدان، ادیب تہٕ شأعرن ہنٛز شہرۂ آفاق کتابہٕ، مضمون تہٕ شأعری پرٛتھ چھُ انسانہٕ سٕندِس سوٗنچس پیٹھ اکھ نہٕ ختم گژھن وول اثر پیوان۔ یِمن عظیم المرتبت شخصیژن ہنٛز زندگی تہٕ کارنامہٕ چھِ مےٚ ہوٚس ادیبس سائنسی ، ادبی تہٕ دینی موضوعن پیٹھ قلم تُلنس پیٹھ آمادٕ کران تہٕ اکھ نٔہج دِوان۔

شہزادہ رفیق: اچھا اسہِ کٔری توٚ زأنی یاب زِ شأعری منٛز کیٛا رول چھُ شأعرٕ سٕنٛز پننہِ زندگی تہٕ پننین تجرُباتن ہُند؟

ڈاکٹر تابش: فکرِ سخن چھُ تخلیقی عملہِ ہُند سفر طے کٔرتھ تخلیق چہِ شکلہِ منٛز نٔنی نیرتھ باذوق پرن والین ہنٛزن نظرن منٛز یوان ۔ تخلیق کأری ہنٛز جمالیأتی حِس (

محسوس کرنک طاقت ) کہِ آرامٕک ( تسکینٕک ) سامانہٕ بنہٕ نس ءستی ءستی چھ یہِ مکالمہ ( کتھ باتھ ) ہٕنزِ شکلہِ منز زندگی ہُند سبق دِوان۔

''شاعری تخیُل ، ذہانت اور خون کا ایک ساتھ چلنا ہے۔ شوق کی صلاحیت ، لہو کی حرارت کا نام ہے ، احساسات ، جذبات ، جستجو اور آرزو کی ترجمانی ہے۔ شاعری دل اور روح کو جگاتی ہے۔ شاعری آفاقی اور سماجی بندشوں کی پابند ہیں۔ شاعر کا کام محض مشاہدہ ہی نہیں بلکہ مجاہدہ بھی ہے۔ گرد و پیش کے مضطرب قطروں میں دجلہ کا مشاہدہ اس کے وِژن (Vision) پر منحصر ہے۔ دخل انداز ہونا ، اُس کے شوق کی صلاحیت اور لہو کی حرارت پر ، اور یہ تینوں کام مسلسل کاوش اور جد و جہد چاہتے ہیں''۔

حسان بن ثابتؓ ( نبی رحمتؐ ہٕندِ دربارُک شاعر ) ہٕنزن نظرن منز چھُ رُت تہٕ زبر شعر سُے یُس بوزتھ لُکھ دپن زِ یہِ چھُ پوٚز۔ شیکسپیر ہٕنز راے چھِ زِ پانس أندی پٔکی دُنیا غور سان وُچھن ، تخیُل ءستی اتھ دُنیہس رنگ جرُن تہٕ اچ صحی تصویر بناوٕنی چھِ شاعری۔ میٲنٛز شاعری چھےٚ مشاہدن ، تجرباتن ، تصور ، تخیُل تہٕ الہامس پیٹھ قایٔم جایہ جایہ چھِ علم روح انسانی ، عارفانہ تہٕ صوٗفیانہ منظر لبنہٕ یوان۔ امہِ علاوٕ چھِ بصارت تہٕ عزم میانہٕ شاعری ہُند عکس۔ کانہہ تہٕ قلمکار ہیکہِ نہٕ الگ تھلگ روٗزتھ نثر یا نظم لیکھتھ۔ پرٛتھ کانٛسہِ لِکھارس باپتھ چھُ ضروٗری زِ سُہ بنہِ پتہ کال تہٕ حال کِبن قلمکارن ہُند اکھ حصہٕ اُدیبس چھِ پننٛی ذات دُنیہک اکھ جُز مانٛتھ قلم تُلن۔ سوچنچ تہٕ کلاچ آزادی چھِ لازم۔

شہزادہ رفیق : تابش صاب ! کیا تنقیدی نظریات چھا ساری ازکارگاءتی ، اگر تہِ

چھُ تیٚلہِ کِتھ کنۍ کروٲسی شاعری محاسبہٕ؟

ڈاکٹر تابش: ادب پرکھنہٕ باپتھ چھِ کینژہہ اصوٗل مقرر آمتۍ کرنہٕ۔ نقاد چھِ پننہِ پننہِ نظریہٕ ستۍ ادب کھوٚٹ لاگتھ پرکھان تہٕ مختلف کھوٚچہ ژاران۔ بہر حال زٕ اصوٗل چھِ آفاقی یِم تنقید خاطرٕ لازم چھِ۔ گوڈنیک اصوٗل چھُ یہ زانُن زِ اَکِس تخلیقس منز یہِ وننہٕ چھُ آمُت یا تجربہ بروٗنہہ کُن چھُ آمُت اتھ کیٚتھ اہمیت کیا چھِ، دوٚیم اصوٗل چھُ تخلیق پیش کرنُک (بروٗنہہ کُن انہٕ نُک) اندازٕ کیا چھُ۔ یِیلہِ تہٕ کانٛہہ تخلیق لُکن تام واتان چھِ اتھ ستۍ چھےٚ تنقید تہٕ وجوٗدس منز یوان۔ تنقیدی شعوٗر بغٲر ہیٚکہِ نہٕ کانٛہہ شعر لیٚکھنہٕ تہٕ تھ نہٕ کانٛہہ نثر پارٕ۔ تنقیدی شعوٗرٕ کس گاشس منز چھُ اکھ فنکار پننۍ تخلیق پٲران تہٕ سجاوان، امہِ پتہٕ چھُ سہٕ مٔنزل واتان یِیلہِ ژنِ خوٗبی تہٕ خامی کُن اشارٕ کرنہٕ چھُ یوان۔

شہزادہ رفیق: کاشرس منز کیا مقام چھُ تنقیدس؟

ڈاکٹر تابش: کٔشیرِ منز چھِ سیٚٹھاہ کم نقاد یِمو اتھ صِنفہِ پیٹھ لیٚوکھ۔ موجوٗدٕ زمانس منز تہٕ چھِ اتھ صِنفہِ منز کم کاسہٕ لیٚکھنہٕ یوان مگر گوٚب نےٚ گرژھِ اتھ ستۍ چھنہٕ برابر انصاف کرنہٕ یوان۔ غٲر جانب نقادن ہنٛز چھِ ادبس سیٚٹھاہے ضروٗرت یِم پٔزۍ پٲٹھۍ تنقید لیٚکھنہٕ وِزِ پوٗرٕ انصاف ہیٚکن کٔرتھ۔ یِیلہِ زن ادبس منز تنقیدس تھوٚد مقام چھُ (یُس تنقیدن کاشرِس منز چھُ)

شہزادہ رفیق: اگر شاعری منز معنیس انکار کروتیٚلہِ کیا چھُ اتھ منز باقے روزان؟

ڈاکٹر تابش: مےٚ چھُ اتھ کتھہِ ستۍ اتفاق

شہزادہ رفیق: تابش صاب! دُنیکتام کٲژاہ کتابہٕ آیہٕ تُہنٛزٕ چھپتھ، تمن کتھ حدس

تام میچ پذیرأی علمی تہٕ ادبی حلقن منز؟

ج) کأشرس منز چھِ ترٕے کتابہٕ چھپٕتھ۔ حسینی کاروانٕک سفر، چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو تہٕ علم تہٕ عرفان۔ یِمن منز چھِ زٕ ضخیم کتابہٕ۔ تِتھ منز مختلف موضوعن پیٹھ تفصیلی بحث چھُ کرنہٕ آمٕت۔ بہٕ چھُس نہٕ کتابن ہٕنٛدِس تعدادس پیٹھ زیادٕ توجہ دِوان بلکہ کتابن ہٕنٛدِس معیارس پیٹھ۔ بہٕ ہیٚکہِ ہا دٕون ضخیم کتابن داہ کتابہٕ چھاپِتھ مگر مےٚ کوٚرا کھٕنٛوٚ وتجربہ شاید یِیہِ لکن پسند۔ مےٚ چھِ اردُووس منز زٕ کتابہٕ چھپٕمژٕ۔ امہِ علاوٕ چھِ افسانہٕ، مضمون تہٕ شأعری، انگریزی، اردو تہٕ کأشرس منز چھپےمژ۔ اکھ شأعری مجموعہ 'شیرِ لاگے گلاب' چھِ تیار گژھان تہٕ امید چھُم تھٕۍ ؤریس منز یِیہِ چھپِتھ۔ یوٚ تام ادبی تہٕ علمی حلقن منز پذیرأیی ہُنٛد تعلق چھُ الحمدللہ یِم سارٕے کتابہٕ آیہِ پسند کرنہٕ تہٕ یِیہِ آو یِمن پیٹھ وارِیاہ کینٛہہ لیکھنہٕ تہٕ۔ یِمیُک ثبوت یہِ "ثقافت" رِسالُک خاص نمبر چھُ، یُس میےٚ پیٹھ چھُ کڈنہٕ آمُت۔ امہِ کھوتہٕ کیا گژھِ آسُن! بہٕ چھُس مطمین میانہٕ لیکھہٕ کھرٕ پرن والین ٹارٕ!

شہزادہ رفیق: تابش صأب! ما شا اللہ تُہۍ چھِوٕ اکھ ناماوار ڈاکٹر تہٕ بڈٕ ہن بڈٕ ہن میڈیکل انسٹی چیوٹن ہٕنٛدی سربراہ تہٕ روٗدی مٕتۍ، اسہِ ؤنی تو میڈیکل سائنس کیا چھُ تُہنٛد دیُت؟

ڈاکٹر تابش: سارٕوے کھوتہٕ زیادٕ چھُ مےٚ انگریزی زبأنۍ منز لیوٗکھمُت۔ میڈیکل سائنس منز چھِ میانہٕ اکھ درجن کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ شایع سپد ہمژٕ۔ یِم مختلف موضوعن پیٹھ لیکھِتھ چھِ تہٕ یِم کیٚنژن جاین ڈاکٹری پرناونس دوران کارآمد کتابہٕ مانٛنہٕ چھِ یِوان۔ امہِ علاوٕ چھِ 444 سائنٹفک ریسرچ پیپر دُنیہکین نامور میڈیکل

جریدن منز شایع گاٗمتی۔ یس عالمی سطح ہس پیٹھ اکھ بوٚڈ Contribution چھُ

مانہٕ یوان۔ ستو لچھو ریسرچ سکالرو تہٕ سائنس دانو چھِ میانی یم ریسرچ پیپر پرٕی

متی تہٕ فائیدٕ حاصل کوٚر مُت۔

شہزادہ رفیق: کاشرِ زبانی ہنز تدریسی عملہِ پیٹھ چھوا تُہۍ مطمین تہٕ اتھ صحی تہٕ جائز

مقام دِنہٕ خاطرٕ کیا پزِ سیاسی، انتظامی تہٕ تخلیقی سوٚتھرس پیٹھ کرُن؟

ڈاکٹر تابش: کُنہِ تہٕ ملکُک تہذیب، ثقافت، تمدن تہٕ تہنز ہم آہنگی چھِ معاشرس

منز سُہ ذہنی فضا بنان یمہٕ ستی معاشرِ کہن تمام طبقن فائیدٕ چھُ واتان۔ زبان چھِ

معاشرٕ ستی بنان۔ کاشرِ زبانی ہنز ترقی چھِ وقتچ اہم ضرورتھ۔ تدریسی عملہ چھُ

کُنہِ حدس تام میسر مگر امیُک معیار ہُر راونہٕ باپتھ چھِ پرناونُک تہٕ ہیچھ ناونُک

طریقہ کار بدلنچ ضرورتھ ماڈرن ٹیکنالوجی ہُند استعمال چھُ سبٹھاہ اہم۔ طالب

علم تہٕ استاد سُند تناسب گژھِ موزون آسُن۔ کاشرِ زبانی منز چھِ ریسرچ کرنچ

سبٹھاہ ضروٗرت۔ سیاہی رہنماہن چھِ ذمہ داری زِ تِم تُلن کاشرِ زبانی ہندِس

مستقبلس متعلق ارباب اختیارن ستی سنجیدسان یہ مسلہٕ۔ ادبی، ثقافتی تنظیمن

ہنز ذمہ داری چھِ زِ تِم کرن عوامس مستقبل کہن خطرن ہنز نشاندہی تہٕ یکہٕ وٹہٕ

کرن کاشر زبان بچاونچ ژُکھِ سان محنت۔ حکوٗمتُک رول چھُ اہم، تِمن چھِ

کاشرِ زبانی سُہ مقام دیُن یُس یہ حقدار چھے۔ گورنمنٹس چھِ لانگ ٹرم تہٕ شارٹ

ٹرم منصوبہ بناونچ ضرورتھ۔ دانشورن تہٕ ماہرن ہنز رائے زانتھ چھِ تِم تمام

قدم تُلنۍ یم زبانی ہندِ عروجہٕ باپتھ اہم چھِ۔

شہزادہ رفیق: تابش صاب! کاشرِ زبانی ہندِس مستقبلس متعلق کیا چھُ تہند خیال

ییٚلہِ زن انتظأمی تہٕ سیأسی سوٗتھرِس پیٹھ اسہِ مایوٗسی چھِ لبنہٕ یوان؟

ڈاکٹر تابش: لُکن ہنٛز زندگی پیٹھ چھُ تیزی سان بدلوٗنہٕ دُنیہُک سبٹھاہ اثر پیوان۔ أز یُک وق چھُ نازک۔ عالمی سطحس پیٹھ چھےٚ 35 فیصد زبانہٕ خطرس منز، ییٚلہِ اکھ زبان ختم چھےٚ گژھان اتھ ستی چھُ پوٗت کال تہِ راوان تہٕ روٗایت تہٕ علمی خزانہٕ تہِ ختم گژھان۔ ماجہِ زبو چھےٚ دِل تہٕ دماغُچ زبان۔ یہِ چھےٚ جذبأتی تہٕ دمأغی پوچھر باپتھ اہم۔ ذٔہنی تہٕ اخلاقی تہذیب تہٕ ترتیب ہنٛز نشاندہی کران۔ مُلک تہٕ قومُچ پرٛزنتھ چھےٚ ماجہِ زبہِ ستی وابستہٕ، یوسہٕ زبان شُری ہیٚچھن یا بولن تہٕ تمہِ زبأنی ہنٛز عمر چھےٚ کم آسان۔ مألس ماجہِ چھےٚ اہم ذمہ دأری زِ تم ہیٚچھناون گرس منز پننِس اولادن کأشُر تہٕ تمن کرن یہِ پھاپھلاونس منز حوصلہٕ افزأیی۔ اسہِ سارنے چھےٚ ذمہ دأری زِ أسی بروماجہِ زبہِ لول تہٕ اتھ دِمو پوچھر۔ ماجہِ زبہِ ستی چھِ خواب، خیال، جذبات، احساسات وابستہٕ آسان۔ ماجہِ زبہِ ستی محبت تھاوُن چھُ لأزم۔ کأشر زبان چھےٚ سانہِ تہذیبُک أنہٕ۔ اسہِ سارنے پزِ یہِ پرٛبزنتھ رٔژھراونہٕ تہٕ اتھ ووتھہِ بودِنہٕ باپتھ یکجا گژھُن۔ زبأنی ہُند نظام یُتاہ مضبوٗط آسہِ قوم تہٕ آسہِ تیُتے دوٗر۔ زبان چھےٚ تہذیب تہٕ تمدنٕچ نمایندگی کران۔ کأشر زبان چھےٚ أٹھ شتھ وٕرِش۔ اتھ پوچھرتہٕ ووتھہِ بودِنہٕ خأطرٕ گژھِ اتھ زبأنی منز لیٚکھُن پرُن جأری تھاوُن۔

شہزادہ رفیق: تابش صأب، ماشااللہ تُہی چھِوٕ سأنی مأنی ہتی، زأنی ہتی قلمکار، یہِ کیٚنژھاتوہہِ لیٚوُکھتھ چھُو اطمینن، خداے دِی نو آے، توہہِ چھا کأشرِ زبأنی متعلق کانٛہہ پروگرام بدست؟

ڈاکٹر تابش: میون گوڈنیُک شأعری مجموعہ 'شیرِ لاگے گُلاب' گرٛھِ جلدی شایع۔

شہزادہ رفیق: ادبس متعلق کیا چھُ تُہُند نظریہ، تہٕ کمہِ نظریہکۍ قأیل چھِوٕ؟

ڈاکٹر تابش: سُہ ادب یمُک فأید عام انسانس واتہِ چھُ میانہِ تخلیقاتن ہُنٛد مقصد تہٕ مُدعا۔ أدیب چھُ عوام کِہن جذباتن ہنٛز نمایندگی کران۔ ادب برائے فروغِ زبان تہٕ تنقید برائے تعمیر چھِ زٕ اہم عنصر۔

دأنشور طبقس گرٛھِ ادب، تہذیب، ثقافت، تمدن، زبان تہٕ فن پننہِ شوقُک اکھ اہم حصہٕ آسُن۔ سیٹھاہ جان شأعری باپت چھِ علم و آگہی، شعوٗر، مشاہدہ تہٕ تجربہ اِکنہٕ کٕنۍ۔

شہزادہ رفیق: تابش صأب! ازکالہٕ کِہن نقادن متعلق کیا چھُ تُہُند ظوٗن، تہٕ چھوا یمن نِش مطمین؟

ڈاکٹر تابش: ازکالہٕ کِہن نقادن چھُ غأر جانبدار تنقید کرٕنۍ اہم ذمہ دأری۔ سُہ تہٕ فن پارٕ سنجید گی سان پرِتھ۔

شہزادہ رفیق: تابش صأب! ساہتیہ اکادمی، ریاستی کلچرل اکیڈیمی یا سأنۍ غأر سرکأری ادبی ادارٕ چھِ أدیبن، شأعرن، ترجمہ کارن تہٕ شُری ادبس پیٹھ لِکھن والین حوصلہ افزأیی موکھ انعامہٕ دِوان، اتھ سلسلس گوٚو وارہ کال، مگر عام شکایت چھِ زِ امہِ خأطرٕ چھِ یارٕ زتہٕ برادری اتھ روٚٹ کران، یہِ کتھ حدس تام چھُ صحی؟ یمو سرکأری، غأر سرکأری ثقافتی ادارو کِتھٕ کٕنۍ تہٕ کتھ حدس تام چھُ تُہُندِس ادبی دِتس مانیُت دیُتمُت؟

ڈاکٹر تابش: ایوارڈن متعلق چھُ اکھ سایٹفِک تہٕ شفاف سسٹم بناونُک سوچ تہٕ

اپروچ ورتاونچ بے حد ضرورتھ ۔ تمام أدیب تہٕ شاعر گژھن اتھ سلسلس پٹھ بھروسہٕ کرٕنی ۔ اتھ طریقۂ کارس پٹھ گژھِ قلمکارن اعتبار تہٕ اعتماد آسُن ، یُتھ سسٹم بناوُن چھُ ممکن ۔ بہٕ چھُس نہٕ ذأتی طور ایوارڈن باپتھ لیکھان میأنی کوٗشش چھِ زِ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لُکھ گژھن میأنی تخلیق پرٕنی ۔ ہرگاہ عام لوٗکن میأنی کانٛہہ تخلیق پسند پیہِ سُہ چھُ میانہِ باپتھ بوٚڈ ایوارڈ ۔ انگریزی زبأنی منٛز میون دیُت چھُ عالمی سوٚتھرس پٹھ شاباشی تہٕ پذیرأیی میلان ۔ مےٚ چھِ شیٹھ ایوارڈ وُنیکتام میلۍ متۍ ۔

شہزادہ رفیق: تابش صأب ! تُہٕ روٗدی وُشیرِ کشمیر میڈیکل انسٹی چیوٹس منٛز بحثیت ہسپتالُک سربراہ واریاہس وقتس یا امہِ پتہٕ سعودی عربہٕ تہٕ ، یہِ وق کیُتھ روٗدی تہنٛدِ باپتھ ؟ اسہِ کری توزأنی یاب ؟

ڈاکٹر تابش: پیشہ ورانہٕ زندگی منٛز میوٗل مےٚ موقعہ ، برطانیہ ، امریکہ ، سعودی عرب ہنٛدۍ طبی ادارن تہٕ یونیورسٹی ین منٛز کأم کرنُک ۔ ربّ کاینات سُند عنایت چھُ زِ تمام ادارن منٛز کوٚر کھ مےٚ سبٹھاہ عزت تہٕ حوصلہٕ افزأیی ۔ مےٚ میوٗل موقعہ یونیورسٹی ، ہسپتال ، میڈیکل کالج ، نرسنگ کالج بناونٕکۍ تہٕ ژُکھِ سان محنت کرتھ زانٛہہ مےٚ یہنٛدی دِل ۔ ۱۹۹۸ منٛز کر مےٚ امریکہ ہس منٛز ورلڈ ہیلتھ اسمبلی منٛز ہندوستانٕچ نمایندگی ۔ AIIMS دہلی منٛز تہٕ کرِکھ میأنی کأم وُچھتھ سبٹھاہ حوصلہٕ افزأیی ۔ (SKIMS) سرینگرس منٛز کر مےٚ وژھِ وأنٛجہِ کأم یوسہٕ عوامس بروٗنٛہہ کنہِ چھِ ۔

شہزادہ رفیق: از کالہٕ کٮ۪ن أدیبن ، شأعرن تہٕ نقادن نِش چھوا تُہۍ مطمین ، اگر

چھِو کتھ حدس تام، اگر نہٕ چھِو تمن کیاہ پزِ کرُن؟

ڈاکٹر تابش: کٲشیرِ منز چھِ وارِیاہ شاعر تہٕ ادیب۔ پرٛتھ کانٛہہ چھُ کوٗشش کران زبٲنی ہِنٛدِ پوچھرِ تہٕ پھانٛپھلاونہٕ باپتھ۔۔ کینٛہہ ادیب تہٕ قلمکار چھِ یمو زبٲنی باپتھ وارِیاہ کینٛہہ کوٚرمگرامہِ علاوٕ تہٕ ہیٚکہٕ ہن کرِتھ یُس غور طلب چھُ۔ خلوٗص، نیک نیتی، جذبہ چھِ کٲشرِ زبٲنی ہِنٛدِ بقا خٲطرٕ لازم۔ یِتھ تہٕ پرٛتھ، یقین تہٕ مسلسل عمل چھِ کامیٲبی باپتھ ضروٗری۔ نثرس منز چھِ کم لیکھن وٲلی، اتھ پیٹھ چھُ توجہ دِیُن۔ ریسرچ چھِ وقتُچ اہم ضروٗرتھ۔

شہزادہ رفیق: تابش صاب! کٲشیرِ منز چھےٚ مختلف غٲر سرکٲری ادبی تہٕ ثقافتی انجمنہٕ کٲشرِ زبٲنی ہِنٛزِ ترقی تہٕ پاپرجایی خٲطرٕ کام کران۔ بزمِ ثقافت کشمیر (ہیڈ آفس میمندر شوپین) تہٕ مراز کلچرل سنگم چھن ادبی سرگرمین متعلق کیاہ چھُ تُہٕنٛد خیال؟

ڈاکٹر تابش: تھیکنٕ لایق کام، قابلِ داد، قابلِ تحسین۔

شہزادہ رفیق: تابش صاب! تُہِ تہٕ چھِو اطالب علمی ہِنٛدِس دورس منز وارِیاہن ادبی تہٕ ثقافتی ادارن سٟتی وابستہ رُودی متی، سُہ وق کیٛتھ اوس تُہٕنٛدِ مو کھٕ؟

ڈاکٹر تابش: مأری موٚندتہٕ یادگار

شہزادہ رفیق: ڈاکٹر سید امین تابش صاب! توہہِ سٟتی یہٕ ملاقات بنیو وپزی اکھ تأریخی ملاقات یتھ منز تُہٕنٛدِس ذاتس، فنس تہٕ فِکرِ علاوٕ باقے مسلن متعلق تہٕ سیٚکہٕ شہادت تحریر گے۔ آخرس پیٹھ کری تواسہٕ تہٕ پرن والین تہٕ ییمہٕ کتھہٕ نش زأنی یاب زِ کٲشرِ زبٲنی ہِنٛدِ ووتھِ بوتہٕ ووتھِ واشرِ خٲطرٕ کیاہ پزِ کرُن؟ توہہِ چھا کانٛہہ پیغام؟

ڈاکٹر تابش :) ☆ گرن منز شُری کأشر ہیٚچھناوِنی

☆ ماجہِ زبو پوچھر دِیُن تہٕ لول برُن

☆ ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمن منز اتحاد تہٕ اتفاق

☆ کأشرِ کتابہٕ کالجن، سکوٗلن، یونیورسٹی تہٕ باقے ادبی، تمدنی تہٕ ثقافتی ادارن منز ملٕی ہینگ طریقہ کار سہل تہٕ فعال بناوِنہٕ باپتھ ادبی تنظیمن ہنز اجتماعی کوٗشش چھِ اہم تہٕ مصنف ہنز حوصلہٕ افزأیی تہِ کرِنی۔

☆ ادبی تہٕ ثقافتی تنظیمہ متحرک تہٕ فعال بناوِنہِ۔

☆ کأشرِ زبأنی ہنٛدس لٹریچرس پیٹھ توجہ دِیُن۔ یُتھ شُری اہم تہٕ کارآمد موضوعن پیٹھ ماجہِ زبِو منز پرن، لیٚکھن تہٕ ہیٚچھن۔

☆ ڈِجِٹل (Digital) ٹیکنالوجی ہُنٛد استعمال۔

☆ موجوٗدٕ دورِ کِس انتشار تہٕ مُشکل حالاتن منز ہیکہِ ادب دُنیہس منز اتحاد تہٕ اتفاق تھاونس منز قائدانہ رول ادا کٔرتھ۔

☆☆☆

# جگرٕچ دٔگ لٔلوان تابش

پروفیسر شاد رمضان

شاعری چھِ پننِہ کینژہہ مقررتہٕ مشخص اصول تہٕ قاعدٕ تہٕ شاعرس گژھِ یمن مقرر تہٕ مشخص اصولن قاعدن ہُند علم تہِ آسُن تہٕ یِہُند ورتاون ول تہِ بدٔس آسُن ۔ شاعرس گژھِ شعر زبأنی ہُند ادراک تہِ آسُن تہٕ لفظن ہِند بن پاسل معنوی امکاناتن تام واتنیار تہِ ۔ لفظن ہندس استعاراتی تہٕ علامتی اظہارس گژھ قاری تہِ شاعرٕ سٕندی پأٹھی وأقف آسُن ۔ نتہٕ کتھ کٔنز ہیکہِ شعر پرن وول قاری مرزا غالبؔ سندِس ''کاغذی پیراہن'' کس تواریخی تہٕ ثقافتی پۆت منظرس تام وأتتھ، شمس فقیر نِس راز ہونز، راتہِ موغل تہٕ کاوُسندس تمثیلی اظہارس پرزٕ نأوتھ تہٕ وہاب کھارن ہٹہِ کہِ رتہٕ شمع زألتھ ظلماتہٕ لعل پرزٕ ناوُنک عمل، کتھ تربس فکر۔ امہِ قسمُک تجربہٕ ہیکہِ کأنسہِ حبسہٕ بہدار شخصس تہِ اُستھ یا کانسہِ اسرار پسند صوفی لیس تہٕ ۔ اما پۆز تم ہیکن پننِس تجربس تہٕ تجربس منز وو پدیمتس صوٗرتِ حالس منز شاعرٕ سٕندی پأٹھی لفظ بأوتھ تہٕ سپدن امہِ باپتھ بے قرار۔ گویا شاعرس منز چھےٚ تجربہٕ علاوٕ تجربہٕ باوُنک وٚتش تہٕ تجربس استعارأتی تہٕ علامتی اظہار دنک تخلیقی ہُنر تہِ موجود آسان تہٕ قاری لیس تہٕ گژھِ شاعر سندِس اتھ لسأنی اظہارس تام واتنیار آسُن ۔ یہِ لسأنی صلاحیت ہیکہِ کانسہِ عألمس تہِ تہٕ کأنسہِ معلومأتی ادب لکھن وألس تہِ اُستھ ۔ اما پۆز تہنز سو

لسأنی زان چھنہٕ تخلیقی آسان بلکہ معلوٗماتی یعنے شاعر چھُ پٔنُن تجربہٕ تتھٕ پأٹھی باوان زِ سُہ تجرُبہٕ چھُ ورتاونہٕ آمتین لفظن صورت پرٛاوان تہٕ تجرٕ بچ یہے زندٕ زُولسأنی صورت چھےٚ پرن وأرِلس قاریس تجربہٕ کِنہِ معنوی امکاناتن ہندی دریچہٕ وٕتھی ترٛ اوان، بشرطیکہ پرن وأرِلس قاری یَس یێلہِ لسأنی عرفان آسہِ۔ حالانکہِ یرٛ ھ ہِش لسأنی صورت چھےٚ معلوماتی تحریرس تہٕ آسان۔ اماپوٚ زاتھ معلوماتی تحریرس منٛز باونہٕ آمُت خیال یا سوچ ہکہِ نہٕ پرن وأرِلس آورأوتھ یا دگ محسوس کرنأوتھ۔ یوٚ تام زِ شاعرسنٛزن مبالغہٕ آمیز کتھن خیالن تہٕ تجربن منٛز چھُ قاری ہێنہٕ یوان تہٕ حظ پراوان تہٕ تِمس چھُنہٕ باونہٕ آمژ مبالغہٕ آمیزی کُن ظوٗنے گرٛ ھان تہٕ نہٕ چھُ حظ پراونس دوران باونہٕ آمتس غارحقیقت پسندئ وِ یس سنان۔ شاعر چھُ حیات تہٕ کاینات کِنہِ معاملن مسلن تہٕ ورن وأرِی داتن ہُنٛد دودجگرچ دَگ اندری للوان تہٕ رحمان ڈار سندی پأٹھی کلھم انسأنی صورت حالک آدمی وبداکھ بنأوتھ خوبصورت لسأنی اظہارس منٛز باوان۔

یہِ دود نرن مادن تے
چھُم گرٛ ھان برأنتی نادن

صوفی عقیدٕ موجوب چھُ یہِ سُے دودیُس آدمس جنتہٕ منٛزٕ نبر کڈنہٕ پتہٕ پیٚتران ووت۔ علامہ اقبالؒ چھُ أتھی ازلی دأدِس آدم سُند احتجأجی وبداکھ بناوتھ پیش کران۔

باغ بہشت سے مجھے حکم سفر دیا تھا کیوں
کارِ جہاں دراز ہے اب میرا انتظار کر

تہٕ محمود گاٲمی چھُ اتھ نہٕ اندن وول نیاے وٕنتھ فری یاٲدی کرکھ بناوتھ اجتماٲیی صورتھ دوان۔

کر سہ میون نیاے اندے

ماٲری مندے مدن وارو

صوفی شاعری منز آوی یوہے ازل نیاے جُزتہٕ کل اصطلاح ہن ہندِ وسیلہِ باونہٕ۔ جز چھُ پننہِ اصلی آگرٕ نِش ژھٕنہٕ گژھِتھ کلس ستی واپس رلنُک طلبگار۔ یعنے قطرٕ چھُ توٚتام بے معنے یوٚتام نہٕ سُہ جُزس ستی واپس رلہِ۔ قطرٕ چھُ سوٚ درنشہِ ژھٕنہٕ گژھِتھ کریشان تہٕ جداٲیی ہُند دود للوان تہٕ جداٲیی ہُند یوہے دود چھُ اندٕ وندٕ چہِ شاعری منز آدی وبدٕ اکھ بٔنتھ تراوان آمت۔ سو چھےٚ بیاکھ کتھ زِ پرٕ بتھ شاعرس چھُ پنُن پنُن باوٕ ژٕ وطیرٕ تہٕ تتھ باوٕ ژٕ وطیرٕ س پنُن مخصوص لہجہِ آہنگ تہٕ اسلوب یُس تسنز شاعرانہٕ شخصیت تعمیر کران چھِ۔

کاشرِ شاعری پرٲوی تہٕ چھاٲوی کینہہ اہم پڑاو تہٕ پرٕ بتھ پڑاوس چھےٚ پننہِ موضوعی، ہیتی تہٕ لسانی اعتبارٕ پننٕ خاص اہمیت افادیت تہٕ لگہاری۔ أزی کِس ہمکال پڑاوس پیٹھ چھُ شاعرن ہُند اکھ بوٚڈ کاروان روان دوان۔ اتھ کاروانس منز چھِ بزرگ کہٕ قداور شاعرن سان کینہہ تتھی شاعر تہٕ شامل یِم ادبی تہٕ عوامی سوٚتھرِس پیٹھ زیادٕ متعارف تہٕ مشہور نہٕ آسنہٕ باوجودتہٕ پنُن تخیلی سوچ تہٕ تخلیقی شوق رٹنٲوِتھ اچھرن زبوانان چھِ، امی قبیلہٕ کین شاعرن منز چھُ سید امین تابشؔ یُس پیشہِ کِنۍ ڈاکٹر چھُ تہٕ مزازن شاعر۔

سید امین تابشؔ سنز شاعری ہند موضوعی مطالعہٕ چھُ باوان ہاوان زِ تابشؔ

چھُ کأشرِ شأعری ہنٛدِس رِوٲیتی کھو جدید فکری پۆت منظرس وٲقف تہٕ تمہِ نِش چھُ استفادٕ تہِ کران۔ یوٚہے مقصد تہٕ استفادٕ چھُ أکِس حبہٕ بٔد ار شأعرس تخیلی تہٕ تخلیقی اعتبارٕ کشادٕ ذہن بناوِتھ شاعری ہندٮ۪ن مختلف سرحدن ہٮ۪تی متعارف کران۔ حالانکہِ اتھ معاملس تہٕ استفادس منٛز باگ گژھِ اکھ شاعر پنٕنی منفرد شاعرانہٕ شخصیت تعمیر کرُن یَس پنُن مخصوص لہجہِ، آہنگ تہٕ اسلوب آسہِ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ چھُ امہِ باپتھ جتن کران تہٕ پنُن خاص شعر مزاژ قایم کران۔ سید امین تابشؔ چھُ یہِ جتن کران تہٕ پنُن مخصوص شعرِ مزاژ رچھان، یُس یہنٛزِ شأعری ہند وصف تہِ چھُ تہٕ اسلوبیٲتی ول تہِ، انڈٕ وندچہِ شاعری ہنٛدی بیشتر موضوع چھِ ہوی تہٕ پرٛتھ موضوع چھُ پننِس مخصوص فکری نظامس تحت پھبان تہٕ پھاپھلان، اماپوٚز کنے موضوع آسنہٕ باوجود چھُ اکھ شاعر بیٚیہِ کِس شاعرَس نشہِ مختلف آسان۔ یا ونو زِ مختلف شعر تخلیقن منٛز اکے مضمون آسنہٕ باوجود چھُ پرٛتھ تخلیقَس پنُن الگ الگ وجود تہٕ پرٛتھ وجودَس چھُ پنُن پنُن انہار تہٕ آکار۔ مہجورن ورتاوی رُسل میرِنی واریاہ مضمون پننٮ۪ن شعرن منٛز تہٕ بڈٕ ہٹہِ کوٚرُن پانس متعلق رُسل میر آسنُک دعویٰ تہِ، اماپوٚز دوشونی شأعرن ہُنٛد ورتاو، رٲویہ تہٕ آہنگ، اسلوٗب چھُ کتہِ کور بیون تہٕ بدوٗن۔ بقول کسے: اکھ چھُ استعارتہٕ بیاکھ چھےٚ تشبیہ۔ سو چھِ کرٛالنہِ پٹھ احد زرگرس تام چھُ سارنے کأشرٮ۪ن صوٗفی شأعرن موضوٗع اکُے، اماپوٚز تہٕ گرتھ تہٕ چھُ پرٛتھ کانٛہہ شأعر اکھ أکِس نِش مختلف۔ دراصل چھُ موضوٗع بجایہِ موضوعُک ورتاو اہم۔ شعرس منٛز باونہٕ آمت مضمون چھُ شعرِ زبأنی ہنٛدِ ورتاوٕ ہٮ۪تی عامیانہٕ تہِ بنان تہٕ اعلیٰ صوٗرت تہِ پرٛاوان تہٕ لفظن ہُنٛد یوٚہے ورتاون وَل چھُ شأعرٕ سنٛدِ تخلیقی وُسجارُک تہٕ وہراوُک نوٚن نیب۔

امہِ اعتبارٕ چھُ موجوٗدشاعری ہٕندِس تازٕ صوٗرتِ حالس منٛز سید امین تابش پننہِ شعرٕ زبأنی ہُند ول تہٕ ورتاوٕ ژھراونٛک شعوری جدوجہد کران تہٕ صحراوس منٛز راونہٕ بجایہِ پٕنُن پان بساوُن چھےٚ تِسنٛدِس شعری کردارس شعوٗری کل ۔ بقولِ للؔ: 'کل چھےٚ انسانس تتھ شہرس واتناوان۔ یتھ شہرس تس گژھُن مقصد آسہِ'۔

موجوٗدٕ دورچہِ کأشرِ شأعری منٛز پھاپھلن وول روحجان چھُ ذأتی تہٕ انفرأدی بجایہِ انسان بحیثیت انسان سندِس صوٗرت حالس زبوٗانان ۔ یہِ انسان چھُنہٕ مقامی حالاتن منٛز زندگی بسرکرن وول کانٛہہ سمأجی فرد بلکہ انسان یُس حساس ہٕنتھ حیات تہٕ کاینات ہِکس ازلی صوٗرتِ حالس منٛز پانَس تہٕ پننِس وجوٗدَس ژرژان چھُ ۔ انسأنی سونٛچکی أمی صوٗرتِ حالن دیٚنت أکِس تِتھِس تفکرس، روی یس تہٕ ردِعملس زایُن، یٚیمیُک نمایاں اظہار زندگی ہندِ بے معنہِ آسنُک خدشہِ تہٕ خوف چھُ ۔ امہِ قبیلہٕ کِبن شعرٕ تجربن منٛز چھےٚ ذاتچ ہِکفیٔژ، تنہأیی تہٕ مویوسی ہُند دوکھ تہٕ انسأنی بے بسی تہٕ بےکسی ہُند احساس باوتھ پژاوان امین تابشؔ سندبن شعرن منٛز تہِ چھُ یوٗ ہے وبدا کھی آلومژ ژُلان۔

کاینا ژُک اصل کس یِیتہِ فکرِ تور کس لج خبر
أسی کھڑا سونٛچتھ تھکان نالس رٹان دامن ژھوٹان



شام و سحرک سلسلا اکھ آش اکھ اکھ کشمکش
کانٛہہ چھُ حأران کانٛہہ پریشان کانٛہہ دوان دوران روان



آے گے لکھ ساسہٕ بٔڈی ییٚتہٕ رۄدُکس دَپھ روز کُس
وتھ ژھوٹان زیٹھان تہٕ روزان بس چھِ قدمن ہنٛدی نشان



حأری شاتن غمن تہٕ زخمن ہُنٛد
دل تہٕ جگرک کرو حساب پکو
نبصف رأژن ووٗھُن تہٕ اوش ہارُن
بے قرأری تہٕ اضطراب پکو



ہوشہِ والِبن تہٕ گاٹلبن مہ پرژھ
مٔتی دوان آش بار بار ژٕ یِکھ



یُس تہِ بُتھِ پیٚو پریشان وُچھم
یُس وسُے چھ بے قرار ژٕ یِکھ

یِمن شعرن منٛز ووتلاونہٕ آمُت سوال چھُ انسأنی زندگی ہنٛدسہٕ ازلی سوال یُس ازتام لاجواب چھُ تہٕ زندگی ہنٛدِس انتم اندس تام روزِ جوابُک طلبگار۔ امہِ سوالُک ٹیٚوٹھ احساس رۄدپرٕبتھ حساس انسانس وچھ کۄران تہٕ پپاس ٹلان۔ بقولِ شاد رمضان:

نہ ژھوکاں چھِ، اچھر آگر نہ کران قلم جوابے
یوس تشنہٕ رۄز وأنسن یہٕ چھے تژھ عجیب کتابے

زندگی ہنٛز کتاب ہے کأنسہ فکرِ ترٛمٕ آسہے تہٕ شاعرس کتھ ووتھِ ہے وبودر۔

تمناؤں میں الجھا یا گیا ہوں
کھلونے دے کے بہلایا گیا ہوں
ہوں اس کوچے کے ہر ذرے سے واقف
ہزاروں بار یاں لایا گیا ہوں

زندگی چھےٚ اکھ پزٚژھ تہٕ پزٚژھ کھولنٕک سِر گوٚونہٕ اَزتام فاش۔ وُنبہٕ تہٕ حرفک اسرأری عالم چھُ امہِ پزٚژھ ہٕندی مرکزی محور، یوٚت واتُن کأنٕسے ممکن سپُدنہٕ۔

سید امین تابشؔ چھُ عصری زندگی ہندٚن مسلن أکِس حساس سماجی فرد سندی پأٹھی ژینان ژرژان تہٕ شعرن منٛز باوتھ دوان۔ عصری کرب کُس حساس شاعر چھُنہٕ باوان، اما پوٚز باون وطیرٕ چھُ پرٛتھ کأنٕسہِ پنُن۔ امین تابشؔ چھُ پننس مخصوص لہجس منٛز گاہے سیدِ سیوٚد تہٕ گاہے ورگہٕ پأٹھی ازکین کربناک حالاتن زبو دوان تہٕ دوشوے اظہار چھِ خوبصورت، دلکش تہٕ اکھ أکِس نِش مختلف۔ شاعر سنٛز ہنرمندی تہِ چھےٚ یِی زِ تسُند پرٛتھ باون انداز تہٕ انہار آسہِ پرن وألی سُند باوتھ، معنے پرورتہٕ لگہار۔ أزی کِس انسان ہٕندٚن عصری حالاتن ہُند کرب چھُ تیٚژھ ورگہٕ باوتھ پزاوان زِ شعرس نیرن بدل بدل تاویل، تہٕ معنوی امکانن ہٕندی یِمے تاویل چھِ شعرس پرٛتھ قبیلہٕ کِس پرن وألی ہٕندِ باپتہٕ اتھ زمانس منٛز لگہار تہٕ یِہے چھےٚ شاعری ہنٛز افأدِیت تہٕ۔

راتھ کُمی شہرس اندر وزنأوی یِیٚتہِ مزٕ نندرِ لٕکھ
رأوی ٕتی ژھانڈان چھِ کس یِیٚتہِ رووگس کُس ونی دوان

ئِتیٚ نمرود آے تہٕ ین کأتیاہ
پڑھ مہ راوڑ مہ کر حساب پکو



تم ٹھرِ ن پٹھ تھأوی تن ٹھری بے شمار
شوق چھُنہٕ سفرس اندر منزل وچھان



ساسہٕ بُدی تدبیر ازماوان رودی
صبرو ایثارس چھِ کأتیاہ امتحان

شاعر سُند عام فہم اظہار تہٕ چھُ تمہِ ساعتہٕ خوش کران ییلہِ خیال جذباتن ہُند وردن لاگان چھُ امین تابشؔ سٔندی امہِ قبیلکی شعر تہٕ چھِ کربناک، عصری حالاتن ہُند داستان باوان، ییٚتہٕ دود چھُ تہٕ داد چ دگ تہٕ، ییٚتہٕ غم تہٕ چھُ غمُک وبدا کھ تہٕ، ییٚتہٕ اضطراب تہٕ چھُ تہٕ اضطرا بُک آہو فغان تہٕ۔ امہِ قبیلکی شعر چھِ ینہٕ والین زمانن ہندِ باپتھ پننہٕ ہمکال زمانکی چشم دید گواہ۔ یِمن شعرن ہنٛز یژھ ہش لگہأری چھےٚ شاعر سُند تواریخی شعور تہٕ باوان تہٕ پننین تہٕ پانس اندی پکھی روزان والین لوکن نسبتھ پنُن امارتہٕ تہٕ تمہِ امارٕچ دگ تہِ ہاوان۔ پرٛتھ شاعرس چھےٚ پننہٕ زمانٕچ آگہی آسان۔ یوس تسند ین شعرن منٛز اکہِ نتہٕ بیٚہ کہِ انہارٕ اظہار لبان چھےٚ۔

سُہ خوف أر کرتھ زبو پھرکان ضمیرٕس منٛز
نجات زون متیوٚ تام قبر تہٕ خاموشی

(رحمٰن راہی)

اماپۆ زاتھ عصری آگہی ہمکال زمانہٕ کیٚن ہنگامن منز سیٚد سیٚو داظہار دیُن چھُ ہنامشکل ۔ امین تابٕش چھُ ہنگامن ہنٛد زرٹاکارٕ پأٹھی باوان تہٕ پننہٕ جگرٕ چ دگ تمن تہِ محسوس کرناوان، یمن یہ دگ پہتر اونس چارے رودنہٕ ۔ ہمکال شاعرسٕنز زبو عصری زندگی ہنٛد آشوب تہٕ تمہِ آشوبک ٹاکارٕ اظہار:

یێتہِ چھُ اکھ اکھ ژیوہ کڈن بوٗڈ مشکلا
یێتہِ چھِ اکثر بے گوناہ دارس کھسان۔



برونٛٹھٕ کنہِ ونی اوس کوٚت جانانہٕ گوٚو
ساسہٕ ئدی لُکھ نالہٕ متہِ ژھاین رٹان



انزراوِ گُس یێتہِ نیاے وٚلُمت نال فریبن
وچھہن تہٕ سنہٕ ہن اَز چھِ کیٛاہ حالات زمانس
داوس چھِ لگِتھ زندگی بدلاو گُس حالاتھ
ربّ زانہِ اسی کیاز لبٕھتھ لانہِ کرہنی راتھ
نذرانہٕ دژامس مے پنُن دِل تہٕ دتُن غم
وعدٕس تہِ پھرُن بُتھ تہٕ دتُن ماسہ شہل ساعت

یمن شعر بندن منز باونہٕ آمُت عصری زندگی ہنٛدِ وبد اکھی آلو تہِ بوزی تو:

بے عار ہرِد واون زٕ رأوی گُل تہٕ گُلشن
اسمان دیاں تہٕ نالان اڈٕ پھٔلی گولاب کوٚت گے

| | |
|---|---|
| ییٚتہٕ ماجہِ خون ہاران | مالِن چھِ شاہ ژھوکیومُت |
| ییٚتہٕ بادے دگ چھِ للوان | اڑٕ پھٔلی گولاب کوٚت گٔے |
| ژٕدون چھُ سبزارن | ماتم چھُ آبشارن |
| بستی یہ کُس چھُ زالان | اڑٕ پھٔلی گولاب کوٚت گٔے |

لول چھ قدیم کالہٕ پیٹھے شاعری ہُند اکھ اہم موضوع رُودمُت، ییٚتہٕ عاشق تہٕ معشوق سندی ہاوس تہٕ ارمان تہٕ یمن ہاوسن تہٕ ارمانن ہندمیل پزٕاون وول اشتیاق باوتھ پزٕاوان چھُ۔ ووں گوٚوپزٕانہِ شاعری مقابلہٕ چھُ ازی چہِ شاعری منز زمینی لولُک تہٕ یمی میٚژ ہندِس معشوق سندصدائے بازگشت ووتلان وولسان، یتھ پنُن نوٚو آہنگ اسلوب چھُ تہِ اتھ نِوس آہنگس اسلوبس چھےٚ نو زبان، نوٚو لہجہٕ تہٕ نوینہٕ اصطلاح سأزی۔ بیاکھ توجہ طلب کتھ یہِ زلولہ شاعری منز محبوبَس مونث یا مذکر (زنانہٕ یا مرد کردار) آکاردنہٕ ستی چھُ شعرن ہند معنوی امکان محدوٗد سپدان۔ یاونو یتھٕ کٔنی ژِشعرس منز ووتلن وول بوزکھ کردار ہرگاہ سیدِ سیوٚد مذکر یا مونث آکار پزٕاونہٕ شعرکین تاویلن ہندی درواز چھِ وتھی گژھان۔ سیدامین تابشؔ تہٕ چھُ نِو زبأنی ہندِن نوینہٕ اصطلاحن منز ہجر وصلُک اشتیاق رنزناوتھ پنِس معشوقَس پنُن تعشوق باوان۔ اہندِن شعرن منز پھاپھلن وول محبوب چھُنہٕ کانٛہہ مخصوص بالافطری یا زہنی انہار آکار پزٕاون وول فرد۔ بلکہ چھُ اکھ تیٚتھ محبوب شخص ہاونہٕ آمُت یُس تابشؔ ہِندِن لا شعورکین تہہ خانن منز بستھ چھُ، یُس تصور تہٕ احساس کین کوٚنن کوٚنن منز پیو ستہِ چھُ۔ لاشعورس منز بِستھ اتھی امارس چھِ تتھی ہوی خوبصورت شعرزبوان، ییٚتہٕ

انتظارُک کرب تہٕ ینک امار میٖل پڑاٚ وتھ وولسان تہٕ ووشلان چھُ۔

میٲنی تھکہٕ پیٚنڈ وُچھِتھ مہ گڑھ حاٚران

انتظارس چھِ آبشار ژٕ یِکھ

دود جگرک ووتھان ووتھان اکثر

یاد کوٗران چھِ بار بار ژٕ یِکھ

ہوشہِ واللبن تہٕ گاٹلبن مَہ پرژھ

مُتۍ دوان آش بار بار ژٕ یِکھ

آزماوُن چھُ نارٕ سٔدرس ترُن

شوق بے وایہِ چون امار ژٕ یِکھ

دوستن ہندۍ خار کٔیاہ وۄپکۍ ستم

زندگی نوِ سرٕ لکھان افسانہٕ میون

وگنہِ ونہِ وُن زون تارکھ نو بہار

اکھ طلسماتاہ تہٕ بیٚیہ جانانہٕ میون

دٕہیکۍ غم چاٲنی غم، کم، حاٚرۍ ثاتھ

جامہٕ ژٹاوان پٔنُن بیگانہٕ میون

ژاٚنگی رہیہِ تام رو کران راتس

سُلہِ فولن گل تہٕ نوبہار ژٕ یکھ

تھکہٕ پینٛچہِ برونٛہہ کنہِ آبشار انتظار کرناونک پیکر چھُ اکھ تیٚتھ خوبصورت منظر ووتلاوان یتھ منزٕ اکھ ڈرامایی صورت حال پھبان چھِ۔ اتھ ڈرامایی صورت حالس

منز چھُ بوزُ کھ تہٕ باوُکھ (عاشق تہٕ معشوق) سندی زٕ ویڈی کردار یُس تجربس زندٕ وجود بخشِتھ شعرس معنے آفرین بناوان چھِ۔ شاعرس نِش چھنہٕ عاشق سٕندس مکانس، جایدادس، ہاوٕ باوس اہمیت بلکہ تتھ شوقل جذبس یُس آبشارس انتظار کرناوان چھُ۔ تِتھُے ہیوٗ احساس ہتھ چھُ قتیل شفایی سُند خوبصوٗرت لِسانی اظہار تخلیقی عروج پڑاوان۔

ان ہی پتھروں پہ چل کر گرا سکو تو آؤ

میرے گھر کے راستے میں کوئی کہکشاں نہیں ہے

شعرس منز ییٚلہِ محبوب سند عکس کانٛہہ مخصوص انہار پڑاوِنہٕ، تیٚلہِ چھےٚ حقیقی یا مجأزی معنین ہنٛز بندتہِ موکلان تہٕ تاویل کڈنہٕ وزِ چھنہٕ شعر موضوع یا مضمون کہن حدن منز قأدروزان تہٕ شعرس منز ووتلن وول کردار یا محبوب چھُنہٕ کنہِ مخصوص مکتب خیالس گنڈتھ روزان تہٕ یوہے چھُ تخلیقی تجربُک حسن تہِ یہِ حسن چھُ تابش سند ہن شعرن منز تہِ دیدمان:

زون تارکھ تہٕ آفتاب رواں

عالمس انتظار انتظار ژٕ یکھ



ژأنگو ریٚہہ تام روو کران راتس

سلہِ پھولن گُل تہٕ نوبہار ژٕ یکھ

یتھی ہوی شعر ہکو کھ نقشہِ مزازٕ شاعری ہندِس گنجینس منز شیرِتھ پرِتھ۔ امہِ قسمکی نعت چھِ مشرقی زبانن منز لکھنہٕ آمتی، یِمن منز ننہٕ وانہٕ رحمتہ اللعالمین حضرت محمد مصطفےٰؐ ہن ہُند نام پاک ہنہٕ آمُت چھُنہٕ۔ امہِ قبیلہٕ کہن نعتن یا نعتیہ شعرن ہنٛز

تخلیقی اہمیت تہٕ معنوی لگہٲری چھےٚ زیادے پہن قابل توجہہ تہٕ قابلِ داد۔

وہ شام ابرو، وہ چاند ماتھا

وہ آنکھ شمعیں وہ ہونٹ جمیں

وہ رحمتوں کا عظیم والی وہ برکتوں والا آسمانی

دعاوں کے راستے

زمیں کی گرمی یہ چل رہا تھا

وہ دشمنوں میں گرا ہوا تھا (صلاح الدین پرویز)

کاشر شاعری چھےٚ ترقی شوٗیاتٕک اکھ خوبصورتھ تہٕ معنہِ سوو تسلسُل تہٕ مزرتی شعر منعن منز چھُ نعت اکھ اہم موضوعی شعرذاتھ، یٚمیک بجرامہِ کِس عظیم تہٕ لاثانی موضوعَس منز پوشیدٕ چھُ یعنے آنحضورنٛ ہندِ شکلِ وشمایل تہٕ تہنز سیرتِ پاک، یاونو تہُند جمال تہٕ جلال۔ پٔنِس ٹاٹھِس محبوب سنٛد گوڈنیک نعت خواں چھُ پانہٕ پروردگار یٚمیک واضح اشارٕ قرآن مجیدُک یہِ حکم چھُ:

اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَ یُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوا صَلُّو عَلَیْہِ وَسَلِّمُو تَسْلِیْماً

(خداوندِ کریم تہٕ تِسنٛدی ملایکھ چھِ نبیٛ یَس پیٹھ دوردسوزان، اے ایمان والو تُہیہ تہٕ سوز وٚتمن پیٹھ درددوسلام)۔

کأشرس منز گوٚ وامہِ مقدس صنفہِ ہُنٛد دسلابہٕ شیخ العالمؒ سُنٛد بوشرہ کھوٚ ستی تہٕ ازتام روٗد پرٛتھ اکھ شاعر بُجہِ ہُنٛد سٹھرکون ہتھ پننہِ تاشوقٕک شوق رچھان۔ سید امین تابشؔ تہٕ چھُ یو ہے تاشوق رچھان رچھان پٔنِس ٹاٹھِس پیغمبرس پٔنٕن نذرانہٕ سوزان:

یژھ تہٕ پژھ سرمایہٕ یس بَس لول چون

اکھ قراراہ بے قرارس یا نبیؐ

☆

عظمتس چأنِس نمان عرش و فرش

قاب و قوسین انتظارس یا نبیؐ

☆

شافعِ محشر شہہٕ لولاک چھکھ

یی لیکھتھ پرٛتھ اشتہارس یا نبیؐ

☆

ژٕ تیکمیل دین چھُکھ ژٕ نورِ مبین چھُکھ

بےٚ معنے ژٕے روٗس پرٛتھ سفر اللہ اللہ

ژٕ ختم الرسل چھُکھ ژٕ شاہِ امم چھُکھ

چھُ ما کأنسہِ بیٚہِ یتھ بجر اللہ اللہ

عاجزی تہٕ انکسأری چھےٚ عقیدت کہِ ایثارُک وصف، یُس پژھ ہندِ لولہِ گوٚٹ گاشراوان چھُ:

خون دِل ہاران چھُ تابِشؔ روز وشب

دِل رچھُم حض دِل بیمارس یا نبیؐ

......☆......

چھُ کیاہ تابِشسؔ غم غلاماہ چھُ چونُے

گوناہن کرس در گذر اللہ اللہ

مرثی لکھان لکھان چھُ امام حسینؑ ہن یمن لفظن منز خراج تحسین سوزان:

حسین نورِ مجسم نورِ یزدان

چھِ ظلماتن اندر کیاہ ماہِ تابان

حقس پالاں تہٕ دینس زندٕ تھاوان

چھےٚ سارے زندگی تفسیر قرآن

سُہ تلوارن تہٕ نیزن سینہٕ داران

چھُ کُلمُک رأچھ در بس پوٗز چھُ گاران

ڈاکٹر امین تابشؔ چھُ شعرتہِ لکھان تہٕ نثرتہِ تہٕ کُنہِ کُنہِ چھِ ترجمہٕ تہِ کران۔ پننہِ پننہِ اعتبارٕ چھِ تابشؔ واریاہ آوُر، اماپوٚز اتھ آوریس دوران تہِ روٗدتسنٛد اندرم تخلیق کارپنن قلمی شوق رنزٕناوان رنزناوان تخلیقی تہٕ روحائی تسکین پرٛاوان۔ پنُن پیشہِ کس آسہِ نہٕ ٹوٹھ، مگر اندرم تخلیق کار چھُ بہر حال پیشہِ ورانہٕ زندگی پیٹھ حاوی سپدان تہٕ سوٚے چھےٚ تفصیر خود اعتمادی تہٕ خود مختاری ہنٛز دلیل تہِ تہٕ خود کفیل آسنٛک آرزوتہِ۔ سید امین تابشؔ چھُ یوہے خوش پسند آرزو ہیتھ ازٕپنٛنہٕ" چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو" عنوانہٕ ڈألی بازرکڈان یوس شاعری سان پانژن بابن پیٹھ پھٔہلتھ چھےٚ۔ مےٚ چھُ یقین زِ کأشر زبأنی باپتھ سپدِ یہِ ضخیم کتاب بارآور ثأبت۔ سید امین تابشؔ ہنٛز وأنسہِ ہندی حأصل نیرِ تسند بن قلمی امارن پھروژ۔ انشاءاللّٰہ۔

تأبشٕنی شعر عمر ہند حأصل

ہر سوالس دوان جواب پکو



## علم تہٕ عرفان

علم تہٕ عرفان چھِ تابش صأبنی کأشرِس ادبس بیٛاکھ ڈألی ۔ یہِ ضخیم کتاب یتھ منٛز مذہب ، تصوف ، مذہبی عألم ، مورخ محقق ، فلسفہ ، طب ، أدیب ، شأعر ، مُفکر ، معلم تہٕ قدآور سائینسی شخصیژن ستی وابستہ زندگی تہٕ عرفانن متعلق ۱۳۱ تفصیلی مطالعہ شأمل چھِ ۔ کتابہِ ہُند گوڈنیُک مقالہٕ چھُ کأینات کِس سارِوے کھوتہٕ عظیم مرتبہٕ وألس ٹأٹھِس پیغمبر حضرت محمد مصطفیٰؐ صلی اللہ علیہ وسلم سٕنْدِس شانس منٛز تہٕ کتابہٕ ہُند اأخری مقالہ چھُ وُہمہِ صدی ہِنْدِس مشہور لیڈر نیلسن منڈیلاہس متعلق ۔ پرٛتھ اکھ مقالہٕ تہٕ مضمون چھُ تحقیقی بنیادن پیٹھ مٕنی سید امین تابش سٕنْدِ علمی مطالعُک نیب دِوان ۔ بیٛاکھ توجہ طلب کتھ یہِ زِ کتاب پران پران چھُ باسان زِ تابش چھُ علمی بنیادن پیٹھ صحی کتھ ونان تہٕ تِس چھُ لُکن ہِنْدِس اندرونس تام واتنُک ادراک تہِ ۔ در دِس کتاب چھےٚ یِمہٕ پزرٕچ گواہ زِ ڈاکٹر تابش چھِ سوخن فہم تہٕ تہِ سوخن شناس تہِ ۔ سارِوے کھوتہٕ اہم پزر چھُ یہٕ پٔنٕنس علمی ادراکس چھُس زبان تہٕ باوتھ دِنی تگان یوسہٕ أکِس کامیاب قلم کارسٕنز نشأنی چھےٚ ۔ علم تہٕ عرفان کتاب پرٕتھ چھُ یِمہِ کتھِ ہُند باس میلان زِ تابش چھُ اکھ کامیاب نثر نگار تہِ یُس لفظس لفظس سنان چھُ تہٕ حرفس حرفس کا کدس پیٹھ کامیأبی سان تاران چھُ ۔ دپان علمس یِوٚ تانی نہٕ عرفان آسہِ توٚتام چھُنہٕ علم مُشک ژھتان ۔ دِردِس کتابہٕ ہِنْدِس علمی تاثراتن چھےٚ عرفانٕچ خوشبوے بارآور بناوان ۔ یہٕ چھُس ذأتی طور ڈاکٹر سید امین تابش صأبس اتھ ادبی کارنامس پیٹھ مبارک پیش کران یُس پٔزی پأٹھی کأشرِس منٛز اہم کارنامہٕ چھُ ۔



# کاشرِ زبٲنی ڈاکٹر سید امین تابش سُنٛد دیُت

عبدالخالق شمس

کٔشیرِ کیا زِونان پیر وٲر......شاید اوٚ کنہٕ زِییٚتہِ چھِ گامہٕ گوم پیر، بزرگ، صوٗفی تہٕ دیٖنکی دٲعی موجوٗد۔ یِہنٛدی اسلاف أسی ازتہِ بخاری، اندرابی، گیلانی، جیلانی، ختایی تہٕ ہمدانی خطابوزانان چھِکھ ۔ یِہنٛدی تربت ازتہِ گامہِ گوم مرجع الفلایق چھِ تہٕ سأنی کأشری وأنستھ لوٗکھ تہٕ سانہِ ان پر ماجہِ چھےٚ ازتہٕ یِمن سعد صاب ناوٕ یاد کران، یہِ چھُ یِمنےٚ ساداتن ہنٛدِ بدولتہٕ زِ پرٛتھ طرفہ چھُ گلستانِ اسلام برجستہٕ پھُلے چھاوان ۔ تأریخی شواہدو مطأبق آے یِم سادات مذکورٕ جایوٕ تہٕ پھٔلر ووٗکھ یتھ بُترٲژ امن وسکون تہٕ عوامی رضامندی سان یِییٚتہِ اسلامُک بہار پننہٕ عملی کردار تہٕ دُر فشان گفتارٕ ستی ۔ یتھ اندر حضرت عالی جناب عبدالرحمٰن شاہ بلبلؒ، کشمیری ہنٛدِ دٔسلابہٕ پتہٕ بوٚڈ رول ہمدانی ساداتن ہُنٛد چھُ، یِم اکھ بوٚڈ قافلہٕ ہیتھ تشریف آور سٔیدی تہٕ وأتی عام کأشرس تام اسلامُک برکتہٕ وول گونگل ہیتھ ۔ یِموے ہمدانی ساداتو اندر چھِ سانہِ یِمہِ لیکھنُک مہرازٕ سید محمد امین ہمدانی تہٕ یِم ادبی تہٕ طبی دُنیہس اندر سید محمد امین تابش ناوٕ مصروف چھِ ۔ پیشہ کنہٕ چھِ ڈاکٹرتہٕ طب تہٕ ادبہٕ کِس مٲدانس اندر روٗدی پوٚرٕ وأنسہِ پننہٕ قلمکی جوہر آزماوان ۔ ازکرونہٕ أسی یِہنٛد بن طبی کمالاتن ہُنٛد کانٛہہ چرچہ اماپوٚ زیوسہٕ خدمت یِمو کأشرس ادبس تہٕ کأشرِ زبٲنی کٔرسو

چکارس نہٕ کھالنۍ آسہٕ اکھ بڈ نا انصافی ۔ لہاذا کروأمۍ سٕتھٕ زن تمن ادبی کاوشن ہنز ذکریم یمو کأشرِ زبأنۍ ہنٛدِ حوالہٕ ازماوِ، مگر امہِ بروٚنٛہہ چھُ مےٚ یہِ چیز لأزم محسوس سپدان زِ أسۍ کرو یہُندہ تہٕ یہنٛدِ خاندانُک کم کاسہٕ تعارف۔

تابش زاے 13 مارچ 1957 عیسوی کٔشیرِ ہنٛدِس أکس مأرۍ مٔنٛدس گامس تل گامس اندر۔ یہِ گام چھُ بابلی وٗڑرن ہنٛدس تھزرس تمہِ شاہراہ ہنٛدِس أکِس شاخس پیٹھ آباد۔ یوسہٕ بابل راز دانہٕ ہنٛدِ مرکزی مقامہ نیرتھ بُتھ ریشم وتہٕ تہٕ پامیر یا ماورالنہر اپارِ 'امامِ مبین' ناوِ مشہوٗر أس۔ اوے چھِ شاہراہ أندی أندی یسلہٕ سادات روزان، یمکی سینہٕ بہ سینہ شواہدن ہنٛدِ واقعات ازتہٕ وأنسٹھ لوٗکن ہنٛدس یادِ وترس منٛز موجوٗد چھِ۔ غالبن چھِ ہمدانی، اندرابی تہٕ بخاری ساداتن ہُنٛد ریکارڈ تعدادامی وتہِ راز دانہٕ منٛز دأخل سپد یوٗمُت، تکیاز یہِ أس باقے وتو نِشہٕ نزدیکھ، سہل تہٕ وُہری وُری لیس یلہٕ روزن واجیٛنۍ، ییلہِ زن امہِ زمانہٕ موجوٗدٕ شاہراہ ورمُل پٹن سرینگر بنہٕ نےٚ أس۔

تابشٓ سٕنٛدِ خاندانکی اسلاف چھِ سأری داعی، عالم، مولوی تہٕ متقی گذرےٚمتۍ یتھ بخاری ساداتن ہنٛدی مورخ تہٕ تأیید چھِ کران۔ یہنٛدی وألد صأب سید غلام الدین ہمدانیؒ تہِ چھِ داعی تہٕ عألم أسۍ متۍ یمن مورخِ سادات بخاریہ سید علی گوہر بخاری صأبنۍ ہمشیرہ نکاحن أسۍ۔ یوسہٕ تأبش صأبس موج أس تہٕ گیہٕ 4 مارچ 1981 ءیمہٕ عالمہٕ۔ ییلہِ زن تابش صأبنۍ وألد الحاج سید غلام الدین امہِ پتہٕ سداہہِ وُہری ارستھ وُرشہٕ وأنسہِ اندر دسمبر 1998 ءمنٛز یمہٕ عالمہٕ گے تہٕ آے تِلگام سےٚ اندر دفن کرنہٕ۔ سید غلام الدین ہمدانی رُوٗدی پوٗرٕ وأنسہِ والد سٕنٛدِس

مشنس آبیاری کران تہٕ رؤدی امامت تہٕ تبلیغ دینس اندر مصروف۔ اپریل 1981ء

کوٚر تِمو چکوال پاکستانس اکھ آخری دورٕ، یوٚت تِم پننٕس وألد صأبس نِش یوان

گرٛھان أسی، یُس غار منقسم کشیرِ (یعنی ہندو پاک بارسس ینہٕ برونٛٹھ) تبلیغِ دین

کران کران وأتی مٕتۍ أسی تہٕ ہندو پاک بارسس ینہٕ پتہٕ تبلیغ دینس اندر محور وزنہٕ

سببہٕ پتہٕ عیالہ نِشہِ دوٗر سپد مٕتۍ أسی تہٕ تتہِ 1390 ہجری ییٚمہِ عالمہٕ حالتِ مسافرتس

اندر رو خصت سپدیمتۍ أسی۔ یِہُند ناواوس سید محمد حسین، یم گامہٕ گوم تبلیغ دینہٕ کس

سلسلس منٛز مولوی ناوٕ مشہوٗر أسی۔ مولوی صأب أسی پتۍ ہر دلعزیز زِ تہٕندس

جنازس منٛز گر تتہِ ساسہٕ وادلؤ کو شرکت، یمن منٛز تہٕندی مرید تہٕ أنتھ رٕسی عقیدت مند

أسی، یم بوزنہٕ کنۍ ازتہِ تہٕندس تربتس پٔتھ حأضری ترٛاونی پننۍ سعادت چھِ زانان۔

مولوی صأب أسی زبردس مستجاب الدعوات تہٕ کشف و کرامات وألی بزرگ۔

پانٛژھ وق با جماعت نماز پرٕنی، تلاوت کلام پاک تہٕ ترٛ ییٚمہٕ کلمُک وِرد تھاوُنک أسی

پرٛتھ مریدس تلقین کران۔ مورخ سادات سید علی گوہر چھِ یمن عألم، متقی تہٕ تصوفُک

گیانی قرار دِوان، یمو تبلیغ دین کس مشنس منٛز گرٕ بار، عیال تہٕ جاداد ترک کوٚر۔

ڈاکٹر تابش چھِ یمن پننہٕ نبن کتابن اندر مردِ مومن تہٕ مرد قلندر عنوان گنٛڈتھ یاد

کران۔ مولوی صأبن وألد اوس سید اکبر ہمدانی، یِتہٕ چھُ مورخ سادات گوہر

بخاری ہِنٛدِ مطأبق ولی اللہ اوسُمت یِمۍ لؤکن پننہِ روٗحأنی کمالہٕ دینی تہٕ دنیاوی فأض

واتنوو۔ دپان یم تہٕ أسی زبردست کمالہٕ وألی تہٕ مستجاب الدعوات، متقی تہٕ عالم، یم

چھِ تلگامے آسوٕ۔ امہٕ خاندانُک سلسلہ چھُ امام زین العابدینؓ ہِنٛدِ واسطہ فاطمۃ

الزہرہٰ رضی اللہ تعالیٰ عنہا ہِنٛدِ ذریعہ حضور علیہ السلام سن تام واتان۔ ڈاکٹر تابش

یُس شجرہ پنہٕ نبن تصنیفن اندر درج چھِ کران تمہِ مطابق چھِ تابشؔ میر سید علی ہمدانیؒ ہِندِس زِٹھس پترِ سید حسین نور الدین ہِندِ سلسلہ اندر، یِہند فرزند سید تاج الدین ہمدانی گیٲو، یُہند تذکرٕ ''تذکرہ اولیاے کشمیرس'' اندر موجوٗد چھُ۔ سید تاج الدین سُندُے دوٚیم برادر گیٲو سید حسین سمنانی۔ یم کولگامہِ آسوٗدٕ چھِ۔ سید تاج الدین ہمدانیؒ ہِندے ہِمہِ پُشتہٕ منٛزٕ آے سید اسد اللہ یمٕ سُند نیچُو سید یوٗسف نواب بازار بسنہٕ آوتہٕ یِہندِس مجلس پیٛو یِہندے وأسدٕ شاہ صأبن محلہٕ مشہور۔ أمی سے اسداللہ ہمدانی سُند کوٚنٛژھ بوے گیاو سید فرخ شاہ ہمدانی یِہندِ ژٕورمہِ پُشتہٕ منٛزٕ سید غلام الدین تہٕ یہِ غلام الدین اوس تابشؔ صأبنس والد الحاج سید غلام الدین نس بُڈ ی بب سید اکبر سُند مول تہٕ امی چھےٚ دٕسلابس نواب بازرٕ پیٹھ ہجرت کٔرتھ تلگام پٔتن مستقل قیام بنومُت۔ امہِ زیٹھِ بیان تہٕ ودسہِ دروسہِ ہُند چھُ یِی مطلب بدس یوان زِیہِ خاندان چھنہٕ زانہہ تہٕ پنہٕ نِس دعوتی مشنس پیٹھ یوت سمجھوتہٕ کران زِیم کیا روزٕ ہن کُنہِ أکہِ سے جایہِ زمین جایداد تہٕ گرٕ بارکس عارجی دولابس منٛز امہِ مقدس فرضِ منصبی نِشہِ غأفل بلکہ چھِ بندگانِ خدا خدالیس ہٕتی رلاونہٕ خأطرٕ یہِ سورُے قربان کٔرتھ ملکہٕ مُلکہٕ تہٕ گامہٕ گوم پھیٚرِ ن ابدی نجات تہٕ سعادت خیال کران أسی ہٕتی تہٕ انسان دادبن ہُند روٗحانی درمان کرنُک سنٛز کران أسی ہٕتی۔ وُچھوے تہٕ تابشن تہٕ کوٚر یِی ،فرق چھےٚ یِژے زِیم أسی ظأہر وبأطن صاف کرنہٕ خأطرٕ روٗحانی مداوُک اہتمام کران تہٕ تابشن کوٚر رسائینسی طریقہ اختیار۔ علمی تہٕ ادبی سامان کرنُک اہتمام تکیاٚ زِیموٚ تِتھ ماحولس اندر چشمہٕ کھوجہِ سہٕ اوس علمی تہٕ دینی ،اتھ اندر أسی روٗحانی برکات تہٕ یِموٚ تابشؔ سُند ضمیرأ ڈُرمُت اوس۔

ڈاکٹر تابشن ٛر ابتدأیی تعلیم مڈل سکوٗل تلگامہٕ پٹھ حأصل تہٕ تمہِ پتہٕ نیوٗکھ میٹرک کرنہٕ خاطرِ کریٖ ٛکس ہاییٖ سکوٗلس منز دأخلہ، پی، یو، سی، ٹی، ڈی، سی کوٗرُکھ ڈگری کالج سوپرٕ یِیٚتہِ امہِ زمانہٕ علمی تہٕ ادبی سرگرمین ہُندیوٗت زور تہٕ چرچہ اوس زِ شاید ےٚ آسہِ کانٛہہ طألب علم امہِ نشہِ دوٗر روٗزتھ ہیوٚکمُت۔ تابش تہٕ آے اتھ اندر ہنہٕ تہٕ ہیٚرٕن یہنز ادبی صلأحیژ چکارس کھسنہِ مگر أتھی دوران گےیم ایم، بی، بی، ایس خاطرِ منتخب تہٕ ٛگرٕکھ 1976ء منز میڈیکل کالجہ ڈاکٹری ہنز تربیت پراونی شروٗع۔ 1982ء اوس یہُند ہاوس جاب پوٗرسپدیمُت تہٕ گے محکمہ ہیلتھس اندر بحثیت اکھ نوٚومعالم دأخل۔ یِیٚتہِ یمو 1984ء تام پننہِ نبن صلأحیژن ہندی جوہر ثأبت ٛگرتھ دِتی۔ 1985ء منز آے شیر کشمیر میڈیکل انسٹی ٹیوٹ صورِ تعینات کرنہٕ یِیٚتہِ تقریباً 1989ء تام روٗدی تہٕ کربکھ أندی پکھٕی شخصیات تہٕ متعلقین پننہِ نبن صلأحیژن تہٕ پننہِ اخلاقکی قأیل۔ امہِ پتہٕ سپدی پوسٹ گریجویشنہ خاطرِ منتخب تہٕ ٛگرٕکھ آل انڈیا میڈیکل انسٹی ٹیوٹ پیٹھٕ 1991ء اندر پوسٹ گریجویشن ڈگری حأصل تہٕ آے ییٚنہِ سکمز واپس یِیٚتہِ یم امہِ بڈٕ ریاستی ہیلتھ ادارٕکس ایڈمنسٹریشنس ستی وابستہ کرنہٕ آے۔ اتھ دوران انہِ یمو امہِ ادارٕ ٛکس نظم و ضبطس اندر تژٕھ تبدیلیہ زِ عام لوٗکن ہنز رسأیی بنیہ یہ ادارٕ ٛکس نظم تہٕ علاج کرن وألس ٹیمس ستی دوستانہٕ بناونہٕ، ٹیمِنگ مے اتھ عرصس دوران پانس تہٕ تجربہ سپُد، ٹیمِنگ مے پانس امہِ بروٗنہہ فقدان لبنہٕ اوس آمُت۔ ڈاکٹرٕ تابشن کوٗر 96-1995ء منز انگلینڈ پیٹھ فیلوشپ اعزاز حأصل تہٕ 1998ء منز ٛگرٕکھ ایمر جنسی کورٕچ سند امریکہ پیٹھ تہٕ حأصل۔ 2005ء منز آے سعودی حکوٗمتہ ٛکس طبہ کس اعلیٰ تعلیمی شعبس خاطرِ بحثیت پروفیسر منتخب کرنہٕ۔ یِیٚتہِ یم امہِ شعبکی مشیرتہِ

مقرر کرنہٕ آے، یہ اوس گوڈنیُک ایشائی پروفیسر یمن یہ اعزاز میوٗل زِ تم آے امہِ اہم سعودی سرکارکس منصبس پیٹھ تعینات کرنہٕ۔

ادبی کأم:

1980 عیسوی منز ییلہِ تابش طبی تربیتہ کہِ بنیأدی کورسہٕ منزٕ گذران أسی، أتھی دوران نیوٗ یمو ادبی منظرنامہٕ نِشہٕ دوٗررووٗزنہٕ باوجوٗد اکہِ تصنیفہٕ ہُند اجرا کرتھ پنُن ناو کأشرِ بن صاحب تصنیف مصنفن منز درج۔ یہ اوس رثائی نثرِ یُس ''حسینی کاروانُک سفر'' ناوٕ دسمبر 1980 ء اندر شایع سپُد، امہِ کتابہِ ہُند انتساب چھُ مشہور کأشرس معالج ڈاکٹر سید نصیر احمد شاہ صأبنہِ ناوٕ۔ یہ کتاب چھےٚ شیٚیہِ تژٕ ہن عنوانن پیٹھ مشتمل، اکھ ہتھ شیٚیٹھن صفن پیٹھ پھٔہلتھ۔ کتابہِ ہِنٛدِ مطالعہ تلہٕ چھُ یمہِ چیزُک بہترین اندازٕ سپدان زِ ڈاکٹر تابشن مطالعہ کوٗت گہر چھُ اتھ وأنسہِ اندر تہِ اوسمت۔ یمو چھِ اتھ کتابہِ اندر ادبہٕ کِس أکس فلسفی ہِنٛدی پأٹھی ملکی تہٕ غأر ملکی سکالرن ہِنٛدی تعارفی تہٕ تعریفی اقتباس کأشرأوتھ کربلاکِبن شہیدن ہِنٛدِس شانس منز پننہٕ متنکی زینت بنأوی مٕتی۔ یِم اقتباس چھِ مصنف سِنٛدِ حسنِ انتخابٕچ اعلیٰ شہادژ پیش کران، ہٕتی یہُند مأری موٗند اندازِ بیان، اسلوٗب تہٕ سرٕ نہِ مطالعہ چھِ تہٕ۔ أری پأٹھی ہر گاہ غور کرو یہ چیز چھُ امہِ وِزِ تہٕ یہ انداز کرنہٕ خأطرٕ کأفی اوسمت زِ یہ أدیب پکہِ بُتھ ادبہٕ کِس مأدانس منز واریاہ برونٛتھ۔ یہے کتاب چھےٚ یہ باس تہٕ دِوان زِ تابشؔ چھُ اکھ مادرزاد أدیب تہٕ أمس چھُ کأشرِ زبأنی ہُند ژھرُم رُم أڈرتھ، یُمس پننہِ قلم تلنُک مقصد نظرِ تل چھُ۔ مثلاً یہِنٛدی یِم الفاظ یِم یمو کتابہِ ہِنٛدِس ڈسلابس اندر درج چھِ کٔری مٕتی:

''ینہٕ دُنیا وجوٗدس آو حق تہٕ بأطلچ کشمکش تہٕ گیہ تنہٕ پیٹھےٚ پأدٕ۔ کانٛہہ دور چھُنہٕ

تیُتھ ییّتہٕ نہٕ حقس تہٕ باطلس پانہٕ وأنی مقابلہٕ لگان چھُ ۔ وِزِ وِزِ روٗد حق آفتابکی پأٹھی پرٛزلان تہٕ باطلس پیٹھ غألب سپدان ۔ شہید تہٕ اُسی حقس زندٕ تھاوُن یژھان تہٕ یہوے اوس شہادتُک مقصد تہٕ تہنٛدِ فلسفُک عنوان ۔ وق بدلنس ستی ستی بدلیاوانسانی ذہن تہٕ ۔ سونٛچہِ بدلی ہیٚنز ونہجو واتنو وانسان کشمکش، اضطراب تہٕ انتشارکس عالمس منز ۔ زندگی ہیٚنزن پزٕ انہن قدرن ڈٕج نش، پیمانن لوٗگ ٹھوٗس تہٕ جام رنیے، اِظہارٕکی نٔوی انمان تہٕ نوِ ہیٚژ آیہِ بارسس مگر کربلاہُک واقعہ چھُ سُہ وأحد المیہ یُس پرٛتھ وقتہٕ کس پرٛتھ انقلابس منز تہِ زندٕ روٗدٕ "۔ (حسینی کاروانُک سفر، ص ۷۔۸)

کتابہِ ہُنٛد اظہارِ بیان چھُ تمے بُتلہِ تہٕ تمے خاندانکہِ مقأمی اسلوٗبہ مطأبق ییتھ اندر مصنفن زنم نیوٗ، سادٕ، سلیس تہٕ روان، شاید اوٚ کنٛہ تکیاز تأریخی شہادٕ ژ کنٛہ چھِ یہأے بُتل تمہِ بابلی بُترأژ ہُنٛد حصہ ییّتہِ کأشر زبأنی ڈسلابس مقامیت پرٛآو۔

امہِ پتہٕ گیے ڈاکٹر تابشؔ پیشہ ورانہ سرگرمین اندر گم تہٕ ادبکہِ حوالہٕ گیے یم پرٛدٕ پٔتی کنٛہ تمن تمن نوبن اُدیبن خأطرِ اجنبی بٔنتھ یم اتھ دوران ادبہٕ کس کھڈارس ؤتھی ۔ مگر ووٚنی ییٚلہِ یہنٛز ضخیم کتابہٕ 'علم تہٕ عرفان' تہٕ 'چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکوٗ بازرپییہِ' اسہِ سپُد یہِ علم زِ آفتاب اوس تابشؔ ہنٛدی پأٹھی پرٛزلان، مگر اَسے اوس نہٕ امیُک پَے ۔ مےٚ سپُد دوشوٚنی کتابن ہنٛدِ مطالعہ ہُک شرف نصیب ۔ حال حالے کوٚرمےٚ أکی دوستن فون زِ تمن چھُ تابش صأبس متعلق کیاہتام گوشہ یا نمبر کڈنُک اراد، لہٰذا کوٚرُکھ مےٚ امہِ خأطرِ لیکھنُک حکم مےٚ کوٚر اراد فرصت نہِ آسنہٕ باوجوٗد تہِ زِ بہٕ لیکھہِ یہنٛزن کتابن متعلق صرف اکھ تذکراتی تبصرٕ، تکیازِ مےٚ کوٚر یہِ محسوٗس زِ یژھِ کأشرِ

قداوار ہستی یموطب کس مأ دانس اندر پیڑ کأم چھےٚ کٔر مژ زِ یہنٛزِ واراہ کتابہٕ تہٕ مضموٗن چھِ مختلف جاین نصابی کتابن اندر تہٕ پرناونہٕ یوان۔ یمن متعلق ہر گاہ پننہِ زبأنی اندر یا تتھ زبأنی اندر اکھ تعارفی تبصرٕ لیکھنہٕ پیہِ نہٕ یتھ اندر یمولیٚوکھ یہِ آسہِ اکھ بڈٕ نا انصافی۔ لہٰذا کروأسی یہنٛزن تصنیفن ہنٛدِ حوالہٕ کم کاسہٕ زانکأری فراہم یتھ پننہٕ والبن یہِ پے لگہِ زِ ڈاکٹر صأبو کیا چھُ کأشرِ زبأنی ہنٛدِ مارمتہٕ اتھ اندر کوٚ رمُت تہٕ گوڈٕ کروأسی یہنٛزِ کتابہِ ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو'' پٮ۪ٹھ کینہٕ تعارفی کلمات پیش۔

چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو:

یہِ کتاب آیہِ 2019 ٕ چھپتھ، ڈٔسلابہ صفس پٮ۪ٹھ چھُ ڈاکٹر تابش سُند رنگین تصویر یتھ تل یہِ شعر درج چھُ

تابشؔ چھُ زندگی اندر گُن زوٗن سران یہِ دود

ننہِ وانہٕ کدلہ روٗس مےٚ دریاو ترُن پیوم

یہِ کتاب چھےٚ شبن باگن پٮ۪ٹھ مشتمل یم یمہِ آیہِ چھِ: تخلیقات تہٕ زان، ذِکرِ حبیب، گاشہِ تارکھ، قداوار، صحت بدن یا اورزوتہٕ اٗنہٕ خانہٕ۔ گوڈنیُک باب چھُ ستووُہن عنوانن پٮ۪ٹھ مشتمل یتھ اندر گنوہ عنوان مصنف سٕندبن کارنامن تہٕ زانہِ ہنٛدِ حوالہِ تاثراتن پٮ۪ٹھ مشتمل چھِ۔ یم پروفیسر رحمٰن راہی، پروفیسر ظفر علی چودھری، پروفیسر مشتاق احمد صدیقی، پروفیسر محمد زمان آزردہ، پروفیسر شاد رمضان، ڈاکٹر عزیز حاجنی، منظور ہاشمی، شاہد بڈگامی، رشید نظامی، پروفیسر عنایت الدین ملا، پروفیسر لیم جے مُرے، پروفیسر اوپندر کول، ڈاکٹر عبداللہ الغشام ہوٗبن بہلہِ پاین سکالرن تہٕ ادیبن ہنٛدِ اتھکی چھِ۔ یم چھِ لگ بھگ نصف ہتس صفن پٮ۪ٹھ۔ یتھ

ضمنس منز برسٹل یونیورسٹی انگلینڈس اندر سوشل میڈیسنکی سینیر کنسلٹنٹ تہٕ ......
میڈیکل کالجکی سابقہ چیرمین ڈاکٹر تابش ہٕندِس سنگتس متعلق یمہٕ آیہٕ رقمطراز چھِ:

''ڈاکٹر تابش صاب گرمے ہٕتی اَکس وٕرِی یس کام۔ یوان یوٗنی گویہٕ
یونیورسٹی منز سارنے ٹوٹھ۔ پنہٕ نوٚ اخلاقو ہٕتی ژٕینٕژ سارنے ہٕندی دِل۔
ڈاکٹر تابش ہٕندی کینہہ خاص وصف یم زن یونیورسٹی ہٕند بن فیکلٹی ارکانن
تہٕ منتظمینن وارِیاہ متاثر کرتھ گے چھِ یہٕندی انگریزی زبانٕی پیٹھ دسترس
آسنۍ تہٕ حسن سلوٗک ورتاوٕن۔ علمی بصیرت تہٕ اَمی سُند تحقیق چھُ منہٕ موٚن۔
ڈاکٹر تابش صاٗبس چھےٚ عالمی نیشنل ہیلتھ سروس برطانیہ ہس اندر خاص علمی
مہارت یوسہٕ سیٹھاہ کم لوٗکن آسان چھےٚ۔ بہٕ چھُس ذاتی طور یہٕندِس وِتس
، یہٕندِس جذبس تہٕ خدمت خلق اللہ ہس بے حد متاثر سپد یوٚمُت''۔

چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکو: ص، ۵۹

میانہٕ خیالہٕ چھِ سید محمد امین تابش گوڈنکی کاشری اَدیب یمن متعلق مروجہ ادبی
کاشرِ منظر نامہ نِشہٕ ژھیپتھ روزنہٕ باوجوٗد دیوٗتاہ زیادٕ تہٕ ہیتوٚ زیادٕ اَدیبو لیوٚ کھمُت چھُ۔
امہٕ بروٚنہہ زِ اَسی کرو یمو تاثراتو اندر کینہہ اقتباس پیش، اَسی کرو گوڈٕ کتابہٕ اندر چھپے
متس موادس پیٹھ کتھ یُس ڈاکٹر سید محمد امین تابشس ہٕتی اکھ ملاقات عنوانہٕ ہٕتی شروٗع
چھُ سپدان تہٕ یہٕ چھُ تاثراتو پتہٕ صفحٕ 60 پیٹھ شروٗع سپدان۔ امہٕ انٹرویوٚکی جواب چھِ
خاصہٕ اہم یتھ اندر ڈاکٹر تابش تمن حقیقژن پرٕ چھُ تلان یمن ہُند نہٕ واریہن اَدیبن
علمے آسہٕ ہے مگر ڈاکٹر تابش ہٕنزٕ کہہ ہٕند بن لوٗکن چھُ تمۍگ پوٚر اندازٕ مثالے:

اَسی چھِ شاید یمہٕ دُنیہکی خاص پاٚٹھی ونہٕ تہٕ تم اَخری لوٗکھ یمو ژانکس تل

کتابہ پر، یمو دانٛد وأے، یمو کولن، آرن، ناگن تہٕ کیرٕن ہُنٛد آب چیو، یمو
عید ہُنٛد ژٕندرٕ ژھتھ ژرٕ پوٗپ کوٗر، بہٕ چھُس تموہٕ لۆکواندرٕ یم کلس تِل
گوگل تیل متھان تہٕ أچھن سورمہ لاگان أسی تہٕ پتہٕ خاندرسالن پٮ۪ٹھ گرٛھان
أسی۔ تمے لۆکہ چھِ یم راتس داستان بوزان أسی یتھ منٛز یۆسف زُلیخا، معراج
نامہ، شیرین فرہاد، گلریز، گل بکاول، خنجرعشق، حاتم طے تہٕ لال مجنون بوزان
أسی تہٕ خوشی حاصل کران أسی۔ بلکہ أسی اتھس منٛز مشق تہٕ سیٛپہ دوات
آسان تہٕ نرکأنی قلمہٕ ستی أسی مشق لیکھان۔ أسی أسی سکوٗلچ گأنٹی وانٛنہٕ اعزاز
زانان...... اتھ زمانس منٛز أسی لُکھ...... مکانہٕ چھتن پٮ۪ٹھ شونگان۔ مگر زمانہٕ
بدلیوو، رِشتن ہنٛز اہمیت گیہٕ ختم حالانکہ تمن دوہن أس نہٕ تعلیم مگر لُکھ أسی دانا،
سادٕ تہٕ خلوٗص کی پیکر، زمانن گر واریاہ ترقی...... معاشرٕ رووخرافاتن منٛز،
أز یُگ زمانہٕ چھُ بگر یومُت، کتھٕ چھِ بجہٕ مگر نظر چھِ ژھوٗٹ۔

امہِ پتہٕ یُس جواب ڈاکٹر تابش کل عالمس پھیرتھ پننہِ تجربہ کہِ گیانہٕ انٹرویو
کرن وألس دیُت سُہ چھُ أکِس کأشرِس من حیث القوم مجموعی طور زبردس غورو
تاملک تقاضہ کران تہٕ سُہ چھُ بنیأدی أدیب سٕنٛدِ ذاتی نقطہ نگاہچ تہٕ ترجمأنی کران تہٕ
سُہ جواب چھُ یتھہٕ کنہٕ:

دُنیاہس منٛز چھِ جایہِ جایہِ انتشار تہٕ اصولن تہٕ نظریاتن ہُنٛد ٹکراو تہٕ تنازعات۔
اتھ چھُکرنہٕ آمتس ماحولس ہیکہِ دُنیہس اندرادبہٕ یوت سوٗمبرأوتھ۔ تبدیلی
ہنٛز چھےٚ ضرٗورت۔ انسانس پزٕ بدلُن...... ہرگاہ کانٛہہ زندٕ قوم چھُ پننہِ نِس
ادبس، تمدنس تہٕ تہذیبس، زبأنی تہٕ امہِ کس معیارس تہٕ ثقافتس پٮ۪ٹھ فخر کران،

یوٚہے فخر چھُ قوت ، کس احساس پھاپھلاوان ۔ ارشادِ ربانی چھُ زِ: ''
آسمانچ تہٕ زمینہِ ہنز تخلیق تہٕ مختلف زبأنی تہٕ بیٚون بیٚون رنگ چھِ اللہ تعالیٰ'' ۔
قومی یکجہتی خاطرٕ چھےٚ زبان اکھ موثر ترین ذریعہ۔
یہِ گفتگو یِتہٕ پرن وألس تتھ دورس منز نتھ تمہِ زمانکی سونہأری منظر ہاوان چھُ
تتہِ چھُ یہِ ڈاکٹر تابش سُند گہر مشأہدُک تہٕ پَے دِوان تہٕ یہِ پتاہ تہٕ دِوان زِ تابش
چھُنہٕ ادبی تہٕ ثقافتی دُنیا نِش بلکُل ہے بے خبر تہٕ لاپرواہ اوسمُت ، بلکہ چھُ پسِ پردٕ
روٗزِتھ تہِ سورٕ ے ژینان تہٕ ژیٚتران اوسمُت یہِ اتھ دوران ادبی منظر نامُک لون روٗد
۔ یعنی یمن چھِ امہِ تہذیب وتمدُنس تہٕ أکِس أکِس واقعہس پیٹھ نظرٕ أسمٕژ ۔
امہِ پتہٕ چھ صفہ 73 ہس پیٹھ ''حسینی کاروانُک سفر'' کتابہِ پیٹھ تبصرٕ درج
مگر، تبصرس اندر چھُ راوی ڈاکٹر تابش سنٛزِ ادبی کاوشہِ متعلق یمہِ آیہِ رقمطراز:
...... سانہِ کشیر ہُند اکھ معروف معالج ڈاکٹر سید محمد امین تابش، یُس نہٕ اکھ
معالجے یوت چھُ بلکہ چھُ اکھ کہنہ مشق شاعر، نقاد تہٕ أدیب تہِ ، تابشؔ چھُ
نثرس منز حسینی کاروانُک سفر کتاب بازرتس اُتھ اکھ اہم کارنامہ انجام دِوان ۔
اتھ عظیم کارنامس چھُ تابش صأب دوٗر بین لأگتھ وُچھان تہٕ پتہٕ رقم کران
...... ڈاکٹر امین تابش صأبن چھےٚ اتھ کتابہِ اندر اکھ لازوال تأریخ قلمبند
کٕرمٕژ ۔ کأشرس رثایی ادبس پیٹھ یوٚ دوے سبٹھاہ کم لیکھنہٕ چھُ آمُت مگر
تابش صأبنٛز یہِ کتاب چھےٚ کأشرِ ادبکہِ حوالہ تہٕ نثر پارٕ رنگہٕ تہٕ اہم ۔
امہِ پتہٕ چھُ امے کتابہِ ہندِس 77 صفس پیٹھ 'بحیثیت نعت خوان امین تابش'
بیا کھ عنوان گنڈنہٕ آمُت ۔ سجہ وُن بنہِ ہے یہِ عنوان اگر '' امین تابش بحیثیت نعت

خوان'' آسہِ ہے۔ اتہِ تہِ چھُ مقالہ نگار یا تبصرٕ نگار ترتیب کارٕ ے خیال کرن پوان
یُس ضرٗوری تہِ ہیکہِ نہٕ اُستھ۔ اتھ عنوانس تل چھِ شاعرٕ سٕندِ نعت لیکھنُک ہُنر تھکنہٕ
آمُت مگر کمہِ تانی غاٗبی گنڈٕ کنٕ چھُنہٕ اتھ ستی پوٗرٕ انصاف سپدیمُت۔ عنوانس اندر
کرنہٕ آمُت کانٛہہ امکاٗنی دعویٰ چھُنہٕ ویژھناونہٕ آمُت یہِ زن عنوان تقاضہٕ اوس
کران۔ یِم زٕ نعتہٕ شعر تبصرٕ نگارن حوالہٕ رٕنگی پیش کٔری مٕتی چھِ تِمن اندر شعرونہٕ ہُنکی
فن، حُسن تہٕ قبوٗح تہٕ ہُنر مندی چھُنہٕ زیر بحث آمژٕ ے۔ ترتیب کارس یا تبصر کارس
اوس اتہِ یہِ لاٗزم زِ سُہ دِیہِ شاعرٕ سٕندِس لفظٕ ورتاوس، نعتہٕ اسلوٗبس کُن تہٕ اشار۔
مثالے یِمہِ وِزِ شاعرونان چھُ زِ

لقب چھُے ژٕ ے خیر البشر اللہ اللہ
ژٕ ے نبین اندر چھُے تھزر اللہ اللہ
خدا خود ثنا خوان تہٕ مرسل چھِ واصف
فِدا ژٕ ے چھِ شمس و قمر اللہ اللہ

ہرگاہ اُسی یِمن لفظن ہٕنٛدِس معنہٕ مفہوٗمس پلہٕ کرنچ کوٗشش کرواسہِ ییٚن یِم
لفظ تمہِ نشہِ کتہِ کور باگہِ بٔرتی تہٕ معنہ ساوٗی لبنہٕ، یہِ اُسی یِمو نشہ سنوارنہ یا خیال کران
چھِ مثالے ہرگاہ اُسی ''لقب'' لفظ نمو یہِ چھُ پٔتھ بانیے اکھ تیتھ لسانٔی اصطلاح یتھ
متعلق اکھ عربی شاعرونان چھُ:

و قلما البصرت علینا ذالقب الا و سعناہ ان فتشت فی لقبہ

یعنے تو ہہِ آسو نہ کانٛہے تہِ صاحبِ لقب وُچھمُت مگر ہنا ژھاٗرکرنہٕ پتہٕ ہیکن
تِسنٛدی اوصاف تسند لقبہ منٛز میلتھ۔ یِم چھِ تاہم دوٚیہٕ نوعیتکی آسان تشریفی یِمہٕ کانٛسہِ

ہنٛدِس شرفس پیٹھ دلالت چھِ کران ، دوٚیم چھِ امہِ برعکس ریٚتھ ییتھ قرانِ کریمن سورہ الحجرات کہ کہمہِ آیہِ ذریعہ ممانعت چھےٚ گرمژ ۔ لقب چھُ کائنسہِ ہنٛدین رٕژرن ،اوصافن تہٕ شرفن کُن اشارٕ کران ۔قرآن کریم ایھا المزمل ( کمل ولنہٕ کہِ حوالہٕ ) ، ایھا المدثر (أخرتکہ عذابہٕ نِشہِ کھوژناونکہِ حوالہٕ ، بشیرُ ، جنتچ خوشخبری دِنہٕ کہِ حوالہٕ وغیرہ ۔تہٕ یتھےٚ کُن چھِ خیر البشر تمام وجود بشری خاروا تناونکہِ تہٕ تمن اندر افضل تہٕ برتر آسنکہِ حوالہٕ یہُنٛد خدأیی لقب ، ییتھ قرآن مؤمنن پیٹھ خدایہٕ سنٛز منت چھُ ونان تہٕ اللہ اللہ چھُ سُہ کلمہٕ یمہِ ذریعہ امہٕ بجر خاطرٕ یہٕ ہاونہٕ چھُ آمُت زِ یہِ چھنہٕ کانٛہہ گف کتھاتہٕ ہرگاہ أسی امے تسلک ژوٗرِم مصرعہ نمون زِ شمس وقمر تام چھِ چأنی فدوی ۔ بذات خود چھُ پانہٕ پروردگار چأنی تعریف کران تہٕ ژےٚ پیٹھ دروٗدِ سوزان تہٕ مرسل چھِ چأنی وصف گنزران تہٕ امے سلسلُک دوٚیم مصرعہ چھ یہِ باوان زِ ژےٚ چھی یوت تھزر زِ امیکی نتایج تہٕ شواہد چھِ ینہٕ والبن تہٕ پوٚرٕ نعتس اندر تھیکنہٕ آمٕتی ۔ یوٗت تھزر تہٕ مسجد اقصیٰ ہس اندر کرکھ نبین امامت یہِ وندنہ زِ تھزر چھُو چھنہٕ کانٛہہ صیغہ مبالغہ بلکہ چھِ اتھ باضأبطہ پأٹھی دلأیل ڈکھِ ۔ییتھ اندر نبین امامت کرٕنی خدایہِ سُنٛد دروٗد سوزُن تہٕ تخلیقِ کأیناتس ستی تہُنٛد تعلق آسن باضأبطہ مثالہٕ دِنہٕ چھےٚ آمژ ۔بعض اسلأمی مفکرو چھ نبی علیہ السلام سنٛدِس فضیلتس متعلق فلسفیانہ مثالہٕ تہٕ بیان فرماومژ تم چھِ آفاقی حبسن نوٗ درجہ ؤنتھ نبی علیہ السلامن امہٕ کِس أٹھمس درجس پیٹھ یمہ کنٛی تمہٕ معراج گرتھ ہیٚکی ۔ چونکہ چھُ یہٕ نعت تہِ امے فلسفہ مطأبق ونہٕ آمُت لہٰذا ذاکرہ بہٕ امیُک اکھ سرسری خلاصہ پیش:

دیپان آرٕ پلن چھُ باضأبطہ حبس عطا کرنہٕ آمُت یمہِ کنٛی یمہٕ باضأبطہ پأٹھی

وبٹھان پۆٹھان چھِ ، یمن چھِ زمانہ گذرنس ستی گردِ ہنٛدی تہٕ موٹراوان ، یہٕ أسی سوٗنچان چھِ ۔ لہاذا چھِنہٕ أسی یہنٛد پھبنکی ادراک گرتھ ہیٚکان ۔ توے چھ ونان زِ " ایے رولنگ سٹون ہیز نو ماس rolling stone has no mass مگر امیٚک پھبن چھُ حسِ جمادی وناوان امہِ پتہٕ چھُ دۆیم حِس اتھ چھِ حسِ نباتی ونان کلبن کٹبن ہُنٛد یمہٕ وَندِ مکمل ہو کھی ٕتی چھِ آسان مگر سونتہٕ یہنٛد بامن پھٹن تہٕ سوٗنتہٕ سبزار چھُ ہاوان زِ یہنٛد حِس چھُ نمایاں ، یُس یہنٛدِ سبزارُک اندازٕ چھُ کرناوان ۔ کنہٕ ہنٛدِ حِسکہِ مقابلہٕ امہِ پتہٕ چھ ترٛیم درجہ حِسِ حیوانی ناوٕ زانہٕ یوان ۔ یمن اندر چھُ کلبن ہُنٛد حِسہٕ تہٕ ایحٚساسہٕ مقابلہٕ اکھنوٗن حِس مثالے ہرگاہ گاوِ وژھ مرِ ، أسی چھِن سوٗاوش ترٛاوان وُچھان ۔ مگر امہِ باوجۆد چھِنہٕ تم أتی گرمت کرنس کانہہ وایہٕ کران پیٚتبن کھینٛگ گاسہٕ آسہٕ ۔ اکھتے نسل کشی اندر قریبی رشتہ کہ ایحٚساسہٕ نشہٕ یہُنٛد لاپروا آسُن تہٕ بیٚترٕ بیٚترٕ ۔ امہِ پتہٕ چھُ انسأنی حِس یم یمواوت تام مذکور حسو نشہِ اعلیٰ ، افضل تہٕ نمایاں چھِ ۔ انسأنی حِس چھ انسانس ملکو نشہِ تہٕ اعلیٰ تہٕ افضل بناوان ۔ یُس پیٚرٛاہ بصیرت آسہٕ سُہ چھُ تیوتے باقین فیضیاب کران ۔ نصیحت کران تہٕ مشورٕ دِوان ۔ مگر امہِ تہٕ علاوٕ چھُ انسانو منٛزٕ عظیم لۆکن ہندٕ پأدٕ سپدان ۔ اوے چھِس اشرف المخلوقات ونان ۔ امہِ پتہٕ چھ امہِ تھۆدتہٕ اکھ حِس تہٕ سُہ گو حِسِ وجدانی ۔ یمو سأنی ولی ، فلاسفرتہٕ صاحبِ نظر سرفراز چھِ یمہِ کِنی تمو بجے ترٛتھٕ پیٚتس گو یہٕ کرِ یمہٕ ساسہٕ بدہٕوٕ ریوپتہٕ تہٕ پزٕ ثابت سپدِ لے یہٕ ۔ یہٕ چھُ چھٹی حِسہ کھوتہٕ تہٕ تھۆدتہٕ افضل زانہٕ یوان ۔ تکیازِ شیٚیم حِس چھ کُنہٕ کُنہٕ راہنمأیی کران مگر حِسِ وجدان چھے بہہ پہر قأیم روزان ۔ یہٕ چھے اعلیٰ پانٛچ بصیرت یوسہٕ پانٛژمس نمبرس پیٹھ چھے یوان ۔

شی مس نمبرس پیٹھ چھُ امہِ تھوٚ د بینن ہشار حبس یوت واتن عام انسانہ سُند انتہایی
مشکل بلکہ ناممکن چھُ ۔ امیُک انداز کرٕن چھُ یُتے مشکل یُتا کنہِ ہُند وٕٹھن
مشکل چھُ معلوٗم سپدان تہٕ یُس أسی حبسن ہنٛز درجہ بندی، اوٚت تام لبان چھےٚ یہِ
چھُ تمہِ آیہِ انداز کرن سہل زِیہِ کوتاہ افضل ۔ اکھ عام بصیرت عطا سارٕنی تہٕ دوٚیم اتھ
اندر عطا کرن والی ہنٛز بصیرت نبوی ۔ امہ پتہٕ چھُ ستِمس نمبرس پیٹھ حبس مرسی ۔ یم
چھِ صرف شےٚ مرسلن عطا سپدٕمتی ۔ یم عام اکھ لچھ ژوہن ساسن انبیاہن عطا
سپد یمتو حبسو نشہ اعلی تہٕ برتر ۔ مگر ڈاکٹر تابش یمہِ برتری ہُند حبس اتھ شعرس اندر
دوان چھُ سُہ حبس ختم المرسلینؐ کا خاتم النبینؐ تہِ سُے گو خیر البشر آسن یُس أٹھم درجہ
چھُ ۔ اگر اکھ عام انسان پنہٕ نوٚ صلاحیتو ہٕہس سوار کرِ یا ہاپتس ہوس ژٔندرس اتھِ
کھیل کرنا وِحبسِ وجدانی وول کیاہ ہیکہِ کرتھ ۔ پتہٕ یِیلہِ أمِس ولایت عطا سپدِ تِمس
کأژاہ بصیرت تہٕ کوت طاقت آسہِ تہٕ پتہٕ یِیلہِ نبوی حبسہ پھوٚو ۔ حبسِ مرسلی نشہِ تہٕ
تھوٚد ۔ ختم المرسلین آسہِ تِسنٛدی وصف کرن نا انبیا بیان تہٕ اِد کیا کرن تہٕ یو ہے چھُ سُہ
تھز ریمٕیک تذکرہ نعتس اندر شأعر چھُ کران تہٕ یو ہے چھُ سُہ تھز ریوت معراجہ
رأژ ختم المرسلین تہٕ یم خیر البشر علیہ الصلوٰۃ والسلام وأتی یوت نہٕ کاشہِ روٗس کنے
چیرُک گذر چھُ ممکن تہٕ یو ہے خیر البشر آسن چھُ تمہِ کاشہِ نشہِ تہٕ تھوٚد سپدان یمہِ
گیلکسی اندر بہہ پھر نقل وحرکتس منٛز چھِ روزان ۔ اوے چھس شمس وقمر تہٕ فدا ۔
اپتی زِ ہر گاہ کأنسہِ یہندِس یارس تہٕ نماز قضا سپدِ ۔ یم ہیکن بحکم خدا واپس مطلوبہ
مقامس پیٹھ وستھ ۔ گویا کہ چھِ یہ نعت شأعرٕ ہنٛزِ درِ پڑھِ تہٕ وجدأنی بصیرٕ ژہندی
پرتو نظماوان تہٕ امیُک بجرتہٕ تقدس اللہ اللہ لفظو برونٛہہ کُن انان ۔

امہِ پتہٕ یُس عنوان اتھ کتابہِ اندر گنڈتھ چھُ سُہ چھُ ''ڈاکٹر سید محمد امین تابش چھُ غزل باوان، یہِ ہیکہِ ہے 'تابش بحیثیت غزل گو' عنوان دِتھ۔ اتھ عنوانس تل چھُ تخلیق کار دعویٰ کران زِ

یہُنٛد کلامہِ پُرتھ پیٚیہِ پرٛتھ کانٛسہِ نقادس تہٕ أدیبس یہِ مانن تہٕ تسلیم کرُن زِ تابش صاب چھِ کاشرِ زبانٛی ہنٛدی اکھ سبٹھٕے لایقِ احترام شاعر، یمن پٔنُن اکھ بیٚون تہٕ بدٕن باڈورنگ چھُ بدس۔ بیٚیہِ چھُس پٔنُن موضوعی رنگ تہِ الگ۔ تابش صابنہِ فنکارانہ روتبہ تہٕ أمی سٕندِ ہُنر مندانہ قد چھُ تھوٚد۔ مگر یہُنٛدِ کلامہٕ اندر ہیٚر نعتہ کس ضمنس منٛز دِنہٕ آمژ مثالہِ ہنٛدی پاٹھیٚ أنتھ روٗستے مثالہٕ کڈتھ پیش کرنہٕ برعکس چھُ ترتیب کار رأہی تہٕ کامِل نبن بیانہٕ نےٚ یوت پٔٹھ اکتفا کران، ییٚلہِ زن اتھ دعویٰ ہس یمن پنٛنیٚ شوٲہدتہِ پیش کرٕنی أسی۔ الفاظ یم ورتاونہٕ آمتی چھِ تم چھِ واریاہ زیادٕ، سُہ ہیکہِ ہے یہاٗے کتھ یوسہٕ ہیرِ میٚہ وَنہِ کڈٕ صرف دون ترٕبن جملن منٛز تہِ بلا الہام وٕنتھ۔ مثلاً

'' تابش صابن کلامہِ پُرتھ چھُ معلوٗم سپدان زِ یمن چھُ پٔنُن وَکھرٕ اسلوٗب تہٕ موضوٗع یُس یہنٛدِ کلامُک رتبہٕ تہٕ یہُنٛد قد تھوٚد چھُ کران''

دوٚیم اکھ بوٚڈ وشفہِ چھُ ترتیب کارس یتہِ گومُت زِ یمو چھُ کتابہِ ہنٛدِس پروف وُچھنس منٛز لاپروٲیی تہٕ حد کھوتہٕ زیادٕ وُتاولی ورتاوِمژ یمہِ کنٛی بعض سطرٕ تہٕ جملہ چھکرٕنہٕ چھِ آمتی۔ امہِ باوجوٗد چھُ بنیادی موادزبردس دلچسپ تہٕ باگہِ بوٚرُت یُس کانٛشرس ادبس تہٕ زبانٛی اکھ شوٗبہ دار ہُبر چھُ کران۔

ڈاکٹر تابش چھُ اکھ مخلص انسان، اکھ وعدٕ بند کاشُر أدیب یُس نہٕ ریاکاری

خاطرٕ کتابن ہُنٛد نمبر ہُر راوٕنٛک روادار چھُ ۔ توے چھےٚ یہِ کتاب گونا گون موضوعو باوجود یکجا گٔرتھ شایع کرنہٕ آمٕژ نتہٕ زن ہیٚکہ ہن یم بیۆن بیۆن موضوعن پیٹھ مشتمل کتابہٕ وکھرٕ وکھرٕ شایع گٔرتھ ۔ میانہِ خیالہ ہرگاہ یمن دۆیم ایڈیشن کرنٕک اراد آسہِ یمن پرٕتی کرن تہٕ تاکہ ین پننہِ دلچسپی ہُنٛد موضوٗع ہیٚکہِ پرٕتھ کانٛہہ وکھر کتابہِ ہنٛدِس صوٗرتس منٛز حاصل گٔرتھ، تکیازِ ووٚنی چھ بجہ کتابہٕ پرنہٕ بجایہِ المارنے ہٕنٛز زنیت بنان یتھ لۆکھ پنٛن وق بچاوتھ باقے مروجہ غأرضروٗری چیزن اندر صرف گٔرتھ ہیٚکہِ، امہ باوجوٗد ہیٚکہِ اصل مصنف سُنٛد نقط نظر میانہِ خیالہٕ نشہِ زیادٕ زبر تہٕ أستھ ۔ امہِ کتابہِ ہُنٛد مطالعہ چھُ یمہِ کتھ ہنٛز گواہی تہٕ پیش کران زِ تابش چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد اکھ بے ریاژُکی دریمہِ کِنہ یمو نہ صرف ادبہٕ یوت ووِپدو بلکہ گٔرکھ طبی موضوٗع تہٕ پننہِ کتابہِ اندر شأمل ۔ امہِ کتابہِ ذریعہ چھُ کأشرِ زبأنی علمی طور تہٕ ہُر بر سپدن یہِ زن یتھ مرحلس پیٹھ امہِ کیٛو نصابی تقاضو مطأبق تہٕ اہم اوس، تکیازِ ووٚنی چھےٚ کأشر زبان باضأبطہ پأٹھی سرکأری زبأنی ہُنٛد تہٕ روتبہ تھاوان تہٕ تدریسی اعتبار تہٕ، یمہِ خأطرٕ پیشہ ورانہ علوم اتھ اندر پھرٕنی وٕتیج اہم ضروٗرتھ چھےٚ ۔ یہِ کتاب چھےٚ علم و ادبہٕ کیٛو معلوماتو ہریمانہٕ تذکراتی مقالوکِنہ تہٕ قابل تعریف یم أکِس طألب علمس خأطرٕ تحریک بخشنکی سبب تہٕ بنٕتھ ہیٚکن ۔

## علم تہٕ عرفان

یہِ کتاب آیہِ حال حالے 2020 عیسوی منٛز ریلیز کرنہٕ ۔ اتھ کتابہِ اندر چھُ اکھ ماہر ترتیب کار لبنہٕ یوان ۔ اگرچہ اتھ کتابہِ تہٕ وکھرٕ موضوعن پیٹھ حصہ باگنے چھےٚ مگر ہُنٛز مندی چھےٚ یہِ زِ یمن باگن چھِنہٕ نمبر دِنہٕ آمٕتی بلکہ چھِ نمبر شمار دِنہٕ رۆستے

مناسب تہٕ ماری مندِ آیہٕ پھہلاوہٕ آمتۍ ۔حرفِ آغازس اندر چھِ ڈاکٹر تابش پننہٕ حساس آسنک باس یمہٕ آیہٕ پیش کران۔

...... زبان چھےٚ کُنہِ تہٕ قومُک ساروٕے کھوتہٕ بوٚڈ اثاثہ ...... عالمی گام Global Village کس تیز پھہلن وٲلس بازرس منز چھےٚ فقط کینٛژن زبانن ہنٛز اجارٕداری تہٕ غلبہٕ۔علاقایی زبانن ہتۍ ہتۍ چھُ کینٛژن بجن زبان تہٕ خطرٕ بُتھِ۔اکہِ اندازٕ مطابق چھےٚ دُنیہچہ ۹۰ فیصد زبانٕی مرن واجینہٕ۔اقوام متحدہ کہ اکہِ رپورٹہ مطابق چھےٚ2500 زبانہٕ ختم گژھن واجینہٕ۔زبان چھےٚ معاشرٕ ہتۍ بنان۔زبانٕی ہُند آغاز چھُ کتھ باتھ (مکالمہ) معاشرک پھہلاو، علوم تہٕ فنوٗنچ وسعت تہٕ تخلیقی سرگرمی ہندس بنیادس پیٹھ چھےٚ زبان تشخص (Identity) حاصل کران۔زبانٕی ہنٛز ترقی چھےٚ اچھ تشخیص تہٕ۔

ادب چھُ انسان ہنٛدین جذبن تہٕ خیالن ہنٛز ترجمانی کران۔انسان ہنٛدی جذبات تہٕ خیال چھِ زمانس تہٕ ماحولس تابع آسان۔ادب، ثقافت، زبان، تہذیب، تمدن تہٕ فن چھُ مقصد حیاتکی اہم پہلو۔

کانٛہہ تہِ زندٕ قوم چھُ پننین تہذیبی قدرن تہٕ ثقافتی معیارس ہتۍ ہتۍ پننہٕ زبانٕی پیٹھ تہٕ فخر کران۔

میانٕی یہِ کتاب چھےٚ اکھ مختلف تہٕ الگ کوشش، یتھ منز مےٚ کأشرس ادبس منز کینٛژن چیزن ہنٛز کمی محسوٗس کٔرتھ تمن موضوعن پیٹھ لیوٗکھ۔

گویا ڈاکٹر تابش صأبس چھُ یمہِ چیزٕک پےٚ تہٕ احساس اوسمت زِ کأشر زبان چھےٚ یمو علومو نِشہِ وُنہِ خأنی۔قدا وارن متعلق چھُنہٕ لیکھنہٕ آمُت، سائنسی

دُنیھکبن رسمن متعلق چھُنہٕ کانہہ کتاب لیکھنہٕ آمژ ۔ علم طب تہٕ انسانی بیمارین متعلق
چھُنہٕ کأشر زبأنی اندر کانہہ کاوِشی برونہہ کُن آمژ ۔ یُمی چیزن ڈاکٹر تابش صأبنس
ذیہنس منز یہٕ احساس ترٛوو زِ یمنہٕ چیزن پیٹھ قلم تُلن چھےٚ وقتچ ضرورتھ، یمہٕ علوم
کأشرِ زبأنی ہِندس سرمایس اندر جمع کرٕنی چھِ وقتک تقاضہٕ بنیومُت، تکیازِ یہٕ زبان
چھےٚ ووٚنی تدریسی زبان بنیمژ ۔ یتھ پأٹھی چھُ ڈاکٹر تابش بیمارین متعلق کأشرِ زبأنی
اندر زان دِتھ کأشرس قومس پیٹھ اکھ بوٚڈ سوچھ کران ۔ سانین ویدانن چھُ کمینہٕ امہِ
چیزُک احساس زِ یہٕ زبان گژھہ پاسہٕ علومو برنہٕ تیٚزٕ ۔ توے چھُ اکھ بوٚڈ کاروان
صرف شأعری کرنس پتہٕ لوٚگمُت، حالانکہ سپدُن گوژھہ یہٕ زِ شأعری گژھی تمے یأتی
کرٕنی یمن امہِ خأطرِ طبع موزون آسہِ ۔ واریاہ دوست چھِ تم تہٕ یم تُک بندی چھِ
کران پتہٕ چھِ روشان زِ فیس بکس پیٹھ کیازِ چھِنہٕ لوٗکھ یمن لایک کران، یہٕ سوٚنچنہٕ
رٚوستے زِ یہٕ تُک بندی أسیا اتھ قأبل یتھ لایک نہٕ کرنس پیٹھ أدیبن روشو ۔ ووٚنی
چھےٚ یہنزٕ لأبی باقےٚ تمام لایبو نشہِ تہِ زوردار ۔ حالانکہ چھِ سانین سکالرن اندر
علومن ترجمہ کرنکی بہترین ول بدس ۔ تم ہیکہٕ ہن ترجمس اندر کأم کرتھ پنٕن ہُنرٕ
آزماوتھ یا پننہِ ہُنرٕکی جوہر ہأوتھ ۔ بعض دوست چھِ فکشن لیکھان ۔ سبٹھاہ زبر تہٕ
بہترین آیہِ مگر توتہِ چھِ منزٕ منزٕ شعر ترٛے ژور فیس بُکس پیٹھ ترٛأوِتھ پنہٕ نےٚ پان
بے مول کران ۔ مگر ڈاکٹر تابش چھُنہٕ یہٕ کران، تم چھِ دوشوٚنی کتابن اندر پنہٕ نین
پیشہ ورانہ صلأحیژن کأم ہیتھ نوٚی مأدان کھرٕ کران ۔ یہٕ زن علم وعرفان پرٕتھ مےٚ
معلوٗم سپُد ۔ اتھ کتابہِ اندر چھِ ذِ سلابسے سیرت طیبہ گأشراونہٕ آمژ تہٕ یہٕ چھےٚ رحمتہٌ
للعالمینؐ اکہِ عظیم انقلأبک بأنی تہٕ رہبر، سیرت طیبہ، انسأنیتُک اکھ مکمل تہٕ عالمگیر

نمونہ تہٕ خلاصہ سیرتِ رحمۃ للعالمینؐ ناوٕ تزٕ بن عنوانن تل خالص اکھ سیرتی تذکرٕ۔ منزٕ منزٕ چھِ بعض سیرتی تذکرن اندر چھپےٕمتۍ رنگین معلوماتی نقشہ تہٕ فوٹوتہٕ۔ یم پرن وألس پرنہٕ خاطرٕ أچھن تہٕ ذیہنس رکر بانی پٹہٕ چھِ نألی تزٕ اوان۔

امہِ پتہٕ چھُ اولوالعزم تہٕ پایہٕ بڈی پیغمبر نأوی پانژن پیغمبرن ہُند تذکرنہٕ کرنہٕ آمُت۔ یمن منزٕ حضرت آدم علیہ السلام، حضرت ابراہیم علیہ السلام، حضرت موسیٰ علیہ السلام، حضرت عیسیٰ علیہ السلام تہٕ داؤد علیہ السلام شأمل چھِ۔ اتھ حصس اندر تہٕ چھِ کینہہ رنگین تہٕ دِلکش فوٹو تہٕ نقشہ شأمل کرنہٕ آمتۍ یم بعض سیرتہٕ کتبن تذکرن اندر چھپےٕمتۍ چھِ یمن ہُند اگرچہ گوڈنکہِ حصہٕ کی پأٹھی کرن اوس مگر تہِ چھُ شایدیہِ زأنتھ ترک کرنہٕ آمُت یا مُشتھ گومُت، نتہٕ چھُ گوڈے درج سپُد مُت۔

امہِ پتہٕ چھُ کتابہِ ہُند ژوٗرِم عنوان اکھ عظیم المرتبت اہل بیت تہٕ اتھ تحت چھُ الہٕ پلہٕ پندہن صفن پیٹھ حضرت امام زین العابدینؒ سنزٕ زندگی تہٕ تِسندِ بجرُک تذکرٕ کرنہٕ آمُت۔

امہِ پتہٕ یُس عنوان چھُ سُہ چھُ 'بہلہِ پایہِ محدث، فقہ زانن وألی امام'۔ اتھ تحت چھِ مصنف ژورن مسلکن ہند بن امامن، امام ابوحنیفہؒ، امام مالکؒ، امام شافعیؒ تہٕ امام احمد حنبلؒ ہند بو تذکرو ہریمانہٕ امام غزالیؒ سُند تذکرٕ تہٕ کرنہٕ آمُت، یہِ حصہ چھ قریبن ترٕ ہن صفن پیٹھ پھٔہلتھ۔

امہِ پتہٕ چھُ أتھی کتابہِ اندر صفہ 173 پیٹھ 224 صفس تام عظیم المرتبت مشاہیر، عألم تہٕ متقی عنوانس تحت حضرت حسن بصریؒ، حضرت رابعہ بصریؒ، شمس تبریزؒ، حضرت شیخ عبدالقادر جیلانیؒ، علامہ اقبالؒ تہٕ مردقلندر مصنف سُند بڈی بب مولوی

سید حسین شاہ ہمدانی ہِندی تذکرٕ کران۔

امہِ پتہٕ چھُ الہِ پلہٕ شیٹھن صفن پٹھ مشتمل عنوان، اسلام، ارتقاتہٕ عروج عنوانس تحت اِسلأمی تأریخُک اکھ جائزٕ پیش کران تہٕ پتہٕ سٔتمِس عنوانس تحت عظیم ترین سائنس دان پیشأیی تحت نیوٹن، تھامس ایڈیسن، امیکز انڈر فلمنگ، ماری کیوری، والٹن ایمرسن تہٕ نیل آرم سٹرانگ ہِندی تذکرٕ، یُس الہِ پلہٕ 23 ہن صفن پٹھ پھٔہلتھ چھُ۔ یِیلہ زن اُٹھمس عنوانس تحت چھُ طبی دُنیہُک گاشہ تارکھ، ابوعلی سینا سُند تذکرٕ تہٕ اُخری عنوان عظیم فلسفی تہٕ سیأسی شخصیات عنوانس تحت ارسطو، سکندر اعظم، مارٹن لوتھر کنگ جونیرٕ نیلسن منڈیلا سُند تذکرٕ کرنہٕ آمت چھُ۔ امہِ کتابہٕ ہِندِ بن اُخری ژتجی ہن ورقن پیٹھ چھِ تابش صأبنٕ زندگی تصویرن ہنٛز زبأنی ہاونہٕ آمٕژ۔

دوشونی کتابن اندر صحت تہٕ طبی معاملاتن متعلق یِم ارشادات یِمو فرمأوی مٕتی چھِ تِم ہرگاہ رلأوتھ اکہِ مشترکہ کتابہِ ہِندِس صورتس منٛز شایع کرنہٕ یِن تِم بنن کأشرِ ہن خأطرِ اکہِ موللہِ خزانٕچ حیثیت۔ ڈاکٹر صأب چھِ اکھ پروفیسر رٔ دی مٕتی۔ پرناون وألی تہٕ پرناون وألس چھےٚ کتھ فِکر تارٕنٛک بہترین ہنٛر آسان۔ اتھ یِیلہِ یِہنٛد اُدیب آسُن تہٕ ئتی رلان چھُ یہِ استادانہٕ اسلوب چھُ ژوگنہٕ بوٚرت بنان تہٕ اُتی چھُ اکھ عام انسان تہٕ ان پرکأشُر تہِ یہِ سمجان زِ شوگر کیا گویہِ کمہِ ئتی چھُ گژھان۔ کم چیز ہیٚکن اتھ کابہٕ رٔٹتھ تہٕ یِیلہِ عام انسانس یہِ گنٛز اتھس منٛز آیہِ تٔمس کیا چھےٚ پتہٕ ضرورت، اوے چھُسن بہٕ ڈاکٹر صأب کأشرِس قومس خأطرِ ڈسلابہٕ ژُکی درخیال کران۔



# سید امین تابشؔ تہٕ 'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٗ'

ولی محمد اسیر کشتواڑی

سید امین تابشؔ چھِ کشیرِ ہنٛدی معروف تہٕ مشہوٗر ڈاکٹر، شاعر تہٕ نثر نگار۔ تہنٛزِ کتابہِ 'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٗ' کرنو مےٚ تہنٛد غائبانہٕ تعارُف۔ اتھ ضخیم تہٕ دقیع کتابہِ منٛز شامل کرنہٕ آمتی کیٚنژن قلمکارن تہٕ دانشورن یمن منٛز پروفیسر رحمان راہی، پروفیسر ظفر علی چودھری، پروفیسر محمد زمان آزردہ، پروفیسر شاد رمضان، پروفیسر بشر بشیر، شاہد بڈگامی، محمد یوسف ٹینگ، ڈاکٹر عزیز حاجنی تہٕ پروفیسر اوپندر کول ہوی خاص کر قابلِ ذکر چھِ۔ کتابہٕ ہنٛدِس ابتداہس منٛز چھُ تابشؔ صابن اکھ بوٚڈ تہٕ سوندر فوٹو دِنہٕ آمُت۔ اتھ فوٹوس تلہٕ چھُ یہِ شعر درج گومُت

تابشؔ چھُ زندگی اندر کُن زوٗن یہِ سسران دود

نہٕ وانہٕ کئلہٕ روٗس مےٚ ڈری یاو ترُن پیوٚم

زیرِ بحث کتابہِ ہُنٛد انتساب یمن لفظن منٛز کیٚنژن خاص انسانن ہنٛدِ ناوٕ کرنہٕ آمُت چھُ۔ سانہِ ریشی وارِ ہُنٛد اکھ برگزیدہ بزرگ حضرت سید محمد اکبر شاہؒ، میون بڈ بڈی بب حضرت سید محمد حسین شاہ، میون بڈی بب سید غلام ہمدانیؒ، میون والد بزرگوار، سیدہ زینب اکھ پاک دامن تہٕ متقی خوتون والدہ محترمہ ہنٛد بو دعایہِ خأروٚ میانہِ شریرُک ژونگ پرٛزلیو۔ یہندے ناوٕ چھُ کران۔ تابشؔ چھُ حرف آغاز

تحریر کران کران ونان زِ:

طبی سائنس ( میانی پیشہ واران زندگی )، زبان، تہذیب، ادب، تمدن تہ ثقافت ( میون شوق ) چھے میانہِ زبجہِ ذمہ داری۔ طبیعت، مزاج تہ ماحول مطابق با مقصد زندگی گزارنی، نیکی ہُند جذبہ، سماج کِس نبضس پیٹھ اتھ، لکن ہندین جذباتن تہ احساساتن ہنز ترجمانی چھِ میانہِ شاعری تہ نثر پارن ہُند مقصد یہِ سورے رود وزِ وزِ میانِبن تقریرن منز، لفظن ہنز زینت تہ پاکیزگی ہندِس صورتس منز عوامس آیہِ تن۔ یہِ انداز تہ اسلوب چھُ بنی نوع انسانہ سنز خدمت کرنچ اکھ کوشش میانہِ زندگی ہُند سفر چھُ یمن دون ذمہ دارین ہیوند خوبصورت امتزاج۔ تہ اتھ منز توازُن پأدِ کرن اوس کروٹھ مگر میوٹھ تہِ کانہہ شخص چھُنہ ژونگ بند کمرس منز ژورِ تھاونہ خاطر زالان بلکہِ گاشہِ تہ مزید گاشہِ خاطر زالان تہ پتہ اوند پوک گاشہِ راوان ادب برائے زندگی، عظمتِ سخن تہ معیاری ادبچ تشہیر چھِ سبٹھاہ اہم۔ ہر گہہ توہیہ میانہِ یمہِ کتابہِ ہُند اکھ حرف اکھ کتھ یا اکھ شعر پسند آو بہ زانہ یہے کامیابی بہ سپد خوش تہ میے سپدِ حوصلہ افزائی

چانہِ انمانہ آفتاب پکو
دور منزل چھُ بے حساب پکو

میانِبن نظرن منز چھُنہِ یہِ ناو کتابہِ منز شأمل کلامس تہ نثر پارن ہُند احاطہ کران۔ شاید چھے مُصنفن تہ مُرتبن عجلتس کأم ہیژ مگر یہِ لیکھتھ گوسہ ہو، کتھ گوٚ دوٚپ چھُ اتھ پٹھ نافذ کران۔ یتھ سٹیجس پٹھ ردوبدل کرُن چھُ ناممکن تہِ

غاٗر موزوٗن بنوٚ مُت۔

تابش صائبس رٕتی پاٹھی زانٕنہٕ والوٚ چھُ پننہٕ پننہٕ رٔنگی تہٕنٛد تعارف کرناوٕنچ کوٗشش کٔرمٕژ۔ بون دِنہٕ آمتی تاثرات چھِ تمن زانٕہٕ نس قاری یس بھرپوٗر واقفیت فراہم کران:

'امین تابشؔ صاب چھُ سہل تہٕ معنہ سأوی استعار ورتاوان تہٕ شعرس پرلطف بناوان۔ مے چھِ پے زِ تابشؔ اوس سبٹھاہ لوکچار پیٹھ شعرگویی کران۔ یہنز اکھ کتاب یوسہ اکھ ادبی تہٕ تواریخی دستاویز چھے میون مراد چھُ، حسینی کاروانک سفر، چھے پزی اکھ یادگاری کتاب۔ تہٕ یہنز ازیہ دویم ضخیم کتاب یوسہ قریبن ستن ہتن صفن پیٹھ وہرتھ چھے۔ تتھ منز ادب، طب، شخصیژ تہٕ باقی گون چھِ'' چانہ انمانہ آفتاب پکوٚ' ناوچ یہ، کتاب چھے اہم تہٕ کاشرین طالبہ علمن ہندِ خاطر اکھ دستاویز تہٕ۔ یہ چھُ پزٕ زِ کاشرس ادبس اٗس اچھ ویژھے'۔

(پروفیسر رحمان راہی، ص ۱۳۔۱۴)

'سید امین تابشؔ چھِ سانہٕ کشیرِ ہنِد اکھ عالمی شہرت یافتہ ڈاکٹر۔ یمن لوکھ یسلہ زانن بحثیت اکھ ڈاکٹر اکھ سربراہ تہٕ اکھ ادیب۔ دویمہ طرفہ چھِ یم اکھ سائنٹسٹ تہٕ یمو سائینسی علومن تہٕ طبی حوالہ وارِیاہ بجہ بجہِ کتابہ لیچھمٕژ چھے تہٕ یمن منز چھے بیشمار کتابہ انگریزی زبانی منز لیکھنہ آمژہ کینہہ کتابہ چھے امریکاہس منز چھاپ سپزمژ کینہہ انگلینڈس منز، کینہہ برطانیہس منز شایع سپزمژ۔ امہ علاوہ چھِ یم وارِیاہن انٹرنیشنل میگزینن ایڈیٹر تہٕ وارِیاہن رسالن منز خاص طور یم میڈیکل سائنس کہ حوالہ مختلف ملکن منز نیران

چھِ یمن منز چھِ سید امین تابشؔ صابنی مقالہ تہٕ تحقیقی مضامین شایع سپدان۔ کاشرس ادبس تہٕ پننہ ماجہٕ زیوٕ چھِ برژر کرتھ اتھ آبیاری کران یہُنٛد دیت چھُ پزنہ پأٹھۍ اکھ سرمایہٕ'۔

(عنایت گُل، ص ۱۵)

'پننہِ پیشہ چو مصروفیاتو باوجودرُو دتابشؔ صأب کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس تہٕ ثقافتس لول بران۔ تم اُسۍ اُکس بجہِ تنظیمہِ کشمیر کلچرل آرگنایزیشنہِ ہٕنٛدۍ جنرل سیکریٹری تہٕ کاشرِ اخبارک ایڈیٹر تہٕ۔ سُہ چھُ تھدِ پایُک نثر نگار تہٕ پُر گوشاعر'۔

(شاہد بڈگامی، ص ۴۹)

'ڈاکٹر سید امین تابشؔ چھُ اکھ ممتاز تہٕ تھکُن لایق ماہرِ تعلیم۔ اکھ شاندار محقق تہٕ قابل منتظم تہٕ ڈاکٹر۔ بیٚیہِ واریاہَن وصفن تہٕ صلاحیتن ہُنٛد مالک تہٕ۔ یہنٛز کتاب ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو'' بازر پیٚنہٕ ستۍ ہرِ یُہنٛد قدتہٕ لوکن واتہِ امہٕ ستۍ واریاہ فأیدہ'۔

(پروفیسر اوپندر کول، ص ۵۷)

'کاشرس چھےٚ رژ شاعری کم کاسہٕ ادبی نثر بیتر تہٕ مگر صحت تہٕ تندرستی خاطرِ زن تہٕ ہوکھے موکھے ٹوک مگر ڈاکٹر سید امین تابشؔ چھُ اچھ یہ ویژھے دور کرنہٕ خاطر برونہہ کُن آمُت۔ تم چھِ پانہ حکیم حاذق تموچھِ کاشرِ زبأنۍ ہنٛز کمی تہٕ کوتاہی کاسنٛگ سنز کورمُت توے چھِ یہ کتاب مریضس تہٕ ڈاکٹرس دوشوٕنی خاطرِ واریاہ حاجتہٕ سالی۔ یہ کتاب بنہِ کأشرِ ادبہٕ خاطر اکھ ڈٲلی امہٕ ستۍ گرِشھن ڈاکٹر ادیب، مریض تہٕ شوے مالامال تہٕ یہ کتاب بنہِ پریتھ کاشرِ

گر بارٕ چ لازمی ارزتھ تہٕ بجلی بُتھ'۔

(محمد یوسف ٹینگ، ص، ۴۵)

دأنشورن ہٕنزٕ یِمہٕ رایہٕ تڑایہٕ وُچھِتھ چھُ یہِ تسلیم کرُن پیوان زِ ڈاکٹر سید محمد امین تابش صأب چھِ اکھ تجربہٕ کار تہٕ کہنہ مشق طبیب تہٕ صاحب قلم۔ مگر تہٕنڈ گوفنیٚگ فوٹو وُچھِتھ چھُنہٕ یقینے یوان زِ تم چھِ پڑأنی ادیب تہٕ شأعر بلکہ تہٕنزٕ جوأنی ہٕنڈی آثار چھِ تہٕندِ اصلی شبابُک پوٚر رِپوٚر احساس دِوان۔ 'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚوأ ژشہزادہ رفیق صأبنہ وساطتہٕ مےٚ نِش یتھ پیٹھ تموٚیم تمہدی الفاظ تحریر کٔری متی اُسی:

'آش چھُم پٔرِتھ سوزِ وضروٗرتہٕ ضروٗریتھ کتابہِ پیٹھ مضمون لیکھِتھ، ناوومید کٔری زِبونہٕ۔

یِیٚلہِ کانٛہہ تحفہٕ یِیمہِ تأکید سان حأصل سپد تیٚلہِ تعمیل ارشادنہٕ کرُن چھُ سراسر بے ادبی بنان۔ یوٚدمےٚ اتھ کتابہِ پرنس تہٕ امیُک تجزیہ کرنس منز پانٛژھ ہ رٕتھ لٔگی تاہم یہِ کیٛنہہ پلہِ پیٛوم تہٕ چھُ رسٲصأبنہِ یِیمہِ شعرِ کس پوٚت منظرس سپردِ قلم کرنہٕ یوان۔ اگرچہ یہِ آفتابس ژونگ ہاوُن چھُ مگر دلی خلوٚص چھِنہٕ ازتام کانٛہہ تہٕ سرحد مقرر کرنہٕ آمُت

کوٚر اِشارا ڈوٚلِ والِن تازٕ وۄن رسہِن غزل
مانہٕ نُے پیٚو یارٕ سُنٛد فرمان یارس چارٕ کیٛا

''چانہِ انمانہٕ'' ترتیب تہٕ چھاپنہٕ آمُت یہِ کتاب چھےٚ تخلیقات تہٕ زان، ذکرِ حبیب صلی اللہ علیہ وسلم، گاشہِ تارکھ، قداوار، صحتِ بدن یاوٕ رزوٗتہٕ أنہٕ خانہٕ کبن

بابن منز بأ گرنہٕ آمژ ۔ گوڈنکس بابس منز چھِ ۲۶ ہن نوشتن جاے دِنہٕ آمژ ییمہٕ منزٕ کینٛہہ حوالہٕ گوڈے دِنہٕ آیہ ۔ یم نوشتہٕ چھِ سید محمد امین تابشؔ تہٕ تہٕنزن ادبی کارکردگی ہٕنٛد بن تقریباً سارنے ؤ گوشن پیٹھ گاہ ترٛاونہٕ کنٛز کأفی رِتی تہٕ معلوماتی ۔ أتھی حصس منز چھِ مصنفہٕ ہٕنٛدی تخلیقات شامل یمن منز نعت، غزلہٕ، مرثیہ، ٹُکھ، ژٕ مصراعے تہٕ نظمہٕ وغأرٕ تمن فنی خوٗبی ین ہنٛز نشاندہی کران ییمہٕ تابشؔ ہٕنٛدِس کلامس دِلکش تہٕ معنی سوو بناوان چھے ۔ اتھ کلامس پرٕتھ تہٕ اتھ پیٹھ غور کرٕتھ چھُنہٕ مے یہ وننہٕ نس منز کانٛہہ تامُل زِ شاعر چھُ کھٕنٛز کھٕنٛز شعر لیکھتھ مناسب، صاف، شُتہٕ تہٕ سادٕ لفظن اندر پننٛی باوتھ کرنس منز کامیاب گومُت تہٕ سُہ چھُ ادب براے زندگی ہُنٛد زبردست قأیِل ۔ ژٕ کہِ چھُ سُہ اکھ ایماندار محبِ رسوٗل اللہ صلی اللہ علیہ وسلم، توے چھُ دینِ اسلام تہٕ عشقِ رسوٗل تٔمی ہٕنٛدِس کلامس منز مرکزی حیثیت تھاوان مگر تہٕنٛد مطالعہٕ تہٕ نظریہِ چھُ کأفی وسیع ۔ یتھ منز ادبی چاشنی تہٕ قأبلِ توجہ چھے ۔ یعنے ادب براے زندگی ہٕتی ہٕتی چھِ تابشؔ ادب براے ادب رجحانس تہٕ جان اہمیت دِوان روٗدی متر ۔ موضوعاتی تہٕ ہیتی اعتبارٕ چھُ تابشؔ رویاتکی پاسدار مگر جدت طرازی تہٕ عصری حِس آگہی ہُنٛد اثر تہٕ چھُ جایہِ جایہِ عیاں سپدان۔

"چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکو" کتابہِ منز یم نعت شریف یا منقبت موجوٗد چھِ تمہٕ تلہٕ چھُ شاعر سُنٛد اکھ بوٗڈ ایماندارٕ تہٕ عقیدت مند آسنٕک اشارٕ پاتھان ۔ اندازٕ چھُ لگان زِ تابشن چھُ فارسی، اردوٗ تہٕ کأشرِ بن نعتن ہُنٛد سوٗن مطالعہ کرٕتھ پننٛی من باوتھ کران ۔ فنی معنوی تہٕ لسأنی لحاظہٕ چھِ أہنٛد نعت کأفی رِتی، پُر اثر تہٕ خوبصوٗرت فنہٕ پارٕ ۔ اتھ سلسلس منز ہکو کھ تہٕنٛدی یم شعر نموناً پیش کرٕتھ ۔

لقب چھے ژٕے خیرُ البَشر اللہ اللہ

ژٕے نبیَن اندر چھے تھَزر اللہ اللہ

خُدا خود ثنا خوان تہٕ مُرسل چھِ واَصِف

فدا ژٕیے چھِ شمس و قمر اللہ اللہ



ژٕ تکمیلِ دیٖن چھکھ ژٕ نوٗرِ مُبین چھکھ

بےٚ معنی ژٕے روٗس ہر سفر اللہ اللہ

چُھ کیاہ تابشس غم غولاماہ چُھ چونُے

گوناہن کرُس در گذر اللہ اللہ

اُچھن ہنٛز تراوَتھ جمالِ محمدؐ

سکوٗنچ ضمانت خیالِ محمدؐ

چھےٚ عشقچ حقیقت پرٛزلوٗن سُہ مہتاب

دِلن پٹھ حکوٗمت کمالِ محمدؐ

ذِکر حض فرِشتن فِکر کائیناتس

دِلن منز چُھ اعلیٰ خیالِ محمدؐ

عرش و فرشک نوٗر چھکھ طٰہٰ ژٕ چھکھ یٰسین چھکھ

روح کیاہ بخشتھ ژٕے دِینس یا رسُول اللہؐ سلام

چانہِ پہنہٕ تقدیر بدلیوٚوٕ عرب و عجمس یا نبیؐ

خاکِ پاٗ موٚل اسہِ جبینس یا رسُول اللہؐ سلام

وَالضُّحیٰ رویس لگے چھیٚے تابشسؔ بس آش چاٗنی

داغ چوٗنے چھُس جبینس یا رسُول اللہؐ سلام

تابشؔ چھ حضرت نبی کریمنؐ علاوٕ اصحابِ کبارنؓ چار یارانِ پاکبازنؓ تہٕ اہل بیتنؓ ہندی تہِ سٹھاہے عقیدت مند۔ تِہنز گوڈٕنچ تصنیف 'حسینیؓ کاروانُک سفر' چھےٚ تہندِ عقیدٕچ ترجمان، اما پوٚز پیشِ نظر کتابہِ منز تہِ چھِ کینٛہہ شعر شاٗمل کرنہٕ آمتی:

حُسّین نوٗرِ مجسّم نوٗرِ یزدان

سُہ ظُلماتن اندر کیٛاہ ماہِ تابان

حقس پالان تہٕ دِینس زِندٕ تھاوان

چھےٚ ساٗرے زِندگی تفسیرِ قُران

سُہ تلوارن تہٕ تیٖرن سینہٕ داران

چھُ کلِمُک راٗچھ در بس پوٚز چھُ گاران

یہِ ایثارُک تہٕ صبرُک امتحان گوٚو

لوٕکٕٹ بڈٕی ہتھ اَکِس پتہ اکھ جواں گوٚو

پکان یوٚدوَے حُسینیؓ کاروان گوٚو

یزیدی بُت پتھر اکھ اکھ پھوان گوٚو

چمن سأراب توحیدکی کران گۆو
سہ جگرٕکہِ خۆنہٕ کلمہٕ حق لیکھان گۆو

تابشؔ صأبنین غزلن منز چھےٚ موضوٗعاتی رنگا رنگی ، زمینی حقیقژن ہنز خوبصوٗرت عکاسی، جذبات نگاری تہٕ نغمگی پرن وأرلس رٕتی پأٹھی متاثر کران۔ تہُند تصورِ زندگی چھُ تہنزِ دوٗر بینی ، اِنسان دوستی، حق گویی تہٕ انسأنی مہر واپچ ہُند احساس دِوان۔ اکھ جہاندیدٕ انسان، تجربہٕ کار طبیب تہٕ سرکردٕ سمأجی ، نباض آسنہٕ کِنۍ چھِ تمہٕ کتھٕ ونان یُس نہٕ عام انسان یا شأعر کرِتھ ہیکان چھُ ۔ أمن غزلن ہنز مقصدیت تہٕ حُسن وخوبی ین سمجنہٕ خأطرٕ ہیکو یمن شعرن ہُند حوالہٕ دِتھ:

اسرار ونے زِندگی ہنٛدی حال زمانٕک
رنگ کأینا تکی ءکتیٖ وُچھِ اِنسان کتھن وات



یُس جذبہٕ پیٚتہِ وُزناوِ سوچس ءستیٖ ضمیرس
منزِل چُھ شوقٕک أخری اَسمان کتھن وات



تلوار قلم میٚون وُچھ یم پاک اچھر میأنۍ
گگرایہِ وُزملہٕ وُچھ بنان طوٗفان کتھن وات



انہار غمکۍ حأرۍ ثات، حالات چھِ بدلاوان
وبتراو دٕگ وٕدھراو اۆش لأرِس لیکھِتھ عذاب

زانٛہہ دیُت نہٕ سمیَن ساتھ ژٕٹن پیٚوٕ مےٚ گریبان

یێتہِ واوِ طوٗفانن ڈ ُہتھ نی میٲنۍ موٗللی خاب

کٔشیرِ ہنٛدہو ناموا عد حالا تو تہٕ رُونما سپدن والیو حادثاتو تہٕ حأرثاتو چھُ تابش

یتھی شعرو نہٕ نس پیٹھ مجبوٗر کوٗ رمُت ۔ شأعر چھُ پننہِ انتہأیی حساس آسنک احساس

دِتھ کر بکہِ لایان:

خوٗن ہاران وُچھِم ودان کأتیاہ

کینٛہہ حببٕے ، کینٛہہ کوٹھیو پھوان کأتیاہ



کٕس چھُ غمخوار زخم بٔلہٕ راوبکھ

ہے وَتو پیٚٹھی وُچھو مران کأتیاہ



کانٛہہ مددگار چھُننہٕ زمانس منٛز

خوٗنِ موصوٗم وُچھ چێوان کأتیاہ



یێتہِ چھُ اکھ اکھ ژیُہہ کڈُن بوٗڈ مشکلاہ

یێتہِ چھِ اکثر بے گوناہ دارس کھسان



حأدثاتو ڈنجہِ کر حالات تھأوی

کم موٗللی ارمان یێتہِ داوس لگان

خۄن جِگرُک زال ژانگِبن گاشہِ راو

خۄنہٕ قطرَو ستی نۄی دُنیاہ بنان

☆

اِنقلابن نی ڈُہتھ زولانہٕ ژھینٛز

گے ژواپاسے مِٹان ظُلمکی نِشان

کیٛاہ قیامت کیٛاہ چُھ محشر کرٛوٹھ کیٛاہ

ییٛلہِ وں تیٛلہِ ییٛتہِ زہر ننٛگلُن چھے پھوان

خۄنہٕ سٕری سٕہلاب گۄو اکھ اکھ چمن

یُتھ نسا اتھہِ لاگہِ اتھ کانٛہہ غاٗر زان

تابشؔ صابنٛز رومانی شاعری تہِ چھےٚ دِلکش، میٛٹھی تہٕ توجہ طلب۔ لوٚکچن بحرن منٛز چھےٚ تہنٛدِ قلمچ رواٗنی زیادے پہن تیز سپدان۔ تم چھِ اطمنان سان ییٛمہِ آیہِ پننہٕ نبن دِلی جذباتن ہُنٛد اٗنہٕ ہاوان:

میٛانہِ جِگرُک دود ووتھ تس چھا خبر

جانِ جانان جان چُھم جانانہٕ میٛون

☆

یُتھ نہٕ اوٗش تژاوَکھ طُفان برپا کرکھ

یُتھ نہٕ چھپہِ لگہِ بے وجہ یارانہٕ میٛون

☆

دُنی یہکی غم، چانٛی غم، کم حاٗری ثات

جامہٕ ژٹہٕ ناوان پنٛن بیگانہٕ میٛون

پیش نظر تابش صأبنہِ کتابہِ منز شأمل نظمہٕ آب ، محبت ، تخلیق ، تژیش ، تکمیلِ دین ، مٹاوان بأطلس طوٗفان ، وٕتکۍ تہٕ لولاک لما خلقت الاشیا چھےٚ نظم نگاری ہٕندِس فنس پیٹھ شاعرٕ سٕندِ دسترسُک بھرپوٗر احساس پأدٕ کران ۔ یِمہِ نظمہٕ چھےٚ پابند ، نثری تہٕ آزاد ہیٔتن منز لکھنہٕ آمژٕ زورِ بیان چھُ وُچھن لایق ۔ قأری چھُ محسوٗس کران زِ یوس نہٕ کتھ شأعر غزلہِ کِس محدوٗد دأیرس منز ژھنڈِتھ ہیوٚ کمُت چھُ سُہ چھُن یِمن نظمن منز فنی مہارتہٕ سان وٕنی مژٕ ۔ ڈکشن ، موضوٗع تہٕ اظہارِ بیانہٕ کِنۍ چھےٚ سارے نظمہٕ پرنس ، غور کرنس تہٕ رٕچھِتھ تھاوانچہِ حقدار ۔ أمو نظمو منز ژارنہٕ أمتۍ یِم شعر تہٕ سطرٕ چھےٚ وارِیہن کتھن واش کرنس منز مدد کران ۔

چیٚنہٕ وأنۍ ییٚلہِ آسہِ شوٗژ ژوپور
خوشحألی ہُنٛد ییہِ بیہِ اکھ دور

☆

توٚہِ ییٚلہِ أرۍ ذٕرۍ آسن شُری
نہٕ چھِ تفریقے نہٕ چھِ اِڈ کھُری

☆

اَتھِ پمپہِ خأطرٕ ژوٗرُک گام
تژیشہِ رٕنگٕی کوٚر اسہِ تَنہٕ آرام

(آب ، ص ۱۷۸)

امارُک أنہٕ چھکبھ
اختابہٕ اِڈٕ چھکبھ
عجیب ذاتھاژٕ چھکبھ بدلے وجوٗداہ

ژ چھُکھ تھزرن تھزر بجرن بجراکھ

ژ چھُکھ ملکوتہٕ فلکو پیٹھٕ کرامتھ

ژ چھُکھ تخلیق اکھ

ہیے ہوٚراکھ چھُکھ

ژ چھُکھ پزی پاٹھی جذبن ہنٛز سمندر

ژ چھُکھ تعبیر خابن تے خیالن

ژ چھُکھ آگُر

یرادن نو بہارن (تخلیق، ص ۱۷۶)

اتھ کتابہِ منز چھِ کینہہ ژُ مصراعے، اکھ مرثیہ تہٕ ٹُکھ تہٕ پرنہٕ والین اَیتن تھاونہٕ آمتی۔ ژُ مصراین ہُنٛد نمونہٕ چھُ پیش خدمت۔

اسہِ تہِ چوٚو ناربو ننٛو آبِ حیات
توبہِ گوٚو منظوٗر وُچھ اسہِ کائینات
اسہِ تہِ ہیوٚچھ سمیَس اندر مُری مُری زبوٗن
زِندگی بُتھِ آے کم کم حاٗدیثات

اِنتظارٕچ آش ہتھ گُزریایہِ راتھ
نَے صُبح پھوٚل، گاش نَے دُہک حساب

ییلہِ وِ تیلہِ دِدوَن وُچھم ژوپم زہر
بار ہا دوٚپمَس لکھو لوٗلٕچ کتاب

کلھم پأٹھی چھُ یہِ وُنن بجازِ سید امین تابشن چھےٚ دمدارتہٕ دِل رٔنزٕناون واجنۍ شأعری کٔرمٕژ۔ کتابہِ منز دِنہٕ آمتہٕ کلامہِ تلہٕ چھُ یہِ ننان زِتمِ چھِ سٕتھٕہے کم گومگر با کمال سخنور، یم عوامی مقبولیتکی حقدار۔

تابشٕنۍ شعر عُمرِ ہُند حأصل

ہر سوالس دِوان جواب پکو

تابشن چھُ دو یمس بوگس 'ذکرِ حبیب صلی اللہ علیہ وسلم' ناو تھووُمت اتھ منز چھِ باہ معلوماتی مضمون شأمل یم پیغمبرِ اعظم صلی اللہ علیہ وسلم، محسنِ انسانیت ؐ، خاندانِ نبویؐ اکھ جأیزٕ، حضرتِ فاطمۃ الزہراؓ سٕنز عظمت تہٕ اعزاز مادران را اسوۂ کامل بتولؓ، حضرت علیؓ، حضرت امام حسنؓ ابن علیؓ امام عالی مقام حضرت حسینؓ ابن علیؓ، ذبحِ عظیم، اسلام ہندٕ أہمہِ صدی منز تہٕ انسانِ کامل سُند انقلابی منشور عنوانات تحت سپر دِقلم گأمتی چھِ۔ یم لوٕکٕٹ تہٕ بٔڈی مضموٗن چھِ مصنفہِ سٕندِ مطالعہٕ تہٕ علمی بٔترُک نشاندہی کران۔ أمن اہم مضمونن حتمی شکل دِنس منز کمن ماخذن ہُند استفادٕ تُلنہٕ آمُت چھُ تمن ہٕندی ضرورٕی حوالہٕ تہٕ چھِ جایہِ جایہِ دِنہٕ آمٕتی۔ یتھٕ پأٹھی ہکو صرف یہِ اندازٕ کٔرتھ زِتابشؔ صابن چھُ فرقانِ حمید، احادیث نبویؐ تہٕ تاریخ اسلامہٕ پٹھے پٔنن مواد تُلمُت۔ سأری مضمون چھِ پرنس تہٕ غور کرنس ہٕتی تعلق تھوان، ہٕتی چھُ یہِ پَے تہِ لگان زِمضمون نگار سُند اسلوٗبِ تحریر تہٕ بیانیہ چھُ منفرد تہٕ جاذبِ نظر۔ أمو مضموٗنو منزٕ ژارنہٕ آمٕژ یم سطرٕ کران پانے وضاحت زِتابشؔ کیاتہٕ کتھٕ پأٹھی وُنن چھُ یژھان:

'نبی ﷺ پاک چھِ تمام انسانن خأطرٕ رحمت۔ تم أسی سارِنٕے اَنہٕ گٹہٕ منزٕ

نیرِ تھ گاشس کُن پنچ دعوت دِوان۔ تمام جہانن خاطرِ رحمت آسنہٕ علاوٕ چھِ نبی ﷺ پاک مؤمنن خاطرِ اللہ تعالیٰ سُند اکھ عظیم احسان۔ تمام عُمدٕ اِخلاقن ہندی مالِک اُسی محمد ﷺ۔ یہ اوس تِہنٛدِ اخلاقِ عالیہ ہُک اثر زِ بے شُمار لُکھ آے اِسلام کِس دائرس منٛز۔

(ص، ۱۹۳)

'حضرت فاطمہؓ اُس نبی پاک ﷺ تہٕ حضرت خدیجہؓ سٕنٛز ژوٗرِم کوٗر۔ حضرت زینبؓ، حضرت رقیہؓ تہٕ حضرت اُم کُلثومؓ گیہ اکہِ اکہِ کھاندر کٔرِتھ ماجہِ نِش دوٗر۔ حضرت فاطمہؓ سٕنٛز ذِمہٕ دأری منٛز گوٚو ہُر بر۔ پانہٕ شُر آسنہٕ با وجوٗد کٔر اَمہِ ماجہِ تہٕ مألی سٕنٛز خدمت۔ شُری پانہٕ پٔنٹھ بنأوی حضرت فاطمہؓ ہِن کأمل صفت، عزتِ نفس، نیکی ین ہنٛز رغبت تہٕ تھدِ پایکی اخلاق تہٕ عادات زندگی ہُنٛد اعلیٰ معیار۔

(ص، ۲۱٦)

'حضرت علیؓ چھُ گوڈنیُک مرد ییمی ایمان اوٚن (زنانن منٛز چھےٚ حضرت خدیجۃ الکبریٰؓ)۔ تہٕ نماز کٔرکھ ادا۔ جنگِ احدس منٛز ییلہِ نبی پاکؐ زخمی گے، حضرت علی ینؓ کٔر نبی پاکؐ سٕندِس اتھس تھپھ تہٕ تُلکھ تھوٚد۔ پانس سٕتی پکہٕ ناوِتھ واتہٕ نأوِکھ گرِ ییتہِ حضرت فاطمہ ہنؓ تمن زخمن ہُنٛد مرہم کوٚر۔ جنگس دوران کٔری حضرت علی ینؓ واریاہ مُشرک قتل۔

(ص، ۲۳۰)

'حضرت حسنؓ اُسی کم بولان تہٕ جادٕ پہٕن خاموش روزان۔ لیکن ییلہِ کتھ

کرٕہن، سوٚ اُس آسان وزن دارتہٕ معقوٗل۔ کانٛہہ اوس نہٕ اُمِس بڑٕ ونٛہہ کنہِ کتھ ہبکان کرِتھ۔ حضرت اِمامِ حسنؓ کوٚرترٛییہ لٹہِ پٔنٛن سورٕے مال خوداے سٕنٛزِ وتہِ منٛز خرٕچ۔ پٔنٛژہہ (۲۵) لٹہِ کوٚرُکھ پیدل پکِتھ حج'۔

(ص،۲۳۲)

اِمام عالی حضرت امام حسینؓ بخٕش ربّ کائیناتن شہادت کہِ ذریعہِ یزٕتھ۔ اللہ تعالیٰ ہن گرٕی یم شہادتہٕ سٕتی سرفرازتہٕ تہنٛدی درجات گرِن بُلند۔ ربّ کائیناتن کرِ تمام آزمائشہِ اِمام حسیّنؓ سٕنٛدِس شہادتس منٛز جمع۔ اِمام عالی مقام سٕنٛز شہادت چھےٚ مشہود بالنبیؐ۔ باقی شہادتہٕ چھےٚ آسان مشہود بالملائکہ۔ درحقیقت امہِ شہادژ ہِنٛز شِدت تہٕ امیُک دائمی تذکرٕ چھُ امہِ کتھِ ہُنٛد ثبوٗت زِ یہِ شہادت چھےٚ سیرت النّبیؐ کتابہِ ہُنٛد اکھ چپٹر'۔

(ص،۲۳۸)

ترٕتیٛمِس بوگس چھُ گاشہِ تارکھ ناوتھاونہٕ آمٕت۔ یتھ منٛز حضرت میر سید علی ہمدانیؒ، حضرت شاہِ ہمدانؒ، حضرت خواجہ معین الدین چستیؒ، حضرت شیخ العالمؒ، حضرت مولانا جامیؒ، حضرت مولانا جلال الدین رومی، شاعرِ مشرق سر محمد اقبالؒ، حضرت سید میرک شاہؒ، حضرت سید علی گوہر بخاریؒ تہٕ الحاج غلام الدین ہمدانیؒ ہِوبن بلند تبار صوٗفیا کرامن تہٕ مبلغِ اسلامن ہٕنٛدی مختصر مختصر مگر جامع تذکرٕ پرنس کتی موجوٗد چھِ۔ ژوٗرِم بوگ 'قداوار' چھُ سقراط، افلاطون، ولیم شیکسپیر، البرٹ آنسٹاین، ابراہیم لنکن، فیض احمد فیض، ساحر لدھیانوی، احمد فراز تہٕ ڈاکٹر نصیر احمد شاہ ناوِ کبن نون مضمون پٹھ مشتمل۔ ژہم مضمون 'ادب تہٕ ماحول' چھُ مُصنفہٕ سٕنٛزِ ادب شناسی

ہُند باس دِوان ۔ ییلہِ زن باقےٚ مضمون چھِ تابش ہٕنز شخصیت نگاری ہٕندی نفیس نمونہٕ ۔

'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚ'، کتابہِ ہُند پأنژِم بوگ 'صحتِ بدن یا اورزوٚ' چھُ پننہِ نوعیتُک اکھ منفرد، اہم تہٕ معلوماتی باب ۔ یتھ منز شُگر بیمارِ علاوٕ واریاہن اہم بیمارین ہٕنز زانکأری دِنہٕ آمژ چھِ ۔ یمن منز خوٚن تہٕ خوٚنچ کمی، حمل تہٕ پأداییش، گڈُر ، میوٚند، ملیریا، جنسی بیمارِ، ٹی بی ، کمر دود، کلہٕ دود، زُکام ، نظامِ تنفسکی دأدی تہٕ کینسر ہِشن بیمارین ہٕنز تفصیل شأمل چھےٚ ۔ اہم واقفیت فراہم کرتھ چھُ تمو انگریزی نَہ زانن والین اکھ بوٚڈ تحفہٕ عطا کوٚرمُت ۔

کتابہِ ہٕندِس أخری بابس چھُ 'أنہٕ خانہٕ' عنوان دِنہٕ آمُت ۔ اتھ چہِ درجنہٕ وادٕر نگین فوٹو شأمل کرنہٕ آمتی یم مصنفہِ سٕندِ پیشہ وارانہ تہٕ ادبیانہ سفرُک حال بیان چھِ کران ۔ أمو نایاب تصویرو سٟتی چھُ کتابہِ ہُند معیار ہُران تہٕ کینٛہہ لوٚکھ ہیکن صرف تمن وُچھتھے پننی تزٕ ییش ہُمرأوِتھ ۔ کتابہِ ہٕندبن بیٚین بابن منز تہِ چھِ خوبصورت نقشہٕ تہٕ فوٹو موجوٗد یم مختلف نوکتن ذہن نشین کرنس منز آسانی فراہم کران چھِ ۔

'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚ' پرِتھ چھُس بہٕ یمِ نتیجہ کڈان زِ امیُک مصنف چھُ اکھ بوٚڈ انسان، شیرین بیان سخنور تہٕ عزت دار قلمکار ۔ یہٕنز ادبی کاوش چھےٚ لایبریرین تہٕ گرن منز تعویزٕکی پأٹھی رچھنس لایق ۔



# سید امین تابشؔ ہمہ جہت سخنور

پروفیسر بشر بشیرؔ

ڈاکٹر سید امین تابشؔ صأنٛز تخلیقی منظومن تہٕ حفظان صحتس متعلق مضمونن پٮ۪ٹھ مشتمل کتابہٕ ہنٛزِ صورژ منٛز پیش کرنہٕ یننہٕ واجینٛز یہٕ ڈٲلی چھےٚ قابلِ تحسین تہٕ تہٕ امید افزا تہِ۔ یہٕ کتاب چھےٚ یہنٛدِ ادبی ذوقٕچ تہٕ علمی بصیرژ ستی ستی مادری زبٲنۍ ہنٛزِ تریشہِ تہٕ امہِ کِس علمی سرمایَس بٔرژر کرنچہِ یہنٛز دلچسپیہِ ہُنٛد اکھ ٹاکارٕ ثبوٗت۔

تناسبہٕ اعتبارٕ ہرگاہ وُچھو تہٕ کٲشُر بولن والین منٛز یتھ تعدادس منٛز شاعرِ تہٕ ادیب موجوٗد چھِ سُہ چھُنہٕ کم کینٛہہ۔ اکھُتے چھےٚ ووٗنی کالہٕ پگاہ بیوٚن بیوٚن لکھارٕ ن ہنٛزٕ کتابہٕ چھپٕتھ بروٗنہہ کُن یوان۔ اتھ سأری ہے منظرنامَس منٛز چھےٚ تابشؔ صأبنہٕ یتھ کتابِ کینٛہہ امتیازی خصوصیژ یمہِ کِنۍ یہِ قابلِ تعریف تہٕ قابلِ تقلید ماننہٕ ہیکہِ یتھ۔ یہٕ کتاب وُچھِتھ تہٕ امیک بیشتر حصہٕ پٔرِتھ یم کینٛہہ نوکتہٕ پٮ۪ٹھے بانہٕ میأنِس ذہنَس منٛز ووتلے یہٕ تِم پرن والین ستی زأنۍ راونٛک یا شیر (Share) کرنُک موقعہٕ چھُ مےٚ خوش گوار باسان۔

تابشؔ صأب چھِ سأنۍ ناماوار معالج تہٕ پننہٕ نو پیشہٕ وارانہٕ صلاحیژ وِکِنۍ چھِ کشیرِ تہٕ کشیرِ نبر تہٕ دوٗیمبن ملکن منٛز تہِ زاننہٕ ماننہٕ یوان۔ علم طب یا ڈاکٹری چھےٚ یمو پانہٕ سنجیدگی سان درسن پٔرِ ہمژ تہٕ پرنأمژ۔ عام رِوایژ مطأبق چھُ موجوٗدِ وقتس منٛز

امکہِ درس وتدریسک عمل انگریزی پأٹھی سپدان۔ أکس معروف کارمعالجہ سندِ خأطرِ یُس اتھ سأری ہے اکہِ میکانیل اندازٕ پران تہٕ ورتاوان چھُ تسُندِ خأطرِ زبأنی تہٕ باؤژھندِس بنٛیس دولابس منز پیوٚن باسہِ تس توضیح اوقات۔ أکس خاص سطحس پیٹھ ہیکہِ یہِ قابلِ قبوٗل معاملہٕ تہِ مانٕنہٕ یتھ تاہم بنیأدی عوأمی سطحس پیٹھ صحت کس نگہداشش منز چھُ سارِ وٕے کھوتہٕ اہم تہٕ گوڈنیک معالج فرد۔ لُکھ ییٚلہِ انفرأدی طور حفظانِ صحت کین اصولن وأقف آسن تہٕ تم اصوٗل کامہِ منز انن واریاہس حدس تانی ہیکن سپدِتھ خطرناک بیمارِ قابوہس منز یتھ یاونو یژھِ بیمارے ووتھن نہٕ۔ مگراورُکن ہیکہِ تِتھی ہے ڈاکٹرس ظون گژھتھ یُس علمدارِ کشمیر سندین لفظن منز ''انگ خوشبوتہٕ مینگہٕ وُد'' آسن یتھ کتابہِ منز یم کینٛہہ مضموٗن امہِ حوالہٕ تحریر چھِ کرنہٕ آمتی، تہندِ نشانہٕ چھُ متعین تہٕ معین۔ یاونو یم چھِ عام پرینہٕ کأشرس خأطرِ لکھنہٕ آمتی۔ زبأنی تہٕ پیچیدٕ طبی اصطلاحن منز ہینہٕ ینہٕ ورأے بنیأدی اہمیژ ہنٛزٕ کتھ چھےٚ سپٹھاہ ممکن حدس تانی عام انسانہٕ سندِ سمجھنہٕ خأطرِ سہل پأٹھی بیان کرنہٕ آمژٕ۔ یہِ چھُ تیٚلی ممکن سپدُمُت ییٚلہِ سون یہِ حبسہٕ ہُشار شخص مختلف طبی معاملن مقأمی تناظرس منز وُچھان تہٕ یمن متعلق سران سونچان چھُ۔ گویا امہِ کس نتیجس منز ہیکن دوٗررس نتیجہِ برآورسپدِتھ۔ یہِ کتھ ہیکو ییمہِ مثالہٕ ستی سمجھِتھ زِ نار لگِتھ چھےٚ بچاوٕچ یہے وَتھ زِ فائیر برگیڈ یہِ بُلاونہٕ۔ اتھ عملہِ دوران چھےٚ بچاوس ستی ستی بٔییہِ تہِ کینٛہہ تباہ کأریہِ سپدان۔ استادٕ لبہٕ چھےٚ تیز آبہٕ چھرکاوٕ ستی آوٕسان تہٕ یہِ کینٛژھا نارتژ اوان چھُ تہِ چھُ زہنہٕ تہٕ سوٗرس رلان۔ امہِ کھوتہٕ چھنا بہتریٖ زِ تِتھی تدبیر یِمن ورتاونہٕ یُتھ نہٕ یژھ نوبتھے واتہِ۔ تابش صأب چھُ صحتس متعلق تِتھی نےٚ ہوبن

تدبیرن ہنز کتھ کران۔

اخلاقیات چھُ بنیأدی طور تہٕ یِیمہِ ہتی انسأنی زُوس تہٕ باقے زُری یأ ژُ کنہِ رنگہٕ فأید ییہِ۔ توے تہٕ یِیمہِ کتھہٕ اخلأقی اعتبارٕ کشف آسن آمٕژ مانہٕ تمہٕ کتھہٕ ہکن کُنہِ رنگہٕ فأیدہ منداُستھ۔ کتابہِ منز شأمل یِمن مضمونن منز چھے ژٕتھ کتھہٕ تہٕ میلان یِمن ہُند تعلق اکی آنہٕ اخلاقیاتس ہتی تہِ چھُ تہٕ صحتس ہتی تہِ۔ مثالے جنسی بِمار بن متعلق مضمونس منز ناکارٕ جنسی تعلقاتن متعلق ذکر۔ ذہنی بِمار بن منز عبادت اکھ فأیدہ بخش عمل۔ حمل تہٕ پأدایشہِ متعلق مضمونس منز صفأیی ہُند خیال، مناسب وأنسہِ ڈٔلِتھ زنانن ہندِ کھاندرٕ کی کینٛہہ منفی نتیجہِ وغارٕ۔

سائنسی موضوعن پٹھ ژتھبن بنیأدی مضمونن ورأے زبأنی ہنز ترقیہ ہُند تصور کرُن چھُ نامناسب۔ تابشؔ صأبنہِ امہِ رٕژِ کامہِ ہندِس اجرٕس منز ما آسن مے سان میأنی تم سأتھی شأمل یِم سکولی سطحس پٹھ کأشرِ خأطرٕ نصاب تہٕ درسی مواد ترتیب دِنس ہتی مختلف موقن پٹھ وابستہٕ روٗدی۔ چنانچہ سأنس کُنہِ عرضداشتس کنہٕ ڈول دنہٕ ورأے لیکھی یِمو سٕتھہٕ آوری آسنہٕ باوجود کانٛہہ ژیرلا گنہٕ ورأے یِم مضمون۔

یِیمہِ کتابہِ ہُند گوڈنیک حصہٕ چھُ منظوماتن ہُند ییتھ منز عقیدتی زمرٕس منز نعت تہٕ مرثیہ چھے تہٕ امہِ ہُر یمانہٕ چھِ اتھ منز غزل، نظمہٕ تہٕ ژُمصرأے ہشہِ ہیتی صنفن ہندی تخلیق تابشؔ صأبنن یِمنے منظوم تخلیقن ہندِ حوالہِ چھُ سون ظون بنیٛس اہم پہلوہس کُن تہٕ گرٛھان یِیمہِ کبن وٕسیع جہاتن ہُند مجموعی تہٕ جمألی ہرترییتھٕ کُنی تہٕ کُنہِ حدٕس تانی بیان ہکہِ سپدِتھ زِ کشیرِ ہُند حسن، امیک جغرافیأیی محل وقوع، ییٚتہِ کبن بسکین ہُند فکری، فلسفانہٕ، ادبی تہٕ ثقافتی پوٚت منظر تہٕ کأشرِ زبأنی ہُند باوژبل

چھِ کأشرِ ہن ہندِ قومی شناختکی مستحکم ضمانت دار تہٕ آیینہٕ ۔ کأشرِ ہن ہنزِ نازک مزأجی تہٕ تر دماغی چھِنہٕ تتھوی عألموتہٕ دانشوروپتہٕ وَتھ تتھے تعریف کٔری متی ۔ نتہٕ چھُ ڈاکٹر تابشؔ علم طب کِس سائنسی شعبس ستی وابستہٕ ۔ پنٕنہٕ مادری زبأنی ہنزِ ترقیہ ہنز پڑھ ہکوأسی یہندِ قومی شعورُک ظوٗن تہٕ مأنتھ مگر کتھ چھِنہٕ أتی تھے بلکہٕ یُہند پانہٕ اکھ شاعر تہٕ تخلیق کار آسُن چھُ یہندِس وجودس منز ئلتھ تہٕ سرایت کٔرِتھ تمہِ خصوصیژ ہُنٛد نوٗن تہٕ ٹاکارٕ اظہار یٚمہِ کِنی یہِ خطہٕ پتہٕ وتھ پیٹھ مشہور چھُ ۔ توے وۄن اسہِ گوڈنکہِ ہیے جملس منز یہِ کتاب چھےٚ امیدافزا ۔ وچھوے تہٕ امہِ کِس پسِ منظرس منز بیاکھ غألب عنصر سو علمی تہٕ ادبی رہوایت تہٕ أستھ یوسہٕ تابشؔ صأبس سید خاندانس ستی تعلق آسنہٕ کِنی وراثژ منز میچھ چھےٚ ۔ کتھ ہُنٛد مناسب تہٕ سلیقہٕ مند تُلہٕ تژ او چھُ غأر روأ دأری تہٕ غأر شعوری طور امہِ نسبژ کِنی یمن حأصل سپُد مُت یُس تخلیق کار سُنٛد اکھ بنیأدی خاصہٕ چھُ آسان ۔ توے تہٕ چھُ لیبأرٹری، ہسپتال کِس کمرس، واڈس تہٕ کلاسس منز یہند ہن لفظن گنڈتھ ژٕتھ معنہٕ تہٕ شعر تخلیق کرنہٕ وقتہٕ چھِ یِم لفظن ہندِس احساسی دنیاہَس وۄنت وُچھان ۔ اتھ تخلیقی کارگاہس منز چھُ سُہ تابشؔ یُس کأنسہِ مریض ہندِ ہن انگن تہٕ وُستخانن وٕژھوأ چھو وُچھنہٕ تہٕ اتھ لاگنہٕ بدل دلہٕ تہٕ جذبہٕ چو چشمو پنہٕ نِس ذاتس تہٕ وجودس سام ہوان ۔ اتہٕ چھِنہٕ جسمچ ژٕھ کیٚتھ کٔرِتھ سطحی زان بلکہ بأطنہٕ کِنی أنتھ روٗس سنبرن وٕستھ تیچ شیچھ خبرانچ تہٕ ونچ حالت ۔

یٚمہِ جایہِ ہُنٛد احساس دلُک شوق تہٕ ارمان
تتھ شیشہِ خانس منز چھےٚ ژواپأری پٔنٕنی ذاتھ

لل دید اُس پننہِ حبسا گہی تمہِ دیٚت دمادم گرِتھ اندرم ژونگ روشن گرِتھ پننہٕ نِس اندرونس یا باطنس وٚون۔ اندرم انہِ گوٚٹ گاشرِتھ ژھوٚٹن یوٚہے گاش نبر۔ یوٚہے گاش وُچھن پانس منز تہِ تہٕ پانس نبر تہِ اندرم پرا گاش نبر ژھوٚٹم گٹہِ روٚٹم تہٕ گرمس تھپھ۔ ڈاکٹر تابشس چھےٚ پننہِ حبسا گہی۔ سہ یمو حارثاتو تہٕ زندگیہِ ہندبو دولابو آورومت چھُ تمے چھس باقین منز تہِ بدل بدل طریقہٕ ونہِ یوان۔

کیاہ کرو زندگی لگِتھ داوس

دأدی باوان پننہٕ پکان کأتیاہ

میون مدعا چھُنہٕ قطعاًتہِ یہِ زِ بہٕ انہٕ دوٚن بیوٚن تخلیقن ہُند معیار یتھ جایہِ زیر بحث بلکہ یہِ زِ تابشؔ چھُ پننہِ وٕسکی ساری انسلاکات ہیتھ کرب بیانس منز انچ کوشش کران تہِ یوٚہے چھُ یہند پنٕن تخلیقی کاینات أمی ہندے ونہٕ:

بُتراٚژ پیٹھ پننہٕ آس غم ازلس مےٚ لیکھتھ چھُم

بٕے چھُس لگِتھ زالس تہٕ مےٚ زولانہٕ جُدا چھُم

امہِ قبیلکی چھِہ یتھ سوٚمبرنہِ منزگہی یا معیاری تہٕ رِتی شعریمن منز تابشؔ بحیثیت شخص تہٕ تخلیق کار پنٕن پنٕن الگ وجوٗد چھِ تھاوان۔ یتھ پیٹھ تمِس منزی پانس تہِ حارت ہیٚو چھُ یوان۔

تابشؔ چھُ کیاہ ذاتھا ونان یُس صاف دلکی حال

ہے پانہٕ جُدا چھُس تہٕ دِل دیوانہٕ جُدا چھُم

یتھ کُنی چھِہ یم زِ کر دار پانہٕ وأنی ژھپہٕ ژھارس گندان۔ ذأتی خارجی وجودس چھےٚ دماغچ نگرأنی تہٕ جذبن تہٕ احساسن دِلچ تہٕ جذبن ہنز۔ سائینسی طور

ہکہٕ یہِ مضروفہٕ بلکل غلط اٚستھ تکیاز سائینسی تہٕ عقلی تقاضوٕ کنی چھِ جذبہٕ احساس وغاٮ٘ر تصور تہٕ خالصتاً ذہنی وۄن گوٚ وپنہِ کتھِ ہناواش کڈنہٕ کہِ غرضہٕ ووں اسہِ اتھ دِل۔ بلکل تتھے پاٮ٘ٹھی یتھٕ کٔنی یژھ کتھٕ وبژھناونہٕ خاطرِ باوٗژ ربوایژ پتھ کالہٕ پٹھٕ موجود چھےٚ۔

تابش صابنن غزلن ہنز زبان یوٚ دوے پیٹھے بانہٕ سہل تہٕ لوتوے چھےٚ باسان مگر یمے سیوٚ دتہٕ ننشونک باوژ ہندی شعر چھِ بسرِ نارٕ کی پاٮ٘ٹھی زماںٕچ تیٚہہ پانس منز رٔژھرِتھ۔ اکھتُے چھِ بیوٚن بیوٚن شعرن منز بلکل وکھرِ صورت حالٕچ باوتھ باسان۔ اکہِ غزٕلکی یم بظاہر سادِ باسوٕنی شعرٕ چھتو پنہِ اٚندی پٔکھی کٕبن دوہدش حالاتن ہٕندِس تنوظرس منز، تیٚلہِ چھنابیاکھے معاملہٕ دیدمان یوان:

تم ٹھربن پیٹھ تھاٚوی تن ٹھری بے شمار
شوق چھُنہٕ سفرس اندر منزل وُچھان



برونٹھٕ کنہِ وُنی اوس کوٚت جانانہٕ گوٚو
ساسہٕ ٮ۪دی لُکھ نالہٕ متہِ ژھاین رٹان



راتھ دوہ دُنہٕ کیاہ کرکھ لاشن حساب
وتھ چھےٚ پرٕبتھ کانٛہہ ہیٚیہٕ تہٕ قربانی منگان



خوٗن جگرُک زال ژانگبن گاشہِ راو
خوٗنہٕ قطرو ستی نوی دنیا بنان

غزلن برعکس عقیدتی منظومن منز چھنہٕ ژوٚر جذبن پٹھ رمزِ بیانس ترجیح نعت تہٕ مرثیہٕ منز چھےٚ شاعرسنز عاجزی تہٕ انکساری ونہٕ یوان یٚیمیک یٚیمہٕ صنفہٕ خاص گرِتھ نعت تقاضہٕ چھُ کران۔ ووں گوٚو حُسینی مرثین منز رجزتہٕ رثا ہکی عنصر الگ الگ سطحن پٹھ کاڈ کڈنہٕ کنی چھُ شاعر گاہے گاہے پسِ منظرس منزٕ ے پوٚت پرٕدروزان۔

کتابہٕ منز چھےٚ کمے کینہہ پابند تہٕ آزاد نظمہٕ۔ یمن سارنٕے نظمن ہُند مزاز تہٕ موضوع چھِ بلکل وکھرٕ وکھرٕ یٚیمہٕ کنی شاعرسنزِ نظم نگاری منز کانہہ عمومی خاصیت وٕنی راوٕنی فلحال مشکل چھےٚ۔ وومید چھےٚ زِ تابشؔ صاب تھاوِ پنٕن یہ تخلیقی سفر جاری تہٕ کاشرس نثرس منز سائینسی مضمون لکھِتھ کرن کاشرِ زبانٕی ہُند دامن وسیع کرنس منزٕ اہم حصہٕ ادا۔ ہرگاہ اتھ کامہِ کُن یم پزنہٕ پاٹھی ہنا ژوٚر رٕے پھن توجہ دِن تتھ نیرن رٕتی نتیجہٕ۔



# ڈاکٹر تابش: اکھ تابانہٕ فِکر معالج تہٕ صاحبِ قلم

منشوٗر بانہالی

خاب یوٚ دوے اتھ ونکھ دیوانہٕ سُنٛد
راہ گُزر نظرن اندر بس آسمان

(تابشؔ)

ڈاکٹر تابش چھُ وادی کٔشیرِ ہنٛدِس اَکس پزٕ ہزلوٗنس تارکہٕ سنٛز کھٔشی یتھ تھوان، یسٕنزِ زندگی ہنٛدی بسیار پاسل تہٕ متنوع الجہات روخ چھِ تہٕ یسٕنزن خدماتن تہٕ کار کردگی ہُنٛد نہٕ صرف کٔشیرِ تہٕ ہندوستانس منٛزے یوٚت بلکہ دویمین مُلکن منٛز تہٕ اعتراف موجوٗد چھُ۔ یِم چھِ اکھ ماہر ڈاکٹر، منتظم، سوخنور، نثر نگار، أدیب، سوانح نگار، ماہرِ تعلیم تہٕ ساروے کھوتہٕ اکھ با اخلاق تہٕ انسان دوست شخصیت۔ یِہنٛدس قلمس چھِ وبتھِ ہنٛز روأنی، تجرُبن ہُنٛد وُسجار تہٕ شنٛقہٕ علمی تہٕ اخلاقی پوٚت منظر ڈُکھِس۔ یِم چھِ اکھ بےٚ تھکھ لِکھأری، اکھ محقق، لیس اکھ سوٚن مطالعہ، اکھ وِجن تہٕ اکھ پاسہٕ سائنسی تہٕ استدلالی نوکتہ نظر چھُ۔ یمہٕ حوالہٕ یِم پننۍ محسوسات، تجرُبات تہٕ موضوعات پیش کرتھ پنہٕ نِبن قأرِی ین محظوظ چھِ کران تہٕ نویو علمی معلوماتو ستۍ زأنی یاب تہٕ چھِ کران۔ یِہنٛد اسلوبِ نگارش چھُ حکیمانہ تہٕ عام فہم یتھ منٛز کانٛہہ غأر ضروٗری ابہام یا پیچیدگی چھنہٕ۔ ڈاکٹر تابش صأنۍ بڈٕ پزٕ زنتھ چھِ یِہنٛد اکھ ہر دل

عزیز طبعی معالج تہٕ منتظم آسُن ۔ یمن ایم ، بی ، بی ، ایس پیٹھٕ پی ، ایچ ڈی ( یو ایس اے ) ایف ، آر ، سی ، پی ( لندن ) ایف ، آر ، سی ، پی ( اڈن برگ ) ایم ایچ ، ایس ایم ( لندن ) فیلو امریکن فزیشنز (USA) فیلو نیشنل اکادمی آف میڈیکل سائینسز تہٕ فیلو نیو یارک اکادمی آف سائینسز تام قریباً شیٹھ کھوتہٕ زیادٕ قومی تہٕ بین الاقوامی اسنادن تہٕ اعزازاتن ہندی ہنگہ طۄ مارشیر لاگتھ چھِ ، یم یہندس ژُ کہِ سان محنتس ، تخلیقی بِترس تہٕ وبقارس پیٹھ موہر تصدیق ثبت چھِ کران ۔ یمو چھِ قریباً ژور ہتھ سائنسی تحقیقی مضامین شایع کٔری متی تہٕ قریباً ژوٗ وُہن بین الاقوامی سائنسی جریدن ہندِس ادارتس منز شامل روٗدی متی تہٕ میڈیکل سائنسس پیٹھ نِف درجن کھوتہٕ زیادٕ ضخیم کتابہٕ لیچھمٕژ ۔ یمو منز کینٛہہ آکفورڈ یونیورسٹی لندن تہٕ دوٚیمو اہم ادارو تہٕ یونیورسٹی ڈیپارٹمنٹو پیٹھ شایع چھِ سپزمژ ۔ یم سارے کتابہٕ چھےٚ انگریزی زبانی منز شایع گمژ ۔

عام طور چھِ ڈاکٹر صابن ہُند وُنن زِ تمی چھِ بقولِ کسے : سارے جہان کا درد ہمارے جگر میں ہے ، بیمارن ہندِس علاج و معالجس منز آوٕری روٗزتھ سوشل لایف علمی ، ادبی مشغلو نِشہٕ اکثر دوٗر روزان ۔ یہ زن پزرتہِ چھُ ۔ اتھ پیش نظر چھُ ڈاکٹر تہٕ تابش صابس پنُن اکھ خاص انفراد حاصل ، یہُند قلم ہمیشہ متحرک چھُ ، یُس قابلِ داد تہٕ قابلِ تحسین چھُ ۔ یمیُک اکھ وجہ یہُند اکھ باگہِ بوٚرُت علمی تہٕ اخلاقی پوٚت منز آسُن تہِ چھُ ۔

ڈاکٹر تابش سُند پوٚرناو چھُ سید محمد امین ۔ یم زاے 1957 عیسوی منز پٹن ورمُل کِس تِلہٕ گام گامس منز سید غلام الدین صاب ناوٕ اَکس علمی تہٕ دیندار گرس منز ۔ یہندی بڈ بُڈی بب سید محمد حسینؒ چھِ پننہِ وقتٕکی معروف زاہد ، متقی تہٕ مبلغ دین اَسی

ٲسۍ، یِم پاکستانس منٛز مدفون چھِ ۔ ثنا اللہ کریریؒ، سید علی گوہر، خاموش کریری، ثنا اللہ بخاری تہٕ تنہا نظامی بیٚتر چھِ امے سرزمینکۍ ادبی گاشرۍ منار ۔ چنانچہ ژانگہِ سِتۍ ژونگ دزُن چھُ اکھ فطری عمل یمیُک اثر ڈاکٹر تابش سٕندِس علمی تہٕ ادبی شخصیت کس تعمیرس پٹھ تہِ بالواسطہ یا بلا واسطہ پیوان روٗد ۔ تابشن گٔر ابتدأیی تعلیم پننِس علاقس منٛز حاصل تہٕ پتہٕ روٗد برونٛہہ کُن ترقی پراوان تہٕ سپٔد بحیثیت ڈاکٹر مزید تعلیمہ خاطرٕ منتخب ۔ یِم اَسۍ سکوٗلس دورانے علمی مذاکرن تہٕ مباحثن منٛز حصہ نوان تہٕ حوصلہٕ افزأیی لبان ۔ یِمن آو لوکچِہ وأنسہِ منٛز کشیرِ ہنٛزِ بجہ ادبی تنظیمہ کشمیر کلچرل آرگنایزیشنس جموں و کشمیرس سِتۍ منسلک گژھنُک موقعہ، یتہِ یِمن پروفیسر محی الدین حاجنی، پروفیسر رحمان راہی، غلام نبی گوہر، پروفیسر رشید نازکی، پروفیسر مرغوب بانہالی، پروفیسر مشعل سلطانپوری تہٕ تاج بیگم رینزوٗ ہوٚبن اساطینِ ادبن تہٕ کأشرِ زبأنی ہٕندبن تعمیر کارن ہنٛزن مجلسن منٛز شرکت کرنُک تہٕ حض تلنُک موقعہ میوٗل یِم بنیأے کلچرل آرگنایزیشنکہِ ترجمان اخبار 'کأشر اخبار' کۍ نوعمر ایڈیٹر تہٕ پتہٕ چیف ایڈیٹر تہٕ یتھ دوران یہنٛزِ ادبی زندگی اکھ وۄتھ واتھ وأشر تہٕ حوصلہٕ افزأیی میج ۔ 1982 عیسوی منٛز پییہِ ''حُسینی کاروانُک سفر'' ناوٕ یہنٛز گوڈنچ کأشر تصنیف بازر ۔ یتھ منٛز تاریخ عالمکہِ امہِ بے مثال واقعہ پیچ تہٕ امام عالی مقام سیدنا امام حسینؑ تہٕ اہل بیت اطہارن ہنٛزِ شہادتچ اَکِس سلیس کأشرس نثرس منٛز زان کأری دِنہٕ آمٕژ ۔ یتھ عاشقانِ دینوژھ وأنجہِ لول بوٚرتہٕ کینٛہہ کال پتہٕ آے یہ کتاب کشمیر یونیورسٹی ہٕندِس کأشرس پوسٹ گریجویٹ شعبہ کس نصابس منٛز شأمل کرنہٕ ۔ ڈاکٹری سِتۍ سِتۍ روٗد یہُند علمی تہٕ ادبی سفر تہِ جأری ۔ یہندی افسانہ تہٕ ادبی مضامین روٗدۍ مختلف اخبارن، رِسالن تہٕ ریڈیو

تہٕ دۄردرشن ادارو پٹھ تہٕ وِزِ وِز نشر سپدان تہٕ چھپان روزان۔ ڈاکٹر تابش یِیتہٕ اکھ ماہر معالج تہٕ ایڈمنسٹریٹر چھِ رۄزِ دی مِتی تہٕ رۄزِ دی یم پننہٕ ماجہ زبوٚ ہِندی بے لوث بہی خواہ تہٕ تعمیر کارتہٕ، یُس یہنز ثقافت شناسی تہٕ ادب نوازی اکھ شوٗبہٕ دارتہٕ سونہأری پھیوٚت چھِ شیران۔ پننہٕ ادبی موقف حوالہ چھِ یمہٕ آیہٕ زان کأری دِوان:

طبعی سائنس (میٲنی پیشہ ورانہ زندگی) زبان، تہذیب، ادب، تمدن تہٕ ثقافت (میون شوق) چھِ میانہِ زِ بجہِ ذمہ دأری۔ طبیعت، مزاج تہٕ ماحول مطأبق با مقصد زندگی گزارٕنی۔ نیکی ہُنٛد جذبہ، سماج کِس نبضس پٹھ اتھ، لُکن ہِنٛد بن جذباتن تہٕ احساساتن ہنٛز ترجمأنی چھِ میانہِ شأعری تہٕ نثر پارن ہُنٛد مقصد۔ ہرگاہ تُہۍ میانہِ کتابہِ ہُنٛد اکھ حرف، اکھ کتھ یا اکھ شعر پسند آو، بہٕ زانہٕ یہے کامیأبی......(حرف آغاز، ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚ'')۔

ڈاکٹر تابش چھِ طبعی علوٗمن سٟتۍ سٟتۍ اکھ پاسہ دینی مطالعہ تہٕ تھوان یمیُک اظہار جایہ جایہ یہنٛد بن قلم پارن منٛز درپیٹھی چھِ گژھان۔

2019 عیسوی منٛز آے یہنٛز ضخیم تہٕ باگہِ برٛژ تصنیف 'چانہِ انمانہ آفتاب پکوٚ' بازر۔ قریباً 434 صفن ہنٛزِ اتھ باڈودار کتابہِ منٛز چھِ قریباً اکھ ہتھ پیٹھی دیدہ زیب فوٹو گراف تہٕ شأمل۔ یمن منٛز کیٚنژن سرکردہ شخصیاتن تہٕ تمن اہم تقریباتن ہِندی فوٹو شأمل چھِ یم مصنف موصوفن وِزِ وِز تقریباتن دوران تُلۍ مِتی چھِ۔ یہ کتاب چھِ شُبن حِسن منٛز بأگرتھ یعنے: تخلیقات تہٕ زان، ذکرِ حبیبؐ، گاشہِ تارکھ، قد آور، صحت بدن یا اور زوتہٕ أنہٕ خانہٕ، ییٚلہِ زن کتابہِ ہُنٛد انتساب مُصنفن پننبن بزرگن تہٕ مألس ماجہِ ہِنٛدِ ناو کوٚر مُت چھُ۔ کتابہِ ہِنٛدِس پوٚت صفس پٹھ چھُ مصنف سُنٛد فوٹو

گراف تہٕ کینٛژن سرکردہ أدیبن تہٕ دأنشورن ہنٛدٮ۪ن تاثراتن ہنٛدی اقتباسات۔
تہٕ کتابہ منٛز چھِ مصنف سٕنٛدِ حرفِ آغاز پتہٕ کٲشرِ ہنٛدِ بوناماوار، أدیبو، دأنشوروتہٕ طبعی
مأہرو پنٕنؠ تاثرات قلمبند کٔرؠ مٕتؠ تہٕ امہِ کتابہٕ ہنٛز افأدیت گاشرأوِمژ۔ امہِ پتہٕ چھُ
کلامِ تابشؔ یُس قریباً شیٖتین صفن ہُنٛد باڈوہتھ چھُ۔ یتھ منٛز نعت شریف، غزلیات،
زیٚچھِ آزاد نظمہ، اکھ وژُن تہٕ کینٛہہ ژُ مصرأعے تہٕ اکھ مرثی شأمل چھِ۔ ڈاکٹر تابش
چھِ اکہِ مثبت فکرِ ہٕندؠ یکہِ ترجمان تہٕ شوٗژ اخلاقی قدرن ہنٛدی پاسدار۔ یم چھِ
یمہِ کتھِ ہنٛدی رواداز زِ انسأنی وجوٗد چھُنہٕ صرف اکھ مأدی وجوٗدٕے یوت بلکہ
روحأنی پاکیزگی تہٕ نفاست پسندی چھِ أمِس اکھ باطنی حرارت عطا کران یم أمِ
سٕنٛدِ ووتھ بوتہٕ حفظانِ صحت خأطرِ فأیدٕ بخش چھِ تہٕ باقین زٔ ذأ ژن منٛز انسانس تھوٚد
درجہ دِنکی ضأمن تہٕ۔ روٗمأنی دٕبستگی ہُنٛد یہِ اظہار چھُ تہنٛدس کلامس منٛز تہٕ درٛینٛٹھی
گژھان۔ تِم چھِ پیغمبرِ اسلام علیہ الصلوٰۃ والسلامن دُرس انسأنیت کٕہن دوکھن
داہن ہُنٛد درمان تہٕ آنجنابنؐ ہُنٛد عالمگیر پیغام اُخوت، امن، سلامتی تہٕ انسأنی
عزت وناموٗسُک ضأمن زانان۔ عشقِ رسالت مآبن ہُنٛد بےلوث عقیدتُک یہِ
اظہار چھُ أہنٛد ہن نعتِ شریف تہٕ نظمن منٛز تہٕ پٕنُن مُشک بأگران۔

چانہِ پٕنہٕ تقدیر بدلیوو عرب و عجمس یا نبیؐ
خاکِ پا موٗل اسہِ جبینس یا رسوٗل اللہ سلامؐ



أچھن ہنٛز طراوتھ مدینٛچ زیارت
دِیو جلوٕ بارِ دِگر اللہ اللہ

عشقِ نبی سکوٗنچ ضمانت

کائیناتُک مدعاتہٕ مقصد

بس شہ لولاکؐ

انسانیتُک علمبردار

سون غم خوار تہٕ سردار محمدؐ



کتابہِ منز چھِ ترٛیش، تخلیق، محبت تہٕ آب بیٚترِ نظمو علاوٕ تکمیل دین عنوانہٕ تہِ اکھ طویل نظم، یتھ منز پیغمبرِ آخرزمانن ہُند آفاقی منشورُک اظہار چھُ۔ مثلاً

اے پیغمبرِ اعظم وآخرؐ

اطاعت تہُندِ حُکمچ

زندگی ہُند واحد مقصد

پرٛتھ قدم شمع ہدایت

یتھے پأٹھی چھِ شہادت واقعہ کربلا کہِ حوالہ کینٛہہ حسینی نظمہٕ تہٕ مرثی یمن منز اکھ سوٗن توٗثر چھُ۔

حُسینیٚؓ انقلابچ اکھ علامت ، حُسینیٚؓ عالمس اَمنچ ضمانت

چمن سأراب توحیدکی کران گو ، سُہ جگرکہ خونہٕ کلمہ حق لیکھان گو

کتابہِ ہُند زیادٕ حصہ چھُ غزلیاتن پٮ۪ٹھ مشتمل۔ تابش چھُ اکھ حبس ہشار سوخنور یمِس انسأنی نفسیات چھِن تہہ دأری ین تہٕ عصری حالاتن ہُند پوٗرٕ شعوٗر حأصل چھُ۔ یم چھِ رِواتیٚچ پاسدأری کرنس ستیٚ ستیٚ کینٛہہ نٔوی معنہِ تہٕ مفہوم تہِ

وو تلاوان ۔ بحثییت اکھ معالج چھِ یم انسأنی زندگی ہِندی دوکھ دأدی تہِ محسوس کران تہ تِمن درمانہ تہِ ژھان ۔ بعضے چھُکھ زمانچہ ناروأیی ہُند تہِ احساس وُبدُ رتلان ییٚتہِ تہنٛدس ایثارس حسب توقع قدر افزأیی چھنہٕ کرنہٕ یوان ۔ تہنٛدِ خیالہٕ چھُ دُنیا اکھ بازریُس اکے ڈنٛجہِ چھُنہٕ روزان ، ییمیُک اندازٕ یمو شعرو تلہٕ نَنان چھُ

کیٛا کرو زندگی لُگتھ داوس
دأدی باوانِ پنٕنہٕ پکان کأتیاہ



دُنیا چھُ اکھ بازار بَس بدلان چھُ خریدار
بدلان چھِ دوہدش ساز کیٛا بدلان چھِ مِضراب



یام ووٚن کینٛہہ تتھ لگو وُزنوو ییٚتہِ محشر دوہے
ییٚلہِ نہٕ ووٚن کینٛہہ کس طفانن وٕنی روو دوہدش میأنی پأٹھی



تابش صأبُن باون وطیرٕ چھُ عام فہم تہٕ وینہٕ وُن ۔ سُہ چھُ اکہِ خوشحال تہٕ تعمیری سماجُک متمنی ۔ تِمُو چھِ ترقی یافتہ ملکن ہِنٛز زندگی ہُنٛد تہِ مشاہِد کوٚرمُت تہٕ انسأنی قدر افزأیی تہِ وُچھمٕژ تہٕ ییٚلہِ ییٚلہِ سُہ پننِس أندی پکھس تقوبل چھُ کران سُہ چھُ افسردٕ خأطر سپدان ۔ تسنٛز دأنشورانہٕ فِکر چھِ عصری حالاتن ہُنٛد سوٚن تہٕ گوٚن شعوٗر تھوان ۔ انسانی حقوقن ہِنٛز پامالی تہٕ قدرن ہِنٛز وَدل تہٕ مظلوم لوٗکن ہِنٛز بےبسی وُچھتھ چھُ سُہ سیٚخ پاسپدان یمیُک اظہار تسنٛدس کلامس منٛز یمہِ آیہ پنٕنہٕ ریٚہہ

چھُ سُلناوان

یێتہِ ماجہِ خوٗن ہاران مالبن چھِ شہہ ژھوکیمتیٚ
ببنہٕ بأے دَگ چھِ للہٕ وان اڈٕ پھٔلی گلاب کوٚت گے



جاناوار یێتہِ دمہٕ پھُٹ گے
سأری پنہٕ ننبن آلبن ژاے



یێتہِ چھُ اکھ اکھ ژیٚوہ کڈُن بوٚڈ مُشکلا
یێتہِ چھِ اکثر بے گناہ دارس کھسان



گُلس پپٹھ بچومُت پنہٕ وٕتھر اکھ
ہوا زاگان ہتن سکوٗن دِتم



ووٚں گوٚ وشاعر چھُنہٕ کُنہِ ناوومیدی ہُند یاقنوطیک شکار بلکہ چھُ اکھ وومید افزاپیش کالُک خواستگار، سُہ چھُ ناموافق حالاتن ستیٚ نبردآزماسپدنک تہٕ حق و صداقت خاطرِ جہد مسلسل کرنُک رواداریس کامیأبی پراونہٕ خاطرِ ضروٗری چھُ۔

تیمیُک اِشارِ سُہ ییمہٕ آیہِ ووتلاوان چھُ:

تِم ٹھربن پپٹھ تھأوی تن ٹھری بیشمار
شوق چھُنہٕ سفرس اندر منزل وُچھان

تابشنٛی شعر چھِ وُمرِ ہُنٛد حاصل

ہر سوالس دِمو جواب پکو

تابشؔ یوٗ دوے اکہِ سنہٕ تہٕ سنجیدٕ فِکر ونظرُک ترجمان چھُ تہٕ زمینی حُسنس تہٕ زُلف وعارضن زیادٕ لور چھُنہٕ البتہ چھُ حُسن ورومانچہ کینٛہہ پریہ وُنہِ زٕ ژٕ تہٕ مٔنٛزی مٔنٛزی نظرِ گژھان۔ مثالہِ پأٹھی یِم کینٛہہ شعر:

مخملی چھُ بدن چون ادا چأنی مُدٕری ساز

سرمایہِ حُسن چون اکھ وُسجار زمانس



پھُٹراو مہٕ دِل کأنٛسہِ کر انصاف خدا را

چھَم انتظارس منٛز متیو گُزران دوہے راتھ



بحیثیت اکھ معالج چھِ تابش صأب پننِس قأری یس کینٛژن ذمہ دأرین ہنٛزتہِ ژینہٕ ون دِوان، یِم حفظان صحت تہٕ تندرسی خأطرِ ضروٗری چھِ۔ یمیُک اندازٕ نظم ''آب'' تلہٕ چھُ سپدان:

وولہٕ چینہٕ وونی أسی شود تھاوو

گامہٕ باین منٛز بأگراوو

خدمتِ خلق چھِ خدمتِ خدا

آب چھُ وِزِ نعمتِ خدا

ییٚلہِ گلَن کیٚمی تیٚلہِ پان چھُ اور

زٕ یٚلہِ اۆر چھُ تیلہِ جہان چھُ اۆر

کتابہِ ہُند دوٚیم بوگ چھُ ذکر حبیبؐ۔ اتھ منز چھِ ترٕ واہ ذیلی عنوانات شامل۔ یَمن منز پیغمبر اعظمؐ و آخر محسن انسانیت، خاندان نبوی، حضرت فاطمۃ الزہراؓ، حضرت علیؓ، حضرت حسنؓ، سیدنا حضرت امام حسینؓ، ذبح عظیم، اسلام پنٛد اَہمہِ صدی منز تہٕ انسان کامل سنٛد انقلابی منشور ہوی موضوعات شامل چھِ، یِم اَکس قاری ہنٛدین معلوماتن منز ہُر بر چھِ کران۔ اتھ حصس منز چھِ مناسب تاریخی مقاماتن ہنٛدِ حوالہِ دید زیب فوٹو گراف شامل کرنہٕ آمتی یِم پُرکشش چھِ تہٕ معلوماتن منز مزید ہُر بر چھِ کران۔

کتابہِ ہُند ترٛیم بوگ چھُ ''گاشہ تارُکھ'' عنوانہٕ یتھ منز قریباً دہن مشاہیر اسلامن ہُند تعارف نامہٕ، یِہُند سوانح حیات مبارک تہٕ تِہنٛدین ...... نسبتھ زان کاری چھِ میلان۔ یَمن منز چھِ میر سید علی ہمدانیؒ حضرت شاہ ہمدان، حضرت خواجہ معین الدین چشتیؒ، حضرت شیخ العالمؒ، حضرت مولانا رومیؒ، حضرت مولانا جامیؒ، شاعر مشرق علامہ اقبالؒ، حضرت سید میرک شاہؒ، حضرت سید علی گوہرؒ تہٕ الحاج غلام محی الدین ہمدانیؒ ہوی بزرگانِ دین شامل چھِ۔ یَمن نسبتھ اَکس سلیق زبانٛی منز زانکاری بہم چھِ یوسہٕ سیٹھاہ کارآمد چھِ۔

کتابہِ ہُند ژوٚرِم بوگ چھُ قد آوار ناوٕ یتھ منز ............... سقراط، افلاطون، شیکسپیر، البرٹ آیسنٹاین، ابراہیم لنکن، فیض احمد فیض، ساحر لدھیانوی، احمد فراز تہٕ ڈاکٹر نصیر احمد شاہ بیٚتر ناماوار فلسفی ین، سیاسی شخصیژن تہٕ ادیبن پٮ۪ٹھ زان کاری بہم چھِ۔ یوسہٕ معلوماتی چھِ مختلف شعبہ جاتن سٍتی تعلق تھاون والین خاطرٕ سیٹھاہ کارآمد تہٕ دِلچسپی ہنٛز سبب چھِ۔ کتابہِ ہنٛدِس پوٚنژمس حصس منز چھِ مختلف بیمارین، شوگر، نفسیاتی

بیمارن، دِلکی دأدی، حمل تہٕ پأدأیش، أچھن ہُنٛد دود، تپ دق تہٕ کینسر ہشن بیمارین ہنٛدِس یلاجس تہٕ حفظان صحت حوالہٕ مفیدزان کأری بہم چھ تہٕ اتھ ستی چھِ کینٛہہ فوٹو گراف تہٕ معاون بناونہٕ آمتی یم یمن موضوعن سمجنس منز مزید مدد چھِ کران۔ کتابہِ ہُنٛد شیٛیم تہٕ أخری بوگ چھُ أنہٕ خانہٕ ناوِ منسوب۔ اتھ حصس منز چھِ قریباً اکھ ہتھ کھوتہٕ زیادٕ فوٹوگراف شأمل۔ یمن منز مصنف موصوف سنٛدین مختلف تقریباتن، سیمنارن تہٕ ورکِ شاپن منز شرکت ہاونہٕ چھ آمژ۔ یم تقریبہ چھِ کشیرِ تہٕ بیرون مُلکن منز تہٕ منعقد کرنہٕ آمژٕ۔ یمن منز مصنف موصوف سنٛدین کارنامن ہنٛز اکھ Summery چھِ پیش کران۔ یوسہٕ معلوماتی تہٕ دلچسپ چھِ۔ کتابہِ منز چھِ البتہ کینٛژھن جاین کم کاسہٕ املایی تساموات پروف ریڈینگ ہنٛز کمی ہُنٛد احساس دِوان۔ تہٕ کُلہم پأٹھی چھِ ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو''، کأشرس ادبس تہٕ ثقافتس منز اکھ وُسوارتہٕ شوٗبہٕ دار ہُر بریوسہٕ قدرافزأیی ہُنٛد مستحق چھِ۔

ڈاکٹر تابش صأبنٛ دوٛیم ضخیم تہٕ باگہِ برٕژ کتاب چھِ 'علم تہٕ عرفان'، یوسہٕ 2020 عیسوی منز بازرِ یِیہِ۔ یہ کتاب چھِ قریباً نون حصن منز بأگرتھ۔ یوسہٕ اسلامی فکرو فلسفہ کہ تفہیم تہٕ سوانح نگاری ہنٛدِ حوالہٕ اکھ عالمانہ تہٕ محققانہ کوٗشش چھِ۔ کتابہِ ہنٛدِس آغازس منز چھِ رحمۃ للعالمینؐ، اکہِ عظیم انقلابُک بأنی تہٕ رہبر۔ آنجنابنٛ ہُنٛد سیرت طیبہ۔ دوٛیمس حصس منز چھِ حضرت آدم علیہ السلامس پیٛٹھ حضرت عیسیٰ علیہ السلامن تام پانٛژھ اولوالعزم پیغمبرن ہُنٛد تذکرٕ۔ یمن منز حضرت ابراہیمؑ، حضرت موسیٰؑ حضرت داؤدؑ چھِ۔ ترٛیمس حصس منز چھُ اکھ عظیم المرتبت اہل بیت حضرت امام زین العابدینؒ سُنٛد حیات مبارک۔ ژوٗرمس حصس منز چھِ بہلہِ پایہٕ محدث امام الاعظم ابوحنیفہؒ، امام

شافعیؒ ، امام احمد بن حنبلؒ، امامِ مالکؒ تہٕ امام غزالیؒ ہوبن ایمہ حضراتن ہُند تذکرٕ شامل۔ پانژِمس حصس منٛز چھِ عظیم المرتبت مشاہر عالمٕ تہٕ مفتیان حسن بصریؒ، رابعہ بصریؒ، شمس العارفین تبریزؒ، شیخ عبدالقادر جیلانیؒ، علامہ اقبالؒ، تہٕ مولوی سید حسین شاہ ہمدانیؒ شامل۔ شیٚمِس حصس منٛز چھِ تاریخ اسلام اکھ موخصر جائیز، ستٕمِس حصس منٛز چھِ کینٛہہ عظیم ترین سائنس دان یِمن منٛز سر آیزک نیوٹن، تھومس ایڈیسن، الیکزنڈر، فِلمِنگ ، ماری کیوری ، رالف والڈو ایمرسن تہٕ نیل آرم سِٹرانگ شامل چھِ۔ اٹھِمِس حصس منٛز چھِ طبِ دنیہکی گاشہ تارکھ ابوعلی سینا تہٕ نومِس تہٕ اخری حصس منٛز کینٛہہ عظیم مُفکرٕ تہٕ سیاسی شخصیات یِمن منٛز ارسطو، سکندر اعظم ، مارٹن لیوتھر نگ تہٕ نیلسن منڈیلا بیترِ شامل چھِ۔ یہِ کتاب چھِ 322 صفن ہُند باڈوٚ ہتھ تہٕ امہِ علاوٕ چھِ اتھ منٛز 139 صفہٕ دید زیب فوٹوگراف تہٕ شامل یِم معلوماتی نوعیتکی چھِ۔ یہِ کتاب چھِ دلچسپ معلوماتن ہُند اکھ گنجینہ یس عام قارٔی ین، زیرِ تعلیم ڈاکٹرن تہٕ طالب علمن ہندِ خاطرٕ اکھ گایڈ بک چھِ۔ یوسہٕ مصنف موصوف ہندِ بے لوٗث محنتچ شاہد چھِ۔ یتھ پیٹھ تفصیل سان کتھ کرنچ ییٚہہ تہٕ ضروٗرت چھِ۔ یہِ کتاب چھِ کاشرِ زبانۍ پاپر جابناونس منٛز اکھ اہم پڑاو، تہٕ تابش صابنۍ یہِ کام ییہِ ہمیشہ قدر افزایی ہنٛز وتہٕ احترامہ چو نظرو وُچھنہٕ۔



# ڈاکٹر سید محمد امین تابشؔ

# پننہِ عقیدتی شاعری ہِنٛدِس اَنس منٛز

سید سعدالدین سعدیؔ

ڈاکٹر امین تابشؔ صاب چھُ پننہِ کتابہِ 'چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٗ' کِس دٕسلابس منٛز ادبی تہٕ شاعرانہٕ زندگی ہِنٛدِ حوالہٕ پننے قلمہٕ کتھ کران لیکھان:

طبی سائنس (میٲنی پیشہ واران زندگی)، زبان، تہذیب، ادب، تمدن تہٕ ثقافت (میون شوق) چھے میانہِ زبجہِ ذمہ داری۔ طبیعت، مزاج تہٕ ماحول مطابق با مقصد زندگی گزارنی، نیکی ہُنٛد جذبہ، سماج کِس نبضس پیٹھ اتھ، لکن ہندین جذباتن تہٕ احساسات ہنٛز ترجمانی چھِ میانہِ شاعری تہٕ نثر پارن ہُنٛد مقصد۔ یہِ سورے رودوٕ زِ میانبن تقریرن منٛز، لفظن ہنٛز زینت تہٕ پاکیزگی ہندِس صورتس منٛز عوامس آیہٕ تن۔ یہِ انداز تہٕ اسلوب چھُ بنی نوع انسانہٕ سنٛز خدمت کرنٕچ اکھ کوشش میانہِ زندگی ہُنٛد سفر چھُ یمن دون ذمہ دارین ہُنٛد خوبصورت امتزاج۔ تہٕ اتھ منٛز توازن پاٗدٕ کرُن اوس کریوٗٹھ مگر میوٗٹھ تہٕ کانہہ

شخص چھُنہٕ ژونگ بند کمرس منز ژورِتھاونہٕ خاطرزالان بلکہٕ گاشہٕ تہٕ

مزید گاشہٕ خاطرزالان تہٕ پتہٕ اۆند پۄک گاشہٕ راوان ادب برائے

زندگی، عظمتِ سخن تہٕ معیاری ادبچ تشہیر چھِ سبٹھاہ اہم۔ ہرگاہ توہہِ

میانہِ یمہ کتابہِ ہُندا کھ حرف اکھ کتھ یا اکھ شعر پسند آو بہٕ زانہ یہے

کامیابی بہٕ سپد خوش تہٕ مےٚ سپدِ حوصلہ افزایی۔

دور منزل چھُ بے حساب پکو
چانہِ انمانہ آفتاب پکو

دل تہٕ جگرک کرو حساب پکو
حاٲرِ ثاتن، غمن تہٕ زخمن ہُند

ہر سوالس دِوان جواب پکو
تابشؔ شعر عمر ہُند حاصل

سیدامین تابشؔ

فروری ۲۰۱۹ء جمادی الثانی ۱۴۴۰ھ

عزیز القدر برادرم امین تابشؔ زانن بہٕ تنے پٹھ یلہِ سہٕ تیلہ کس ہایی

سکۄل کرٚیرس منز بحیثیت طالب علم زیرِ تعلیم اوس تہٕ بہٕ تہٕ اوُسس اُتھی سکوٗلس منز

بحیثیت تازٕ تازے اُستادلۆگُمت پٔتن فرض نکھِ والان۔ یمنےٕ دوہن ہنز کتھ چھےٚ

(یعنی وُہمہِ صدی ہِندِس سَتِمس دٔہلس منز آو میٲنس محترم اُستاد مرحوم منظور ہاشمی

صأبس کرٚیرس منز اکھ ادبی تنظیم بناونک خیال۔ چنانچہ جون 1969ء منز آو کرٚیرس

منز مرحوم ہاشمی صأبنہِ تحریکہِ پٹھ کلچرل فورم کریری ناوٕچ تنظیم قائیم کرنہٕ یتھ منز ہاشمی

صأب صدرتہٕ بہٕ بحیثیت جنرل سیکریٹری فورم منتخب سپدی۔ اُتھی ستی آے اسہِ ستی

ستی مرحوم غلام محمد غمگین، تنہا نظامی، رنجور تِلگامی، فیاض تِلگامی، شاد درِ پوری،

نورالدین ہوش وانیگامی، حبیب اللہ صوفی جاوید، مرحوم سید شریف الدین بینوا،

مرحوم سید عنایت اللہ عندلیب بیٚترِ فورمہٕ کیٚن بأنی ممبرن ہنٛدِ حیثیتہٕ ژارنہٕ تہٕ یتھٕ
پأٹھی آو کرٛیرِس منٛز أزی کیٚہ کرٛوہن کلچرل فورم کریرُک قیام عملہٕ منٛز اننہٕ ، یُس تہٕ
پتہٕ ازتام برابر علاقہ کرٛیرس منٛز علمی ، ادبی ، فنی تہٕ ثقافتی سرگرمین پوچھر دِوان تہٕ
پھاپھلاوان چھُ ۔ ییٚتین چھےٚ یہ کتھ پھرنی لایق یا قابلِ ذِکر زِ مرحوم ہاشمی صأبس
کیٚاز نہ پیوٚ پرٛ بنہٕ زِ ادبی تنظیم گژھِ بہرحال کرٛیرسے منٛز بناونہٕ ییٚنۍ یِیلہٕ زنہٕ سُہ پننہٕ
گھرِ وترگام یا ووگرِ تہٕ ہیٚکہٕ ہیٚے بنأوِتھ ۔ امہٕ سوالُک جواب چھُ یِی زِ ہاشمی صأب
اوس علم وادبُک اُستاد آسنس ستۍ ستۍ کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبُک اکھ نامور شأعر تہٕ ادیب ،
تِمس أس کأشرِس شعر وادبہٕ کِس تأریخس پیٚٹھ اکھ سرٛنی نظر ، تِمس بروٛنٛہہ کنہٕ
اوس شأعرستان کرٛیر چہ مردم خیز سرزمینہٕ ہنٛدٕ ن پایہ بڈٕ ن عالمن ، عأبدن ، تصوف
وروحأنیکین علمبردارن ، بزرگانِ دینہ کیٚن پرستارن ، نادار عالمن ، اُدیبن ، شأعرن ،
فنکارن تہٕ قلمکارن ہنٛد اکھ کہکشان وُزملہٕ کران تہٕ أندۍ پکۍ کِس ماحولس منور تہٕ
مُعطر کران اوس یِمن منٛز حضرت سید حاجی محمد مُراد بخاری ، میر سید حمزہ البخاری ، میر
مقصوٗد البخاری ، میر ثناء اللہ بُخاری المعروف ثناء اللہ کریری ، میر سید امیر الدین
بخاری المعروف سید امیر شاہ کریری ، میر سید حسین معروف بہ واصف بخاری ، میر
سید مظفر شاہ بخاری تہٕ میر سید مقبول شاہ بخاری ، سید غلام حسن ناظم ، سید علی گوہر
بخاری ، سید عبدالجبار المعروف خاموش کریری ، سید قمر جلالی ، ظہور کریری ، قدوس
میر قدسی قابلِ ذِکر شخصیتہٕ چھےٚ ، یِمو پننہٕ نو علمی ، ادبی ، دینی تہٕ روٗحأنی ییٚتکو کارنامو
ستۍ کرٛیرِس کشیرِ ہنٛدِس علمی تہٕ ادبی تأریخس منٛز ناقابلِ فراموش مقام بخش ۔ امہٕ
علاوٕ چھِ مفتی سید ضیاالحق بخاری ، قاضی ضلع مفتی سید شمس الدین بخاری ، جسٹس سید

شریف الدین بخاری، سید مظفر حسین شاہ کریری، مفتی سید عنایت اللہ بخاری، سید عطا اللہ شاہ بخاری بیٚترِ کٔر یِر کہِ خاندانِ سادات بخاریکۍ تِمہِ گاشہٕ تارکھ یِموکٔر یتہٕ کٲشیرِ نیٚبر تہِ پننہِ علمی، ادبی، تمدنی تہٕ تہذیبی زندگی منٛز پٔنن ناو کمأوِتھ کٔر یِکس علمی تہٕ ادبی سرمایس منٛز بٔرزٕر کوٚر۔

یِیتھن چھُ یہِ سوال تہِ قأبلِ توجہ کٔریس منٛز یہِ دینی، رٔحأنی، علمی تہٕ ادبی شاندار ماحول بارسس یِنگ کتہ پیٹھ تہٕ کِتھہٕ پأٹھۍ آو زیرِ بحث موضوع کہِ حوالہٕ چھُ زانُن چھُ میانہِ خیالہٕ ضرٔری۔ تأرتخن منٛز أمہِ حوالہٕ یُس واقہ درج چھُ سُہ چھُ یِتھہٕ پأٹھۍ زِنٔومہِ صدی ہجری منٛز چھُ بُلند پایکۍ مادرزاد ولی کامل حضرت سید حاجی محمد مُراد بخاری وسطِ ایشیا کہ فارس علاقہٕ پیٹھہٕ پننس مرشدِ حقیقی تہٕ جدِ امجد ہٕندِس ارشادتہٕ نشاندہی پیٹھ پٔنن اہل وعیال، مریدن تہٕ خادمن ہُندا اکھ بوٚڈ کاران یِتھ سُلطان زین العابدین معروف بڈشاہ صأبنس دورِ اقتدارس منٛز موجوٗد کٔر یِر جایہِ وأتِتھ قرار کران تہٕ ہمیشہ خأطرٕ پٔنن مسکن بناوان۔ بڈشہس چھےٚ حضرت سید سُند کٔر یِر واتنُک تہٕ اتہِ قیام کرنٕچ خبر واتان۔ سُہ چھُ حسب عادت پننۍ دربأرۍ ہیتھ کٔر یِر واتان تہٕ حضرت سید مُراد ہٕندۍ رٔحأنی کشف وکرامات، علمی تہٕ ادبی کمالات وُچھِتھ مُتأثر گڑھان تہٕ یِہنٛدس حلقہ ارادتس منٛز شأمل گڑھتھ یِہنٛز بیعت کٔرِتھ سبٹھاہ رٔحأنی، علمی تہٕ ادبی فأض پرٛاوان۔ بڈشاہ چھا تے پیٹھ کٔر یِس منٛز نماز جمعہ قأیم کرنُک حُکم دِوان تہٕ حاجی مُراد صأبنس حقس منٛز زمینُک اکھ بوٚڈ رقبہ جاگیرس منٛز دِوان تہٕ اکھ خانقاہ (جامع مسجد) تہِ تأمیر کرناوان یُس ازتہٕ کٔر یِس منٛز خانقاہِ مُراد یہ نأوۍ زانہٕ چھُ یوان۔ چنانچہِ حاجی مُراد صأب چھِ ۱۷ار

ذی الحج ۸۶۱ھ منز وأصلِ بحق گژھان، بڈ شاہ چھُ یہندس جنازس منز شرکتھ کران تہٕ گوڈنچہِ یہُنْد روضۂ مبارک تہِ تأمیر کران۔ چنانچہ سید حاجی محمد مُراد بخاری صأبس پتہٕ رؤدی یہند بو اولادو واصفارو یازُری یأ ژمنز وقتہٕ وقتہٕ پایہِ بڈی دینی عالم، مُبلغ، ولی کاملین، مُتقی، میرو أعظ، شأعر، ادیب وفأضل، خوش نویس وخطاط، قلمکار، ہُنر مند فنکار یوان گژھان تہٕ کژیرِ کس شاندار علمی ادبی ورؤحأنی تأریخس منز پنُن پنُن مقام بناوان، یہ سلسلہ چھُ از تام کژیریس منز برابر جأری تہٕ انشااللہ روزِ آیندٕ تہِ۔ توے چھِ کشیرِ ہندی مورخ تہٕ تذکرہ نگار کژیریس پرٕ وأر، مُراد آباد، ارض مُراد، شیرازِ کشمیر، گُلشنِ مُراد، شأعرستان وغأرٕ القابوٕ ستی تہِ یادن کران۔ سید امیر شاہ کریری چھُ حضرت سید مُراد صأبنہِ حوالہٕ پنہٕ نِس أکِس منقبت شریفس منز ثیبنہٕ وان دِوان ونان

روضہِ تہندے درمیان کژیر چھی
فأض تہندے برہمہ کشمیر چھِی
گھ کران أندی أندی چھُ تتھ شمس وقمر
سید حاجی مُرادس عرض کر

راقم نے بھی ایک موقعہ پر اس حقیقت کا اظہار کرتے ہوئے کہا ہے۔

گُلشن علم و ادب ہے مسکنِ سید مُراد
یہ مقامِ کریری ہے تاریخ میں ہے یاد گار

یوٗ تام سید امین تابش صأبن تعلق چھُ یہِ چھُ کژیرِ نش دۄر زِ کلومیٹر مدِ مقابل تِلگام[1] گامس منز۔ 1957 عیسوی منز مرحوم سید غلام الدین ہمدانی صأبنس

گرس منز تھنہٕ پیٛو مُت ۔ سید غلام الدین صأبنی اسلاف چھِ پتھ کالہٕ شہرِ سرینگر پیٹھ نقل مکأنی کٔرتھ تِلگام بسنہٕ آمتی ، وجہ چھُ اوسمُت تبلیغ دین ۔ تاہم چھِ تِلگامہ کِہن ہمدانی ساداتن منز سید محمد حسین شاہ ہمدانی اکھ نمایان شخصیت آسۍمتی ۔ یمن چھُ تبلیغ دین، زہد وتقویٰ تہٕ علم وادبہٕ کِہن مأدانن منز پننہٕ نِس زمانس منز سبٹھاہ قدر واحترام حأصل اوسمُت ۔ یِمہٕ چھِ باپیر آسۍمتی ، ہمدانی تہٕ قأدری سلسلن ہنز تربیت چھکھ حأصل آس ہٕمژ ۔ یِمہٕ آسۍ سید اکبر شاہ صأبنی فرزند، سید غلام الدین شاہ اوسُکھ بُڈی بب یُس گوڈنچہ لٹہِ پتھ کالہٕ شہر سرینگرٕ پیٹھ تبلیغ دین کے بہانہ تِلہ گام بسنہٕ آوتہٕ گٔرن ہمیشہ خأطرٕ یہِ جاے یعنی تِلگام پننہِ دأیمی سکوٗنتہٕ خأطرٕ پسند تہٕ أخرگےأتی وأصلِ حق ۔

سید علی گوہر بخاری کرٛیری چھِ پننہِ تصنیف شجرہ نسب کتابہِ منز سید اکبر شاہ صأبنہِ حوالہٕ لیکھان :

"سید اکبر عالم، متقی ومربی بود، بندگان خدا ازو مستفیض شاند در تلگام آسود"

1947 عیسوی منز چھِ مولوی سید محمد حسین شاہ صأب تبلیغ دینٕ کِس سلسلس منز پاکستان واتان تہٕ أخرس چھُکھ أتی اِنتقال تہِ کوٚرمُت ۔ سورُے وقت چھُکھ یادِ خدا ییس منز گزورمُت تہٕ دُنیأوی خواہشاتن کُن چھُکھ نہٕ مأل کوٚرمُت ۔ تو کلچ زندگی چھُکھ گزارہٕمژ تہٕ پانس پتہ کُن چھُکھ نہٕ مال وجاداد رٕنگی کینْہہ تہٕ تر ٛو ومُت ۔

گوہر صأب چھِ مولوی حسین صأبس متعلق لیکھان :

سید حسین عالم ومتقی بود۔ علم تصوف وعلم دین میدانست ۔

یِچھ بنیادی تہٕ سید علی ہمدانیؒ تہٕ تِہنٛد بو اولاد وتر اوہٕمژ چھےٚ ۔ والدۂ محترمہ ہِندِ

طرفہٕ چھُ تابش صابُن شجرہ نسب حضرت سید حاجی مُراد بخاری صابس ستۍ رلان۔ امہٕ مطابق چھُ تابش صاب نجیبُ الطرفین سیدزادہ یاونویم چھِ حسبی نسبی سید ماشااللہ۔

این سعادت بزور بازو نیست　　تا نہ بخشد خداے بخشندہ

یُہ تام کرٛیرُک تہٕ تِلگام جاین ہُند تعلق چھُ یِمن دۄنونی جاین چھےٚ خوش اعتقاد مُسلمانن ہٕنٛز اکثریت آباد۔ یِہنٛد عقیدہ قرآن وحدیث حوالہٕ فارسی زبٲنی ہنٛزِ مشہور عالم یتھ رباعی ہندس معنہٕ مفہومس پٮ۪ٹھ ڈٲرتھ چھُ تہٕ مسلکی اعتبار حنفی مسلکس ستۍ تہٕ اہلِ سُنت والجماعت طبقس ستۍ وابستہٕ چھِ

بندۂ　پروردگارم　اُمتِ　احمد　نبیؐ

دوستدارِ　چار　یارم　تا　بہ　اولادِ　علیؓ

مذہب　حنفیہ　دارم　ملتِ　حضرت　خلیلؑ

خاکپاے　غوث　الاعظمؒ　زیرِ　سایے　ہر　ولی

تہٕ یوہے عقید چھُ بانی مسلمانی میر سید علی ہمدانیؒ صابن تہٕ ورگہٕ پٲٹھی پننہٕ مشہور عالم تصنیف اورادِ فتحہ ہس منٛز ورتاوِتھ کٲشرٮ۪ن خوش اعتقاد مسلمانن اکہٕ وظیفہ چہ ڈالہٕ رٔنگی عطا کۆرمُت تہٕ یتھ باطنی طور حضورِ پاک سُند موہرِ تصدیق تہٕ حاصل چھُ۔ امے مۆجب چھُ کٲشرٮ۪ن عقیدت مند مُسلمانن منٛز ازتام برابر اورادِ شریفک وِرد صبح وشام بڈٕ بڈٕ ہٹہٕ تہٕ اُکس خاص تہٕ دلچسپ طریقس منٛز کرنُک رِواج یا روایت موجوٗد تہٕ یہٕ عمل چھےٚ سانیٚن مسجدن، خانقاہن، زیارت گاہن ذکرو اذکار تہٕ ختماتُ المعظمات چن تقریبن پٮ۪ٹھ یِرٛتہٕ پرٛتہٕ سان پرنک رِواج موجود تہٕ یہٕ چھُ سانہٕ ثقافتی زندگی ہُند اکھ حصہ بنیومُت یاونویی زِ یہٕ چھُ سانیٚن اسلافن نِش

اسہِ ورثس منز تۆ رمُت ۔ یہِ چھےٚ سأنی پہچان یا شناخت تہٕ أتھی منز چھُ سانہِ کاشریتُک انہار تہٕ بُستھ تہٕ أمہِ بغأر چھےٚ سأنی شناخ نامکمل ۔ اسہِ پیٹھ چھُ بہر حال امہِ مورۄثی سرمایُک رژھراوُن تہٕ امانتن پننہِ پننہِ واجنہ پُیہ تام واتناوُن لأزمی ۔ تووے چھُ عاشقِ رسوُلؐ شاعرِ اسلام حکیمُ الامت علاقہ اقبالؒ چھُ پننہِ مخصوص انداز أمے میراثہٕ کہ رژھراونِک حوالہ اشارٕ کران ونان ۔

جو سبق باپ کا بیٹے کو اگر از بر نہ ہو

وہ پسر وارث میراث پدر کیوں کر ہو

سأنی موج کشیٖرِ چھےٚ دُنیہکہِ جنتہٕ علاوٕ رِشی وأرتہٕ پرٕ وأرالقابو سٟتی تہٕ زاننہٕ تہٕ ماننہِ یوان یینہِ یہِ قۄ درتن مالامال قۄ درتی نظارو سٟتی صاف پاک ماحولہٕ سٟتی جنت بے نظیر بنومُت چھِ تتہِ چھُ اتھ رۄحأنی ، اِنسأنی تہٕ اخلاقی قدرو سٟتی تہٕ أمہِ کس حُسن و جمالس منز تہِ بُرزر گرتھ أچھ شۆب ہُر رأومٕژ ۔ ییٚتہِ چھُ قدمہٕ قدمہٕ پتہٕ کأنسہٕ نتہٕ کأنسہٕ ولی خدایہ سُند یا رِشی مألی سُند استان نظرِ گژھان یمن منز مقأمی رِشو علاوٕ وسطِ ایشیا کہٕ علاقو پیٹھ آمتی پایہ بٔڈی سادات ، دینی مُبلغ ، کشف وکرامات وألی صۄفی بُزرگ ، عالمِ دین ، علم وادبہٕ کین مأدانن ہنٛدی شہسوار ، قلمکار شأعر ادیب تہٕ فأضل ، خوش نویس خطاط ، ہُنر مند فنکار اعلیٰ پیمانکی دستکار بیتر شأمل چھِ ۔ یموپنہٕ نو رنگ برنگ کارنامو سٟتی ییٚتہِ چہ معاشی ، معاشرتی ، سماجی تہٕ اقتصادی زندگی منز اکھ انقلاب آون تہٕ سأری سے دُنیاہس منز یہِ بأعثِ کشش بناو ۔

درگاہِ شریف حضرت بل ، درگاہِ خانقاہ معلیٰ سرینگر ، درگاہِ حضرِ شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ ، درگاہِ حضرت سُلطان العارفین شیخ حمراہ مخدومی سرینگر ، درگاہ

حضرتِ شیخ نورالدین نورانیؒ چرارشریف بڈگام، زیارت زین الدین ولیؒ عیش مقام انںت ناگ، زیارت خانقاہِ معلیٰ سوپور، زیارت بابا پیام الدین ریشی ٹنگمرگ کشمیر، زیارت شیخ بہاوالدین نقشبندی سرینگر، زیارت خانقاہ ترال، زیارت گاہ جانباز ولی بارہ مولہ، زیارت حجرت سید حاجی محمد مُراد بخاری موسوم بہ خانقاہ مُرادیہ کریری تہٕ یتھی ہوی درجنہٕ واد زیارت گاہ یا اَستان تہٕ امام باڑٕ چھِ سانہِ کشیرِ ہند تہذیب وتمدن وثقافتکی تم تہذیب محل تہٕ مرکز ییمن ہتی سانہِ روٗحانی اِنسانی تہٕ اخلاقی قدرٕ وابستہٕ چھےٚ۔ یوہے چھُ سون میراث، سأنی شناخت تہٕ سانہِ کأشریتُک انگ تہٕ انہار ییمو بغأر سوٗن سماج نامُکمل چھُ۔

یوہے میراث رٔژھراونہٕ خأطرٕ تہٕ پننہِ خانداٗنُک اکھ سپوت آسنُک تہٕ حلال زأدی ہُنْد اکھ ثبوت پیش کرنہٕ خأطرٕ چھُ تابش صأبن عقیدتی ادب پننہِ باوٕژہُنْد مادان ژورمُت۔ تہٕ امہِ خأطرٕ کُنہِ ہتکہٕ تہٕ احساس کمتری بغأر پننہِ ماجہِ زبو ہنکس لأجہرٕ تہٕ پننہِ باوٕژہنْدِ وسیلہٕ بنأوتھ پننہِ بجرُک تہٕ صلاٰحیتُک ثوبوٗت تہٕ پیش کوٗرمُت تابشؔ صأبن چھُ عقیدتی علم وادبہٕ کِبن دۄنوٕنی مأدانن یعنی نثرس کیو نظمس منز یاونو شأعری منز عقیدتی ادب اکہِ پُراثر تہٕ کامیاب روایتہٕ سان اسہِ تام واتنأوتھ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبس سۄ چھ کوٗرمُت۔

ذِکرِ حبیبؐ، گاشہٕ تارکھ، رحمۃ للعالمینؐ، سیرتِ طیبہ، خلاصۂ اہل بیت، بہلہِ پایکی مُحدث، فقہ زانن وأ لی امام، عظیم المرتبت مشاہیر عالم تہٕ متقی، تاریخِ اسلام اکھ موخصر جائزٕ، ییمہِ سأری مضمون ومقالات چھِ بےشک عقیدتی ادبہٕ کِس دأیرس منز یوان تہٕ تابشؔ صأبنہِ علمی تہٕ ادبی شخصیتُک اٗنہٕ اسہِ برونْہہ کُن انان۔ علم وادبُک

یہِ پروانہٕ چھُ اَکِس پزِس عاشقہٕ سٕندی پأٹھۍ صحیح علم تہٕ صحی ادب (حقیقتس پٮ۪ٹھ مبنی) شاہِ ولایت حضرت مولا علیؓ سٕند یمہِ فأصلُک اکھ علمی شہٕ وٕب پیش کران

رضینا قِسمة جبار فینا لنا علم و للجهال مال

فان المالُ یفنی عنقریب و ان العلم باقِ لایزال

(بہٕ چھُس ربّہٕ سٕندِس یتھ فأصلس پٮ۪ٹھ رأضی یتھ منٛزٕ تمی اسہِ علم بخش تہٕ جأہلن بخشن مال وجاداد۔ییٚلہِ زن مال عنقریب فناسپدن وول چھُ تہٕ علم چھُ ہمیشہ باقے روزن وول)

حدیث پاک چھُ:

انا مدینة العلم و علی بابها

(یعنی بہٕ چھُس علمُک اکھ شہر تہٕ حضرتِ علیؓ چھُ امیُک درواز)

بہر حال نعت لٮ۪کھُن چھُنہٕ دودٕ بتہٕ کھیوٚن۔امہِ خأطرٕ گژھہِ نعت لٮ۪کھن وول عاشقِ رسوٗل آسُن تہٕ یہِ چھےٚ اکھ باطنی کٲفیتھ اکھ خداداد صلاحیت۔یمِس شأعرس یا قلم کارس حأصل آسہِ تمۍ سٕندِس کلامس چھےٚ مقبولیت حأصل گژھان،سُہ چھُ پزی پأٹھۍ اکھ کامیاب نعت گو شأعر بنان،شاید چھُ اَتھۍ کُن تأبشؔ صأب اشارٕ کرتھ ونان زِ یہِ گژھہِ قلبی شأعر یا قلمکار آسُن۔تہٕ اوے چھُ شاعر اسلام علامہ اقبال ونان

حرف معنی را کُنی تحقیق اگر بنگری با دیدۂ صدیق اگر

قوت قلب و جگر گردد نبیؐ از خدا محبوب تر گردد نبیؐ

اسی لیے مجھے تیری ایک ایک بات قبول ہے

تیرا سرمایۂ دانش تھا فقط عشقِ رسولؐ

ڈاکٹر امین تابشؔ صأبنس دٔسیاب عقیدتی ادبس منٛز چھےٚ عقیدتی شأعری

ہنٛدِ حوالہٕ یِہنٛز ودٕ یوٗ دٕ سیاب کتابہٕ چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکو'' تہٕ 'علم تہٕ عرفان' ناوی کتابن منٛز زٕ بٔڈی صنفِ سخن نعت تہٕ مرثیہ، یمن کُن تابش صأبن حُسنِ اعتقادتہٕ عشقِ رسوٗلؐ تہٕ عشقِ اہلِ بیت اظہارکہ حوالہٕ توجہ دیٖتمُت چھُ۔ نعت تہٕ مرثیہ چھ صنف سخن چھِ عالمی عقیدتی شأعری ہنٛدی زٕ بٔڈی مادان۔ نعت چھُ پیغمبر اسلام حضرت احمد مجتبیٰ محمد الرسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ہنٛدِ حُسنِ جمالُک تہٕ حُسنِ کمالُک مدح تہٕ تعریف کرُن۔ یِہنٛدٕ بن دُنیاوی تہٕ دینی معاملاتن ہنٛز ویژھنے کرٕنی تہٕ لول تہٕ محبتُک والہانہٕ اِظہار کرُن۔ قرآن وحدیثس منٛز چھُ علم اکھ نوٗر مانہٕ آمُت یعنی اکھ سُہ گاش یُس یِمہٕ سٕتی رب زانُنہٕ تہٕ پرٛزناونہٕ چھُ یوان۔ علمہٕ کے برکتہٕ لوٗب حضرت آدمؑ سُہ مقام یِمہٕ سٕتی عالمِ ملکوٗتس حضرت آدمسؑ بروٗنہہ کنہٕ سجدۂ تعظیم کرُن پیٚو، سوائے اِبلیسن یمیٚ تکبر تہٕ گھمنڈ کوٗر تہٕ اللہ تعالیٰ سٕندِس دربارس منٛز مردوٗد سپُد۔ تکبرعزازیل را خوار کرد۔ بہ زندان لعنت گرفتار کرد۔ علمُک لغوی معنی چھُ کُنہِ چیزچ حقیقت یا اصلیت زانٕنۍ تہٕ رب کریم چھُ علیم تہٕ خبیر۔ توے چھُ سُہ یِمہٕ کاینا تُک گوڈنیُک ووستاد یمیٚ حضرت آدمؑ علم پرٕنوو تہٕ پنُن خلیفہ تہٕ اشرف المخلوقات بنوو۔ تمام مخلوقاتن پیٹھ خصوصاً عالمِ ملکوٗتس پیٹھ تہٕ دِژُنس فضلیت تہٕ برتری یِمہٕ صبح وشام ربّ کاینا تہٕ سٕندِس عبادت وفرمابرادری خاطرٕ وقف چھِ توے چھُ اکھ نکتہ دان اردوٗ شأعر وٕنتھ گومُت۔ فرشتے سے بہتر ہے انسان بننا۔

عربی، فارسی تہٕ اردوٗ چھےٚ تمہٕ بین الاقوأمی زبانہٕ مانہٕ آمژٕ یِہُنٛد حمد ونعت و منقبت تہٕ مرثی ہنٛد بوٚ صنفوٕ سٕتی مالامال چھُ۔ ادبہٕ کین عالمن، ووستادن تہٕ ناقدن ہُنٛد ماننُن چھُ زِ شعر وادب چھُ 'ادب برائے زندگی' نظریُک اکھ لأزمی حصہ یِمہٕ

بغأرادبچ تأریخ توصیف، تأبیر وتشریح نامکمل چھےٚ۔ عالمی ادبہٕ کِس تأرخِس منز چھے
ادبہٕ کِس ادب برائے زندگی ہٕندِس نظریہ ہس غیر معمولی اہمیت حأصل۔ یوہے
وجہ چھُ زِ عالم اسلامہٕ کیو پایہ بڈبوٗلی کأملو، دینی بزرگوتہٕ مُبلغو چھِ شعروادب تہٕ تبلیغِ
دینُک اکھ ذٔری یہِ بنأوِتھ پننہٕ عبن قومن ہُند تأمیر تہٕ کوٗرمُت۔ دولتس عوہدس،
شوٚہرتس تہٕ عزتس کُن ہے وُچھوتیلہٕ اَسی تابش صأب بحیثیت اکھ ڈاکٹر، معالج تہٕ
سایٔنٹسٹ ییمہ سأری چیز حأصل تاہم علم وادب چھُ یہُند موروٗثی شوٗغل روٗ دمُت
تہٕ یمن اُس لوکچارٕ پیٹھے علمی، ادبی تہٕ شاروادبی سرگرمین ستی دلچسپی یوہے وجہ چھُ
پننہِ پیشہ وارنہٕ زندگی لرِلوٚرتہِ روٗ دیہُند قلم شوقہٕ تہٕ ذوقہٕ سان پنُن یہِ موروثی شوٗغل
منہٕ ناوان تہٕ یتھ پأٹھی پننہٕ عبن چشمن نوٗرتہٕ دِلس سروٗر بخشان۔ ییٚتہٕ تموٚ نعتہٕ کِس
مأدانس منزٕ وِستھ نعت لکھنچ اکھ کامیاب کوٗشش کٔرمٕژھے تہٕ چھِ یموٗ ڈسلابہ ہے
منز ''حسینی کاروانُک سفر'' کتاب تصنیف کٔرِتھ عالمی تاریخُک اکھ ناقابل فراموش
واقعہٕ یعنی کربلا کہ حوالہٕ رثایی ادبکہِ حوالہٕ مرثیہ لکھنُک اکھ منزل تہِ طے کوٗرمُت
یُس بہرحال یہُنداکھ حوصلہٕ افزاتہٕ شاباشی لایق قدم چھُ۔

ڈاکٹر تابش صأبنس دستیاب نعتیہ کلامس پیٹھ اکھ نظر ترأوِتھ چھُ محسوس
گژھان زِ سُہ چھُ اکھ عاشقِ رسوٗل ﷺ تہٕ تِمس چھےٚ تہندس حیات النبی ﷺ سنس پیٹھ
ایمان عقیدِ تہٕ یژھ پژھ۔ تِمس چھُ حضوٗرِ پاک ﷺ ہٕندِس یتھ فرماونس پیٹھ مُکمل
یقین تہٕ اعتقاد۔ یتھ منز تیمہٕ فرماوان چھِ زِ دنہٕ وول چھُ ربٕ تہٕ بہ چھُس بأگراون
وول۔ تابش چھُ نبی سُند عشق پنُن سامان تہٕ پننہٕ سپر یعنی پننہٕ حفاظت پنُن بچاو تہٕ
کامیابی مانان تہٕ عشقہِ کِس اَتھی دامنس منزٕ پنُن دین وایمان تہٕ قبلہٕ تہٕ کعبہ زأنتھ

پٔنٕن عاقبت رُت بناونس منز ہے پٔنٕن خاۍرزان۔

سانہِ مسجدٕ ، زیارت گاہ ، آستان ، خانقاہ تہٕ امام باڑٕ چھےٚ تِم جایہ ییتہٕ وٕہری وٕریس نذر ونیاز چہِ محفلہٕ ، تبرکاتن ہٕنزٕ نشاندہی ، عید میلادالنبیؐ ، شبِ معراج ، شبِ برات ، شبِ قدر ، عیدالفطر ، عید قربان ، نوروز عالم ، عید غدیر ، بٔڈۍ دوہ یا وورُس بیترہ چھ تِم موقہ ییٚلہِ أسۍ ذوق تہٕ شوقہٕ سان یژھہ تہٕ پژھ حمد ومناجات ، ذکرواذکار ، ختمات المعظمات ، درۄد وسلام ، نعت ومنقبت تہٕ مرثی ہٕنزٕن محفلن ہُنٛد اہتمام و انتظام کران روزان چھِ تہٕ یتھٕ پأٹھۍ چھِ أسۍ پننہِ تہذیب وتمدنُک سرمایہ رٕژھراونس منز آوِرۍ روزتھ پننہٕ نبن اسلافن ہنٛد یہٕ سرمایہ وراثتس منز اکہِ پُیہِ پتہٕ بیس پُیہِ تام واتناوان۔یتھ منز باقی چیز وعلاوٕ اخوت ، ہمدردی بأے چارٕ ، مأے محبت ، اخلاص ، مِلہٕ ژار ، اِنسانیت تہٕ اخلاقُک اکھ نووے جہاناہ بارسس چھُ یوان یوہے چھُ سانہِ تہذیب وتمدنُک ، سماجک تہٕ کاشیرتُک باغ وولنس انان تہٕ شاعرِ کشمیر مہجور صأبنہ زبوٕ باغوانس کُن آلو دِوان

وولو ہا باغوانو نوبہارچ شان پیدا کر
پھوٚلن گُل گتھ کرن بُلبُل تتھی سامان پید اکر

حضۆرِ پاکنؐ ہٕنٛدس خدمتس منز عرض وسلام گزارنُک اسلوب تہٕ انداز چھُ روایتی۔زبان چھےٚ سیوٚدتہٕ صاف تہٕ عام فہم تہٕ بیانیہ استعمال کرنہٕ آمٕژ ، وُچھتو ییمہِ نعتِ شریفکۍ نومہ شار

رتبہٕ تھوٚد شاہ مدینس یا رسۆلؐ اللہ سلام
نورِ یزداں دِل نشینس یا رسۆلؐ اللہ سلام

چانہٕ ینہٕ تقدیر بدلیوو عرب و عجمس یا نبیؐ

خاکِ پا موٚل اسہِ جبینس یا رسوٗلؐ اللہ سلام

والضحیٰ رویس لگے چھےٚ تابشس بس آش چانٕی

داغ چونٕے چھُس جبینس یا رسوٗلؐ اللہ سلام

اکھ حدیث شریف چھُ زِ فرموٚو آنحضرتؐ: اللہ معطیٰ و انا قاسمۂ: یعنی دنہٕ ووٚل چھُ پانہٕ رب تہٕ بہٕ چھُس بأگراون ووٚل۔

یہے آش تہٕ ووٚمیدر چھان چھُ تابشؔ پنہٕ نس نبی صأبسؐ نارس گلزار کرنُک درخواست کران۔ نارس گلزار کرُن چھُ کأشرٕ پأٹھی حل طلب تہٕ مشکل مسلہٕ انز راونی ،یہٕ چھُ اکھ تلمیح تہٕ مانہٕ آمت تہٕ اشارٕ چھُ حضرت ابراہیمؑ سُند سہٕ واقہ ییٚلہٕ خدأیی ہُند دعویٰ کرن وألی نمروٗدن حضرتِ ابراہیمؑ نارس منز ترٲوِتھ سہٕ زِندے زالنٕچ کوٗشش کرے۔ تاہم گو نمروٗد سُند یہٕ نار گُلزارس منز تبدیل تہٕ حضرت ابراہیمسؑ ووت نہٕ کانٛہہ زکھ۔

ژٕ چھُکھ قبلہ تے کعبہ ژٕے دین و ایمان

چھُ عشقِ نبیؐ بڈٕ سپر اللہ اللہ

لقب چھی ژٕےٚ خیر البشرؐ اللہ اللہ

ژٕے نبین اندر چھی تھزر اللہ

سیّد بن سادن تہٕ آسان لفظن منز پنہٕ نس ٹأٹھس محبوبہٕ سُند جمال و کمال وبٕرٕھناوان تہٕ تھزرٕ ے غلأمی پنہٕ خأطرٕ فخر زانان چھُ تابشؔ تھزرٕے سُفارش پٔنن موکلن پاے زانان۔

گوش تھأیو زارٕ پارس یا نبیؐ
کر تہٕ اسہِ گُلزار نارس یا نبیؐ

چانہِ ینہٕ تقدیر بدلیوو عالمن
چانہِ رۄس چھنہٕ شۆب کارس یا نبیؐ

شافع محشر شہہ لولاک چھُکھ
یِی لیکھِتھ ہر اِشتہارس یا نبیؐ

یا

بنان دِل سراپا چھُ نورُک سمندر
یہِ چانے خیالُک اثر اللہ اللہ

چھُ کیٛا تابشسٓ غم غوٗلاماہ چھُ چۄنے
گوٗناہن کرُس در گزر اللہ اللہ

پننہِ نعتیہ کلامہٕ کہِ حوالہِ چھُ تابش صأب لکھان:

''میانین نعتن منٛز چھُ لفظن ہُند عمل دخل کم تہٕ دِلُک اثر زیادٕ''۔ یتھ یہِ ونوزِ تابشؔ صأب چھُ قلبی نعت لکھان۔

یہِ مےٛ بروٗنٹھے وٗنمت چھُ زِ نعت تہٕ رثایی ادب یا حُسینیات چھِ تمہٕ زِ بجہٕ تہٕ غأر معمولی صنف سوٗخن یمن پیٹھ سانہِ لگ بھگ سارووے لوٗکٹو بڑٕو شأعرو قلم تُلمت چھُ، تمیُک بوٗڈ وجہ چھِ یِی یمن موضوٗعن پیٹھ قلم تُلُن چھُ اکھ عبادت مانہٕ یوان

یمہٕ خاطرٕ قرآن وحدیث گواہ چھِ ۔ یمن دۄنونی موضوعن پٮ۪ٹھ قلم تُلنہٕ وِزِ چھُ ادب تہٕ تقدس رچھُن لازمی یُس نہ ورتاونہٕ ستۍ دین وایمانہٕ نش اتھٕ چھلنُک تہِ اندیشہ چھُ موجوٗد، شاعرس تہٕ قلمکارس چھُ شرعی قدرن تہٕ پابندین ہنٛد حِس وہوش تہٕ تھاوُن پیوان، اتھ منٛز ے ہورٕ یورڈول تہٕ حُکمِ کُفر لگنُک تہٕ چھُس خوف تہٕ پھرٕ بٹھ روزاں توے چھِ خوصوصن نعتہٕ کِس مأدانس منٛز پھوکھ دِی دِی قدم ترٛاوُن پیوان۔

امین تابش صأبن بیٚتہٕ نعتہٕ کِس مأدانس منٛز یمن اوصولن تہٕ قدرن ہُنٛد پاس روٗ چھمُت چھُ تتہِ چھُ یمو رثأیی یاجی ادبہٕ کِس معالمس منٛز تہِ حتی المقدور پٔنن قلم تہٕ جذبات تہِ حدس منٛز رٹنُک خیال تھوومُت ۔ یہنٛدس رثأیی ادبس منٛز چھُ منقبت تہِ تہٕ ربأعی یاژُومصرعی تہِ نوحہ تہٕ وبدا کھ تہِ تابش چھ اتھ کھورشیرتھ سارنےٚ گاچن پٮ۪ٹھ قلم آزمأیی کران لبنہٕ یوان۔

چھے بخشان زندگی قومس شہادت
لبان انسأنیتھ پوچھر تہٕ عظمت
حُسینؓ اِنقلابٕچ اکھ علامت
حُسینؓ عالمس اِمنٕچ ضمانت

یا

حسینؓ نورِ مُجسم نورِ یزدان
سُہ ظلماتن اندر کیٚا ماہِ تابان
حقس پالان تہٕ تیرن سینہٕ داران
چھُ کلمک رأچھدر بس پۆز چھُ گاران

یہِ ایثارُک تہٕ صبرُک امتحان گو

لوٚکٕٹ بڈٕ اکھ أکِس پتہٕ اکھ جوان گو

پکان یوٚ دوے حُسینی کاروان گو

یزیدی بُت پھٹر اکھ اکھ پھوان گو

چمن سأراب توحیدٕکی کران گو

تہٕ جگر کہِ خوٗنہٕ کلمۂ حق لکھان گو

یتھ پأٹھی چھُ تابش سیوٚدساد لفظن منٛز پننہِ نعتکی ییتہ تہِ حقیقتس پٹھ منبی تہٕ معنہ سأوی لفظ، ترکیبہ تہٕ قرآنی تہٕ حدیثہ حوالہ اصطلاحو ستی رثأیی ادبہٕ کس مأدانس منٛز تہِ قأبل قدر کارنامہٕ کرنچ کوٗشش کران لبنہٕ یوان۔

وبدا اکھ تہٕ نوحہ رٕنگی چھُ تابشؔ نوٚ موجذبأتی خیالو ستی مروٕیہ گویی ہُند پٹن اکھ الگ تہٕ منفرد انداز ورتاوان

مأرتھ ژٕے جگر گوش، ییٚمہِ میانہِ چمنٕکی پوش

ڈولتھ دِہا غس ہوش، ہَے ہَے یہِ پزٕ ہے



لوٗگتھ سبٹھاہ بے عار للہٕ وُن تھووتھم نار

وٕدنووتھن سمسار، ہَے ہَے یہِ پزٕ ہے



کُرتھکھ آب بندی رأچھ تھأوتھکھ جنگی

جایہِ جایہِ کُرتھکھ تنگی، ہَے ہَے یہِ پزٕ ہے

نعتہٕ کہِ حوالہٕ چھےٚ تابشؔ صأبن لولاک لما خلقت الاشیاتہٕ تکمیل دین عنوانن تحت زٕ آزاد نظمہٕ لیٚچھمڑٕ ۔ بِلکُل تتھۍ اندازس منز یتھ منز تہٕندی زیر بحث نعت شریف چھِ لکھنہٕ آمٕتۍ ۔ سوٚے سہل تہٕ آسان زبان، سادگی، سیٚز رتہٕ پزر، تمے وٕدی لفظتہٕ ترکیبہٕ، عام فہم تہٕ مشہور معروٗف اِصطلاحہٕ منزٕ عربہ تہٕ فارسی آمیز ترکیبہٕ، دٔلیل، عرب وعجمس منز امیُک انقلاب تہٕ اکہ صالح معاشرک قیام تہِ اِسلامُک عالمگیر پیغام چھُ یِمن دوٚنونی نظمن ہُند موضوٗع تہٕ معنہ مفہوم یتھ أندی أندی یِم نظمہٕ دأیراونہٕ آمڑٕ چھےٚ ۔ یِمن منز چھُ تابش صأبُن خلوٗص تہٕ صداقت درِ ینٛتھۍ یوان۔ تاہم یِمن دوٚنوٕنی نظمن ہُند ہشر چھُ تتھ حدس ولنہٕ آمُت زِ پرن وول چھُ راوان زِ یِیمہِ چھاز نظمہٕ رِکنہٕ اَکے۔

بیاینہ چھُ یِہُند اسلوب تہٕ لفظن تہٕ ترکیبن ہُند تکرار چھُنہٕ یِمن زٕ نظمہ ونس پیٚتھ آمادٕ کران۔ تابش صأب چھُ بار بارتی ونان یہِ تُمۍ بروٗنٹھے چھُ ووٚنمُت آسان۔ اتھ کُن چھےٚ تابش صأبس دُوبارٕ نظر گُزردِنچ ضوٗ روتھ۔

اُخرس پیٚتھ چھُسن بہٕ ڈاکٹر تابشؔ صأب کأشرِ زبأنی تہٕ ادبُک اکھ خأرخاہ تہٕ ژُکی درمانان۔ یِیمۍ انگریزی تہٕ اردوزبأنوٕ نسبتھ کأشر زبانے پننہٕ ننن علمی تہٕ ادبی کارنامن ہٕندِ خأطرِ بطور اکھ ذری یہِ وسیلہ بنأوتھ پننہِ خأطرٕ کأشرِ زبأنی تہٕ ادبہ کس تأریخس منز اکھ تھسکبن لایق مقام حأصل کوٗر۔

خدا رحمت کند این عاشقانِ پاکبازاں را



# صحت بدن

غلام نبی آتش

نفسیات تہٕ درس وتدریسکی ماہر چھِ یک راے زِ ماجہِ زٕبو گژھِ تعلیم دِنک ذٔریعہ آسنہٕ ۔ ماجہِ زٕبو ہنٛز اہمیت تہٕ افادیت چھےٚ اکھ زونمت مونمت پزر۔ تعلیم دِنہٕ کِہن ولن، رٕژتہٕ فائید مند تعلیمہ ووتھِ بودِنہٕ کِہن معاملن تہٕ مسلن پیٹھ سوٗنچنہٕ سرنہٕ تہٕ مشور دِنہٕ باپتھ یم تہِ تعلیمی کمیشن ہندوستانس منٛز بناونہٕ آے تِمو سارِوے دیُت ماجہِ زٕبِہ ہندِس ضرورتس، اہمیتس تہٕ یہِ تعلیم وتدریسک ذریعہ آسنس پیٹھ زور۔ 2005 ءکس قومی تعلیمہ ہِندِس نصأبی ڈھانچس منٛز تہٕ اوس یی ونہٕ آمُت تہٕ 2020 ءچہِ قومی تعلیمی پالیسی منٛز تہٕ چھےٚ ماجہِ زٕبِہ ہنٛز اہمیت تسلیم کرنہٕ آمٕژ ۔ امہِ مطأبق آیہِ پأنژمہِ جمأژ تام ماجہِ زٕبو منٛز تعلیم دِنٕکی سنٛزتہٕ سامانہٕ تہٕ کرنہٕ۔ جموں وکشمیر بورڈ آف سکول ایجوکیشن کہِ اہتمامہٕ آیہِ ریاضی، جنرل سائنس تہٕ سوشل سائنس چہِ نصأبی کتابہِ انگریزی پیٹھ کأشرس منٛز پھِرناونہٕ یُس اکھ سبٹھاہ جان قدم چھُ ۔ وومید چھِ پرایمری کلاسو خأطرِ یِمہِ ترجمہِ کرنہٕ آمژ کتابہِ گژھن جلدٕے شایع تہٕ واتن سکوٗلن منٛز۔ حالانکہِ کأشر زبان چھےٚ وایاہ کالہٕ پیٹھِ سکوٗلن منٛز لأزمی مضمونہٕ رٕنگی مڈل کلاسن تام پرناونہٕ یِوان ۔ نٔومہِ تہٕ دأہمہِ جمأژ خأطرِ چھِ یہِ زبان ایڈیشنل آپشنل سبجکٹ ۔ وٕنۍ گوو واریہن ہایر سکنڈری سکوٗلن تہٕ کالجن منٛز چھُ کأشر مضموٗن گوڈے پرناونہٕ یِوان۔ تاہم چھُ توجہ طلب معاملہٕ یہِ زِ اسہِ کوتاہ چھُ ازتام

سائنس تہٕ ٹیکنولوجی متعلق علم کأشرِ زبأنی منز پھیُر مُت ۔ صرف شعر وادبہٕ کیو انبارو
ءِستی یوت چھا کانٛہہ زبان سائنس تہٕ جدید ٹیکنولوجی ہِنزِ غأر موجودگی منز علمی زبان
مانٕنہٕ یوان ۔ اتھ معاملس منز چھےٚ کأشر زبان واریاہ پتھ ۔ خاص پأٹھی چھُ اصطلاح
سأزی کُن دِیان دِیُن ۔ امیُک یِژھ احساس گوٚو پرایمری کلاسو باپتھ انگریزی پٔتھٕ
نصأبی کِتابہٕ کأشرس منز پھرن والین استادن تہٕ مأہرن بورڈ آف سکوٗل ایجوکیشن
کین ورک شاپن منز ۔ یہ چھنہٕ کتھ زِ امہِ ویژھیہِ ہُند احساس کیا اوسنہٕ کأشرین
ادیبن ، کتھ چھےٚ یہ زِ اتھ سِلسِلس منز ییژاہ کأم کرنہٕ گژھ ہنٛز تیژاہ آیہ نہٕ کرنہٕ ۔
ادیب تہِ اوس مجبوٗر تکیازِ امہِ قسمہٕ کِس سرمایس اوس نہٕ شأعری مقابلہٕ مازن وولے
گُنہِ ۔ پرٛھن کِتابن نہٕ اَسی خریدار تہٕ نہٕ قدردان ۔ عام رائے اَس زِ (یوسہٕ وُنہٕ تہِ
گُنہِ حدس تام موجوٗد چھےٚ ) زِ کأشرِ زبأنی چھِیی نہٕ تیوٗت بٔتر زِ یہ ہیکہِ سائنسی تہٕ علمی
مواد وپپر اَوِتھ ۔ لہٰذا گوٚو یہ علم انگریزی زبأنی منزٕ یے پرُن ۔ مگر کأشرِ زبأنی چھُ علمی
مواد وپپر اوٕنک بٔتر ۔ بیٚیہِ چھُ وق وو تمت زِ اَسی کرو امیُک بٔتر ہُر راوٕنچ کوٗشش ۔ نٔوی
اصطلاح کرو تیار ۔ پننہِ ماجہ زیوِ منز موجوٗد قدیم کألی تہٕ نوِینہِ اصطلاحن دِمووٚن ۔

وُہمہِ صدی عیسوی ہُند پٔتزیم دٔہیُل شروٗع سپدان سپدانے ووٚتھ کأشرِ
زبأنی منز سائنتی تہٕ علمی موضوعن پٔتھ لیکھنس دس ۔ وارِ وارِ لجہِ کِتابہٕ تہٕ شایع سپدنہٕ ،
اما پوٗ زامہِ عملہِ ہُند رفتار رُو دواریاہ سوٗت ۔ خالِص سائنسی موضوعن پٔتھ لیکھنُک
دٔسلابہٕ کوٚر مرزا غلام حسن بیگ عارفن Human Anatomy متعلق "آدمُ
موٗز" کتاب لیکھِتھ یوسہٕ 1973 ءِ منز شایع سپز ۔ سائنسی مضمونن ہِنز سوٚمبرن "فرشہٕ
پٔتھٕ عرشس تام" ، کُر شفیع شوقن 1974 ءِ منز شایع ۔ اتھ منز شأمل مضمون چھِ تٔم

جون 1970 ءپیٹھ جنوری 1972 ء تام نظر بندی دوارن لیکھی متی ۔ امہِ کتابہِ ہنٛدِس گوڈِتس منٛز چھُن لیوٗ کھمُت :

'' میانہِ یتھ کتابہِ چھِ زٕ مقصد ۔ اکھ یہِ زِ عام پرن وألس گژھِ بُنیأدی زان حأصل ۔ بیاکھ یہِ زِ وہمہِ گژھِ پھٹُن زِ کأشرِ زبأنی کیاہ چھنہٕ تتھن مضموٗنن ہنٛدِ خأطرِ وپٔین باتھ '' (ص:۵)

'' حیاتیات '' (Biology) تہٕ بنیأدی فِزکس (Basic Physics) ہِشہِ کتابہِ لیکھتھ کٔر فاروق بخاری ین ویژھے کانٛسہ پھرٕ وٕژ کوٗشش ۔ بیٚیہِ تہِ لیوٗکھ کانٛسہِ کأنسہِ مضموٗناہ مگر میڈیکل سائنس یا اتھ متعلق کینژھا کأشرِس منٛز لیکھنس کُن آونہٕ توجہ کرنہٕ ۔ صرف چھِ نوٗم حرف لیکھن وألس از بروٗنہہ ۲۲ وٕری شاہد بڈگامی سنٛدِس '' ہرموکھ '' رسالس منٛز اکھ زٕ مضمون نظرِ گأمتی مثلاً ڈاکٹر الطاف حسین سُنٛد '' کانٛبل '' (جلد:۱، شُمار :۳) تہٕ ڈاکٹر عبدالرشید بڈوسُنٛد '' بچن أڈجہِ پھُٹنکی حأدِثہٕ تہٕ علاج '' (جلد:۱، شُمار:۴)

2019 عیسوی منٛز گوٚو کأشرِ زبأنی منٛز چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٗ ناوچہِ باڈو بجہِ قاموٗسی صِفت خوبصوٗرت کتابہِ ہُنٛد اِضافہٕ ۔ امکی مصنف چھِ سید امین تابش (تِلگام پٹن، 1957ء) ۔ تابش صأب چھِ عالمی شہرت یافتہٕ معالج ۔ اکھ مثألی ماہرِ تعلیم ۔ یمو پرٛنو ومشرق تہٕ مغرب چِن عالمی سوٚتھرِ چن ناماوار یونیورسٹی ین منٛز میڈیکل سائنس ۔ کٔہی یاہ یونیورسٹی ین منٛز دِتکھ اکسٹینشن لیکچر ۔ یم چھِ ہاسپٹل مینج منٹکی ماہر تہٕ اعلیٰ پایہِ منتظم ۔ انگریزی، اردو تہٕ کأشرِس منٛز لیکھن وألی أدیب، اکھ قادرالکلام شأعر، مذہب تہٕ اخلاقیاتکی زأنی کار، تمدن شناس تہٕ کأشرِس تمدنس لول برن وألی ۔ أہنٛز اتھ کتابہِ چھِ اکھِ مولہِ گنجکی پأٹھی شبہ باگ ۔ پرٛتھ باگس منٛز چھے

تہٕ تریہہ دِتھ مختلف موضوع علمی تہٕ ادبی ارزتھ۔پانژمس باگس چھُ ناوصحت بدن۔
کتھ چھےٚ 2006 عیسوی ہنٛز ییلہِ جموں وکشمیر تعلیمی بورڈن 2005 ء کہ کریکیولم
فریم ورکہ مطأبق علاقایی زبانن ہنٛزٕ نصابی کتابہٕ تیار کرنہٕ باپتھ مختلف کمیٹیہ بناوینہٕ۔
کأشرِ زبأنی ہنٛزٕ اولہٕ پیٹھ اُٹھمہِ جمأژ تام نصأبی کتابہٕ ترتیب دِنہٕ باپتھ مأہرن ہنٛزِ
کمیٹیہ کرِ وقتس پیٹھ کتابہٕ تیار۔ اما پوٚز میڈیکل سائنس ستیٚ تعلق تھاون والین
مضمونن ہنٛز ویٚژ ھنے آیہِ بُتھِ۔لہٰذا کوٚر کمیٹی ہنٛدِس ونہٕ نس پیٹھ مےٚ تہٕ عزیز حاجنی ین
امہِ کمیٹی ہنٛدِ ممبر آسنہٕ کہِ حثیتہٕ سید امین تابش صأبس استدعا، تموگری زٕ نوشتہٕ تیار، یِم
اسہِ کمیٹی حوالہٕ گری تہٕ ایڈٹ گرتھ آواکھ نوشتہٕ 'شُگر بمأری' ءِ ہمہ جمأژتہٕ 'خوٚنچ کمی'
نوشتہٕ نوٚ ومہِ جمأژ ہنٛزِ کتابہِ منٛز شأمل کرنہٕ۔ یوہے اوس وقِ ییلہِ تابش صأبن
میڈیکل سائنس کِبن موضوعن پیٹھ کأشرِ زبأنی منٛز مضمون لیکھنٕ ہیٚتی۔ میڈیکل
سائنس متعلق تہنٛزٕ تھدِ معیارچہِ کتابہٕ آسہٕ واریہن یونیورسٹی ین منٛز میڈیکل سائنسچ
تھٕ تعلیم پرن والین طالب علمن ہنٛدِ خأطرٕ نصابس منٛز شأمل۔ اسہِ پوٚد تمن یاد زِ
کأشر زبان تہِ چھےٚ امہِ کہِ دوٚدسہٕ ستیٚ پھیاں پھیاں کران۔ وُن ییلہِ تابش صأبنٕ
ضخیم کتاب بروٚنہہ کُن آیہِ امیٚک پأنژِم باگ چھُ میڈیکل سائنسِ ستیٚ تعلق تھاون
والین سبٹھےٚ اہم تہٕ فأید منٛز مضمونن ہنٛز سوٚمبرن، یِم تمو وقتہٕ وقتہٕ لیکھی متی چھِ۔ یِم
مضمون چھِ گوڈنچہ لٹہِ کأشرس منٛز میڈیکل سائنس پیش کرنہٕ خأطرٕ وتھ ڈُنی سوٚتراونہٕ
خأطرٕ گوڈنیک قدم۔ ضرورتھ محسوس گرتھ چھِ ووٚنی جنوبی کشیرٕ ہنٛدی زٕ نوجوان ڈاکٹر
اکھ ڈاکٹر شوکت شفاءتہٕ بیاکھ ڈاکٹر شیدا حُسین شیدا تہٕ امہِ قسمکی نوشتہٕ تحریر کران مگر
شایع سپدتھ آونہٕ وُنہِ تہنٛد کینہہ۔ وومید چھےٚ تم تراون پننٕ طبی سائنس متعلق نوشتہٕ

جلدے بازر۔ ڈاکٹر نذیر مشتاق ہنز امہِ فبیلچ کتاب ''صحتِ کامل'' چھےٚ شاید گمژ مگر سو چھےٚ اردُو زبٲنی منز۔ لہٰذا چھےٚ اتھ مأ دانس منز اولیت تابش صأبہٕ سےٚ حاصل۔

صحت بدن: باگ چھُ الہٕ پلہٕ دُنمتن صفن پٹھ واشرتھ۔ اتھ چھِ سہل زبٲنی منز نوم 25 موضوٗع ویژھناونہٕ آمتی: شُگر بیمٲری، زندٕ روزنہٕ باپتھ سگریٹ تہٕ تموٗک تژاوں، ایکوپنکچر، مصنوعی دِل، نفسیأتی بیمارِ، دِل تہٕ دِلکی دأدی، خوٗن، خوٗن تہٕ خونٕچ کمی۔ حمل تہٕ پیدأیش، گڈُر، میوٗند، جنسی تعلیم، أچھن پنہٕ نبن وأتِو، کن صاف تھاوٕنکی اصوٗل، ملیریا، کمر دود، کلہٕ دود، بچہٕ دانہٕ ہنز سبس، زُکام، نظام تنفُس تہٕ امکی دأدی، کینسر، صفأیی ہندی کینہہ اصوٗل، بچن ہندی رتی عادت، ٹی۔ بی جنسی بیمارِ۔

دلچسپ کتھ چھےٚ یہ زِ تابش صأبن چھےٚ تژھ زبان ورتأوٕمژ یوسہٕ پرٕتھ کأنسہِ لوکٹس بٔڈس، خواندس تہٕ ناخواندس فکرِ ترِوٗنی چھےٚ۔ کوسہٕ بیمٲری کتھ پأٹھی چھےٚ زایُن لبان، امکی علامات کیا چھِ، احتیاط تہٕ پرہیز کیا چھُس تہٕ علاج کیا چھُ، یِمہٕ سارے کتھ چھےٚ ویژھنأوِتھ قأبلِ فہم بناونہٕ آمژ۔ پیچیدٕ تہٕ عألمانہٕ زبان ورتاونہٕ وِرأے چھےٚ غأر ضروٗری طوالت مُچھِ ترٛأوِتھ خوش یونس اختصارس کأم ہیٚنہٕ آمژ۔

پیچیدہ مسلہٕ سمجاونہٕ خأطرٕ چھےٚ بعضے لفظن تہٕ اصطلاحن وضاحت کرنہٕ آمژ تہٕ بعضے کأشری متبادل اصطلاح بناونٕچ کوٗشش کرنہٕ آمژ۔ کأشرِ زبٲنی منز اصطلاح سأزی ہنزٕ ضروٗری مگر کٹھ رکامہٕ گُن یوٚ دوے مُنزی مُنزی ظون دِنہٕ آمُت چھُ مگر میڈیکل سائینسکی اصطلاح چھِنہٕ کأشرس منز پھِرنہٕ آمتی۔ مرزا غلام حسن بیگ عارف، پروفیسر شفیع شوق، فاروق بخاری، مظفر احمد خان، محمد یاسین، عبدالغنی مدہوش، سید ذی شان فاضل بیترِ ادیبو چھےٚ سائینسی کِتابہٕ لیکھنہٕ باپتھ اصطلاح سأزی ہنزٕ رتہِ

کھوتہٕ رٕژ کوٗشش کرمژ۔ ادبی تہٕ تخلیقی مقصدو باپتھ چھےٚ یژھ کوٗشش محمد یوسف ٹینگ، رحمان راہی، امین کامل، غلام نبی فراق تہٕ موتی لال ساقی بیٚتر ادیبو تہٕ کرمژ مگر یمہٕ سارے کوٗشش چھنہٕ ژبڈ ژلراوان واجینہٕ، یم گرٛھن جأری روزنہٕ۔ حالانکہٕ کشمیر یونیورسٹی ہنٛدی کأشری شعبن تہٕ اُس از بروٗنہہ وارِیاہ کال اصطلاح سازی پیٹھ کأم گرمژ تہٕ سینٹرل انسٹی چوٹ آف انڈین لنگویجز میسورن تہٕ گرشوٗل سائنس سبجیکٹ اہمیت نظرِ تل تھأوِتھ امہِ کبن اصطلاحن ہنٛز کأشرِس منٛز سوٗمبرن تیار۔

تأبش صأبنہِ اصطلاح سأزی ہُنٛد نمونہٕ:

| | | | |
|---|---|---|---|
| آبہٕ ٹھیلہٕ | Amniotic Sac | دِلکی ہیٚرم خانہٕ | Atria |
| انہِ گوٗٹ باسُن | Dizziness | وارِیاہ کم دُبراے | Bradycardia |
| وو پزاوکھ | Growing | سینس منٛز ٹاسراے | Flutter |
| موروثی اثر | Genetic Susceptibility | | |
| کلہٕ خألی آسُن | Light Headedness | | |
| منٛزکھ | Nucleus | پھُہر ماز | Lean Meat |
| دِلُک دوگُن پرٕد | Perichardium | نبتہٕ مونٛیار | Numbness |
| تیز دُبراے | Trachycardia | یٔژزاوبر | Proliferation |
| دِلکی بونم زٕ خانہٕ | Ventricles | سینٛج بتھم اُڈج | Sternum |
| اوپ ژوپ | Weaning | گوٗبہٕ کھورٕ | Pregnant |
| دِلس خوٗنچ سلبے بند گژھنٛی | Myocardial Infarction | | |
| کمرٕچ اُڈج | Verterbral Column | | |
| کمرٕ پیٹھٕ زنگن تام دگ واتنٛی | Radiating Pain | | |
| ورم: | Swelling/Inflamation: | نوہ | Pancreas |

قطرٕ Semen — ذہنی دباو Stress

بچہ دانہِ ہنٛز سبس Uterine Fibroid — نرم اُڈٕج Disc

دِچ دُبراے تیز گرٛھنک احساس Palpitation

نفسیٲتی بیمارۍ، غمگین، ناخوش Depression

صحت بدن (اۆرزُو) باگس منٛز شٲمل یمن مضمونن ہندی گون گنٛزران چھِ پروفیسر بشر بشیر لیکھان:

''أکِس مصروفِ کار معالجہٕ ہنٛدِ خاطرٕ یُس اتھ سأرِسے اکہِ میکانیکل اندازٕ پران تہٕ ورتاوان چھُ، زبٲنی تہٕ باوٕژ ہنٛدِس بێیِس دولابس منٛز پیوٚن باسہِ تس تفیحِ اوقات۔ أکِس خاص سطحس پێٹھ یہ قٲبلِ قبوٗل تہٕ اُستھ۔ لُکھ ییٚلہِ انفرٲدی طور حفظانِ صحت کێن اصوٗلن وأقف آسن تہٕ تِم اصوٗل کامہِ منٛز انن واریہس حدس تام ہێکن سبٹھٕ ہے خطرناک بیمارِ قوبوٗ ہس منٛز یتھ۔ یتھ کتابہِ منٛز یِم کینٛہہ مضموٗن امہِ حوالہٕ تحریر چھِ کرنہٕ آمتی۔ زبٲنی تہٕ پیچیدٕ طبی اصطلاحن منٛز ہێنہٕ ینہٕ ورٲے بُنیٲدی اہمیژٕ ہنٛز کتھ چھےٚ سبٹھاہ ممکن حدس تام عام انسانہٕ ہنٛدِ سمجھنہٕ خاطرٕ سہل پأٹھی بیان کرنہٕ آمٕژ۔ یہِ چھ تیٚلی ممکن سپُدمُت ییٚلہِ سون حبسہٕ ہُشیار معالج مختلف طبی معاملن مقأمی تناظرس منٛز وُچھان تہٕ یمن متعلق سران سونچان چھُ۔ کتابہِ منٛز شٲمل یمن مضموٗنن منٛز چھےٚ یژھ کتھ تہٕ میلان یمن ہنٛد تعلق اکی آنہٕ اخلاقیاتس ستی تہٕ چھُ تہٕ صحتس ستی تہِ۔ مثالے جنسی بیمارین متعلق ناکارٕ تہٕ جاجأیز جنسی تعلقاتن متعلق ذِکر۔ ذہنی بیمارین منٛز عبادت اکھ فأیدٕ بخش عمل''۔

(چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو: ص ۴۰۔۴۱)

# موکھ پرٛون نوٛن دژاو

ڈاکٹر شبنم رفیق

ہرُ داوس سور یومُت تہٕ تاپس اُس تیٛہہ مور پھرٕ، دوہ اوس بوٚموار تہٕ تأریخ نو
نومبرٕ ژ ساس اکوُہ۔ بہٕ ووتُس پنُن دفترتہٕ، دروازٕ یلہٕ ترٛاُوتھ وُچھم قد آور شخص گُرسی
پٮ۪ٹھ بِہتھ میأنس ستی بأ جس مقبول ساجد صأبس ستی کتھ باتھ کران۔ خأرمےٚ
سنٛبلوُ دم تہٕ بیوٚ ٹھُس پننہِ گُرسی پٮ۪ٹھ، حسبِ دستور گرمےٚ اُمِس شخصس دعوت ٹچھہِ
چایہِ ہنز، وُٹھِ کمجار گرتھ کوٚرُن شاید میون دِل رچھنہٕ باپتھ آنکار۔ چایہِ داما داما
چوان پرٛژُھ مےٚ اُمِس اتا پتاہ۔ یِمو تِتھے جواب دیُت بہٕ سپدُس حأران، شعبہ
معالج تہٕ تھدِ عہدُک مأ لک شریف جاموآسُن، بیٛیہٕ تہٕ یتھ جدید دورکس ژٕلہٕ ژرٕ چہ
ہنٛدِس وقتس منٛز اسہِ ستی وق گذارن وول کیا تہٕ رکتھٕ پأٹھی۔ اُمی شخصن لوگ بیٛیہٕ
ساجد صأبس ستی ادبہٕ چن لگن لنٛجن دَل دیُن تہٕ مےٚ تہِ ژٕہنٛز رنگہٕ پأ جامس زنگہٕ۔
پرٛز رچھُ یہ زِاتہِ وُچھ مےٚ لفظِ راش وو پدان تہٕ نوٚ ونوٚ ولوٚگ مےٚ تہِ پلہِ پٮ۪ننہٕ۔ امہِ پتہ
دِژ مےٚ یِمو پننٛز کتاب ''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو''، یوسہٕ 434 صفحن پٮ۪ٹھ وُہراُوِتھ چھےٚ
تہٕ امہِ علاوٕ چھس 88 صفحہٕ تصویرن ہنٛدی۔ چھپن وُری چھس 2019 عیسوی تہٕ
شبن باگن ہنٛز یہ ضخیم کتاب چھےٚ ترتیب حسابہٕ لِکھارٕبن وتہٕ ہاوٕچ۔ امیُک
گوڈنیُک بوگ 'تخلیقات تہٕ زان' چھ صفحہٕ 7 پٮ۪ٹھ 183 تام۔ اتھ بأگس منٛز چھےٚ

مصنف ہِنٛد بن مختلف ادبی صلأحیٔژن ہنٛز وکھنے تہٕ ویٛڑھنے قد آور شخصیٔژ وگرہٕ ژ تہٕ امہِ علاوٕ چھُ یِہنٛد کلام شیتن صفن پیٹھ مصنف سُنٛد تخلیقی گون پانے نیشنا وان۔ دوٚیم بوگ 'ذکرِ حبیبؐ' چھُ 184 پیٹھٕ 248 صفس تام۔ یہِ چھُ یہِ ثابت دِوان گرتھ زِ لِکھأرس کوتاہ دسترس چھُ دینِ اسلام کِہن تمن عظیم سطونن پیٹھ یِہنٛدِ نوٗرٕ کاینات منور سپُد۔ ترٛیٚیم بوگ چھُ ''گاشہِ تارُکھ' عنوانہٕ 249 پیٹھٕ 302 صفس تام، اتھ بأگس منٛز چھےٚ تمن دہن تھدِ پایہِ کِہن دینی بزرگن ہنٛز تفصیلی باوتھ کرنہٕ آمٕژ یِمو پٔتن تن من دینِ اسلام کہِ بقا باپتھ آیُت تھوو۔ ژوٗرِم بوگ چھُ 303 پیٹھٕ 338 صفس تام 'قد آوار' عنوانس تحت، اتھ بأگس منٛز چھےٚ ادب تہٕ سون ماحول مضمون علاوٕ نون ادبی شخصیٔژن ہنٛز زان فراہم کرنہٕ آمٕژ۔ پأنٛژِم بوگ چھُ 339 پیٹھٕ 432 صفس تام 'صحت بدن' یا 'اوٚرزو' عنوانس تحت۔ اتھ بأگس منٛز چھِ پنٛژہ باگہِ برِتی تحقیقی مضموٗن یِتھ گُن نہٕ عام فہم پأٹھی لِکھارِ بن ظوٗن چھُ گرٕھان۔ یِم مضمون چھِ پرن وألس نہٕ صرف بیمارِ بن متعلق زان فراہم کران بلکہ چھِس اوٚر دوٗر روزنہٕ باپتھ مختلف وَل تہِ ہاوان۔ کتابہِ ہُنٛد أخری بوگ چھُ أنہٕ خانہٕ۔ 88 صفن پیٹھ مشتمل یہِ بوگ چھُ مأری مٔنٛد بوتصویرٕ وٕستی جُرتھ۔ یہِ بوگ چھُ کأشرِ کتابہٕ چھاپن والین ہنٛدِ باپتھ اکھ نوٚو وتہٕ ہاوبر۔ چھیکرس ونوا سکالرن تہٕ طالبِ علمن ہنٛد باپتھ چھےٚ یہِ شاندار تہٕ جاندرا کتاب۔ امہِ علاوٕ چھےٚ مصنفن قریباً اکھ درجن کتابہٕ لیٚچھمٕژ۔ یِہنٛز تحقیقی تہٕ تخلیقی کأم وُچھِتھ آوٚمے تہِ اکھ ادبی حق ادأیی ہُنٛد موقعہ۔



# تابش کی تپش

زاہد مختار

شاعری ایک ایسی خوبصورت، دل نشین صنف ہے جس کا اپنا لہجہ ترنُم ریز، دل گداز اور دیر تک قاری و سامع کے رگ و پے میں سرائت کرتا ہوا محسوس ہوتا ہے۔ اب اگر اس منفرد لہجے کو ایک ایسا موضوع بھی ملے جس کے اندرون میں صداقت، علم، حسن، نزاکت یا جنونِ قلب بھی موجود ہو تو نظم ہو یا گیت، غزل ہو یا رباعی غرض شاعری اپنے آپ پہ ہی خود قربان ہو جاتی ہے اور یہی شاعری کا معراج ہے۔

میری کم علمی کے مطابق شاعری کی مشہور صنف غزل نے شاید اسی لیے اپنے اندر محبوب کی خوبصورتی، وفا یا دو دلوں کے گلے شکوؤں کی جگہ دور حاضر کے بہت سارے سماجی، تہذیبی یہاں تک کہ سیاسی مسائل یا موضوعات اپنے اندر سمو لیے ہیں اور بے ساختہ اس شعر کو اپنا ترجمان بنا دیا ہے

رگوں میں دوڑنے پھرنے کے ہم نہیں قائل
جب آنکھ ہی سے نہ ٹپکا تو پھر لہو کیا ہے

(غالبؔ)

عشقیہ شاعری سے لے کر آج کی شاعری کے عشق تک یہ بات اظہر من

الشمّس ہے کہ شاعری جدت پسندی کی بھی قائل رہی ہے، تجربات کی بھی ضامن اور روایات کی بھی محافظ۔ اب یہ شاعر کا حُسن ظُن ہے کہ وہ کس ڈگر کو اپنائے۔ کسی کو جدت کی حدت اپنے احساس کی ترجمانی کے لیے موزون محسوس ہوتی ہے تو کوئی روایت کے حسین عالم میں اپنی شاعری کی خوشبو بکھیرنے کی سعی کرتا ہے۔

اُردو ادب کے ایک لمبے چوڑے کارواں میں ایک ایسا ہی نام ہے محمد امین تابشؔ، جو اپنی شاعری کی تپش سے ذہن و دل کو ایک مسرور کن لمس عطا کرتے ہیں۔ اُن کی حمد یہ شاعری سے لے کر اُن کی روایتی غزلوں تک یا اُن کی مختصر نظموں سے لے کر پُر فکر اشعار تک ہر مصرعہ، ہر حرف تابشؔ صاحب کی اندرونی کیفیت کا غماز ہے، وہ اپنی محبت کے اظہار کو ایک حسین پیراہن بھی عطا کرتے ہیں اور حمدِ رب کے عالم میں اپنے ہاتھ پسارے یوں بھی نظر آتے ہیں

جو آپ کے آگے جھکا پائی اُسی نے ہے نجات
تیرے ہی دم سے سانس لیں، تیرے لیے ہو جاں فِدا
ہر سانس میں تیری مہک، ہر نظر میں تیری جھلک
کیسے چھپاؤں رازِ دل، ممکن نہیں بدلوں ادا
تعریف ہو ہر لفظ میں اور ذکر ہو ہر بات میں
تیرے لیے ہر نظم ہو، تیرے لیے حمد و ثنا

مجموعی طور پر تابشؔ کی شاعری براہِ راست اظہارِ حُسن ، اظہار تجسس ، اظہار عشق یا اظہارِ آرزو کی عکاس ہے، وہ تصوراتی رنگ میں محبوب کو اپنے روبرو کر کے اُس کی تعریف میں اپنا حق ادا کرتے ہوئے نظر آتے ہیں۔ اُن کی نظموں میں ایک

روانی ہے۔ وہ 'تو من شُدم من تو شُدی' کے پل صراط پر چل کر کبھی عاشق کو معشوق کے عکس میں دیکھ کر واشگاف طور پر یہ انکشاف کرتے ہیں کہ:

تمہاری مسکراہٹ میری زندگی ہے
آبِ حیات میرے لیے تبسُم تیرا
آئینہ سامنے رکھ کے کہتا ہوں
میرا اپنا ہی عکس ہو تم

(تخلیق)

تابش محبت کے دریا میں غوطہ زن ہو کر اُس سے باہر نکلنے کا جتن نہیں کرتے بلکہ اُس میں مدغم ہونے کی چاہ رکھتے ہیں۔ وہ ہر پل اپنے محبوب کے تصور میں رہ کر خود کو بھی بھول جانے کی آرزو رکھتے ہیں۔ انہیں اپنے جینے میں یہ مقصد کار فرما نظر آتا ہے کہ اُس کی ہر سانس اُس کے محبوب پہ نچھاور ہو اور وہ صرف اپنے محبوب کے لیے ہی اپنی زندگی کا ایک ایک پل گزارے

اے جانِ وفا
اِک آرزو ہے میری
مجسم بن کے رہے تیرا تصور میری آنکھوں میں
ترنُم بن کے رہے تیرا حُسن میری آہوں پر
اور میں جیوں اگر
تو صرف تمہارے لیے

(جذبات کی دیوی)

بنیادی طور پر سید امین تابش جذبوں کے امین لگتے ہیں۔ تصورات کے مکین لگتے ہیں اور سب سے بڑھ کر حُسن مجازی کی تصویر کے دلدادہ، اور محبوب کی تصویر کو اپنے خون دل سے بنا کر اُسے جاوداں کر دینا چاہتے ہیں تا کہ محبوب یہ جان جائے کہ وفاؤں کی سرحدیں پھلانگ کر جب عاشق فنا ہونے کی راہ پہ چل پڑتا ہے تو وہ وجدان کی بستی میں شمع عقیدت فروزاں کر دیتا ہے۔ تابش کی شاعری روایتوں کے پروں پر سوار تصور میں بہت دور کا سفر طے کرتی ہوئی نظر آتی ہے

کون آ رہا ہے میری زندگی میں
ایک نئی صبح کا آغاز کرنے
کہ خوشبو کے برسنے لگے فضاؤں میں
ہواؤں کے ہلکے ہلکے نغمے بکھیر رہے تھے
چمن کا ایک ایک غنچہ وگل بہار کے گیت
کلیوں کا تبسم جاگا ہے
ہاں تم وہی ہونا
حسن وعشق کی معصومیت کا پیکر
جسے میں نے
راتوں کی سیاہی میں تراشا
میری زندگی میں خوشی کا پیغام بن کر آئی ہو
میری تمناؤں کو زندہ کرنے
میری آرزوؤں کو جوانی بخشنے

میری خوابیدہ اُمیدوں کو جگانے

اور ایک احسان کرو

اپنی خاموش اور حسین نگاہوں سے

مجھے بلاتے رہنا

تا کہ

میں تمہارے خوابوں کے جزیرے کی طرف آؤں

(وفا)

اللہ کرے یہ جوش وجنون، یہ خلش اور تپش تابشؔ کے قلم میں تاباں رہے۔



# پروفیسر تابشؔ: سانہِ ادبہٕ سرُک پمپوش

سید نذیر حسین حسینؔ

اسہِ تہِ چھُو نار بوٗ نٹھو آبِ حیات
توہٕ گوٗ منظور وُچھ اسہِ کاینات
اسہِ تہِ ہیوٚچھ سمیٚس اندر مُرۍ مُرۍ زیوٚن
زندگی بُتھِ آے کم کم حأدی ثات

پروفیسر ڈاکٹر سید محمد امین تابش چھِ کٔشیرِ ہِنٛدِس پٹن تحصیل ِکس اَکس مردم خیزِ علاقس ستی تعلق تھاوان یُس تِلہٕ گام نأوۍ ورمُلی ضلعک اکھ علمی، ادبی، مذہبی تہٕ تہذیبی ماحولہٕ رٔنگۍ مشہور گام چھُ۔ اَتھی گامس منٛز چھُ تابش صأب ۱۹۵۷ء منٛز اَکِس سادات خاندانس منٛز تھنہٕ پیوٚمُت تہٕ اَکِس مخصوص علمی ماحولس منٛز پرٛتھیوٚمُت۔

یِہنٛدۍ آبا واجداد أسۍ صوٗفی مُنش تہٕ پننہِ وقتکۍ تھدِ پایکۍ روٗحأنی بزرگ، ولی تہٕ زیرک۔ بابہٕ صأب الحاج سید غلام الدین ہمدانی اوس منہٕ شوٚد تہٕ صاف، نیک سیرت، سادٕ تہٕ با اخلاق، عالم دین تہٕ مبلغ تہٕ صوٗفیانہ طرزِ زندگی ہُنٛد قأیل۔ موج أسکھ نہایت دیندار، خداترس، صوم وصلواتچ پابند، باحیاتہٕ شریف النفس خوتوٗن۔ تمام خانوادن أس قرأنی تعلیم پرٛأومٕژ، گلستان بوستان، بدایع منظوم، کریما، نامِ

حق ، مثنوی مولانا روم یعنے تمام اخلاقی کتابہٕ آسکھ درسی پرمژٕ تہٕ یمن منز درج اخلاقی درس آسکھ سر کھرٕ گری متیٕ ۔

سید محمد امین تابش صأبن گرابتدأیی تعلیم پننہٕ نسےٕ گامس منز حأصل تہٕ ڈہمہٕ جمأژ ہُنٛد امتحان کوٚرُکھ ہایی سکوٗل کریری پاس ۔ تمہٕ پتہٕ گے سوپورڈگری کالج یتہٕ یمو بہمہٕ جمأژ ہُنٛد امتحان اعزاز سان پاس کوٚر ۔ پننہٕ قابلیت کِس بُنیادس پٹھ میوٗ لُکھ گورنمنٹ میڈیکل کالج سرینگر دأخلہٕ تہٕ ۱۹۸۲ ءٕ منز گے ایم بی بی ایس ڈگری حأصل کرنس منز کامیاب تہٕ بنیاے ڈاکٹر ۔ اتھ پیٹھس ءتی اوسکھ زبردس لگاو ۔ کشیرِ منز میوٗ لُکھ شیرِ کشمیر میڈیکل انسٹی چیوٹس منز کأم کرنُک زیادٕ پھن موقعہ ۔ اتہٕ رٕوٗدی اریہس وقتس بحثیت پروفیسر تہٕ سربراہ پننٕ فرأیض منصبی نہایت خوش اسلوٗبی سان انجام دِوان ۔ سروس دوران میوٗ لُکھ کیئرشن نٛیبر مٔہن مُلکن منز بحثیت پروفیسر کأم کرنُک موقعہ ۔ یو، ایس، اے، انگلینڈ، لندن تہٕ سعودی عرب وأتی یتہٕ یمو پننہٕ نٔبن صلأحیژن ہُنٛد برپوٗر مظأہرٕ کوٚر ۔ یمن چھُ یہِ اعزاز تہٕ حأصل زِ یم چھِ ایشاہکی گوڈنکی پروفیسر یمن سعودی عربس منز منسٹری آف ہایر ایجوکیشنس منز ایڈوایزر ہِنٛدِ ءتی یتہٕ کأم کرنک موقعہ میوٗل ۔

پروفیسر تابش چھِ عالمی سوٗتھرس پٹھ اکھ ممتاز سایئنسدان تہٕ طبی ادارن ہُنٛد کامیاب ترین مشیر ماننہٕ یوان ۔ یمن چھِ اُنتھٕ روٗسی اعزازات میلیٕ متیٕ ۔ یم رٕوٗدی بے شُمار بین الاقوامی سایئنسی جریدن تہٕ رسالن ہِنٛدی مدیر ۔ یِہنٛدی تقریباً ۴۲۵ تحقیقی مقالات تہٕ مضامین چھِ یمن جریدن منز چھاپ سپدیامتیٕ یمن منز دادبن ہِنٛدی ناو، وجوہات، تدبیرتہٕ علاج بیترِ کأشر زبأنی منز وبژھناونہٕ آمتیٕ چھِ ۔ یم جرید

تہٕ رسالہٕ چھِ أزی کٕبن سائینس سٹوڈنٹن ہٕندِ خاطرِ وتہٕ ہاوِ کی۔

تابشؔ صأب چھُ ڈاکٹرٕ تہٕ پروفیسرتہٕ، مگر عام سکالرونش بیوٚن تہٕ منفرد۔ یم چھِ پننہٕ نبو پیشہ ورانہ ذمہ دأریو تہٕ مصروفیاتو باوجوٗد کأشرِس شعرو ادبس لول بران تہٕ پننہٕ ماجہِ زبوٗ ہنز بے پناہ آبیأری کران۔ حالانکہ یوسہٕ شہرت یمن بحیثیت اکھ کامیاب معالج، سائنسدان تہٕ سائنسی محقق میج سو تہٕ بین الاقوامی سوٗتھرِس پیٹھ، تم ایوارڈ أسی نہٕ یمن ضروٗرت زِ یم کرہن ادبی دُنیہس منز تہٕ پٔنن ناو نیشہ ناوٕنچ کوٗشش۔ گیان پیٹھ ایوارڈ یافتہٕ بہلہِ پایہِ سوخنور پروفیسر رحمان راہی چھُ تابشؔ صأبنہٕ کتابہِ چانہِ انمانہٕ آفتاب پکوٚ پیٹھ تبصرٕ کران رقمطراز:

''کمے پہن لُکھ چھِ تم آسان یم بٔڈس عہدس پیٹھ وأتِتھ پتہٕ پننہٕ ماجہِ زبوٗ آے چھِ کانچھان یا شعر گویی چھِ کران۔ تم لُکھ چھِ حوصلہ مندتہٕ حوصلہٕ افزایم پٔنن تہذیب تہٕ میراث رٔچھن۔ نتہٕ یوسہٕ شہرت سید محمد امین تابشؔ صأبس طبی تعاوُنہٕ حأصل سپٕز تہٕ عالمی سوٗتھرِس پیٹھ انعام تہٕ اعزازات حأصل گےتِتھ کُن وُچھِتھ اگر نہٕ یہٕ بۄیہٕ کینٛہہ کرِ ہے ضروٗرت تہٕ أسی نہٕ یمن''۔

میأنی راے چھےٚ یہٕ زِ یہٕ چھُ اللہ تعالیٰ سُند دیُن تہٕ تابشؔ صأبنۍ خدادادقأبلیت۔

این سعادت بزورِ بازو نیست
تا نہ بخشد خدایہ بخشندہ

یہُند دیُت چھُ ادبہٕ کِس مأدانس منز تہٕ پٔنن مقام بڑ کڈنُک موقعہ فراہم کران۔ تابشؔ صأبن گرتمہٕ وِزِ شأعری شروٗع ییلہِ یہٕ ژوداہ وُہرے اوس تہٕ از

تام گے أمِس پنژاہ وٕری شعر و شأعری کران تہٕ ادبس لول بران ۔ أمی ہٕنز شأعری چھےٚ غمِ دورانُک اکھ شوٚ دتہٕ صاف أنہٕ ۔ یمو چھےٚ کلامس منز عام فہم زبان ورتأومژ ۔ یوہے وجہ چھُ زِ یہٕنٛدس کلامس چھُ قبوٗلِ عام حأصل سپدمُت ۔ پروفیسر تابش چھِ اکھ بہترین قلمکار، ممتاز شأعر تہٕ أدیب ۔ یمو درجن کھوتہٕ زیادٕ کتابہٕ چھاپ گٔرتھ سائنس ادبی سرمایس بٔرژر کوٚر ۔ یمن منز حسینی کاروانُک سفر، شیخ محمد عبداللہ، کشمیریت، چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو، اکہِ عمرِ ہُنٛد سورٗے سفر، علم تہٕ عرفان تہٕ خوشحال ریاست خاص طور قابلِ ذکر چھےٚ ۔

یٖتھِن چھُ یہِ وُنُن ضروٗری زِ تابش چھُ تِمن سرکردہ تہٕ نمایندٕ شأعرن منز شُمار یوان کرنہِ یمو شأعری کرنسےٕ پٮ۪تھ اکتفا کوٚرنہٕ بٔلکہ نثرس تہِ آے کونٛچھ ۔ "حسینی کا روانُک سفر" چھےٚ یہٕنز گوڈٕنچ نثری کتاب یوسہٕ یمو دٔسلابہٕ رٔنگی اہل بیتن ارپن کٔر ۔ یہِ کتاب چھےٚ وٕری وادو پٮ۪تھ کشمیر یونیورسٹی ہٕنٛدِس کأشرِ شعبہِ کِس سیلبسس منز جاے رٔٹِتھ پننہِ منفرد آسنک باس دِوان ۔ پروفیسر تابش چھُ اکھ ہمہ جہت شخصیت، یہِ چھِ پأنی پانے اکھ انجمن، زوٗ دنویس تہٕ بسیار نویس قلمکار ۔تھدِ پایک ذوقِ جمال تھاون وول قدآور شأعر، نثر نگار تہٕ سوخن شناس ۔ أمی سُنٛد فن چھُ فِکر انگیز مرحلہٕ طے کران، یہِ چھُ پنُن مولُل وق ادبچہِ بے لوٗث آبیأری آیہٕ تن تھأوِتھ ۔

یہٕنٛدِس کلامس منز چھےٚ پاکیزٕ گی تہٕ لطافت درٕنٛٹھی گژھان، یمن چھُ عشقِ خدا، حُبِ رسوٗلؐ تہٕ حبِ اہل بیت رگن رگن منز پیوستہ ۔ انسأنی تہٕ اخلأقی قدرن ہٕنز پاسدأری کرنس منز چھِ یمن پنُن اکھ بدوٗن انداز یُس پرن والین وٕ لسنس انان چھُ ۔ یہٕنٛد ساروٕے کھوتہٕ مأری موٚندتہٕ منفرد پہلو چھُ یہٕنٛد نبرل انداز بیان، لفظِ

ژٲر، سہل تہٕ معنہٕ سٲدِ استعارن ہُنٛد برمحل استعمال، مثالے

وق تہٕ دُنیا اگر گرٛشھن بُتھی پھِری
شوق ہمت چھِہ لاجواب پکو
دوستن دُشمنن نہٕ ہمدردن
رٕۄدمُت کس چھُ ییٚتہٕ ووٚن تاب پکو

یا

اسہِ توٚگ نہٕ رچھُن دِل اما مجبوٗر چھِہ حالات
أچھ لوسہٕ وُچھان وتہٕ گاران جانِ جانانس
کرتام دفن کٔرۍ متیوٚ ارمان دِلکی بوز
وُسجار خیالن ژھوکان پنہٕ نِس تہٕ بیگانن

تابش صابنہٕ عقیدتی شاعری چھُ پنٕن الگ رنگ۔ یِم چھِہ اعتقاد کہ ڈلہٕ منز پوشہٕ ژٲرکران تہٕ نعتس منز نہایت انکسٲری تہٕ عجز وزٲری ہُنٛد اظہار کران۔ نعتس منز یوسہٕ پاکیزگی، طہارت تہٕ نفاست ضروٗرت چھےٚ باسان چھُ تابش صابس چھُ تمیُک پوٗرِ پوٗر احساس

گوش تھٲوِو زارٕ پارس یا نبیؐ
کر تہٕ اسہِ گُلزار نارس یا نبیؐ



شافع محشر شہہِ لولاک چھُکھ
پی لیکھِتھ پرٛتھ اشتہارس یا نبیؐ

چھِ شۆبان نبس پٔٹھ مہر و ماہ تہٕ انجم
منور گژھان از جمالِ محمدؐ
ذِکر حض فرشتن فِکر کائیناتس
دِلن منز چھ اعلیٰ خیالِ محمدؐ

تابش صأبنہِ شأعری منز چھُ روایتی قدرن تہٕ نۆینہٕ تجربن ہُند مولُل خزانہٕ لبنہٕ یوان۔ یمہِ موکھہِ یِہُند ناوجدید دورکین ممتاز شأعرن ہِندِس کاروانس منز صفِ اولس منز شأمل چھُ۔ یہِ چھےٚ اکھ نمایندٕ آواز، أمی سِندِس قلمس چھُ ربّن گولأبِ خوشبوے عطا کرمژ۔

کُس چھُ غمخوار زخم بُلراوِہکھ
ہے وتو پیٹھی وُچھو مران کأتیاہ
کأنٛہہ مددگار چھُنہٕ زمانس منز
خۆنِ معصوٗم وُچھ چھۆان کأتیاہ



داوس چھِ لگِتھ زندگی بدلاوِ کُس حالاتھ
ربّ زانہِ اَسے کیاز لیکِتھ لانہِ کرٕہنی راتھ



للہٕ ناوِی کوچھِ منز چأنی غم دامانہٕ مےٚ گو چاکھ
پژ زلیوو نہٕ تقدیر دوہے آے کُڈری ساعتھ

پروفیسر تابش چھُ اکھ باگہ بۆرُت أدیب تہٕ شأعر۔ یہِ چھُ علمی تہٕ ادبی

ماحولس منز پلیو مُت اکھ ہُشیار تہٕ باصلاحیت قلمکار۔ یُس پننہِ خیالک کوتُر زندگی ہٕندٕ بن تٔمن مسلن کُن دورٕ نأوتھ پنُن فن نپہ ناوان چھُ۔ پننس سأری سےٚ کلامس منز چھےٚ اَمی زبردس سنجیدگی ورتأوِمٕژ۔ یہِ چھُ پننہِ قلمکہٕ زورٕ پننٮ۪ پرٕ زنتھ بدٕ کڈنس منز کامیاب سپُد مُت۔ بعضے چھِ اَمی زندگی ہٕندی تلخابہ میٹھٕ رأوِتھ ہٹہِ بون وألی مِتی۔ یہِ چھُ حساس دِل شاعر، یہِ چھُ بےٚ شونٛکی پأٹھی أندی پٔکی ماحولہٕ نِش متأثر گژھتھ نالہٕ دِوان

بار ہا چھوکہٕ لد گُرتھ وِدنووتھس ہا زندگی
وُٹھ سُوِتھ کیٛا کیٛا ژٕ ےٚ بیٚتہٕ کرنووتھس ہا زندگی
سونٛچھ کبن جامن پھوٚرُم بیٚتہٕ عطرٕ کیوٚم اُلجما خبر
بے وجہ رنگن اندر رنگہٕ نووتھس ہا زندگی

یا

جانانہٕ وُچھ سورُے شہر حأران کتھن وات
خاموش چھُ وق بے صبر انسان کتھن وات
مسول تہٕ سنٛبُل یاسمن نرگس تہٕ یمبرزل
دیوانہٕ کران گژھِ چھِ کتہٕ استان کتھن وات

ذأتی مشاہدٕ تہٕ تجربو علاوٕ أمی سُند أنیکھ مطالعہ تہٕ بیٚیہٕ ذہنی تفکر چھُ اسہِ أمی سُند مقام طے کرنس منز مدد کران۔ زندگی ہٕندٕ بن کڈر بن سفرن تہٕ دولا بن منز چھُ یہِ لولہٕ موٚت شاعر تنہا اَستھ تہٕ پنُن سفر بڈٕ حوصلہٕ سان جأری تھاونک پأغام عام کران۔

چانہِ انمانۍ آفتاب پکو
دۄر منزل چھُ بے حساب پکو



حاۘدی ثاتن ، غمن تہٕ زخمن ہُنٛد
دِل تہٕ جگرُک کرو حساب پکو



یہِ زۄ دنولیس شاعر چھُ کاۘفی مخنتی ۔ دوہس راتس پٔتن خۄنِ جگر ژانگہِ زاۘلتھ شعر وادبچ خدمت انجام دِوان ۔ اَمی سُنٛد اکھ اکھ شعر چھُ واۘنجہِ ترِتھ گرٛ ھان تہٕ پرن والین دِل مُہتھ ہتھ وولنس انان

ٹھہراو کتہِ ییٚتہِ زندگی منز بایہِ سکوٗن روو
دَو دو چھےٚ صبح و شام بےٚ آرام انسانس



خاموش شہر کی کوچہ از دم پھُٹٔ چھِ جاناوار
کتہِ تام وُڑرکھ لاش وُچھ ووزجار آسمانس

پروفیسر تابش چھُ لولہِ آگر ، خلوٗصُک تہٕ محبتُک پیکر ، موکھ پژون تہٕ شۄبدار انہار تھاون وول مُرہٕیل انسان ، باحیاتہٕ نِدامتُک اکھ خاموش سمندر ، شبنمی شیٖہجار تہٕ ادبہٕ چمنُک اکھ رنگین شاہسوار ۔

اللہ کرے زور قلم اور زیاد



# چانہِ انمانہٕ آفتاب......سید امین تابش

عبدالرشید راشد

اکھ متحرک تہٕ جدو جہد بُرتھ شخصیت سید امین تابش ،تسُند وراثتی فکری ماحول تہٕ تسنزِ ذاتی ذہنی ووتھِ واشرِ چ تگ وددوچھِ تابش سنز شوخ تہٕ ڈایمینشل زندگی ہُند عکاس۔سید امین تابش سنزِ شخصیژ یہِ کینہہ وُچھنہٕ ییہِ سوچھےٚ تسُند بن تحریراتن تہٕ شعرِ باوتہٕ کِس تناظرس منز وُچھنچ ضرورتھ۔

سید محمد امین تابشن یمن موضوعن پیٹھ پنٕنہ تاثرات لیکھٕمتی چھِ تہٕ یمن موضوٗعن پیٹھ پننہِ مخصوٗص اسلوبہ رٕنگی اصطلاحات فراہم کٔرمتی چھِ تمہ چھِ تسُندِ سونٔچہ کہ اکہِ عجیب امتزاجچ نشاندہی کران۔ییٚلہِ کانٔسہ ادبس کُن نظر تہٕ اوان چھِ شاذ ونادر چھےٚ امہِ امتزاجہ سونٔچہ چہِ شخصیژ لبنہٕ یوان یمن ہُند دوہ دین معالجاتکِس شعبس منز گذارن چھِ تہٕ تمہِ باوجوٗد چھِ فلسفہٕ ماورأیی ہنز انتہأیی دلچسپی تھوان آسان۔اکہِ پاسہٕ چھر امأدی طور انسان سُند پرکھاو کرتھ تسُندِ تندرستی ہندس علمس منز غوطہ زن گژھن تہٕ بیٚیہِ پاسہٕ بالا فطری علوم کین طألب علمن تہٕ ووستادن منز تمن ہُند Contribution نچ پسندیدگی سان پذیرأیی کرٕنی۔تابش سُندِ انیک سونچکہ امتزاجچ نشاندہی کران۔یمن شخصیاتن ہندِ اسلامی سونچ تہٕ فکر تہٕ اسلامی

فلسفۂ حیاتکی گرویدہ گژھتھ چھِ ڈاکٹر تابشن میر سید علی ہمدانیؒ یس پٔتھ الحاج غلام الدین ہمدانی یس تام واریاہن عالمی شہرت یافتہٕ ولی کأملن ہُند ذکر کوٗرمُت یمن ہِندی دینی خدمات و اشاعت علاوٕ یمن ہٕنزن زندگی ین ہِندی نمونۂ انسأنیت خأطرِ وتہٕ ہاوکی چھِ تہٕ یہ ذکر چھِ تابش ہٕندسونچ وفکر تہٕ فلسفہ حیاتس تابش ہٕندِس شخصیتس منز زبردست پأٹھی مداخلت گرتھ۔ حالانکہ یمن ہُند ذکر چھُ مذکورأ دیبن اصلاعاتی اسلوٗب ورتأوِتھ بیان کوٗرمُت، یتھ اندر نہٕ مطالعہ کرنس دوران قأری ہٕندِس ذیہنس پٔتھ کانٛہہ بار چھُ پیوان۔ البتہ چھےٚ سو بسیار Information پلہٕ پیوان یُس ضروٗرت نوٚبن نوٚبن طالبہ علمن پیوان چھےٚ۔ حالانکہ یمہ چھےٚ تمہٕ شخصیات یمن ہٕندِ بن حالاتِ زندگی ین تہٕ Contribution ہن پٔتھ ہتہٕ بٔزکیو ساسہٕ بٔز کتاب لیکھنہٕ آمٕژ چھےٚ تہٕ وُنہٕ تہٕ چھِ یمن پٔتھ لیکھُن تشنہ طلب۔ آ، یہ کتھ چھےٚ ضروٗر زِ تابش صأبن چھےٚ کأشرِ زبان یمن بندِ ذکر کرنہٕ ستی اظہارُک حصہٕ باگہِ بوٗرُت کرنچ کوٗشش گرمژ تہٕ پننہٕ عقیدتُک تہٕ اظہار کوٗرمُت۔

امی انمانہ چھُ ادبی شخصیاتن تہٕ فلسفی ین ہُند اطلاعاتی حصہٕ تہٕ تابش صأبنہٕ علمی ادبی تہٕ فلسفیانہ دلچسپی ہُند شاخسانہٕ اکس محترک شخصس ہس چھےٚ یمے گون آسان زِ سُہ چھُنہٕ زندگی صرف اکی جہژکنی وُچھنچ کوٗشش کران۔ یمہ دلچسپی یہ چھےٚ تابش ہٕنز شخصیت کِبن مختلف جہژن گُن پرن وألس نوان۔ سقراط، افلاطون، شیکسپیر، آنسٹاین، فیض، ساحر، فراز، لنکن تہٕ ڈاکٹر نصیر احمد شاہ ہشہ شخصیژ یمن الگ الگ سوچہ تہٕ فکری میدان چھِ، چھِ تابش صأبن أکی سےٚ مالہِ منز أنتھ پننہٕ رنگین دلچسپی ہُند اظہار کوٗرمُت۔

یِمو دوٚیو باگیو کھوتہٕ تہٕ چھےٚ انسانی ہمدردی ہٕنز دگ تہٕ پننہٕ پیشک حق ادا گٔرتھ حفظانِ صحت چہ کتھہٕ گٔرتھ کیٛژن Typical تہٕ سنجیدٕ بیمارِ ین اختصار سان تعارف دیٛتمُت ۔ یہٕ تعارف تہٕ کیٛژن بیمارِ ین ہٕندی اسباب تہٕ علاج بأوتھ چھ تابش صأبن کأشرِ زبأنی اندر معالجاتی زبأنی ہُند مختصر ذکر کرنہٕ ٲتی اکہِ نوِ بابہ خأطرٕ وتہٕ ہموار کرِمژ ۔ یوٚ دوے زن یِمن اندر انگریزی Terminoloy یِی چھے تمہ باوجوٗد تہٕ چھنہ بیان غیر مانوس باسان ۔ البتہ کُنہِ کُنہِ چھ تشخیصک ذکرنہ آسنس برابر یُس علم طب کس طالبہ علمس زانکأری مزید ہُر بر کرِ ہے۔

کلہم طور چھُ تابش صأبس نثری اسلوب اکھ عام بیان ۔ یتھ اندرنہٕ محاکاتن، مبالغاتن تہٕ مشابہاتن یا استعارتی تہٕ تشبیہأتی ورتاوک اظہار چھُ ۔ یِمہٕ کِنی قاری یِس مطالعہ کرنس دوران سوچہ ؤترس پٔتھ کانٛہہ دباو چھُنہٕ پیوان ۔ حالانکہ شخصیاتن متعلق کتھ کرنہٕ وِزٕ ٲس مزین واجنہ زبأنی ہٕنز سبٹھاہ گنجأیش مگر تابش صأبن چھُنہٕ تتھ موز متے ۔ مےٚ باسان تٕسنٛدِ نثرک قأری چھُنہٕ زن تیوٗت بُتر ژالان یِیمہٕ کِنی یہٕ حصہٕ اطلاعاتی اسلوبس اندر رودمُت چھُ ۔ امہٕ آسان اسلوب چھُ اکثر جاین فکری تہٕ فلسفیانہٕ خیالات باونس منز تابش صأبس نِش بیان رِکنہٕ ژٔلی ٲتی مگر بیکہٕ طرفہٕ چھُ امیُک خوش یون پہلو یہٕ زِ ابتدأیی زأنی یا خالص اکھ تعارف ژھانڈان والین طالبہٕ علمن ہٕندِ خأطرٕ چھُ یہٕ معجونِ مجرب تہٕ یُس بروٚنٛہہ کُن تِمن مزید مطالعہ خأطرٕ وتھ ہأوتھ دِیہِ تہٕ بوچھ ہُر راوِ۔ بیان یا تاثرات لیکھنہٕ وِزِ چھُ بیان پننس سیاقس وسباقس منز روزتھ سیوٚد تاثیر بروٚنٛہہ کُن انان یاسو Information بروٚنٛہہ کنہِ تھوان یوسہٕ بیان کرن وألس نِش آسان چھےٚ ، اتھ خیالس اگرے اظہارے ٹھوٚر بنہ تیٛلہِ چھُ

کلام بے مانہِ بلچھُکھ absurd بنان۔ یِژھ جایہ چھُ قاری اطلاعات فراہم کرن وألی ہِنٛدس سوچس پیٛٹھ شک چہ نظرِ وُچھان۔ نتہٕ چھ مصنف بے پروا روزتھ ضرٕوری موادس تہٕ اطلاعاتن غیر ضروری بناوان۔ بہٕ ونہٕ یہ کتھ بلا خوف تہٕ ددِ زِ اطلاعات فراہم کرنہٕ وِزِ یتہِ پننہِ عقیدُک، پننہِ علمُک تہٕ زندگی ہِنٛدٕ بن بسیار شعبن ہِنٛز دل چسپی ہُنٛد اظہار کوٗرمُت چھُ تتہِ چھُ تابش صابنہِ اظہار کرنس منٛز لا پروأہی سان بیان کرنس سوال پأدٕ کران۔ امچہ اکھ مثال کرٕ بہٕ پیش:

۱) اقبال ہِنٛز فنی ہُنر مندی کنٛز آو علامہ اقبالس حکیم الامت آسنُک خطاب دِنہٕ۔

کأنسہِ شأعرتہٕ فنکار ہِنٛدِ شخصیتُک مُلہ مُژ چھُ تسنٛز شأعری ہُنٛد فکری وُژو۔ شوخیانہ گرایہ تہٕ بُردبأری آسان، امہِ علاوٕ تہٕ آسن کأنٛتیا صفات یِم قأری پننہِ پننہِ آیہِ میٛنٛزٕ لأگتھ وُچھان چھُ۔ کأنسہِ شأعرتہٕ نثر نگار ہِنٛدِ شخصیتُک ملہ مُژ چھُ تسنٛد اظہارِ بیان آسان۔ یِمن دون ہُنٛد یُوتاہ Compactness آسان چھُ تیُوتاہ چھُ شأعر بجروٕنہِ رنہٕ یِوان۔ کأشرِ زبأنی ہِنٛدی بڈٕی شأعر چھِ پننہِ زمانچ زبردست آگاہی اَسی ہِتھ تھوان۔ زمانچ آگاہی چھنہ سمأجی اقتصادی، تہذیبی تہٕ سیاسی طورٕ یوت آسان بلکہ زمانہٕ چھُ بےٚ وٕنتھ بے حدتہٕ میٛنٛزٕ۔ اتھ سأری سےٚ پیٛٹھ چھےٚ شأعر ہِنٛز نظر آسان۔ لل دید تہٕ حضرت شیخ العالمؒ، ملا طاہر غنی تہٕ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ چھِ شعری نقطہ نگہہ کنٛز آفاقی۔ امہِ آفاقیتُک خاص وجہہ چھُ زمانچ آگہی۔ زمانچ آگہی چھےٚ شأعر ہِنٛدس محترک تخیلس غلویت تہٕ بجر بخشان۔ مہجورس چھُ بجر تسنٛدس ہمہ پہلو زمانچہِ آگہی ہُنٛد تہٕ راہی سُنٛد بجر چھُ وُسجار سان جہتہ وار تسنٛدِ زمانچہِ آگہی آسنس پیٛٹھ

لتس داندس لاگن وانے

تمۍ گاسہٕ تہٕ کھٔنج کھیٚاے
موٗرِ دِوان ژٹنس کانے
ہرٕ تتہٕ متہٕ مےٚ زم دِ

شیخ العالمؒ

اتھ وڈرِ تہٕ سوے بۄنٔی رچھان اُس بزرگی
ووٚنی ووچھتہ یہٕ استان تہٕ الف ننگہ خدا ہیٚو

راہی

غریبی بر بساطِ دہر ہمچوں مہرۂ شطرنج
بر ای خانہ تا کے جنگ با ہمسا یہا کردن

ملا طاہر غنی

غریبی ہُند ماتم کٔڈ چھُ بناوناوان
نِو نوِفلمہٕ نٔوی نٔوی فیملی سیریل
یُہند پاٹھ اٚسی پرٛتھ دوہہ کران چھِ
رامایںکی پاٹھی
اوم شانتی برونہہ تہٕ تہٕ
اوم شانتی پتہٕ تہٕ

نغم تہٕ رام پوٗتل (ستیش وِمل)

یتھ کنٕز چھےٚ زمانچ آگہی شاعر مختلف طرفاتن ہٕندِس سفرس نِوان تہٕ حبسہٕ سأوی تہٕ تخلیقی مضمونہٕ رٔنگی چھِ شعر وجوٗد بخشان ۔ کُنہِ چھُ چھرا سماجی تہٕ سیاسی

اقتصأدی تہٕ تہذیبی شعور مأزتھ یہِ حبسا گہی شعر صورت اختیار کران تہٕ کُنہِ چھُ خالص پتھ کالہٕ کِس روشن شوژرس پننہِ زمانُک غأر متوازن شوژر رُوچھتھ ہاے ہو باوان تہٕ گہے چھُ پانس اندر أژتھ پنٕنی ذأژ منز گُپتھ رٚوزنکی بأتھ گوان۔ مگر جاندار تہٕ ہمہ جہت آگہی ہُند اظہار چھُ تیٚلی بارسس یوان ییٚلہِ گُلہم پأٹھی ساری زمانکۍ (پتھ کال، موجوٗد کال تہٕ امکأنی آینٕد کال) ہک حبٕس شدت اختیار گٔرتھ قند لذت واجنہِ زہو بارود یاوناو۔ یژھ شخصیژ چھےٚ ادبی اُفقس پیٹھ گنز رنس قابل۔

سید امین تابش چھُ موجوٗد دورُک سُہ شأعر یُمی آدمہٕ ہنٛدِ انسأنیتکہِ بحرانُک عینی مشاہد کٔورتہٕ امہِ بحرانکین آولنین منز ہینہٕ تہِ آو۔ یُمی تہذیبی جنگ دید مان وُچھ یمن دوشونی چیزن چھُ تسُند نثری اظہار تہٕ فوٹو تصویراتی تہٕ خاکہ جاتی اظہارٕ چ دل چسپی گواہ

از یہِ تابش نالہٕ متہٕ ژھاین رٹان دوہ دِس چھُ وونی
رأوی یتھ بستی اندر انسان کہی یا دوستو



ییٚتہِ چھُ اکھ اکھ ژیوٗہ کڈن بوٚڈ مُشکلا
ییٚتہِ چھِ اکثر بے گوناہ دارس کھسان
تابشؔ

گلوبل سطحس پیٹھ چھِ تہذیبی تنزلات، سائنسی ترقی ہُند وٚدلت گٔرتھ پرٕ بتھ اندٕ رقصاں رقص تہٕ رقصہِ چن نالہٕ تکبر بن اندر گے سانین نظرن بروٗنٛہہ کنہ ظأہری طور واراہ ملک بسم تہٕ تمن ہنٛدِ وجوٗدک ژٕن چھُ دزن مشکہ صوٗرژ سأری سے

دُنی یھس تیلان۔ امہِ دزن مُشکِک صوٗرتِ حال تہٕ چھُ کأشُر قوم کینژٕ وٕ دٕہی لبوٗ پیٹھ نکھس پیٹھ رٹتھ۔ تابش تہِ چھِ أتھی صوٗرت حالس منز پننہِ شعری بلوغیت چھاوان۔ یٖلہِ زن تُسند مزاز فطری چھُ یتھ روایتی لب ولہجہ وردن گرتھ چُ۔ یتھ ڈاکٹر شاد رمضان صأبن تابش ہس کأشرِ شأعری ہُند روایتی تہٕ جدید فکری پوٚت منظرک وأقف کاروٚن۔ زمانچہِ اتھ آگہی منز چھُ خاص پأٹھی تابش ہس مشترکہ طور تِم جذبات پھبان لبنہٕ یوان یِم تِہندِس شعری روایتی تہٕ نٔوس امتزاجس اکھ زبردست ڈوکھ دِوان چھِ۔ تس نِش چھُ احساسِ تنہأیی، جذبأتی رِشتن ہنز بےوُکری، قدرن ہنز تبأہی، سمأجی انتشاریت، اصوٗل اسلافن نِش ژھینہٕ گژھنچ دگ، پرٛژھ تہٕ عقیدُک چیر پأٹھی تھپھ کرنک حبس تہٕ خوش ینہٕ والہِ کالچ پرٛژھِ دار پُرامیدی۔ یِم دوشوے یاسیت تہٕ اُمید چھ متحرک زندگی ہنز نشاندہی۔

تابش سٕنز کلہم شأعری چھےٚ یِمنے جذباتن منز سفر کِس تھپہٕ تھاسرایہ دار موضوہس للہٕ کھوٚل کران۔ وُچھتو نوم کینہہ شعر

بے عار ہرِد وادن ززرأوی گل تہٕ گُلشن
اسمان دِیان تہٕ نالان اڈٕ پھٔلی گُلاب کوٚت گے



تابش چھُ زندگی اندر کُن زوٚن یہِ سٕران دور
ننہِ وانہٕ کدلہِ روٗس مےٚ دریا ترُن پیوٗم



موکجار کتہِ ییٚتہِ لول کتہِ تخلاص ختم گوٚو

لالچ تہٕ خود غرضی انان سہلاب یارانس
سانہِ خاطرِ ژیہی کٕڈری ، مُشکل وجوٗد
وُچھ بچاًرۍ چار سویس پتھ مران
سانہِ خاطرِ واو تام ظاًلم بنیو
بس چھِ کینْہہ داوس لگِتھ سمیس اندر

(نظم ترٛیش)

کُلِس پێٹھ وُچھ بچومت پنہٕ وُتھر اکھ
ہوا زاگان چھُ ہتن سکوٗن دِتم

ێکتی نمروٗد آے تہٕ ہن تہٕ کاًتیاہ
پڑھ مہٕ راور مَہ کر حساب پکو

یتھِ کنۍ روٗز تابش ہنٛز شاًعری رِوایتی شوژر سوچس تہٕ نوِس اضطراًری ماحولس منٛز رلاًوِتھ بروٗنْہہ پکان تہٕ وومیزتہٕ خوش آیندٕ مستقبل چھ اسلاًمی روایاتن تہٕ اسلاًمی عقایدن موچھِ دامنی ہنٛز نشاندہی کران تہٕ یہے اسلاًمی عقایدن ہنٛز موچھ دامنی چھےٚ زندگی ہنٛدی ساًری ظلم وستم یکسر نظر انداز کرناوان یُس تابش ہنٛزِ شاًعری ہُند تاشوق چھُ یہِ تاشوق چھُ عشقِ نبی صلی اللہ علیہ وسلم ہنٛدِس اظہارس منٛز نعتِ رسوٗلؐ تہٕ قصیدٕ رسوٗلؐ ٔگنگراونہٕ ێکس صورتس منٛز تابش ہنٛدہن لفظ جبینن پێٹھ گہر بار روٗزتھ نوٗن تہٕ ٹاکارٕ۔ عشقِ نبی صلی اللہ علیہ وسلم چھُ سُہ سرمایہ یُس لافانی تہٕ لاثانی چھُ یُس حیاًتی تہٕ لازوالی عطا چھُ کران۔ تابشس چھ نعت ونن عنایت۔ ییم تہٕ مشہور

ومقبول نعت چھِ تمن ہنٛز ژھایہ تہٕ گژایہِ چھِ تابش ہِندِس نعتیہ کلامس منٛز نظرِ گژھان

ژ چھُکھ قبلہٕ تے کعبہ ژے دین و ایمان

چھُ عشقِ نبیؐ بوٚڈ سِپر اللہ اللہ

شاعری ہُند معراج چھُ مزاز تخیل لفظن ہُند رنگین تجمل تہٕ سیاق وسباقٕچ وٹھ یانے چُست تہٕ Compactness آسن۔ تابش ہِندِس کلامس منٛز چھےٚ تحلیقٕچ وُڑو اُکس تِتھس خاص رفتارس پٹھ ییٚتھن اتھ پٔنُن اکھ ٹھہراو تہٕ توازُن چھُ۔ توے چھُنہٕ سراپا ہن تہٕ علامتن یا استعاراتن ہنٛز رنگ مأری نظرِ گژھان۔ اما پوٚ زِ یِیٚتہٕ ییٚتہٕ سراپا یا علامت نظرِ گژھان چھےٚ تتہِ چھُ تتھ پٔنُن مخصوٗص زوٗز تہٕ یُس پرن وألس شعری لذٔژ تہٕ معنوی بردباری تہٕ معنہِ سأویت باوان چھےٚ

وولرٕ بٹھی بٹھی دزا کھ حیہِ ہکی جامہٕ پأرتھ بےٚ زبان

ژونگ ہیتھ واوس اندر گاہے دزان گاہے ژھوان

تابش ہنٛز شأعری یوٚ دوے روایتی ژھایہِ گرائے چھےٚ تاہم چھُ شعری آہنگ لوتوے لوتوے اُستھ غنایتُک برپور لذت دِوان۔ یہِ آہنگ ورتاونس چھُ باسان تابش شعوری طور بیدار۔ یقیناً چھُ یہِ آہنگ تمنے مُروجہ بحرن لوریم کأشر غزل کس مزازس ونہِ چھِ تہٕ یمن ہُند لفظ ورتاو مخصوٗص شعری روانی ہنٛز غماز چھےٚ۔

ہے قبا کوٗٹبن کھسُن پیٚو دور یِیلہِ پزرس ہلم

ہے ژےٚ ماژوپتھ زہر بے وایہِ دوہدِش میأنی پأٹھی



# پروفیسر تابش: یہِ مےٚ زون

رحیم رہبر

Every person's Value is in the thought they hold (Rumi)

بہٕ تہِ دڑاس بُجہِ ہُنٛد ستھرٕ کون ہیتھ، دیوبہٕ تہِ گرٛشہٕ خریدارن منٛز شُمار۔ مہمل اچھرس تڑ اش ہیوٚن، پتہٕ اُچھ گاشہِ اتھ اچھرس چھوکھ کڈُن تو پتہٕ وأنٛجہِ ہنٛدِ تاوٕ یہِ اچھر پیُن پتہٕ چھُ یو ہے لفظ بنان۔ تخلیق کارٕنُن یہِ چھےٚ سہل کتھ پوٚز تخلیق کارٕبُن یہِ گوٚ وتصور ِکس کأیناتس پنہٕ نبن امارن ہُنٛد زول کرُن۔ مےٚ چھُ یتھ کتھِ پٕژھ ایمان اکھ رٕژ تخلیق چھےٚ پانس ستی اکھ نوٚ وقأری پأدٕ کران تہٕ اکھ خراب تخلیق چھےٚ اکھ قأری چھونراوان۔ أکس جینون تخلیق کارٕسنز تخلیق سونٛزٕ أسی تن یا شأعری، یہِ پُرتھ چھُ فِکر درسہٕ لگان۔ زُودار تخلیق چھےٚ نظرن کھےٚ ٹُلان۔ حضرت علمدار کشمیرؒ سٕنٛد کلام چھُ فِکرِ ہِنٛدی برمُژ راوان۔ اگر تخلیق یہِ کأم کرنہِ تیٚلہِ گوٚ ویہِ وق ضایع کرُن۔ ادب گرٛشہِ من شوٚژ راوُن۔ عظیم فلسفی ارسطو چھُ زوٗ دار ادبس (کھیتارس) مانان۔ جاندار ادب چھُنہٕ تھُرنہٕ یوان بلکہ تعمیر کرنہٕ یوان یا بناونہٕ یوان۔ امہِ خأطرٕ چھُ ضروٗری تخلیق کارس گرٛشہِ تخلیقی بصارت آسُن۔ ادے ہیکہِ سُہ سونٛچہِ داون کھُر کڈِتھ۔ نتہٕ چھِ کأتیاہ تخلیق کار تِم تہِ یِمن گُتی گُتی اکوٚت گوٚو۔

اتہِ قہوٕ کپ 30 دسمبر 2021ء اوس، بہٕ ژاس اکادمی ہنٛدِس دفترس منٛز۔

چاؤتھ کرِ مےٚ شبنم رفیق صأبن زِ ضخیم کتابہٕ پیش ۔ مأری موٗ نڈ گیٹ اپ گرتھ یمن دوٚشوٕنی کتابن ہُند تخلیق یار چھُ سید امین تابشؔ ۔ مےٚ تھاوِ دوٚشوے کتابہٕ پانس لرِ کھوورِ طرفہٕ فرنٹ سیٹہِ پیٹھ ۔ بہٕ اوسُس وتہٕ کار چلاوان سونچہِ سپارتہٕ پران ۔ ڈاکٹر امین تابشؔ سٕنز شہکار تصویر اُس مےٚ سیاہ چوٚسکی پأٹھی ظون چوٚسان ۔ بہٕ ووتُس گرِ مےٚ گر کار پارک تہٕ کتابہٕ زٕ تھاوم پنٕنس کُتب خانس منٛز ٹیبلس پیٹھ ۔ دوٚشوٕنی کتابن (چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکو تہٕ علم تہٕ عرفان) دِژمےٚ سرسری نظر، مگر دوٚشوٕنی کتابن ہُند Content مواد اوس تیوٚتاہ زُودار زِ تہجّد بانگہِ کرِ مےٚ زورٕیم دوٚنوے کتابہٕ بند۔

چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو کتاب چھےٚ 433 ہن صفن پیٹھ مشتمل ۔ امہِ علاوٕ چھُ أتھی کتابہِ منٛز محقق تہٕ تخلیق کار سُند اکھ خوبصورت البم تہٕ ۔ یہِ البم چھُ قأریس مصنف سٕنز از تامتھ زندگی ہٕندِ سفرُک روداد عکسأوتھ ہاوان ۔ ڈسلابسے چھُ تابش صأبُن یہِ شعر قأریس اِدار ہِکچ دأرٕ ژھ ترٛ اوان

تابشؔ چھُ زندگی اندر گُن زوٚن سران یہِ دود
ننہِ وانہٕ کڈلہٕ روٗس مےٚ ڈریاوٕ ترٛن پیوم

اتھ مصرعس ہیٚر کنہِ چھُ تأبش صأبن فوٹو ۔ اکھ حسین تصویر چشمہ جورِ منٛز زٕ ئد رسکوٚلس منٛز رویس پیٹھ زندگی اسان باسان ۔

وردس کتابہِ منٛز چھ مےٚ الہٕ پلہٕ 25 تحقیقی مضموٗن ، یِم قدآور لِکھاریو تابشؔ صأبس پیٹھ چھِ لیکھی متی ۔ بقولِ محمد یوسف ٹینگ: ''یہِ کتاب بنہٕ کأشرِ ادبہٕ خأطرٕ اکھ ڈألی ، امہِ سٕتی گرٛھن ڈاکٹر ، اُدیب ، مریض ، ترٛشوے مالامال'' ۔ باخدابہٕ تہٕ گوس

پروفیسر رحمان راہی صابٕنہٕ پأٹھی کتاب پرٛتھ حأران ، کیاہ پتہٕ چھا ممکن زِ اکھ معالج یُس پرٛتھ ساعتہٕ مصروفِ کار چھُ آسان تہٕ ہیکیاہ پننہٕ ماجہٕ کٲشرِ پننہٕ وونڈُک وُشنیر ارپن کرِتھ۔

أتھی کتابہِ منز چھِ تخلیق کارن داہ تحقیقی مضمون تہٕ درج کرِ ءِتی ، صفہ 25 پٹھہ چھُ یمن مضموٗنن ہُند فہرست درج۔ گوڈنیک مضمون چھُ میر سید علی ہمدانیؒ۔ اکھا اکھ مضمون چھُ قأریس نظرن فہرواوکران۔ تحقیقی اعتبار چھِ سأری مضمون تخلیقی گوبرتہٕ انفارمیٹو۔ دردس کتابہِ ہند پرٛتھ کانٛہہ مضمون چھُ پرن وألس پننہٕ نس گرفتس منز رٹان۔ تابش صابُن اکھا اکھ اچھر چھُ پزی پرن وألس أچھن شیہلتھ ، روٗحس راحت تہٕ دِلس قرار بخشان۔

یہِ چھُ پزر ، آرزو چھُ کانٛہہ تہٕ کار بجا انٛنگ سبب بنان۔ کانٛہہ تہٕ تحقیقی تہٕ تخلیقی کأم چھےٚ بے معنی یوتام نہٕ کارندٕ (تخلیق کار) سُند آرزو پوٗختہٕ آسہِ۔ اوے چھِ علامہ اقبالؒ فرماوان

طبیب عشق نے دیکھا مجھے تو فرمایا
ترا مرض ہے فقط آرزو کی بے نشینی

دوٚیمہِ کتابہِ (علم تہٕ عرفان) وُچھ مےٚ ژٕسلابسےٚ ترے تصویر، گوڈنچ تصویر وُچھِم شبنہ کھنگرس دامنس تل گُلبن ہُند سبز شیہجار دوٚیم تصویر ٹُلیف باغ تہٕ ترٛیم تصویر ہاری پربت بالہٕ دامنس ڈلُک آب عکساوان۔ ترٛشونی تصویرن چھُ اکےٚ شان نزول، کٲشرِ شیرس سُند رچھ تأبین۔ یتھ کتابہِ منز چھِ اکثر ہن عظیم شخصیژن ہنز شخصیت کأری تأبش صأبن تمہِ انمانہٕ کرِ ءِ مژ زِ قأریس چھُ محسوس گژھان سُہ چھُ

پرٛتھ شخصیژ چشم دید گواہ۔ دردس کتاب چھےٚ مذہب، سائنس، تأریخ، طب، فلسفہ، سیاست، عرفان، تصوف، فقہ پتہٕ شٔبن برگزیدہ پیغمبرن ہنٛز ذکر۔ یِمن منٛز حضرت آدمؑ، حضرت ابراہیمؑ، حضرت موسیٰؑ تہٕ حضرت محمدؐ شأمل چھِ۔ یِہنٛز زندگی، عمل تہٕ عرفان پتہٕ یِمن عظمت والین نبی ینٛ ہُنٛد فلسفہ حیات پُرتھ چھُ قأریس تأبش صأبنہِ عألمانہٕ تدبُرُک باس لگان۔

دوشوٚنی کتابن ہُنٛد کم کاسہٕ مطالعہ کُرتھ کوٚرمےٚ اخذ زِ پروفیسر تابشؔ صأب چھِ بیک وقت اکھ عألم، مُفکر، سائنسدان، ماہرِ سماجیات، ماہرِ حیاتیات، ماہرِ لسانیات بیٚیہِ اکھ شأعر، یِمس پٔنُن اکھ منفرد ڈکشن تہٕ اسلوٗب چھُ۔ وُچھتو یِہِ ژُ مصرأعے

اِنتظارٕچ آش ہیتھ گُذریایہِ راتھ
نےٚ صبح پھوٚل، گاش نےٚ دوہک حساب
یِیٚلہِ و تیٚلہِ ڈُدون وُچھم ژوٚپم زہر
بار ہا دوٗپمس لیٚکھو لوٚلٕچ کتاب

یا پُری تو نموٗنہٕ رٔنگی اکہِ غزلہِ ہُنٛد یہِ اکھ شعر

پوٗزا کرٕنی کتھ استانس کتھ کعبس وٚنتم سجدٕ کرو
اسہِ راوان دوہدِش آغازٕے اسہِ راوان بیٚیتہٕ انجام لُتی

مےٚ لوٗب تأبشؔ صأب اکھ بہترین نعت گو

نوٗرِ عرفانُک جہان خیر البشرؐ
چھوٚ حیأتی نوبہارس یا نبیؐ

تمِس نِش کھٔژتھ ما چھِ احوال ساقی

ڈیکس پیٹھ چھُ تابان ہلالِ محمدؐ



درۄدن اندر گژھ گذاران صبح و شام

وئدے لال دِل تے جِگر اللہ اللہ

جنابو! یہِ گوٚ وئلی دعویٰ کرُن، مےٚ کیا کوٚر پروفیسر تابش صابنس تخلیقی قربس ستی انصاف یا مےٚ کیا کوٚر پننہٕ نس مضموٗنس ستی انصاف۔ مےٚ گُر پننہٕ نبن کھٔنڈی پھُٹ لفظن مال، ژٕ پیوٚ بہٕ تہٕ گژھ تس بُجہِ ماجہِ ہنٛدی پأٹھی خریدارن منز شُمار یوسہٕ یوٗسفس موٗلوِنی ستھر کون ہتھ آمژ أس۔



# پلہٕ ......قداوارن کُن

ڈاکٹر فیاض احمد

اسسٹنٹ پروفیسر مرکز نورکشمیر یونیورسٹی

قریبن زٕ وٗری بروٗنہہ سپٕز ڈاکٹر سید امین تابش صاٮ۪بنٕ ''چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکو'' ناوٕچ باڈو دار تہٕ طرحدار کتاب شایع ۔ چھپایہِ تہٕ کاغذ یٮ۪ہِ جلد بندی ہندِ اعتبارٕ تہٕ چھےٚ یہِ کتاب جاذب نظر ۔ پرن والو منز یُمی تہِ وُچھ تہٕ پرٕ یُمی سُند چھُ یی خیال زِ اتھ منز چھ ڈاکٹر تابش صاٮ۪بنہِ علمی بصیرٕ ژہندی مختلف انہارو نہِ یوان ییمہِ کنی یہِ ننان چھُ زِ ڈاکٹر صاٮ۪ب چھِ سانٮ۪ ناماوار معالج آسنس ستی ستی اکھ حبسہٕ آگاہ قلمکار تہٕ صاحب نظر انسان ، یٚمس سانہِ ادبی تہٕ سماجی زندگی ہندٮ۪ن مختلف پہلوٗ ون پیٹھ نظر چھےٚ ۔ تِم چھِنہٕ انسانس محض ماٚدی تہٕ طبی نقطٕ ن ہنٛزِ بُنیاٗدِ پیٹھ زانٛنچ تہٕ پرکھاوٕنچ کوٗشش کران بلکہ چھِ تِم یتھ ماٚری منزِ بتراٚ ژ پیٹھ انسانس قدرٕ ژہنٛد اکھ شاہکار زاٚنتھ اٚمی ہندٮ۪ن ظاٚہری خدوخالن تہٕ وٕہو ہارن ستی ستی اٚمی ہنٛزن داٚخلی ، نفسیاٚتی تہٕ روٗحاٚنی تژاین گراین متعلق تہِ سوٗنچان تہٕ غور وخوض ۔کس نتیجس منز پنہٕ نٮ۪ن ذاٚتی جذبن ، احساسن تہٕ خیالن لفظن منز بیان تہِ کران ۔ زیرِ بحث کتابہِ چھِ شےٚ ذیلی حِصہٕ ۔ گوڈنکس حصس منز چھےٚ مصنف ہنٛزِ زندگیہ تہٕ تٔمی ہنٛزن تصنیفن متعلق ذکر ۔ اتھ حصس منز چھِ تٔہندی شعری تخلیق 'کلام تابش' ذیلی عنوانس تحت درج ۔

یمن تخلیقن منز چھِ نعت شریف، غزل، نظمہٕ تہٕ ژُ مصرأعے شأمل ۔ یوٚ دوے
تابش صائبس شأعری ہُنٛد زبرلوے خوٗے چھُ تہٕ اتھ ستی دلچسپی تہِ مگر پوٚر کتابہِ ہُنٛد
مطالعہ کُرتھ چھُ یہِ باس لگان زِ یہُنٛد زیادٕ تر توجہ چھُ، کردار سأزی پٹھ تہٕ زندگی منز
چھِ توازنکی قأیل ۔ یہُنٛد مقصد چھُ زِ انسان یُس اشرف المخلوقات کِس منصبس
پٹھ فأیز چھُ سُہ گوٚژھ پننِس اتھ منصبس ستی وابستہٕ تقاضہٕ پوٚر کرُن ۔ مصنف سٕنز
پرورش چھےٚ اَکِس تِتھس ماحولس منز سپٕز مژ یٚتہِ اخلاقیات تہٕ مذہب زندگی ہٕنٛدی
راہنما اصوٗل زاننہٕ چھِ یوان ۔ تابش صأبنی وألدتہٕ بُڈ بب چھِ تہنٛدے وننہٕ کنہٕ
صوٗفی خیالن ہنٛدی اَسی مٕتی تہٕ تصوف چھُ اسہِ زندگی ہُنٛد سُہ فلسفہ ہیٚچھناوان یمہِ کنہٕ
انسانس یٚتہِ کیٚو تہِ آبروٗ نصیب ہیٚکہِ سپدتھ ۔ امہِ مقصدٕ خأطرٕ چھےٚ ساروے کھوتہٕ
تابناک تہٕ روشن وتھ سو یوسہٕ پیغمبر آخر زمان حضرت محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وسلمو
پانہٕ نأوتہٕ دُنیاہس اپٕچ تعلیم دِژ ۔ کتابہِ ہُنٛد دویم بوگ چھُ أمی سےٚ محسنِ انسأنتیس
متعلق تہٕ اتھ حصس چھُ ذکرِ حبیب ناو تھاونہٕ آمُت یتھ منز حیات طیبہ، انسأنیژ
خأطرِ تِہنٛدی پوشہِ وُنی احسان، خاندانِ نبویؐ یس متعلق زان، ازواج مطہرات تہٕ
اولادِ نبی کریم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛز ذکر، خاتونِ جنت حضرت فاطمۃ الزہراؓ ہنٛزِ
عظمژ تہٕ اعزازن متعلق تہٕ یتھے کنہٕ مادراں راسوۂ کامل بتوٗلؓ ذیلی عنوانن تحت چھےٚ
سیدۃ النساؓ سٕنز تہٕ عظمت بیان کرنہٕ آمژ ۔ حضرت علیؓ تہٕ تہنٛد بن جگر گوشن حضرت
امام حسنؓ تہٕ حضرت امام حسینؓ تہٕ ذبح عظیم ذیلی عنوانا تن منز چھےٚ تأریخ اسلام چن
یمن برگزیدہ شخصیژن ہنٛز ذکر ۔ پنٛداہمہِ صدی ہجری منز یعنی موجوٗدٕ دورس منز کیا
چھےٚ دُرس دُنیہس منز مسلمانن ہنٛز حالت تہٕ تہنٛدِ خأطرِ کیا چھےٚ دینی تعلیمہ ستی

جدید سائینسی علومن ہنز اہمیت تتھ متعلق چھِ دون ذیلی عنوانن تحت کینہہ قابلِ توجہ نوکتہٕ بیان کرنہٕ آمتی۔

''گاشہ تارُکھ'ناوِ چھُ کتابہِ ہُند ترٛیم بوگ۔یتھ منز تمن مذہبی راہنماہن ہنز ذکر چھےٚ یِہندی ناوسارنےٚ کاشرِ ہن ویٚدی چھِ تہٕ یِہندی اثرات تہٕ افکار مشرقی سماجس منز قابل قدرتہٕ گاشری چھِ مانہٕ یوان۔ یِمن شخصیٚژن منز چھِ حضرت شاہ ہمدان میر سید علی ہمدانیؒ، خواجہ معین الدین چستیؒ، حضرت شیخ العالمؒ، حضرت مولانا جامیؒ، حضرت مولانا جلال الدین رومیؒ، شاعرِ مشرق سر محمد اقبالؒ، حضرت سید میرک شاہؒ، حضرت سید علی گوہر بخاریؒ، الحاج غلام الدین ہمدانیؒ اتھ کتابہِ منز زیرِ بحث آمتی۔

یہ کتھ چھِ سأری زانان زِ ڈاکٹر سید امین تابش چھِ پیشہ کنہٕ اکھ معالج تہٕ اتھ شعبس منز چھُ یِمن پٔزن مقام تہٕ مرتبہٕ۔ أکِس پیشہ ور ڈاکٹرٕ سندِ حثیتہٕ چھِ یِہندی مضموٗن تہٕ تحقیقی لیکھ مختلف مُلکن ہندٕ ہن رسالن منز چھپان تہٕ امہِ علاوٕ چھِ مختلف سائینسی تہٕ طبی موضوٗعن متعلق کانفرنسن تہٕ سیمنارن منز پرنہٕ یوان تہٕ ظاہر چھُ زِ تِتھن مضموٗن ہنز زبان آسی ٹیکنکل،یتھ کتابہِ منز چھِ ''صحت بدن یا اورزوٗ'' عنوانس تحت انسانی صحت، کِس نگہداشتس متعلق ذیلی عنوانن تحت پٔنژہ مضموٗن شامل۔ یِمن مضموٗنن منز چھےٚ کینژن عام بیمارہن متعلق سیوٗد تہٕ ساد زبأنی منز زان دِنہٕ آمٕژ تہٕ یِہندی وجہ تہٕ یِمو نشہِ بچنکی تدبیر چھِ بیان کرنہٕ آمتی۔ یِمو مضموٗنو کنہٕ چھِ عام پرٛینہٕ انسان حفظانِ صحتس متعلق عام فہم زبأنی منز بنیأدی اہمیژ ہندٕ ہن تمن معاملن متعلق زأنتھ ہیکان یِمن کُن ظوٗن دِتھ یژھن عام بیمارہن تدوٗرک ہیکہِ

سپد تھ تہٕ سماج جسمأنی طورتہِ صحت یاب روزِ۔

کتابہِ ہنٛدس شیٖمٕس حصس چھُ أنہٕ خانہٕ ناوتھاونہٕ آمُت ۔ یہِ چھُ تصویرن پٔتھ مشتمل ۔ یمن منٛز چھِ بیشتر تم تصویرٕ یمن ہُنٛد تعلق مصنف سٕنٛزِ پیشہ ورانہ زندگی سٟتۍ چھُ تہٕ تم یادگأری زِ ہٕی چھِ عکس بندسپدی مٕتۍ یمن مصنف سٕنٛزِ زندگی منٛز اہمیت چھےٚ تہٕ تٔہنٛزِ شخصیژ تہٕ کارنامن تہٕ بٔیہ یٟہنٛز ناماواری گُن پرن وألس ظوٗن چھِ پھران۔ یمن تصویرن منٛز چھِ بین الاقوامی شہرت یافتہٕ طبی سایٔنسدانن سٟتۍ مصنف سٕنٛدی تصویرٕ شأمل ۔ أنہٕ خانہٕ عنوانس تحت بأگس منٛز چھِ نادر بیش بہا قیمتی تصویرٕ ذیلی عنوانس تحت مکہ شریف تہٕ مدینہ منورہس منٛز یٟہنٛز حأضری ہٕنٛز عکأسی ۔ وُچھوے تہٕ یِمو تصویرو کِنۍ چھِ مصنف سٕنٛزِ زندگیہ ہٕنٛدی کینٛہہ اہم پہلو دیدمان یوان یا کم از کم اندازٕ ہٕبکان سپدِتھ۔

زیرِ نظر کتابہِ منٛز چھِ مختلف ممتاز دأنشورن تہٕ قلمکارن ہٕنٛدی ڈاکٹر تابش تہٕ تٔمۍ سٕنٛدبن تحریرن تہٕ کارنامن متعلق مضموٗن شأمل ۔ یِمو کِنۍ یٟہنٛز شخصیت زانٕنس منٛز مدد چھُ میلان ۔ یِتھ مضمونس منٛز گرنہٕ اسہِ کتابہِ ہنٛدِس پأنٛژِمس حصس متعلق وُنیستانی کتھ ۔ پٔنہٕ ترتیبہِ منٛز کٔڈتھ أخرس پٔتھ اتھ بأگس متعلق تذکرٕ آو یٟمہِ کِنۍ زِ ترتیب کارسٕنٛز خأہشہِ مطأبق چھُ مےٚ أتھۍ حصس متعلق ہنا ژٕ وُرے پٔہن توجہ دِتھ کینٛہہ لبھٕنٛگ حُکم سپدِ مُت ۔ اتھ حصس چھُ مصنفن قداوار عنوان دِیتھمُت ۔ اتھ حصس منٛز چھِ دُنیچن کینٛژن عظیم ہستین متعلق زان کأری درج ۔ یم سأری چھِ سبٕٹھاہ وٕیدی ناو تہٕ یمن متعلق چھُ ازتانی وارِیاہ کینٛہہ لبھنہٕ آمُت ۔ یِمو منٛز چھُ کینٛژن ہُنٛد تعلق قدم کالس سٟتۍ تہٕ کینٛہہ چھِ تم یم برصغیرس سٟتۍ تعلق تھاون وألۍ شأعر، عألم تہٕ دأنشور

یمن ہنزِ عظمژ ہُنڈ اعتراف مصنف پنٕنۍ پاٹھۍ کران چھُ۔

لأزم چھُ زِ اسہِ پیٚیہ تتھ کتھِ پیٚتہِ تہٕ پھیُر دِیُن یو سہٕ کتابہِ ہنٛدِس ترٛیمس حسس متعلق تعارفس منز درج گر زِیہِ چھُنہٕ کُنہِ ماٗدانس منز کمال پراون والین عظیم شخصیژن ہُنڈ کانٛہہ سلسلہ وار مطالعہ بلکہ مختلف موقعن پیٹھ مصنف سنٛزِ یاداٗری پیٹھ مشتمل اکھ دستاویز۔ کتابہِ ہنٛدس اتھ حسس منز چھِ نون شخصیژن متعلق مضمون۔ یہُنڈ تعلق مختلف شعبن سٟتۍ چھُ۔ گویا سائنس قلمکار سُنٛد ذیٚہن چھُنہٕ اَکس خاص طرزِ فکرس منز بند بلکہ ییٚتہِ تہٕ اُمسِ کاٗنسہِ شخصہٕ سنٛزِ داٗنشوری تہٕ امہِ کِس نتیجس منز ناماواٗری ونہِ چھےٚ یوان یہِ چھُ تمِس متعلق پانہٕ زان پزاٗوِتھ سو پننہِ مادری زبانۍ منز تمن پرن والین تانۍ واتناونچ کوٚشش کران یم نہٕ کُنہِ وجہ کنۍ یمن آگرن تانۍ واٗتتھ ہیکن۔ اتھ سلسلس منز قداوارناوس تحت گوڈنیُک مضموٗن ناماوار یونانۍ فلسفی سقراطس متعلق کتابہِ منز شامل۔ یہِ مشہور فلسفی اوس از برونٛہہ ڈاے ساس ؤری یعنی 470 قبل مسی منز یوٗنانکِس شہر اتھنزس منز زامت تہٕ اکستتھ ؤری واٗنسہِ واٗتتھ آو تمہ وقتچہِ عداٗلژ ہنٛدِس حکمس تحت زہر دِتھ مارنہٕ۔ امِس موتُک سزا دِنہٕ یُن اوس کلیساٗیی عقیدن متعلق آزاد نظریہ آسنہٕ کنۍ تہٕ یہِ راہ آس کھالنہٕ زِیہِ چھُ نوجوانن یمو عقیدو نِشہِ وتہِ ڈالان۔ حقیقت اٗس یہِ زِ سقراطس اٗس مختلف چیزن، عقیدن تہٕ نظرین متعلق زانٛنچ یژھ تہٕ تمہِ کنۍ اوس سُہ پانہٕ تہٕ لوٗکن سوال پژھان روزان تہٕ پننہِ شاگردن تہٕ اوس نٔوۍ نٔوۍ سوال کرنہٕ خاطرٕ تیار کران۔ یتھ نہٕ فکرِ روٗزِ گرٛھتھ انسانۍ ذیٚہنے بیوٗٹھ تہٕ بنجر بنہِ ہے۔ سقراطن یہِ کینٛژھا عداٗلژ منز پننہِ صفاٗیی منز وٚدن تہٕ اوس تیوٗت زوردار زِ ذہنی طور روٗزِ تہٕ مفلوج وقتہٕ

کبن صاحب اختیارن آونہٕ تہٕ خوش۔ سقراط ڈ‏ول نہٕ تۄتہٕ موتہٕ کہِ بیٚہ کنہٕ تہٕ ونہٕ نِشہِ یہِ سہٕ محسوٗس اوس کران زِ سوٗنچس گرٛھن نہٕ گنڈ تِنہٕ ترٛاونہٕ۔ سہٕ اوس نہٕ کُنہِ ظاہر دأری ہُند قأیل، پننہِ آزاد طبیعت تہٕ فِکرِ ہِنٛدِ وُسجارِ کنہٕ أسی تتھ وقتس منٛز تتھی کینٛہہ ذی ہوش طألب علم تسٕنٛزن کتھن سنان۔ یوٗ دوے سقراطن کانٛہہ ذاتی تحریر موجوٗد چھنہٕ مگر تٔمی ہٕنٛدی مکالمہ یِم تسٕنٛد بوٗ طألب علموسأمتھ تہٕ رٔژھرتھ تھأوی تِموکنہٕ رٛؤ دٔمی سُند ناو ہمیشہ خأطرٕ بروٗنٛہہ کُن زِندٕ۔ یِمن طألب علمن منٛز اوس افلاطون تہٕ یٔمی سُند تعلق أکِس آسن بسن وألِس خاندانس ستی اوس۔ تٔمی کٔر پننٕہ زندگی پننہٕ نِس ووستاد سقراطُن فلسفہ بروٗنٛہہ پکناونہٕ خأطرٕ وقف تہٕ امہِ مقصدٕ خأطرٕ کوٚر رُن اتھنز منٛز اکھ بأقاعدٕ ادارٕ قأیم۔ افلاطون چھُ دُنیہکین عظیم مفکرن منٛز اکھ نمایاں حیثیت تھاوان۔ تٔمی دیُت پننہٕ مِثألی ریاسٕژ ہُند تصور تہٕ زندگی ہٕنٛدی باقٕے شعبہ مأنٕن اتھ تابع۔ یتھٕ کنہٕ چھِ زیرِ بحث کتابہِ منٛز یِمن دوٚن عظیم فلسفی ین ہنٛزٕ زندگی تہٕ زندگی متعلق تصوراتن ہنٛز ذکر کرنہٕ آمُت۔

ولیم شیکسپیر اوس اکھ انگریزی ڈراما نگار تہٕ شأعر۔ عالمی سوٗتھرس پٮ۪ٹھ ییٚلہِ تہٕ ڈراماہن ہنٛز کتھ ووتھِ گوڈنیک اہم ناوٕیس ذہنس منٛز یوان چھُ سہٕ چھُ شیکسپیر۔ تٔمی سنٛزٕ زندگی ہُند اکھ خاکہ تہٕ کینٛژن اہم ڈرامہن ہنٛز چھےٚ زیرِ بحث کتابہِ منٛز ذکر سپٕز مُت۔ امہِ پتہٕ یُمس شخصیژ متعلق تعارفی مضمون کتابہِ منٛز شأمل چھُ سہٕ چھُ ناماوار سائینس دان البرٹ ایسٹاین۔ تٔمی ہٕنٛدی زٕ اہم سائینسی نظریہ یِمو فزکس شعبس منٛز انقلاب پأدٕ کوٚر چھِ رضافتُک نظریہ "Theory of Relativity" تہٕ گاشس متعلق فوٹون نظریہ "Photon theory of light"۔

ابراہیم لنکن اوس امریکا ہُک اکھ بارسۍ صاحب رایے تہٕ وکیل۔ سُہ اوس لوکچارٕ پیٹھے سیٹھاہ محنتی تہٕ سائنس مصنف ہندِ ونہٕ کنۍ اوس طالب علمی ہندس دورس منز لشہ ہیچھ گاشس تل نصف راتھ ژن تانۍ پران آسان۔ سُہ بنیاو 1861ء یس منز امریکا ہُک شُراہم صدر تہٕ 14 اپریل 1865ء یس تانۍ روٗد اتھ عہدس پیٹھ، ییلہِ سُہ اَکس تھیٹرس منز ڈرامہٕ وُچھان اوس اَکس قاتلہٕ سندِ گولہِ ہُند شکار سپُد۔ لنکس متعلق چھُ کتابہِ ہندس ڈوڈس صفس پیٹھ اکھ تعارفی نوٹ۔

اردوٗ زبانۍ ہندۍ ترٛین شاعرن فیض احمد فیض، ساحر لدھیانوی تہٕ احمد فراز نہِ کلامُک تہٕ چھُ سون یہ مصنف مداح خوان۔ یمو منزٕ گوڈنکس متعلق زندگی ہندۍ مختصر حالات، تصنیفاتن ہندۍ ناو تہٕ کینہہ شعرٕ مثالہٕ درج چھے کرنہٕ آمژ ییلہِ زن بیٚیہ دونٛ شاعرن ہنزِ شاعری ہنزٕ خصوصیژ تہٕ شعرٕ مثالہٕ یمن متعلق مضمونن منز شامل چھے۔

ڈاکٹر سید نصیر احمد شاہ اَسی کشیرِ ہندۍ اکھ ناماوار معالج۔ یِم اَسی 1957ء اندر سرینگرکس گورنمنٹ ہسپتالس منز کنسلٹنگ فزیشن تہٕ امہِ پتہٕ 1970ء اندر ڈایریکٹر پروفیسر پوسٹ گریجویٹ ڈپارٹمنٹ آف میڈیسن۔ تِم روٗدۍ ژودا ہن وٕرین سرینگر کہ میڈیکل کالجکۍ پرنسپل تہٕ یتھ دوران اَمۍ اِدارن علاج تہٕ تحقیقس متعلق کافی ترقی کٔر۔ دُنیچن بجن یونیورسٹی ین تہٕ طبی ادارن منز روٗدۍ وِزِٹنگ پروفیسر۔ ڈاکٹر تابشس چھُ یُہند سیٹھا احترام تہٕ یِم چھِ تتھ وقتس منز میڈیکل کالجکۍ طالب علم روٗدۍ متۍ ییلہِ ڈاکٹر نصیر صاب امہِ کالجکۍ پرنسپل اَسی۔

پننہِ کتابہِ ہندین دویترہن صفن پیٹھ مشتمل حصس منز چھِ ڈاکٹر تابش یمن نامور شخصیژن متعلق عمومی نوعیژ ہنز زان فراہم کران، یوسہٕ عام قارٕیس خاطرٕ تہٕ

دلچسپ چھےٚ تہٕ یمن قد آور شخصیٔژن متعلق مزید معلومات فراہم حأصل کرنٕچ کل تہِ پأدٕ ہیکہِ گرتھ۔

پننہِ کتابہِ منٛز یہِ حصہٕ شأمل گرتھ چھِ ڈاکٹر تابش غأر ارادی تہٕ غأر شعوٗری طوراسہِ یہِ باس دِوان زِ تم چھِنہٕ محض أکِس خولس منٛز بند شخص بٔلکہ چھِ تِمن علمن تہٕ عألمن کُن تہِ پلہٕ کران یمن ہُنٛد کأنٛہہ براہ راست تعلق تِہنٛزِ پیشہ ورانہ شخصیٔژ ستی چھُ۔ یتھٕ کٔنی چھُ اسہِ ڈاکٹر تأبش صأبنہِ بسیار جہٕتی ل دلچسپی ہُنٛد تہِ اندازٕ سپدان۔



# ڈاکٹر سید امین تابش...... نظمن ہٕنٛدِ آنہٕ منٛزٕ

رشید کانسپوری

یتھ مضموٗنس منٛز کرو ڈاکٹر سید محمد امین تابشؔ سٕنٛزن نظمن ہٕنٛدِ حوالہٕ خیال باوتھ۔ یِم نظمہٕ چھےٚ تِہنٛزٕ 'چانہٕ انمانہٕ آفتاب پکوٗ' کتابہٕ اندر شأمل۔ یہ کتاب یتھ منٛز تِہنٛد نثری تہٕ منظوم کلام شأمل چھُ کرنہٕ آمُت۔ کتابہٕ ہٕنٛدِس کلامِ تابشؔ حصس منٛز چھِ تِہنٛزٕ پانٛژھ نظمہٕ، ترٕے آزاد تہٕ زٕ پابند۔ امہِ باگہٕ گوڈٕنچ نظم چھِ 'لولاک لما خلقت الاشیا' عنوانس تحت۔

ڈٕسیاب تحقیقہ مطأبق چھُ نظم لیکھنُک آغاز حضرت شیخ نور الدین نورانیؒ صأبن "یُس کرِ گونگل سُے کرِ کرٛاو تہٕ بار خدایا پاپ نوار" نظمہٕ لیکھِتھ کوٚرمُت۔ پتہٕ رُوٗد یہ سلسلہ بروٚنٛٹھ کُن سبٹھاہ سُست رفتاری سان چلان۔ کینٛژٕ وصوٗفی شأعرو لیچھِ کینٛہہ شہکار نظمہٕ یِمن منٛز رحمٰن ڈار صأبن شش رنگ تہٕ ہفت رنگ تہٕ شأمل چھِ۔

یوٚتام مہجوٗر صأبن تہٕ تِہنٛد بن ہمعصرن ہُنٛد دوروٚوت۔ یِمو شأعرو لیچھِ 1950ء أندی پٔکی بڈٕ ٹھکہ تہٕ جوشہ جذبہ سان نظمہٕ۔ اوٚتام آسہٕ فقط پابند نظمے یوت تخلیق سپدان، امہِ پتہٕ پیوٚو کأشرِ زبأنی پیٹھ انگریزی زبأنی ہُنٛد اثر۔ یِیتہٕ کیٚو عالموتہٕ ادیبوٚ رمغربی ادب یِمیُک سیدِ سیوٚد اثر کأشرِس ادبس پیٹھ پیوٚو۔ اوتام یُس فارسی زبأنی ہُنٛد اثر کأشرِ زبأنی پیٹھ اوس سُہ سپُد وارٕ وارٕ کم۔ مغربی ادبُک اثر براہ راست قبوٗل کرتھ آیہٕ

کینژہ مغربی ادبچہ صِنفہ کأشرس منز یمن منز آزاد نظم تہٕ اکھ چھِ ۔ کمے کال سپد تھ سپز کأشرِس منز کینژہ ترتژھ شہرۂ آفاق نظمہٕ تخلیق یم عالمی ادبس لرِ لوٗرتھأوِتھ کأشر زبان تہٕ ادب متعارف کوٗرتہٕ یمن نظمن ہِنٛدبن تخلیق کارن تہٕ میٛول ملکی تہٕ عالمی سوٗتھرس پیٹھ شوہرتہٕ مقام ۔ یتھٕ پأٹھی ہیچ دوٚیمبن کأشرِبن شأعرن تہٕ تحریک تہٕ وُنکین چھِ الہٕ پلہٕ سأری کأشرؠ شأعر نظمہٕ لیکھان ۔ بامے تمہ آزاد نظمہٕ چھِ یا پابند ۔ یمنٕے نظم نگارن منز چھُ اکھ معتبر تہٕ محترم ناوڈاکٹر سید محمد امین تابشؔ ۔

تأبش صأب چھِ پیشہ کنہٕ طبیب مصروٗف ترین ڈاکٹر ۔ یم پرٛتھ وِزِ مریضن تہٕ دأدِ لدن ہِنٛدبن دادبن داوچھِ ژھاران روزان ۔ اَتھی ژھانڈوس منز چھِ تمہ ییٚہ تہٕ کیاہتام ژھاران ، یُس تزٕ لیش نہٕ تمن ہمان چھِ ۔ یہ چھُ تہنٛد جذبہٕ تہٕ شوق تہٕ ماجہ زبوٕ ہُنٛد ژُکھ یُس تمن حدٕ کھوتہٕ زیادٕ آور برٕ باوجوٗد فرصژٕ ہِنٛدؠ کینژہ پھر کڈِتھ قلم تُلتھ کیاہتام رووُمت لبنٛگ حوصلہٕ چھُ بخشان ۔ اِدسہٕ منظوم آسہِ یا تخلیقی نثر ۔

''لولاک لما خلقت الاشیا'' ، نظم پرٛتھ چھِ قأرؠ لیس اندازٕ سپدان زِ تخلیق کار س کوتاہ دسترس تہٕ قوبوٗ چھُ نعت لیکھنس پیٹھ ۔ نظمہٕ ہنٛز زبان چھِ مٔدر ، میٹھ ، روان تہٕ آسان ۔ یہ نظم چھِ تابش صأبنہٕ نعتیہ شأعری ہُنٛد خوبصوٗرت تہٕ مأرؠ موٗند نموٗنہٕ آسنہٕ علاوٕ تہنٛدِ قادر الکلام آسنُک باس تہٕ دِوان ۔ نظمہ ہنٛز زبان چھِ چست ، زنہٕ اکھ اکھ ششترٕ کوٗرواٗتھ مضبوٗط ہأنکل چھےٚ بناونہٕ آمٕژ یتھ اکھ کوٗرکڈ وتہٕ ہأنکلِ گژھِ چھلہٕ چھلِہٕ تہٕ پییہ چھکراونہٕ یا ہرگاہ لب یا دیوار کھالان کھالان اکھ سیر ۂج کٔج لاگو سوٗرے دیوار بنہِ ہوٚل کوٚل تہٕ ہیے ڈول تہٕ اَخرہیوٚر پہن کھألتھ پییٚہ وٕسی ۔ یہأے نوعیت چھِ زیرِ تبصر نظمہٕ ہنٛز ۔ ہرگاہ اتھ اکھ مصرعہ یا اکھ لفظ اورٕ یورڈالونظمہِ ہنٛز

سأرِ ے نزاکتھ تہٕ شوٗبر سپد رایگان ۔ یہ چھِ تابش صابنہٕ فنکارانہٕ صلاحیژ ہُنٛد ٹاکارٕ
ثبوٗت ۔

حضوٗر صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛزِ تعریف چھِ پانہٕ پروردگارِ عالمین قرآنِ
پاکس اندر جایہِ جایہِ کرِیٚمژ تہٕ یِہنٛدی وصف گنزرأوِمتۍ ۔ سُہ انسان کوتاہ خوش
قسمت چھُ یُس راتھ دوہ یسلہٕ پأٹھی نبی رحمت علیہ الصلوٰۃ والسلامن پیٹھ درؤدٕ
سلام سوزان آسہِ ۔

نظمہِ منٛز چھِ تابش صاب پرن وألس ژیتس پاوان زِ یِلہٕ نہٕ کہٕنی اوس ، نہٕ
أس زوٗن تہٕ نہٕ آفتاب ، نہٕ یہِ کأینات تہٕ نہٕ بُتراتھ ۔ پتہٕ بنوو پروردِگارن تہٕ
سوٗرے یہِ اسہِ دید مان چھُ فقط پننِس ٹاٹھی ہٕنٛدِ مارٕ متہٕ تہٕ لولہٕ ۔ کأینات آیہِ
وجوٗدس ، زمین آسمان ، زوٗن آفتاب ، دوہ راتھ ، بٔٹھی بال ، سبزار ، گلزار غرض یِمہٕ
قدرژِ رنگ أسی بترأژ پیٹھ وُچھان چھِ یِم سأری آے بارسس ۔ آدمن لوٚب زنم ،
سُہ آو اکہِ بہانہٕ دُنیاہس سوزنہٕ ۔ دُنیاہس منٛز بڑے یہِ آبادی ، آدم زادیس خدایہ
ہٕنٛدٮ۪ن احکاماتن تحت زندگی گذارنچ فہمایش تہٕ ہدایت اوس کرنہٕ آمٕت لوٗگ سیٚکہِ
صحراون تہٕ بالہٕ کھنگرٮ۪ن منٛز ٹھٹھی ۔ سأرسے گوٚ ڈُبہٕ ڈاس ، ژواپأری اوس عربستانس
انہٕ گٹہٕ نال وٚولمُت ۔ بوے اوس بأیس شرٛاکھ ہیتھ ، بے راہرٕوی تہٕ ظلم وستمک بازر
اوس نارونار ۔ انصاف لفظ اوس سوغتہٕ منٛز حذف آمُت کرنہٕ ۔ کورِ آسہِ زندے دفن
کرنہٕ یوان ۔ جہالتھ أس انتہاہس پیٹھ ، اتھ اندر گوٚو مکہٕ چہ سرزمینہٕ نٔخ بیدار ۔
آمنہٕ ہٕنٛزِ کوچھِ منٛز پٔز ہزلوونپہ نپہ کرٕ وُن تارکھ ۔ سحر پھوٚل ، گٹہٕ ژٔج ، تأریکی سپٔز
دوٗر ، گُلو روٚٹ مُشک تہٕ پوشوروٚٹ رنگ ۔ غلامی ہٕنٛز ہأ نکل گیہ چھلہِ چھلہِ تہٕ پھلہِ

پھلہِ ۔ آدمس گۆ وتوبہٕ قبوٗل تہٕ نارس پھٕلِس گُلزار ۔ تابش صأب چھُ تھٕنہ سےٚ
شفاعتس روزِ محشرس اندر ووٗمیدوار، تکیاز تمن چھُ حضوٗرنٛ ہٕنٛدِس دامانِ مبارکس
چیر یژھ پژھ ہنٛز تھپھ ۔ وُ چھتو نظم لولاک لما خلقت لاشیا

ییلہِ نہٕ کینٛہہ تہٕ اوس
ییٚلہِ وأنسہِ وادن یہِ کأینات کرٛیشان أس
ییٚلہِ زندگأنی تھپھ کُرتھ
سیکہِ صحراوس منٛز
اکہِ اکہِ دانہٕ منٛز انسان راوان اوس
ییٚلہِ نہٕ کأینٛاتس کأنٛہہ شئے أس
ییٚلہِ بالہٕ کھُنگر بن منٛز
اِنصافچ تارٕ ژ ڈولان أس
ییٚلہِ بوٗمل نب ژکرِتھ
ہوٗہس تہٕ یتھ بُتر أژ
ڈُبہٕ ڈاس کران اوس
ییٚلہِ مکہٕ کِس شہرس انہِ گٕٹ نال وٚولُمت اوس
أتھی شہرس منٛز کٔڈ کمہِ تام وَتہٕ سبزارن ژھتھ ہش
خوشبویہٕ ہٕنٛدی ژھٹہٕ وِنی اوبرن
دیُت شش جہاتس
نپہٕ نپہٕ کرٕ ڈن تارُکھ

آمنہٕ سٕنز کوچھِ منز پز بزلیو و

کائیناتس اُچ کنہٕ کُنز

سحر پھوٚل، گٹہٕ ژٕج

مُشک روٚٹ گلو

رنگ روٚٹ پوشَو

نۄر روٚٹ فِضہَن

غولٲمی ہٕنز ہانکل گیہِ فلہِ فلہِ

اوّل تہٕ اٰخر

روحِ ایمان، شرحِ قرٲن

آدمن تہٕ عالمس منز برتر

سُبحَانَ الَّذِی اَسریٰ

نبیَنٔ ہُند سردار

گوٚو تہٕ گوٚو

حض آدمس توبہٕ قبوٗل

نارس تہِ گوٚو گُلزار

حض نوحسؑ بوٚٹھ اُچ ناو

حض ایوبسؑ دیُت صبرس پھل

حض عیسیٰؑ آے ظہوٗرچ شیٚچھ ہیتھ

حض موسیٰؑ چھ طلبگارِ نوٗر

ہۆ ڈ تہٕ یُونسؑ لبان امان

حض یُوسفؑ تہِ پرتوِ جمال

یہِ چُھ پأغمبرِ انقلاب

سارِنے نبیؑ یَن تہٕ مُرسلنؑ

اِمام المُبین

حق گۆ وقائم

آدمن لۆب قرار، گٹاشت کائینالس منز

پڑ بزلیو شمعٔ رِسالت ﷺ

اکھ اِنقلأبی منشوٗر رہتھ آے

اکھ کاروانا ہ بنٔیو

دین مکمل،

زُوٗنک جستجو، امارُک آرِزو، مُدعائے کُن فَیکوٗن

چُھ پڑ ہتھ کُنہِ نقشس منز

سُے عکس شأمِل

پرِ ویا رحمتؐ لِلعالمین ﷺ

ہَٹہِ کہِ رَتہٕ لیۆکھ

سونچہِ کِس دروازس پیٹھ

یا شفیع المُذنبین ﷺ

عشقِ نبی ﷺ سکۆنچ ضمانت

کائیناتُک مُدعاتہٕ مقصد

بس شہٕ لولاک ﷺ

اِنسانیتُک علمبردار

صداقتُک شیہجار

سون غمخوارتہٕ سردار محمد ﷺ

پتھر پیمتین ہُنٛد مددگار محمد ﷺ

تاز سپدیوٚ وَجہاں

دِل سپدی معطر

یِنہٕ والہِ وقتُک شاہدتہِ سُے

ذِکروفِکر، علِم وعرفان

کعبہٕ تہٕ ممبر، دِین تہٕ ایمان

رحمت تہٕ راحت

قائِد تہٕ حاکم

محبوب تہٕ یاور

مطلوب تہٕ مقصد

نبوّتُک فاٚض وٕزِھنووُکھ

معرفت عقل ومحبت

شوق تہٕ ذِکرِ خدا

اعتماد تہٕ صبرورضا

عِلم عجز وزہد

یقین، نماز تہٕ جہاد

شُجاعت، صداقت تہٕ اِمامت

اَسہِ چھےٚ دامانس تھپ

اسہِ موکلاوِزِہو

توٚہی چھِوٕ پأغمبرِ آخرزمان

یارسُول اللہ ﷺ سلام

'تژ لیش' چھِ تأبش صأبنی بیا کھ نظم۔ امہِ نظمہِ ہنٛدِس أکِس أکِس مصرعس منٛز چھِ اکھ اکھ داستان گُپتھ ۔ معالج آسنہٕ موکھ چھِ یم راتس دوہس مریضن ہنٛد بن مرضن معاینہٕ کران تہٕ تہنٛدِ دادٕ ٹیک سبب ژھاران روزان، تہنٛز دگ تہٕ دود زأنتھ أکِس حساس فردٕ سنٛدی پأٹھی پننی احساسات، جذبات تہٕ خیالات پننہٕ نبن شعرن منٛز باوان۔ تہنٛد باوٕ ژبل تہٕ اظہارٕ ُطیرتہِ چھُ بیوٚن تہٕ نِرل۔ کُنہِ جایہِ چھُنہٕ باسان کُنہِ لفظہٕ یا اچھر باپتھ روٹہٕ گمتی یا کانٛہہ محاورٕ یا استعارٕ ژھانڈ نکی محتاج تہٕ نہَ چھُکھ دوٚیمہِ زبأنی پیٹھ کانٛہہ لفظ یا محاورٕ پہہ انٛنگ حاجت پیوٗمُت۔ یمن چھُ لفظٕ گنج بدس، اَوے چھِ یہنٛزن نظمن اندر خوبصوٗرت لفظٕ ژأرتہٕ برمحل ورتاو۔ شاعر چھُ زانان زِ انسانس چھِ اگر یٚنٛدی غم تہٕ مُشکلات۔ سُہ چھُنہٕ پننی شوق جذبات تہٕ لأدی ہوس تہٕ ارمان کُنہِ وجہ کنی پوٗرٕ ہیٚکان کٔرتھ تہٕ نہَ چھُ پننہٕ نبن مسلن رٕتی پأٹھی اندٕ بوٚ ر دِتھ ہیٚکان۔ یمہِ کنی تمِس کھسہٕ وُنبن ہوسن تہٕ ارمانن زِہو چھ پیوان ژٹنی۔ بیٚتہِ چھُ بقول شأعر پرٔتھ کانٛہہ زندگی حأدی ثاتو تہٕ وأری داتو برٔتھ۔ اوے چھِ پرٔتھ

فردس نیزٕ چھو کھ وٚتراونکی تہٕ دأدی أندری شروٗ پراونکی باند باند کران۔ سُہ چھُ خبردار کران زِ جو یہ تہٕ آگر چھ خشک گأمتی ،لُکھ چھِ اکِہ دامہٕ باپتھ کرٛ یشان تہٕ پھیاہ پھیاہ کران تہٕ پتہٕ دم پھُٹ گرٛ ھتھ مران۔ یہِ مأری منز تہٕ خوٗبصوٗرت نظم چھِ تتھ کنۍ:

سانہٕ بٔدی غم آنتھٕ روٗس

پزٕ بتھ أکِس شوٗقس چھِ ہے

ڈاس کٔری کٔری زبوٗژٹان

یِیتہٕ چھِ سأری تشنگی تھکرأوی متی

پزٕ بتھ اکھا پھیٚہہ پھیٚہہ کران

پزٕ بتھ اکھا جوے یِیتہٕ ہوٚکھتھ

دامہٕ باپتھ لُکھ مران، دم پھُٹ گرٛھان

پزٕ بتھ اکھا میخانہٕ گومُت غاب از!

زِندگی مُشکل لبان...... وأری داتاہ،حاری ثاتاہ،بٔیہٕ نہٕ کینْہہ

نیزٕ چھو کھ وبترأوی تو ،دأدی ووٚنی شرٛ پرأوی تو

دوکھ تہٕ چھو کھ للہٕ نأوی تو،یِم سِتم مُشرأوی تو

چھُنہٕ مَشأنی.......... کانْہہ دواچھُنہٕ راس اتھ

سانہِ خأطر ژیٚہہِ کُڑری مُشکل وجوٗد

دُچھ بچأری چارسویس پٔتھ مران......

سانہِ خأطرِ واوتام ظأٔلم بنیوٚ

بس چھِ کینْہہ داوس لِگتھ سمیٚس اندر

واے چھُنہٕ کانٛہہ چیز سٕر ژوگ

یتھ بدل شہرس رٕوایت چھیٚے بدل

ذرٕ ذرات دزٕوگ ہاےٚ دزٕوگ............

ہاےٚ زُوَزاٚ اژن چھےٚ لَچھٕ اَچھ درَس

بس طمع ساٚری متیٚو لِژھ بُزی گمتی

تاب تیےٚ موکلیٚو وٚوونی چھُنہٕ کانٛہہ یَلاج

اکھ ہجٕو ماہ، کٕژ یکھ اکھ، آواز اکھ............

تژ لیش بھایو، تژ لیش بھایو، تژ لیش گرٕ ژھ

''چانہِ انمانہٕ آفتاب پکو'' کتابہِ ہنٛز بیا کھ شوٗبہ دارتہٕ معنہِ ساٚوی نظم چھِ تخلیق ۔یہِ نظم پٕرتھ چھُ قاٚری لیس تابش صاٚبنٛز فکری تہٕ لسانٛی زاٚوی جاربڈٕ کڈتھ رژھہِ کھنجہٕ غوطن گرژھان تہٕ نظمہِ منٛز پاٚدٕ کرنہٕ آمژ ہم آہنگی وُچھتھ بہتر شعوٗری تہٕ طرزِ اظہارُک قاٚیل سپدان تہٕ یہِ کتھ ٹاکارٕ پاٚٹھی بروٗنٛہہ کُن یوان زِ ہرگاہ یمہِ نظمہِ ہُنٛد شاٚعر کاٚشرِ بن کہنہ مشق تہٕ قداوار نظم نگارن ہیٚو رتہِ چھُنہٕ پوٚز کم پایہِ یاوٚسی پایہِ تہٕ چھُنہٕ کینٛہہ ۔تخلیق نظم پٕرتھ چھُ قاٚری شاٚعرٕ سِنٛدِ تابناک ینہٕ کالچ بشارت لبان ۔امہِ نظمہِ ہُنٛد اکھا اکھا اچھر چھُ یہُنٛد انفراٚدی تھزرتہٕ مقام مشخص کرنٛچ ٹاکارٕ علامتھ۔ یمن چھُ تخلیقی جوہر لوٗکہٕ پانہٕ پیٹھے باگہِ آمُت ۔اتھ روماٚنی نظمہِ چھِ روماٚنیت قطرٕ قطرٕ پشپان ۔یمٕنٛک اکھا اکھ لفظ چھُ دِلس تہٕ ذیٚہنس طراوتھ عطا کران ۔پٕری تو یہِ نظم کیٚا چھِ

امارُک اَنہٕ چھکھ

افتابہٕ اڈ چھکبھ

عجیب ذا تھاۂ ژ چھکبھ بدٕلے وجوٗ دا

ژ چھکبھ تھزرن تھزٕ بجرٕن بجرا کھ

ژ چھکبھ مُلکوتہٕ فلکو پیٹھی کرامتھ

ژ چھکبھ تخلیق اکھ

ہَیے حوٗ را کھ چھکبھ

ژ چھکبھ پرٕزی پاٗ ٹھی جذبن ہنٛز سمندر

ژ چھکبھ تعبیر خابن تےٚ خیالن

ژ چھکبھ آگُر ......

یرادن، نو بہارن

یٚمو ژ ییو آزاد نظمو ہریمانہٕ چھِ کتابہِ ہنٛدس اتھ باگس منٛز ژٕ پابند نظمہٕ تہٕ یِم بالترتیب 'محبت' تہٕ 'آب' عنوانہٕ چھِ محبت نظم چھِ پانژن شعرن پیٹھ مشتمل۔ یمیُک اُخری شعر چھُ

کُلس پیٹھ وُچھ بچومُت پنہٕ وُتھر اکھ

ہوا زاگان چھُ ہیتِن سکوٗن دِتم

'آب' نظم چھِ شیتہٕ وُہن شعرن پیٹھ دٕرتھ یمیُک یہِ خوبصوٗرت شعر پرٕتھ نظمہِ ہُنٛد میعارتہٕ ماٗری منٛزرُک پےٚ چھُ لگان

چیٚنہٕ وونی ییٚلہِ آسہِ شوٗژ ژوپور

خوشحاؔلی ہُنْد ہیٚہ بیٚہ اکھ دور

اتھ نظمہِ چھِ ترٕ ے حصہٕ پابند۔ ترٕشوٕنی اندر چھُ صاف چینہٕ وونی، ہینڈ پمپ افاؔدیت، یہِ صاف شفاف تھاوُن تہٕ آنٛچ حصہٕ باگے پانہٕ واٰنی کرٕنی چھِ تابش صاؔب اتھ نظمہ منٛز یتھ کنۍ ہیٚچھناوان

یہِ وطن زن چھُ اکھ کُل آباد
گام چھِس لنگ لنٛجہِ لا تعداد



لنٛجہِ لنٛجہِ پیٹھ گامہٕ واٰلی چھِ پوش
گامہٕ والو میےٚ کُن تھاوِو گوش

تابش صاؔبن چھُ یمن دوشوٕنی نظمن اندر نظمہِ ہِنْدی اوزان، پیمانہٕ تہٕ لوازمات رِتی پاٹھی ورتاوس اٰنی متہٕ ۔ یِہنٛز ورتاونہٕ آمٕژ زبان چھِ روان، کلہم پاٹھی ونو زِ تابش صاؔب یتھ کنۍ پنُن وکھرٕ اسلوٗب، لب ولہجہ تہٕ اظہار وطیر ہیتھ غزل تہٕ دٕویم صنفِ سخن تخلیق چھِ کران تتھے کنۍ چھِ زوردار، طرحدار تہٕ خوبصوٗرت نظمہٕ تہٕ لیٚکھان۔ حالانکہ معروف محقق تہٕ تنقید نگار پروفیسر بشر بشیر چھِ کتابہِ سام ہیوان رقمطراز: ''کتابہِ منٛز چھِ کیہہ آزاد تہٕ پابند نظمہٕ، یمن سارنے نظمن ہُنْد مزاژ تہٕ موضوٗع چھُ بلکُل وکھرٕ وکھرٕ، یمہِ کنۍ شاعرسٕنٛز نظم نگاؔری منٛز کانٛہہ عمومی خاؔصیت ژٕنی راوٕنی فلحال مشکل چھِ''۔

ڈاکٹر تابش صاؔبن لیٚچھِ ہیٚہ تہٕ کیٛنٛہہ آزاد تہٕ پابند نظمہٕ۔ یِمو منٛز تمو کیٛنٛہہ ''علم تہٕ عرفان'' ناوٕ کتابہِ منٛز چھاپہٕ (یہِ کتاب سٕنٛز حال حالے ریلیز) تہٕ تہنٛدِ وننہٕ موجوٗب

چھ تھنزِ وارِیاہ نظمہٕ اچھاپے۔ تابش صاب چھِ صحت محکمس ستۍ وابستہٕ۔ یِم چھِ بیمارن علاج کرنس ستۍ ستۍ طبعی سائنسس متعلق تہٕ تحقیق جأری تھاوِتھ۔ یِہنزٕ لیچھمٕژ طبعی سائنس کہ حوالہٕ چھِ کیٛنٛہہ ضخیم تحقیقی کتابہٕ امریکہ تہٕ دوٚیمبن کیٛنٛژن مغربی مُلکن اندر یونیورسٹی نصابس اندر شأمل۔ تِہُنٛد یہ ادبی، طبی تہٕ تحقیقی سفر چھُ وُنہِ جأری۔

دُعا کروٚ زِ اللہ تعالیٰ گرِ نۍ یِمن زٕ ہٹھ وأنٛس تہٕ صحت کأمل عطا۔ آمین



# سید امین تابشؔ سٕنٛز شاعری منٛز وجوٗدِ چ ژھاَر

اشرف راویؔ

شاعری چھِ بذاتی جذبن تہٕ احساساتن ہُند لفظِ اظہار ۔ پٮ۪تھ نوزُک تہٕ لچکدار جذبہٕ تہٕ احساس آسن، تیوٗت چھُ تخیُل وو پزا ولبان ۔ تخیُلس منٛز پٮ۪تھ ہیوٗمُت خیال چھُ اظہار وسیلہٕ ژھاران، لفظن منٛز یا ونورنگن منٛز ۔ اگر لفظن ہُند آکار رٕژِ تیلہِ چھُ جمالیاتی ورتاو موزوٗن وبو ہارِ شعر تھنہٕ پیوان، شعرِ اظہار چھُ یتھ کنہٕ شاعر سٕندِس بوٗگمٕتس حالس ہومراوان تہٕ پرن یا بوزن والین جمالیاتی فرحت تہٕ آگہی بخشان ۔ شعرن ہنٛز یہِ فطرت چھِ ہمہ زمانی، ہمہ مکانی ۔ ووٚں گووواریاہ کم شاعر چھِ تم یم جذبن، جذباتن تہٕ احساساتن ستۍ ستۍ فکری تہٕ تعقلی تخیُلس اظہار وو پزاو بخشان چھِ ۔ یتھوے شاعرو منٛز چھُ سید امین تابشؔ ۔ یم چھِنہٕ چھراخوش یوٗنبن منظرن مُتۍ بلکہِ چھِ چیزن ہٕندِس واہیتس سٕیتھ، تخلیقی مقصدس تام آشنائی کرنٕک بٔڑ پاٗدِ کرنہٕ باپتھ، عقلہِ کھٔرن کھٔرن دِوان ۔

سید امین تابشؔ چھُنہٕ چھرا پننِس مصروٗفس سٕیتھ سٔرتھ تہٕ سٔرتھ کُلہم جذبن، جذباتن تہٕ احساساتن زبو دِوان بلکہ چھُ سمسارس منٛز موجوٗد انسانہٕ سُند وبوٗدی سبب تہٕ وجوٗدی اثباتھ فکری سوٗتھرِس پٔٹھ پھاپھلاوِتھ اتھ نسبت پننین احساساتن تہٕ جذباتن ہنٛز واشگافی کرناوان ۔ یہِ دِتھ چھُ میانہِ وننٕک مُدعا تہٕ مقصد یہِ زِ شاعری

اندر چھُ سیدا مین تابش وجوٗدی ژھارِ ہنٛز تگہٕ دِوِمنٛز تہٕ اُخرس چھُس سریت پسندی منٛز چھپن جاے میلان ۔ اتھ وٕطیرس پیٹھ چھُ سُہ گاہے وأراأ گی گژھتھ یتھ کنہٕ باوان

ونان چھُ تابشؔ یہٕ راز وٕتھکی ژٕ معنہٕ ژارُس تمام لفظن
شہن چھِ شہمار زاگہٕ روٗزتھ گرٛزان چھِ اکثر لہر یہٕ وٕنی زبس

☆

انہٕ گٹس منٛز واتنأوتھ تژاونے
یتھ دِلس ژانٛنہٕ پہوان کأتیاہ عذاب

☆

کفن دفن تام پردٕہے کوٗر مگر سُہ جانان روٗد غأفل
قبر چھِ وٕجھنہٕ گُلالہٕ پوشو نکیر و منکر کتاب ہاوان

☆

شأعری چھےٚ گاہے قنوطیتُک شکار گژھان ۔ سمسارٕ کس بے مقصدیتس تہٕ چھرا اکھ طبیعأتی عمل آسنس پیٹھ لمسحأتی پرٛژھ کران ۔ کُلہم فلسفہٕ کہٕ مکتبِ وجوٗدیت ستی متأثر گژھتھ چھُنہٕ تس کانٛہہ مافوق الفطرت عنصر یا مرکز سمسار کہٕ چلاون والہٕ حثیتہٕ سونٛچس منٛز یوان ۔ تس چھُنہٕ موجوٗد بروٚنٛہہ تہٕ موجوٗد پتہٕ کُنہٕ عالمُک اِدراک یا پرٛژھ ظونس آورا وان ۔ سُہ چھُ سونٛچس رِوایتی زولانہٕ نشہٕ آزاد گرتھ موجوٗد چ پارٕ دی ژھرٛ ٹہٕ ژھرٛ ٹھ تہٕ بے قرأری یتھ کنہٕ زبو دِوان ۔ وُ چھ تون تزلیش نظمہ ہُندیہٕ بند

ساسہٕ بُدی غم اُنتھہٕ روٗس
پرٛتھ اَکس شوقس چھِ ہے

ڈاس گری گری زبوژ ٹان

ییٚتہِ چھِ ساأری تشنگی تھکرأ اوی متہ

پڑتھ اکھا پھیاہ پھیاہ کران

پڑتھ اکھا جوے ییٚتہِ ہو کھتھ

دامہِ باپتھ لُکھ مران، دم پھُٹ گژھان

پڑتھ اکھا میخانہِ گومُت غاٗب از!

زندگی مُشکل بنان، واأری داتا، حاأری ٹاٹاپیٚہ نہ کینہہ!



امہِ سونچن ؤطیرِ نش چھُ سُہ جلد انحراف کرتھ مجموعی قومی شعوٗرس تہٕ رہوایتس منز چھپن جاے ژھانڈان۔ یادٕ ؤترِس پھیُر دِوان چھُ سُہ زگتس منز انسأنی وجوٗدس تہٕ وہ پزاوس اثری منزی گژھنکی ول ورتاؤتھ پننہِ تعقلہِ کِبن حدوٗدن اندر روزان۔ جذبن انسأنی وجوٗدن ہُند زوٗ زیٚتہِ مأنتھ چھُ کُل عالمہِ کِس زُون پالیس یا مرکزس تام رسأیی کرنچ ئںٹر کران۔ منزلس واتنہٕ باپتھ چھُ تس پزھ، رہوایتن ہنز، عقیدتی رہوایژن ہنز، ژینن بِترچہِ ششِ کلہِ چھُ سُہ اوٚچھ پزرک گیان تہٕ دیدار حاصل کرنک طمع پھانپھلاوان۔

یُس جذبہ ییٚتہِ وُزناوِ سونچس ہتی ضمیرس\
مُنزل چھُ شوقُک أخری اسمان کتھن وات



ییٚلہِ نہٕ کینہہ اوس

سۄ اوس

لولماک لما خلقت الافلاک

کائیناتس لۆگ کن

شام وسحرُک سلسلہ گۆ وقائیم

مُشک پوشن، رنگ ہیۆ تٕھ، نۆرِ فضہس میۆل



بظاہر چھُ یہِ مادٕ تہٕ خیالُک باہمی تسلسُل ، یُس شاعرس وجۆد تہٕ وجۆدس وٕنی راوان، وجۆدیت پٔتھ سریت پسندی تام واتہٕ ناوان واتہٕ ناوان گاہے ہرُ دچھاوِتھ طلسماتی تاوِ ڈکر بن چھُ لاگان تہٕ گاہے سوتہٕ سبزی چھاوِتھ نیرین تہٕ ئین تام سأل چھُ کرناوان ۔ أخرس چھُ رٕتہِ ظونہٕ تہٕ شۆقہٕ جذبہٕ کہِ بترٕ اوچھ امکأنی مکانن ہُند سأل کران ۔ یہِ پارٕدی ژھرٔٹہٕ ژھرٔٹی سفر کرنُک زادِ راہ چھُس نہٕ فقط جذبہ تہٕ احساس بٔلکہ اکھ کنہٕ بۆ زٕمژ تہٕ منہٕ وو پدیومُت ظون ،سوچنچ تہٕ سرن وبو ہار، یہِ کنہٕ بۆ زٕمژ شیچھ چھُس سرابہٕ نیرتھ حقیقتُک پَے دِوان۔

نظر ژھوکیمژ تہٕ ہوش ڈولمُت چھُ خوف و دہشت زمین لرزان

کران چھِ پھیاہ پھیاہ ابنِ آدم مثالنے منز مثال راوان



راتھ گذرتھ خونہٕ سٔری گژھِ کائینات

گُلۍ تہری از اوٗش چھِ ہاران بے حساب

اتھ وجۆدی سفرس منز گاہے وو تلان تہٕ گاہے بوڈان مگر منزٕلچ ژھأر چھنہٕ

شاعرس سوکھ دِوان ۔ رۄح تہٕ جسمچ اضطرأری کیفیتھ چھس نہٕ أندرٕ پیٹھ نیبر نیرنہٕ
ہمان تہٕ أخرس چھُ نیبرِ پیٹھٕ اندر کُن أژتھ کُل کأینأتی تخلیقُک مُدعا مقصد انسأنی
وجۄد دلبان تہٕ امیُک اِدراک چھُس ونہٕ ناوان

نہَ کُنہِ سمن بل نہَ راحتُک سنٛز ۆنل چھِ نظرن ہنٛدِس حدس منٛز
گرٛھان چھِ لاشن ڈھیر وتو پیٹھٕی یہِ بے کسی ہُنٛد حال باوان



گاٹلبن چھےٚ زبو کلیمٕژ نےٚ چھُ بُلبُل از پچان
وُنہِ چھا کُتی جبن ہُنٛد وُڑو قدرتس اَزماونے



سیدامین تابشؔ سنٛزن غزلن تہٕ نظمن منٛز چھُ فلسفۂ وجۄدیت، پیٹھن وتھن
وہراوٕ کرتھ ۔ اتھ منٛز چھِ لایفیتکی سیٛکہٕ صحراوتہٕ تہٕ پزر چھاول نتیجہ مأدان تہٕ ۔

کیٛا حقیقت کیٛا تصوٗر خواب کیٛا
تابشؔ شروپرأوی غم پانس اندر



بُترأژ پیٹھ یتہٕ آس غم ازلس مےٚ لیکھِتھ أسی
بےٚ چھُس لگِتھ زالس تہٕ میےٚ زولانہٕ جدا چھُم

☆

وجۄدِ چ یہِ ژھأر چھِ شأعرس دولابن منٛز ترٛأوِتھ شعورس چھو کہٕ دأوی کران
مگر حظ تہٕ چھُس أتھی منٛز یوان تہٕ ستی چھُس یہِ آگر ژھارنُک وطیرٕ تہٕ چھاوُنک

یٚمن سیٚکہِ پھلبن زأنلی دِوان دِوان تہِ روو وجوٗد پٔنُن
شِٹھے ہِتبن ہاوسن ہِنز لاش وَچھس منز مےٚ وُڈرِم راتھ



متبن مہِ پرٛژھو مژر گوٗو کیاٛ مُتی مژر زانن
پکان پکان دوہے دوہ لۄسِم نژان نژان بُرم راتھ



سید امین تابشؔ چھُ آگرِ دیدارس موٚت ، سُہ چھُ راوِنس منز تہِ ژھارنٕچ کل تھوان ۔ سُہ چھُنہٕ وجوٗدِ کس حقیقتس تام واتہٕ نس منز آلرٛش یٚک شکار گژھان ، یا لایفیتگ بلکہ چھُ حقیقت آشکار گژھنس تام سفر جأری تھوان ۔

اِضطراب ، دیوانگی ، پھبہٕ وُن جنوٗن
ہے خدایا کر سا ژھیٚنہِ زولانہٕ میون



تقاضہٕ وقتُک چھُ صبر و تحمل ژٕ یُتھ نہٕ تابشؔ راز باوکھ
وومید تھأوِو یہِ موکلیہِ بحران سُہ رب چھُ گاہے آزماوان



وجوٗدِچ ژھأرتہِ حقیقت ہِکس پرٛ بزناوُن وُطیرس کھٔہرن دِتھ ۔ییلہِ سُہ تفکیری رُوی یہِ تخلیق کائینات ہِکس رازس وأقف گژھنہٕ باپتھ انسأنی تخلیق کس سام چھُ ہیوان ، تس چھُ پٔنُن پان ڈیٛتھ آدم عظمتھ کُل سمسار کہِ تخلیقُک مُدعا باسان ۔ یتھِ کٔنی چھُ سُہ وجوٗدِچ ژھارہٕ ہِندِس سفرس اندر محورٕ زِتھ مقصدس تام رسأیی کران ۔

کُل تہٕ جز چھُ تس لأزم وملزوم تہِ صانع مصنوع ہیوٚ درینٛٹھی گژھان ۔ یہِ صانع تہٕ مصنوع چھُ ژکہِ عشقہٕ بأزی اندراکھٲ رِکس ژھ۪ٹپن ژھاَرس رِگندان ۔ لولہٕ سفرس اندراتھ ژھ۪ینہِ ژھارِ منز چھِ تمے لولہٕ ماثُھس واتان یم ذکرِ ہنٛدِ زیر و بم، فکرِ ہنٛدی واپھ چھُ چھاوان ۔ اِد چھِ تم أڈجہِ کرنہٕ تہٕ مازبہٕ منز روٗحانی لطیفن ہُنٛد نوٗرِ محل محسوٗس کران ۔ یہِ گژھِ تیٚلے ممکن ییٚلہِ علم عرفانس ستیٚ ستیٚ سلوٗکچہ وتہٕ ہنٛز عمل فرضِ دأیم بٔنتھ ورتاوس لاگنہٕ یِیہ ۔ تیٚلہِ چھُ یتہٕ ممکن زِ انسانس گژھِ ادارک تہٕ احساس حأصل تمہِ لازوال تہٕ تخلیقی آگرُک ییمہِ نِش سہٕ ژھ۪ینہٕ چھُ گومُت تہٕ یتھ ستیٚ میٚل گژھنُک ہاوس اضطرابس اندر تژٕ اوان چھُ

اسہِ تہِ چوٚو نارہو نٹوٚ آبِ حیات
توبہٕ گوٚو منظوٗر وُچھ اسہِ کأینات



اسہِ تہِ ہیوٚ چھ سَمیس اندر مُری مُری زیوٗن
زندگی بُتھِ آے کم کم حأدثات



پَر علم انسان بن ہُستی ژٕ تژاو
کر عمل اِد زندٕ روزُن آزماو



کر چمن آباد سگہٕ دُن خوٗنہٕ ستیٚ
اِد پھولی گُلزار میٚژِ منز یاد تھاو



# پروفیسر سید امین تابش: اکھ گاشہِ مُنار

عنایت گُل

آرٕ پلن منز ناگہٕ رادا رووُس
سادھا رووُس ژٔورن منز
مُڈ گرن منز گورا رووُس
رازٕ ہونز رووُس کاون منز

(شیخ العالمؒ)

ڈاکٹر سید امین تابش صأبن چھےٚ انگریزی، اُردو تہٕ کأشرس منز تقریباً ترٛ ے درجن پیٚٹھی کتابہٕ شایع کرمژٕ۔ حال حالے سپٕز یہنز بیاکھ اکھ کتاب علم تہٕ عرفان شایع۔ اتہِ چھُ باسان زِ جناب پروفیسر امین تابش صأبس کوتاہ ژُکھ، سریٚہہ تہٕ لگاو چھُ پننہِ ماجہِ زبأنۍ سٟتۍ۔ سٹیجس پٹھ آن لاین، آف لاین پروگرامن منز چھِ أسی بہ بانگِ دہل ژھوٚرُ ے کربکہٕ نادکران زِ کأشِر زبان، مگر عملی طور رُوٗ دۍ امین تابش صأب لوکچار پانہٕ پیٹھے گاہے کأشُر اخبار، گاہے ترجمہ تہٕ گاہے نظمن تہٕ آڈیو ویڈیو کیسٹن منز پننہِ ماجہِ زیوٚ ہنز بے لوث خدمت کران۔ از چھِ أتھی عملی خأہشہِ بیاکھ سیر کھألتھ پننہِ وفادأری تہٕ ماے محبتُک احساس دِوان۔ یہِ چھےٚ بختاواری تہٕ یمہِ پوٚشہِ وارِ ہُندرٕ سُیٖل انہار بٔنتھ سوٗرُے اوٚندپوٚک مُشکہٕ ناوان۔

ترٕبن ہتن تہٕ ستوؤہن صفن پٮ۪ٹھ بٔڈٕس سایزس منز رنگین تہٕ خوشنٕ تصنیف چھےٚ ،شٮ۪بن باگن منز بٲگراٰوِتھ الوالاعظم تہٕ پایہٕ بٔڈی پیغمبر، بہلہٕ پایکی محدث، عظیم ترین سائینس دان، طبی دُنیہکی گاشہٕ تارکھ، عظیم فلسفی تہٕ سیاسی شخصیات تہٕ ۔ اتھ گلدانس منز چھِ رنگہٕ رنگہٕ پوش تمہٕ آیہٕ پٲراٰوِتھ تہٕ سجاٰوِتھ یِیٚتہٕ اکھا کھ پوش چھُ زن تہٕ پانس کُن ورگلاٰوِتھ نوان ۔ تِتھےٚ کٔنز یِتھٕ کٔنز یِم موضوع چھِ ۔ حالانکہ کاٗشرِ زبانٕ منز چھِ سائنس، فلسفہ بیٚترِ چیزن ہٕنز ویٚژھے۔

دراصل چھِ کاٗیناتس منز واریاہ تِم بٔرتھ خزانہٕ موجوٗد یِم سانیو نظرو نِش گُپتھ چھِ آسان تہٕ تِمن خزانن ہُند پےٚ کڈتھ چھُ امین تابش صاٰب مشاٰہدس، تجربس، مطالعہ ہس تہٕ فِکرِ ہٕنزِ تارِ ژٕ منز کاٗیناتُک اصل مقصد تہٕ حیاتی ہُند طلاطم بدِ کڈتھ اٚکِس کہنہ مشق مفکر ہٕندی پاٹھی زول دِتھ کاٗشرس ادبی کینواسس پٮ۪ٹھ اکھ مکمل چھاپ ترٛاوان ۔ کتابہٕ منز چھِ 'رحمۃ للعالمینؐ اکہِ عظیم انقلابُک بانی کارتہٕ رہبر، حضرت آدمؑ ،حضرت ابراہیمؑ ،حضرت موسیٰؑ ،حضرت داؤدؑ تہٕ حضرت عیسیٰؑ ہوٗبن شانہٕ بڈٕبن پیغمبرن ہُند ذِکر ۔یِمن شانہٕ بڈٕبن پیغمبرن پٮ۪ٹھ چھِ پُرمغزتہٕ سبٹھےٚ عرق ریزی سان مولِلی تہٕ مفصل مقالہٕ لیکھنہٕ آمتی ۔ حق چھُ یہٕ زِ یِتھبن عظیم المرتبت پیغمبرن پٮ۪ٹھ قلمس رودیُن چھُ تاٰبش صاٰبنےٚ بترِ تہٕ مطالعہ ہُک اثر ۔ یہٕ ونہٕ زِ یہٕ تصنیف چھےٚ کاٗشرٕبن ہٕندِ خاطرٕ اکھ سونہٕ وس تہٕ قیمتی گہنہٕ ۔ یمہٕ منزٕ اٚسی اکھ لایبریری حاٗصل ہیکو کٔرتھ ۔ تاٰبش صاٰبنز یہٕ تصنیف چھِ کاٗشرِ زبانٕ اکھ تحفہ ۔ یتھ لفظ ، روانی ،سلاست تہٕ زبانٕ ہُند ورتاو چھُ خوبصورت ۔ کتھِ واش کڈنہٕ خاطرٕ تہٕ فِکرِ ہٕندِس تھاجہِ بانس منز کھاٗلتھ چھِ کاٗشرٕبن استعارن تہٕ علاقن ہُند تہٕ استعمال

سپُد مُت ۔

تأبش صأبس چھےٚ اکھ بڈٕ خصوٗصیت زِ یہِ چھُ سرٕ کھرٕ کرتھ تہٕ اصل مشأہد کرتھ کا کدس پٔتھ سیأہی ترٛاوان تہٕ تمہِ پتہٕ تتھ گٕھر دِتھ کتأبی صوٗرژِ منٛز بروٚنٛہہ کُن انان ۔ اما پوٚز ڈاکٹر ونوس تہٕ شوٗبہس ، پروفیسر ونوس تہٕ شوٗبہس مورخ ونوس تہٕ شوٗبہس ۔ شأعر، نقادتہٕ سائنس دان وُنُن تہٕ شوٗبہس ۔ مذہبی علوٗمن پٔٹھ چھس سٔرٕ نی نظر ۔ سید امین تابش صأب چھِ تمن خوش نصیب شخصن منٛز شأمل یمو کأینا تُک نبض وُچھتھ ہندوستانہٕ علاوٕ عرب امارات، لندن تہٕ باقٕے مُلکن ہُند سأر چھُ کوٚرمُت ۔ اما پوٚز یہِ کینٛژھا حأصل سپُد کھ تہٕ اوٚنکھ تحریرس منٛز تہٕ سُے ہرترچھُ یتھ کتابہ تہٕ باگہِ آمُت ۔ مےٚ چھُ باسان اسہِ سارنے پزِ یہِ نادر کتاب پننہِ پننہِ لایبریریٕ منٛز زینت بناوٕنی ۔

تأبش صأب چھِ اکھ شأعر تہِ ۔ یِم چھِ جدید دورس منٛز غزلہِ ہُند حُسن تہٕ خوٗبی نٔوینہٕ قألبس منٛز تھٔران ۔ زندگی ہٕندِس تتھ ترٛاوزوس منٛز چھِ شعرس تولان یتہٕ حیأتی تہٕ لاحأصل تجربن ہٕنٛز ژینہٕ ون چھےٚ اتھِ یوان ۔ ڈاکٹر صأبس چھُ مطالعہ تہٕ ، خاص پأٹھی انگریزی ادبُک تہٕ اردوٗس منٛز چھُکھ جان مطالعہ ۔ یہوے وجہ چھُ زِ یہٕنٛز کأشرِ شأعری منٛز چھِ سأدر وار استعارٕ تہٕ علامژ نظر گژھان ۔ یتہٕ یہ کأینا تکی سٔرٕ نی تہٕ گُپتھ رازٕ نٛژٕ چھُ کڈان ۔ تأبش صأب چھِ کٔشیرِ ہٕندِس حُسنس تہٕ حظ تُلان ۔ زُلف ، چشمہٕ ، قد ، موکھ تہٕ پکن چھُ یتہِ ژینان مگر یہِ چھُ پننہِ بترأژ معشوق ہٕندی پأٹھی سران تہٕ تمکی کٹھری ساعت تہٕ بے شونکی حبس بدِ کڈان ، یہِ چھےٚ ڈاکٹر صأبنٛز خوٗبی ۔ مثالہِ باپتھ وُچھتو یہٕندی نوم شعر

تلوار ، قلم ، میون وُچھ یم پاک اچھر میٲنۍ
گگرایہِ وُزملہٕ وُچھ بنان طوٗفان کتھن واتھ



داوس چھِ لگِتھ زندگی بدلاوِ کُس حالات
ربّ زانہِ اسے کیازِ لیکِتھ لانہِ کرٛہنۍ ذاتھ

اتہِ چھِ تابش صاٮ۪بنہٕ فِکری احساس تہٕ مشاہدچ کٲفیتھ ٹاکارٕ پاٹھۍ بدس یوان ۔ یتھ بالہٕ تیٚتھالہِ رٕکس دامنس تل آبادیہِ تو ملہِ مو چھِ سُنمب کٔشیر یتھ پیٹھ کمن کمن ولہٕ ویرن نازاوس ، کم کم سخنورٲسی پدٕہن تام بوسہٕ دِوان تہٕ تو ے تہٕ لگی ازسٲنۍ ارمان تہٕ سٲنۍ حالات داوس ۔ سٲری زندگی گیہِ بے پڑھ تہٕ اڈٕ مار ۔ اکھ اکھ پہر چھُ داوس لگِتھ ۔ شہہ کھالُن تہٕ والُن چھُ مُشکل ۔ یِتھبن حالاتن منز ہنہٕ یتھ کُس بدلاوِیم حالات ۔ سٲنس وجوٗد کس اَنہٕ پٹس پیٹھ چھےٚ کرٛہنۍ راتھ لیکھتھ تہٕ گاشہِ زٔھربر چھُ اسہِ کوٗران ۔

امین تابش صاٮ۪ب چھِنہٕ محض خیالی زمہریس تہہ کران بلکہ پزٕرکس ولہٕ ویٹ تھانس کوراب دار پھرن سوٗتھ کٔشیرِ ہُند وردن بناوان ۔ لفظن ، تجربن تہٕ روانی ہِندِس مزازِ بلس چھُ زیر دِتھ وزن دار غزل لیکھان ۔ یِتھی شاعر چھِ اسہِ سبٹھاہ کم نظر گژھان ۔ امین تابش صاٮ۪ب چھِ نظم تہِ لیکھان تہٕ نظمہِ منز اوبر گوبر تہِ تھاوان ۔

وُچھتو اکہِ نظمہِ ہندی نوم بند

ساسہٕ بدی غم آنتھٕ روٗس
پرٛ ہتھ اَ رکس شوقس چھِ مےٚ

ڈاس گٔری گٔری زبوٗژ ٹان
ییٚتہٕ چھہِ سأری تشنگی تھکرٲوی مٕتۍ
پزٕ بتھ اکھا پھیٚہہ پھیٚہہ کران

تأبش صأب چھہِ عصری زندگی ہٕند بن مسلن أکِس پُرمغز تہٕ حساس سمأجی فردٕ ہٕندی پأٹھی ژینان تہٕ محسوٗس کران تہٕ شعرن منٛز تِمچ باوتھ کران۔ عصری کرب کُس حساس شأعر چھُنہٕ باوان۔ اما پۆز باون وٕطیر چھُ الگ الگ آسان۔ امین تابش چھُ بدٕون لہجہ تہٕ مخصوٗص انداز تھاوان، یہِ چھُ بعضے مخاطب سپدان تہٕ بعضے ورگہٕ پأٹھی باوتھ کران۔ توے چھُ تابش أزی کِہن کربناک حالاتن تہٕ دُنیاہس عجیب تماشہ وُچھتھ زن تہٕ زیودِوان۔ دوشوے اظہار چھہِ خوبصوٗرت۔ دِلکش تہٕ اکھ أکِس نِش مختلف۔ یہِ چھےٚ امین تأبش صأبٕنۍ ہُنر مندی۔



# سون تابش......گاٹہٕ جارُک نوٗر

رشید نظامی

یہِ سائٕنۍ کٔشیر چھےٚ قدرتن حُسنِ خدادادٕ ستۍ مالامال کٔرمٕژ۔ امیُک تعارُف چُھ سأری ہیٚ دُنیہس۔ وَنوہےٚ تہٕ وَنوکوتاہ۔ وَنن والین لوٗسی دٕنڈ مگر کتھ چھِ وُنہ اڈٕ لیچ تہٕ یہِ روزِ ہمیشہِ اڈٕ لیچی۔ ییٚتہِ کِبن بہارن ہُنٛد حُسن چُھ رشکِ بہاراں۔ ییٚتہِ کِبن وٕسہٕ وُنبن آرن ہُنٛد سوز چھ نغمہٕ سرمدی۔ تہٕ ییٚتکۍ تھٕدۍ بال چھِ وبقارٕچ تہٕ عظمتٕچ شوٗبہٕ وِنی تہٕ لوٗبہٕ وِنی علامت۔ ظأہر چُھ زِ یتھ زمینہِ منٛز ووپدن وول فن تہٕ فنکار سُنٛد فن پارٕ، یم چھِ اُتھی ماحولس تہٕ ماخذس أنٛدۍ أنٛدۍ پٔنٕن ویوٗرسو مبراوان۔ ماحولُک یہِ سورُے اثر تہٕ خوبصوٗرتی ہُنٛد جود چھِ ییٚتکۍ فنکار شعوٗری یا غأر شعوٗری طور پٔنٕنس فن پارس منٛز تیتھ پأٹھۍ جران، یتھ پأٹھۍ قدرت اکہِ خوبصوٗرتی ستۍ بییٚس خوبصوٗرتی زنم دِوان چھ، اِدسہ کأریگر أسۍ تن یا موسیقار، شأعر أسۍ تن یا قلمکار، کٔشیرِ ہنٛزِ خوبصوٗرتی ہُنٛد اثر چُھ ضروٗر لبنہٕ یِوان۔ یوٗدوٚے کأشرس ادبس منٛز غزل لکھنٕچ روایت ہنا ژیٚری پیٚہن آیہ، اما پوٚز محموٗد گأمی سٔنٛدِ پٔتھ یتھ دمس تام لیکھی سانیو شأعرو واتھ صِنفس منٛز شاہ پارٕ، یتھ منٛز راونٕک دوکھ، پزارنٕک احساس، پزاونٕچ کل، سمکھنٕچ اُڈرن تہٕ محبوٗب سٔنٛدبن صِفتن ہنٛز گردانرٕ ژ اُردو تہٕ فارسی ادبکۍ پأٹھۍ

کأشرِ غزلُک تہِ عنوان ۔ یہ تہِ چھِ اکھ ٹاکارٕ حقیقت زِ أمی چھ موضوع کہِ لحاظ ووٚنۍ واریاہ کاڈ تہِ کوٚ ڈمُت ۔ کأشرِ ادبہٕ کس اتھ چمنس چھِ رنگہٕ رنگہٕ پوش، یم پننہِ خوش بوئہٕ ستۍ ماحولس معطر کران چھِ ۔ یمہٕ وٕے گُلو منزٕ چھ اکھ گُل سیّد امین تابشؔ ، یم پیشہِ کنۍ اکھ ڈاکٹر ، اکھ سائینس دان چھِ ۔ اما پوٚز ییٚلہِ یُہُند شعر انسانس کنن تام واتان چھُ ، احساس چھُ سپدان زِ یُزی کنۍ چھ یہ أکس برگزیدٕ شاعرٕ سُند کلام ، ییمۍ ادبہٕ چمن وتن پٮ۪تھ سبٹھاہ تجربہٕ حأصل کٔرِتھ تمن لفظن ہُند جامہٕ لاگتھ پأراو کوٚرمُت چھُ ۔ یہندِس کلامس منزٕ چھ اسہِ اکہِ طرفہٕ غمِ دوران دزٕ پنٹھ گرٕ ھان تہٕ بیٚیہِ اند تصوٗفچہِ وتہِ پکن وأ لس سأ لکہٕ سُند احوال تہِ ننان ۔ شاید امہِ کنۍ زِ ڈاکٹر سید امین تابشؔ صأبس یم زن جدّ چھِ ، تم چھِ ولی اللہ أسۍ ، یمو سلوٗکچہِ وتہِ پٮ۪تھ مختلف منزل طے کٔری ۔ یعنے شاہؔ صأب نواب بازأریؒ ۔ ڈاکٹر سید امین تابشؔ صأبنۍ بُڈی بب ۔ سید محمد حسینؒ صأب أسۍ اکھ معروف زأہد متّقی تہٕ مبلغ ، یم پاکستانس اندر مدفون چھِ ۔ والد صأبنہِ طرفہٕ چھ یُہُند شجرۂ نسب حضرت امیرِ کبیر میر سیدعلی ہمدانیؒ یس ستۍ رلان تہٕ ماجہٕ ہنٛدِ طرفہٕ چھکھ حاجی سید محمد مُراد بُخاریؒ ( یُہُند آستانِ شریف کریری منزٕ چھُ ) ستۍ رلان ۔ یہندِس خاندانس کُن ییٚلہِ نظر ترٛاوو ، شأعر ، مبلغ تہٕ خودا دوست چھِ بڑٕ ونہہ کُن یوان ۔ ثناء اللہ کریریؒ ، سید علی گوہرؒ ، خاموشؔ کریری ، تنہا نظامی ، سعد الدین سعدی ، نظیر حسّین حسّین ، نادمؔ بخاری وغأرٕ ۔ شاید چھ یوہے وجہ زِ بالہٕ پانٔے اوس یمن ادبس ستۍ لوٚ ے خوٚ ے ۔ لوٚکچارٕ ے منزٕ لٮ۪گۍ یم کأشرِس تہٕ اُردوٗ وس منزٕ لکھنہِ ۔ یوٚ دوٚ ے یہندۍ بابہٕ صأب سید غلام الدین صأبن بُڈی بب حضرت سید محمد اکبر شاہؒ ( اکھ عظیم ولی ، متّقی ، زأہد ، عأبد تہٕ مبلغ ) أسۍ

سرینگرِ پیٹھ تِلگام (پٹن) روزنہِ گاٲمتۍ۔ لہٰذا آے سید امین تابِشؔ تِلگام تہٕ کریری منزٕ ے اَکِس مُقامی سکوٗلس داخل کرنہٕ۔ وُنہٕ اَسی صرف ارداہ (۱۸) وُہری، یێلہِ کاشُرِ زبانی منز اکھ کتاب ''حسیّنی کاروانُک سفر'' لیچھکھ۔ ادبس ستی لوےِ خوے تھاون والین کھوٗ سید امین تابِشؔ سنز یہِ کوٗشش ٹارِ۔ یوٚ دوَے مالی مشکِلاتو کِنۍ ہیٚکی نہٕ تمہِ وقتہٕ یہِ کتاب چھاپ کرناوِتھ، اماپوٚ زیٚیمہِ ساعتہٕ تابِشؔ صاب زِتووٗہ (۲۲) وُہری واٚتۍ، تمہِ وقتہٕ آیہِ یہِ کتاب یعنی ''حسیّنی کاروانُک سفر'' ۱۹۸۲ء منز ڈاکٹر فاروق عبداللہ (تمہِ وقتُکۍ وزیرِ اعلیٰ) تہٕ محمد شفیع اوڑی (تمہِ وقتُکۍ وزیرِ تعلیم) ہٕندِ دٔسی اِجراء کرنہٕ۔ امہِ پتہٕ دوہِ وُہری لیچھ تابِشؔ صاٲبن بیاکھ اکھ کتاب اُردوس منز تہٕ یہِ اُس کشمیرِ کِس نسبت۔

ڈاکٹر سید امین تابِشؔ چھِ اکھ معروف ڈاکٹر، ایڈمنسٹریٹر (Administrator) تہٕ قلمکار۔ ییٚتہٕ یمو اُردو تہٕ کاشرِس منز سبٹھاہ کینٛہہ لیوٗکھ، تتہٕ روٗدی یہندۍ قلمہٕ تِم انگریزی فن پارٕ وجوٗد لبان، یِم سائینس کِبن طالبِ علمن ہٕنہٕ واٲلس وار یاہس وقتس رہبری تہٕ رہنمائی کران روزن۔ اَمِ بہلہِ پایہِ بین الاقوامی شہرت یافتہٕ سائنی تابِشؔ صاٲبن چھ میڈیکل سائنس پیٹھ شےٚ (۶) ضخیم کتابہٕ لیچھمٕژ۔ یہندِس کھاتس اندر چھِ ژور ہتھ (۴۰۰) Scientific Research Publication.۔

یِم چھِ ژود ہن بین الاقوامی Medical Journals ہٕندۍ ایڈیٹر تہٕ روٗدی ہتۍ۔ آکسفورڈ یونیورسٹی تہٕ چھِ یہنز کینٛہہ کتابہٕ چھاپ کرناوِمژٕ۔ یوٚتے یوت نہٕ کینٛہہ بلکہِ چھِ 7th تہٕ 10th، 9th کلاسن خٲطرٕ تابِشؔ صاٲبنۍ Chapter سیلبسس منز، یوسہٕ پڑی کِنۍ تھٲکنۍ لایق کتھ چھِ۔ سید امین تابِشؔ صاٲبن چھِ دُنیاہ

کمِن اعلیٰ اِنسٹیچوٹن منز کام کٔرتھ پننین صلاحیژن ہُند مظاہرٕ کوٚر مُت۔

کٔشیرِ اندر روٗدی تابِشؔ صأب شیرِ کشمیر انسٹیچوٹ آف میڈیکل سائینسز س ستی واریاہن ؤری ین بحیثیتِ ایڈمنسٹریٹر وابستہ تہٕ ہیڈ آف ڈیپارٹمنٹ ایمرجنسی میڈِسن (Head of Deptt.Accident & Emergency)۔ یِہندِس دورس اندر کٔر اَمی انسٹیچوٹن کأفی ترقی۔ تابِشؔ صأبنز دیانتدأری، ذہانت، قابلیت تہٕ محنت زیرِ نظر تھأوِتھ آیہِ یِمن شیٹھ (۶۰) کھوتہٕ زیادٕ قومی تہٕ بین الاقوأمی اعزاز عطا کرنہٕ۔

اعلیٰ منصبن پیٹھ روٗزِتھ تہِ مُشرأونہٕ تابِشؔ صأبن پنٕنز کأشُر زبان۔ سو زبان یوسہٕ رسُلؔ میرنین رومأنی خیالن وبستارٕ سان باوتھ کران چھےٚ۔ مہجورؔ صأبنین تازٕ خیالن تہٕ آزادؔ صأبنس ہمہ پہلو شخصیتس متعأرف کران چھ۔ تابِشؔ روٗدی صرف أتھی زبأنی یعنے کأشرِ زبأنی اندر لکھان بلکہٕ روٗدی اُردو تہٕ انگریزی زبأنی منز تہِ شأعری کران۔ یِہندی افسانہٕ، مضموٗن، تہٕ شأعری روٗز مختلف جریدن تہٕ اخبارن اندر چھپان۔ ریڈیو، ٹیلی ویژن، پروگرامن منز روٗدی شرکت کران۔ پٔتی موتر ہوٗ ؤریو پیٹھ کٔر تابِشؔ صأبن ترٛےٚ ہتھ (۳۰۰) کھوتہٕ جادٕ پروگرامن منز شرکت۔ یِیتہِ اوس اکھ اخبار ''کأشر اخبار'' نیران۔ تابِشؔ صأب أسی ستن (۷) ؤری ین تتھ ایڈیٹر (Editor) کشمیرِ کلچرل آرگنایزیشنکی جنرل سیکریٹری تہٕ روٗدی۔

زیادٕ پہن روٗد سید امین تابِش کأشرِ زبأنی اندر ووندٕ باوتھ کران۔ یہِ کینژھا محسوٗس کوٚرُن تہِ کوٚرُن أتھی زبأنی اندر قلمبند۔ پننین احساسن لوگُن

لفظن ہُنٛد سُہ جامہٕ زِ انسان چُھ ووٚلسنس یوان۔

سوران چھےٚ اَکھر زندگی شِنہٕ مأنٛی تہٕ بیٚیہٕ تاپھ
عملن تہٕ آہن ہُنٛد اثر پٕزی پأٹھی لا جواب



دُنیاہ چُھ اکھ بازار بس بدلان چھِ خریدار
بدلان دوہدِش ساز کیٚاہ بدلان چھِ بیٚیتہٕ مِضراب

بیٚیس جایہِ لیکھان

بے عار ہردِ واون ززرأوی گُل تہٕ گُلشن
اَسمان دِیان تہٕ نالان اڑِ پھٕلی گولاب کوٚت گٔے



رَتہٕ دأوی پٕدی چھِ گأمتی ارمان آیہِ سوران
سمیکی سِتم چھِ گالان اڑِ پھٕلی گولاب کوٚت گٔے

مزید چھِ لیکھان

بیٚیتہٕ چُھ اکھ اکھ ژِیُہہ کڈُن بوٚڈ مُشکِلاہ
بیٚیتہٕ چھِ اکثر بے گوناہ دارس کھسان

یا

داوس چھِ لگِتھ زندگی بدلاوِ کُس حالاتھ
ربّ زانہِ اَسے کیٚازِ لیکھِتھ لانہِ کرٕہنی راتھ

تابِش صأبنی شأعری کتھ حدس تام چھِ ادبہٕ چہٕ کھوٚچہٕ کھألِتھ وزن دار، تہٕ

ہیکن نقاد سۆنچتھ ۔ مێنٛژھ ییٚتھن مرحوم ناظؔر کولگامی صأبنہٕ اکھ کتھ یاد پیوان زِ پڑتھ کانٛہہ انسان چُھ کتھ کرنٕک طاقت تھاوان تہٕ دِلُک حال چھ انسان کُنہِ پأٹھۍ لفظن منٛز ظأہر کران ۔ مگر پڑتھ کانٛہہ انسان چھنہٕ دلچسپ اندازٕ پننۍ خیالات بأوِتھ ہیکان۔

بس کتھ چھِ یی زِ حُسن چُھ تیلہِ پٔزِ یڑان ییلہِ کتھ کرن وول پنُن مطلب وقتہٕ کہِ حسابہٕ رنگہٕ رنگہٕ طریقو بأوِتھ ہیکہِ۔ اکھ چیز بییس چیزس ہیوٗ بنأوِتھ ہیکہِ پنُن مقصد نٔنٕراوِتھ۔ تابشؔ صأب تہٕ چھ سادٕ الفاظن منٛز پننۍ کتھ قأرِیس تام واتناوان۔

اللہ تعالیٰ دِیِن یمن زٕیٹھ وُمبر تہٕ اوٗر دوٗر صحت، یُتھ یم تِتھے کٕنۍ پننہِ موللہِ کلامہٕ ستۍ اسہِ رنٛزٕناوان روزن۔



# ملاقاتھ

رشید کانسپوری

رشید کانسپوری: ڈاکٹر سید امین تابش صآب، السلام علیکم

ڈاکٹر صآب: وعلیکم السلام ورحمۃ اللہ وبرکاتہٗ

رشید کانسپوری: ڈاکٹر صآب امہِ بروٚنہہ زِ اسی کروتھنٛدِ تخلیقی سفرِ کبن مختلف گوشن پٹھ کتھ، گوڈٕ یژھ ہواسی تہنٛزِ ابتدأیی زندگی، تعلیم، تربیت تہٕ خانوادس متعلق وبستارٕ سان زانُن۔

ڈاکٹر صآب: بہٕ زاس ۳۰ مارچ ۱۹۵۷ عیسوی گلشنِ سادات تِلگام پٹنہٕ۔ سید غلام الدین یمہٕ عالم، مبلغ تہٕ متقی آسنہٕ علاوٕ اردو، فارسی تہٕ عربی زبانن ہنٛدی ماہر تہٕ آسی، اَسِم والد، تِمن اوس یمن زبانن پٹھ پوٗرٕ دسترس حاصل۔ وألدس اوٚسُم سیدہ زینب ناو، سوتہِ اَس عالم متقی تہٕ پرہیزگار۔ أندی پکٕی بٕسی تین منٛز مستورات آسہٕ تِمن نِشہِ روٗحانی فأض حاصل کرنہٕ باپتھ تہٕ دادبن تہٕ مشکلاتن ہُنٛد حل ژھانڈنہٕ خأطرٕ تِمن کُن رجوٗع کران۔ مےٚ اوس بُڈی بب مولوی سید محمد حسین ہمدانی، یمہٕ بہلہِ پایہٕ عالم، مبلغ تہٕ زأہد آسی۔ تِمہٕ چھِ ۱۹۴۷ عیسوی بروٚنہہ پاکستان گأمتی تہٕ تتیٚ کرِکھ سکونت اختیار تہٕ چھِ دفن تہِ تتیٚ۔ تتہِ چھُ پرتھ ؤریہِ اَمی سُنٛد وورُس مناونہٕ یوان۔ میون وألد صآب اوس کٔشیرِ تہٕ پاکستانس منٛز لوٗکن اندر مقبوٗل تہٕ لوٗکھ اَسی جان تعدادس منٛز

عقیدتہٕ سان حأضر سپد تھ فأضل حأصل کران۔

أٹھمہِ جمأژ تام گٔرمےٚ گورنمنٹ مڈل سکوٗل تِلگامہٕ، نٔومہِ تہٕ دٔہمہِ گورنمنٹ ہایی سکوٗل کریری، کٔہم تہٕ بٔہم جماعت ڈگری کالج سوپور۔ ایم بی ایس دأخلہٕ سپُد گورنمنٹ میڈیکل کالج سرینگرِ ۱۹۷۶ ءمنز، پوسٹ گریجویشن ایمز (AIIMS) نوٚ دلہِ ۱۹۸۹ ءمنز، پوسٹ ڈاکٹوریل فیلوشپ برطانیہ ۹۶-۱۹۹۵ءالیف آرسی پی برطانیہ۲۰۰۲ء، الیف اے سی پی امریکہ۲۰۰۶ء، ڈاکٹریٹ اِن ایجوکیشنل لیڈرشپ، امریکہ۲۰۱۴ء۔

ابتدأیی زندگی أسی سبٹھاہ مأرٕ منٛزِ تہٕ تھکنٕژ لایق۔ سکوٗلس منز أس ہمیشہ فسٹ پوزیشن یوان۔ فٹ بال، والی بال، کبڈی أسی دٔہمہِ جمأژ تام گندان۔ ہاکی تہٕ کرکٹ لوگ کیٛنہہ جمأژ پتہٕ گنٛدُن۔ ماتامال اوس سخ ٹوٹھ۔ بوٚڈ مام اوس اکھ عظیم المرتبت مورخ، عألم، ادیب، شأعر تہٕ پیشوا۔ میون مطلب چھُ سید علی گوہر۔

رشید کانسپوری: تُہنٛد ادبی سفر کرتہٕ کتھٕ سپُد شروٗع؟

ڈاکٹر صأب: لوکچارس منز اوس موقعہ میلان ادبی محفلن تہٕ مشأعرن منز شرکت کرنٕک۔ باہ وُہر اوسُس زِ ادبس کُن گنٕے یم مٲے۔ شوق ہیوٚتُن وارِ وارِ ہُرُن، میون پتُر تہٕ ماسٹر بوے سید سیف الدین جوہر اوس پیشہٕ کنٕ حکیم تہٕ ادبس ستی اوسُس سبٹھاہ لگاو۔

رشید کانسپوری: تابشؔ تخلص ورتاونٕک وجہ؟

ڈاکٹر صأب: تابش تخلص تھاونٕک کریڈٹ چھُ أمی سےٚ (جوہر صأبس

گرٕ ھان۔ ئو مہِ جمأ ژاو ُسس کلچرل فورم کریری (کروہن کلچرل فورم) ممبر تہٕ اتہٕ اُسی عظیم گونماتھ (سید علی گوہر، خاموش کریری، منظور ہاشمی، غلام محمد غمگین، تنہا نظامی، سعد الدین سعدی بیترٕ۔ یِمن بزرگ ہُستی ین نِشہِ ہیوٚ چھ واریاہ کینٛہہ۔ یہِ دوراوس ادب تہٕ شعروشاعری ہِنٛدِ تحریکُک آغاز میانہِ خاطرٕ۔

۱۹۸۲ ءِ یس منٛز ییٚلہِ مےٚ ایم بی بی ایس مکمل کوٚر۔ مےٚ گرٕکھ گوڈٕنچ پوسٹنگ ژوڈٕ ری بلاکس منٛز تہٕ ژرارِ شریف اوس اسہِ بی ایم او آفس۔ حضرت علمدار کشمیرؒ، مقبول شاہ کرالہٕ وأری، عبدالاحد آزاد ہوی بہلہِ پایہِ روٗحانی پیشوا، ادیب تہٕ شاعر اُسی متأثر کرنہٕ باپتھ کأفی۔ امہِ علاوٕ اُسی غلام نبی گوہر تہٕ موتی لال ساقی تہِ امے علاقٕکی بسکین در۔ غلام نبی گوہر اُسی کشمیر کلچرل آرگنایزیشنکی صدر۔ یِموے دِژمےٚ اتھ تنظیمس منٛز شأمل سپدٕنچ دعوت، یوسہٕ مےٚ بلاتاخیر قبوٗل کٔر۔

یہِ بنیو میانہِ ادبی سفرُک اکھ تابناک دور۔ ۲۴ ؤ ہرس بخشُک امہِ نمایندٕ ادبی تنظیمہ ہِنٛدِ جنرل سیکریٹری بنُنک اعزاز۔ امہِ تنظیمہِ دِژ میأنس ادبی سفرس اکھ نٔو نہج یہِ اوس میانہِ ادبی سفرُک ٹرنگ پوائنٹ۔ بہلہِ پایہِ اُدیب، شأعر، دأنشور، نقاد، مورخ اُسی امہِ تنظیمہِ ہِنٛدی اہم ستون۔ پروفیسر محی الدین حأجنی، پروفیسر مرغوب بانہالی، پروفیسر غلام نبی فراق، غلام نبی ناظر، علی محمد لون، غلام رسول سنتوش، سجوٗد سیلانی، پی این پشپ، امر مالموہی، شاہد بڈگامی، محمد زمان آزردہ، موتی لال ساقی، محمد احسن احسن، سید رُسل پونٛپرُ، شبنم قیوم، علی محمد شہباز چھِ کینٛہہ اہم ناو یِمن ہِستی روٗزتھ واریاہ ہیوٚ چھ۔

۱۹۸۲ؠ پیٹھ ۱۹۸۷ؠ، تام روٗدس یہِ اتھ تنظیمہِ ادبی تہٕ ثقافتی مرکزس سیتؠ بحیثیت جنرل سیکریٹری وابستہٕ ۔ اتھ دوران آوے اکھ اہم عہدٕ تہٕ ذمہ دأری دِنہٕ، کأشرِ اخبارُک ایڈیٹر۔ یہِ اوٗسس ۱۷، ۱۸ وٗہریِیلہِ مےٚ گوڈنچ کتاب "حسینی کاروانُک سفر" لیچھ ۔ یوسہٕ امہِ پتہٕ ترٛیہِ وٕہری شایع گیہِ ۔ یہِ اوٗسس امہِ وقتُک کم عمر مصنف ۔ نثرس منٛز أسی واریاہ کم لیکھن وألی تہٕ مےٚ کٔر اکھ ادبی کوشش نثرٕ لیکھنچ یوسہٕ از تام جأری چھےٚ۔

لوکچارس منٛز یِموٚ مےٚ ادبی سفرس منٛز حوصلہٕ افزأیی کٔر تِمن منٛز چھِ اوتار کرشن رہبر سرِ فہرست ۔ یہِ اوٗسس ژراہ وٗہریِیلہِ مےٚ تِمو ریڈیو کشمیر سری نگرٕ کِبن پروگرامن منٛز شرکت کرنچ دعوت دِژ ۔ وِزِ وِزِ دیُت تِمو مےٚ ادبی پروگرامن منٛز شمولیتُک موقعہ ۔ غزل علاوٕ أسی سائنسی مضامینن پیٹھ وننہٕ باپتھ بلاوان ۔ جموں کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچرل تہٕ لنگویجز تہٕ کٔر وِزِ وِزِ حوصلہٕ افزأیی ۔ چمن لال چمن، محمد احسن احسن، موتی لال کیمو، بشیر اختر، موتی لال ساقی تہٕ امین کأمل صأبس علاوٕ محمد یوسف ٹینگ صأبن دیُت موقعہٕ زِ بہٕ کرٕ پننہِ تخلیق شیرازس، سون ادب تہٕ کأشرِ لُکہٕ کتھ جریدن منٛز شایع ۔ یہِ اوس میانہِ لوکچارُک تہٕ جوأنی وأنسہِ ہُنٛد دور۔

رشید کانسپوری: تُہؠ کتھ کتھ زبأنی منٛز چھُو لیکھان؟

ڈاکٹر صأب: کأشر، شأعری، نثر (ادب، تاریخ، سائنسی تہٕ دینی موضوع)

اردو: غزل، نظم، مناجات، افسانہٕ، تاریخ، سماجی پہلو تہٕ ایسے

انگریزی: میڈیکل سائنس، شأعری تہٕ سمأجی پہلو۔

بہ چھُس گوڈنیُگ میڈیکل سائینٹسٹ یمُس ۴۵۰ ریسرچ پیپر دُنیھکین مختلف جریدن، انٹرنیشنل میڈیکل جرنلزن منز شایع سپدی متی چھِ۔ یُس دُنیھس منز ۹۵ فیصد سائینس دانن ہُند بو شایع سپد یمتیو تصانیفو کھوتہٕ زیادٕ چھ۔

دینی شخصیاتن منز چھِم حضرت زین العابدینؒ، حضرت حسن بصریؒ، حضرت رابعہ بصریؒ تہٕ میر سید علی ہمدانیؒ ین ستی خاص لگاو۔ یِیلہِ زن سائینسی شخصیاتن منز سر آسٹرک نیوٹن، آنسٹاین، تھومس ایڈسن، ایمرسن بیٚترِ شامل چھِ۔

گرٕ بأژ: مےٚ رۆد ہمیشہ مألس ماجہ، بیٚنہن باین تہٕ گرٕ واجنہِ علاوٕ دون اولادن ہُند مکمل اتھٕ بندُت شأمل۔ یہٕ یتھ پیشس ستی وابستہٕ رۆدُس تتھ ستی تہٕ ادبی زندگی دوشونی ستی کوٚر مےٚ پورٕ انصاف۔ وقتچ گرٕ مےٚ ہمیشہ قدر۔

یُس تہِ وقت مےٚ میوٗل سُہ کوٚر مےٚ Creative تہٕ Innovative کامبن منز صرف۔ وقتُک صحیح استعمال رۆد میانہِ زندگی ہُند نصب العین۔ ذأتی زندگی منز یُس عیش و آرام آسُن گوژھ تمچ پیٚیہِ مےٚ قربأنی دِنی۔

گرس منز بیٚیہِ کانہہ شأعر: مام سید علی گوہر، مامُتر بوے سید نذیر حسین پتُر بوے۔ سید سیف الدین جوہر، باقے رِشتہٕ دار، تہنا نظامی، سعد الدین سعدی، سید عبد الحمید نادم بیٚترِ۔

ادبی زندگی ہنزِ کامیأبی ہُند دستار: مألس، ماجہ ہُند دعا تہٕ حوصلہٕ افزأیی۔ ببنہٕ باین ہُند حوصلہٕ تہٕ قدردأنی، تہٕ گرٕ واللین ہنز قربأنی۔

میوزُک البم، سی، ڈی اکھ نوٚو تجربہ تہٕ کوٚر۔ ژور میوزِک سی ڈی تہِ آیہٕ عوامس برونٛہہ کُن۔ یمن ہُند ناو، ۱) دود تہٕ دگ، ۲) اکہِ عمرِ ہُند سوٗرے سفر، ۳)

سکوٗن دلُک تہٕ ۴) میوٗٹھ زہر۔ میانہٕ شیٹھ غزلہٕ آیہٕ گیوٚنہٕ، کٔشیرٕ ہنٛدی بہلہٕ
پایہٕ گایک تہٕ سنگیت کارٔ اَسی یِمن میوزک البمن ہٕتی وابستہٕ۔
یِمہٕ نعت، مناجات تہٕ غزلہٕ چھہٕ میانہٕ یوٹیوب چینلہٕ:
(Youtube.com/Channel/UCsg2DOa-6xmpU9_UvotxOna/videos
پٔتھ تہٕ ڈٔسی یاب۔ یہٕ تجربہ روٗد سٕبٹھاہ کامیاب تہٕ مقبوٗلِ عام تہٕ سپُد۔
بورڈ آف سکول ایجوکیشن کِس وَنہٕ نس پٔتھ لیکھی مےٚ سٔتمہٕ، ئومہٕ تہٕ ڈٕہمہٕ جمأژ
باپتھ اکھ اکھ سائینسی مضموٗن یِمہٕ پوٚتس کأشرِس نصابس منٛز شأمل کرنہٕ
آے۔ بورڈ منتظمین چھہٕ میأنی لیکھی ہٕتی کینٛہہ مضموٗن نصابس منٛز شامل کرنٕکی
سنٛز کران۔ یہٕ چھہٕ میأنی چاہت زِ میڈیکل سائنس گژھہٕ سکولن تہٕ کالجن منٛز
کأشرِن کتابن منٛز ترجیحی بنیادن پٔتھ شأمل کرنہٕ یِن۔ امہٕ باپتھ چھہٕ
اربابِ اقتدارن ہٕتی کتھ باتھ جأری۔
مُلکن ہُنٛد دورٕ: مےٚ یِمن مُلکن ہُنٛد دورٕ کوٚر تِمن منٛز چھہٕ امریکہ، برطانیہ، سعودی عرب،
متحدہ عرب امارات، عمان، قطر، نیپال، یورپ، سویزرلینڈ، فرانس تہٕ اٹلی بیٚترٕ۔
رشید کانسپوری: توٚہہٕ کیا چھُ کأشرِ زبأنی ہُنٛد مستقبل باسان؟
ڈاکٹر صأب: لوٗکن ہنٛزِ زندگی پٔتھ چھہٕ تیزی سان بدلونہٕ دُنیہک سٕبٹھاہ اثر۔
أزیُک وق چھُ نازُک۔ عالمی سطحس پٔتھ چھہٕ ۳۵ فیصد زبانہٕ خطرس منٛز۔ ییٚلہٕ
اکھ زبان ختم چھہٕ گژھان، اتھ ہٕتی چھُ امیُک پوٚت کال تہٕ راوان تہٕ روایت
تہٕ تہٕ علمی خزانہٕ چھہٕ ختم گژھان۔ ماجہٕ زبو چھےٚ دِل تہٕ دِماغٕچ زبان۔ یہٕ چھہٕ
جذبأتی تہٕ دِمأغی پوچھر باپتھ اہم۔ ذہنی تہٕ اخلاقی تہذیب تہٕ ترتیب ہنٛز

نشاندہی کران۔ مُلک تہٕ قومُک تشخُص (پرزنٛتھ) چھِ ماجہِ زبٲنۍ ستۍ وابستہٕ،
یوسہٕ زبان شُری ہیچھن یا بولن تہٕ تمہِ زبٲنۍ ہنٛز عمر چھِ کم آسان۔ مألس ماجہِ
چھےٚ اہم ذمہ دأری زِ تمہٕ ہیٚچھ ناوُن گرس منٛز پنہٕ نِین اولادن کأشُر تہٕ تمن
کرن یہِ پھاپھلاونس منٛز حوصلہٕ افزأیی۔

اسہِ سارنےٚ چھِ ذمہ دأری زِ أسی برو ماجہِ زبٕلول تہٕ اتھ دِموپوچھر۔ ماجہِ زبٕ ستۍ
چھِ خواب، خیال، جذبات، احساسات وابستہٕ آسان۔ ماجہِ زبٕ ستۍ محبت
تھاوُن چھُ لأزم۔

رشید کانسپوری: کأشری قومن کوسہٕ پذیرأیی تہٕ حوصلہٕ افزأیی کٔرتوہہِ؟

ڈاکٹر صاب: ☆ ہرموکھ ایوارڈ ۲۰۱۱ء، ☆ شرفِ کشمیر ایوارڈ ۲۲۔۲۰۲۱ء، ☆
سپیشل ایوارڈ جموں وکشمیر گورنمنٹ، ☆ عالمی تہٕ قومی سطحس پیٹھ ۶۰ ایوارڈ
☆ ڈاکٹر اے پی جے عبدالکلام ایوارڈ ۲۰۱۸ء ☆ ۲۰۱۷ء مدر ٹریسا ایوارڈ۔

........... شخصیتس پیٹھ کأنسہِ ادارن یا طالب علمن کأم:

........... کأم چھِ جأری۔ زِ سرکردٕ أدیب تہٕ نقاد چھِ میأنس دِتس پیٹھ کأم کران۔

...... بزم ثقافت کشمیر کرِ تژ ہن ہتن صفن پیٹھ مشتمل ''ثقافت'' جریدُک ''تابش
نمبر'' سبٹھاہ جلد اجرا۔

ینہٕ وألی منصوبہ مجموعہ کأشرِ شأعری ہُنڈ (شیرِ لاگے گلاب) تہٕ زِ انگریزی ضخیم کتابہ۔

دیکھو یہ میرے خواب تھے دیکھو یہ میرے زخم ہیں
میں نے تو سب حساب جاں بر سر عام رکھ دیا
(فراز)

# منشیات:

# نشہ آور چیزن ہُند استعمال

ڈاکٹر سید امین تابش

منشیات، نشہِ انن والین چیزن ہُند استعمال چھُ سماجی برائی آسنہٕ علاوٕ تمدُن تہٕ ثقافت کہِ زوالک اکھ اہم وجہ۔

زندگی چھےٚ خالقِ کائینات سٕنز دِژمٕژ اکھ نعمت۔ انسانہٕ سٕنزِ زندگی ہٕندی چھِ ترٛے اہم دور: بچپن، جوانی تہٕ بُجر۔

جوانی ہُند دور چھُ آزمائش ہُند دور آسان۔ نوجوان چھُ اَکِس دوٕتِس پیٹھ کھڑا۔ اکہِ طرفہٕ چھےٚ دُنیچہِ حسین تہٕ خوٗب صوٗرت دِل نِنہٕ واجینہٕ آسائشہِ تہٕ دوٚیمہِ طرفہٕ چھےٚ اہم ذمہ دارِیہٕ۔

اکثر لوٗکھ چھِ خاہشہِ حاصل کرنس منز ناکام روزان۔ تکیازِ آرزو پورٕ کرٕنی چھُنہٕ انسانس پانس تام تہٕ نَہ چھُ یہ دُنیا سانہِ مرضی مطابق پکان، بلکہ کائناتُک نظام چھُ ربّ کائینات پانہٕ چلاوان۔۔ یہ دُنیا چھُنہٕ کانٛہہ فرضی جنت بلکہ امتحانٕچ جاے۔ زندگی چھےٚ ژھوٗٹ تہٕ اتھ دوران چھُ انسانس واریاہ کینٛہہ کرُن یتھ سُہ پننہِ نبن قدمن ہُند نشان پتہ کُن ترٛاوِ۔

زندگی چھےٚ اکھ مسلسل سفر تہٕ یہ سفر چھُ پرٛتھ کانٛسہِ طے کرُن۔ انسانہٕ سُند

نفس چھُ ترٛ ین قسمن ہُند :

ا: نفس مطمینہ: سُہ شخص یُس دینی اصوٗل پنُن مزاج بناوِ تہٕ گناہن ہِتی کرِ نفرت۔

۲: نفس لوامہ: سُہ شخص یُس پننہِ عین اعمالن ہُند احتساب کرِ، رٕژ کامہِ کٔرتھ گژھِ

خوش تہٕ غلط کامہِ کٔرتھ گژھبس ندامتھ۔

۳: نفسِ خبیثہ: سُہ شخص یُس فقط دُنیچین خاہشن ہنٛز غلأمی کرِ تہٕ خوفِ خدا آسبس

نہٕ۔

بامقصد زندگی گذرانہٕ باپتھ چھُ ضروٗری زِ انسان ژارِ پننہِ خأطرٕ زادِ راہ تہٕ اعلیٰ

نصب العین۔ یتھ پٔتھ ٹمی سُند ذہن مطمین آسہِ۔ أتھی منٛز چھُ کامیأبی ہُند راز کھُٹِتھ۔

نشہ آور چیزن ہُند استعمال چھُ سماجس بروٗنٹہہ کنہِ اکھ بوٚڈ بارٕ چلینج۔

**منشیات:**

نشہِ انن والین ہند ین چیزن ہنٛدِس استعمالس پٔتھ چھُنہٕ کانٛہہ ٹھوس تحقیق

اتھ نتیجس پٔتھ وأژمٕژ زِ ایڈکشن کیاز چھِ گژھان۔ اتھ بڑِ کڈنہٕ خأطرٕ چھِ زٕ

نظریہِ سایٔنسک تہٕ دینی۔

سایٔنسی نظریہ چھُ زِ یہِ چھُ صحتس نقصان واتناون وول، جسمانی خرابی ہنٛز

ٕکفیتھ یوسہٕ پرُکشش تہٕ شعوٗری خواہشہِ برخلاف چھےٚ۔ یتھ منٛز انسان یم دوا

حأصل کٔرتھ امیٚک استعمال چھُ کران (امِکی مضر اثرات منسأوِتھ) نشہِ انن والین

چیزن ہنٛدِ استعمالہٕ ہِتی چھِ دماغچ کأم کرنچ صلاحیت بدلان۔

نشہ انن والین چیزن ہُند استعمال چھُ شروٗعس منٛز حسبِ مرضی تہٕ رضا کارانہٕ

آسان۔ اثر استعمال کٔرتھ چھِ دماغس منٛز مختلف تبدیلی یوان، امہِ ہِتی چھےٚ خود

اختیاری ہنز ٕ کفیتھ کم گژھان۔

دماغس پېٹھ یم اثرات چھِ مستقل، متوأترتہٕ پایدار۔ منشیات چھِ دماغ کِس رِواڑسرکٹس پېٹھ اثر کرتھ خام خیالی تہٕ جوش فہمی ہٕ کفیتھ پأدکرتھ اکھ کیمیأیی جُز زیادٕ تعدادس منز بنأوِتھ سہلاب انان۔ نارمل دماغک سرکیٹ چھُ کھنبس، پرنس، کام کارکرنس یا رشتہ دارن، یارن دوستن ہٕستی وقت گذارنس منز مدد دِوان۔

ییٚلہِ دواہن ہُند غأر معقول استعمال چھُ کرنہٕ یوان، اتھ منز چھُ دماغک سرکیٹ تہٕ امہِ چین خلین ہُند قوتِ برداشت کم گژھان۔ نشہ انن والین چیزن ہُند استعمال کرنہٕ ہٕستی چھِ خطرناک نتایج بروٗنہہ کُن یوان۔ قوت فأصلہ، یاداشت، ہیچھُن، طورطریقہ، اخلاقی عادات تہٕ ذہنی دباو چھِ نشہ کرنہٕ ہٕستی نال ولان۔

☆صحتہٕ باپتھ خطرناک عناصر:

ا: حیاتیات (Biology) جینیایی، نسلی، موروٗثی

۲: ماحول(Enveronment) دوستن ہُند اثر، گرِکین ہُند اثر۔

☆اقتصادی درجہ تہٕ زندگی گذارنک معیار۔

۳: پروٗرش، تربیتک اثر بچن پېٹھ۔

☆نشہِ انن وألی چیز (ڈرگس)

Crack Cocaine

Heroin

Mariguana

Mathamphatamine

Fentanyl

Cannabis

Ecstasy

Opiates

Depressants & antideprssants

Shisha Tobacco

Alcohal شراب

Tobacco تموکھ،سگریٹ

Solvents

وجوہات:

۱: ہمعصرن ہُند دباو۔

۲: حقیقت ٕنش ژلُن۔

۳: پرٛنچ تہٕ امتحانن منٛز کارکردگی ہُند دباو۔

۴: کیٛژن مشکلاتن ہُند مقابلہٕ کرُن۔ ذہنی تناو، ذہنی دباو، جذبأتی صدمہ۔

۵: میڈیا تہٕ سینما ہُک اثر۔

☆مفہوم:

۱) منشیاتُک اثر چھُ استعمال کرن وألس پٔٹھ، أمی ہٕندِ بن گرٕ والین پٔٹھ تہٕ بستی پٔٹھ پیوان۔

۲) سمأجی دوٗربر۔

☆ علامات:

۱) بدمزاجی، بیزاری۔

۲) یاداشتس منز خلل۔

۳) سونچس منز تبدیلی۔

۴) دِلچ دُبرائے تیز گژھن۔

۵) وہم، فریب، غاٗر موجود چیزن ہنٛد آسنک احساس۔

۶) اُداسی تہٕ غمگین آسُن، ذہنی تناو۔

۷) خودکشی کرنک خیال یُن۔

۸) حادثات۔

۹) تشدُد۔

۱۰) دماغس، دِلس تہٕ کژھنہٕ مازس نقصان واتُن۔

۱۱) شونکنٕکی عادات تہٕ کھبن چینٕکی عادات۔

☆ علاج:

۱) زہرُک اثر کم کرُن۔ ازالہ۔

۲) عمل تہٕ کردارُک نفسیاتی علاج۔

۳) باز آباد کاٗری۔

۴) گرِ کِبن ہُنٛد مدد۔

☆ پرہیز، روک تھام:

۱) ماٗلس، ماجہِ پزٕ بچن صحی تربیت دِنٕی تہٕ تِمن پٹھ نظر گذر تھاوٕنی تہٕ یہنٛد بن اخلاقی

عادات تہٕ طوٗر طریقن ہُند وِزِوِزِ جائِز ہیوٚن۔

۲) ووستادن پزِ بچن صحی تہٕ غلطس منز فرق کرِنۍ ہیچھناونۍ تہٕ طالب علم ہِنٛدِس طور طریقس پیٹھ نظر تھاوِنۍ۔

۳) رشتہ دارن تہِ پزِ بچہ ہِنٛدِ بن بدلوٗنبن عادتن پیٹھ نظر تھاوِنۍ

۴) بستی منز روزن والبن تہِ چھُ اہم کردار ادا کرُن۔

☆ اسلامی نظریہ

اسلامس منز چھُ تمن تمام چیزن ہِنٛدِس استعمالس پیٹھ پابندی یمہِ سٟتۍ انسان مست، مدہوش یا مخموٗر گژھِ۔ یہِ چھےٚ دینٛچ بے حرمتی تہِ مانہٕ یوان۔ اتھ منز چھُ شراب تہٕ نشہ آور دوا شامل۔ یم چیز چھِ دماغس گندٕ، آلودٕ تہٕ پامال کران۔ سوٗنچس پیٹھ اثر کران، سماجی تہٕ دینی ہُندشہِ ہٹاوان۔

قرآن شریفس منز چھُ صاف لفظن منز شراب تہٕ منشیاتن ہِنٛدِس استعمالس متعلق وننہٕ آمُت:

یا أَیُّھَا الَّذِیْنَ آمَنُواْ إِنَّمَا الْخَمْرُ وَالْمَیْسِرُ وَالأَنصَابُ وَالأَزْلاَمُ رِجْسٌ مِّنْ عَمَلِ الشَّیْطَانِ فَاجْتَنِبُوہُ لَعَلَّکُمْ تُفْلِحُونَ(۵: ۹۰)

اے ایمان انن والو لُکو، منشیات تہٕ شراب چھُ سوٗنچس تہٕ دماغس آلوٗدٕ کران تہٕ امیُک استعمال چھُ شیطانی عمل۔ لہٰذا روٗزِ وامہِ نِش دوٗر تاکہ تُہۍ گژھیو کامیاب۔

کانٛہہ تہِ نشہ انن وول چیز چھُ ناقابل برداشت، سُہ اٟسی تن وار یا کم وزنک چیز۔

سورہ المایدہ آیات ۹۰۔۹۱ تن منز چھُ اللہ تعالیٰ فرماوان: منشیات تہٕ زار چھِ

ناپاک (حرام) تہٕ شیطانی عمل۔ لہٰذا بچیو تِہ امہِ نِش تاکہِ تہٕ لبیو دین تہٕ دنیہک رٕژر۔ منشیات چھِ تو ہہ خدایہِ سٕتۍ ذکرِ (عبادت) تہٕ نماز پرنہٕ نِش دوٗر تھاوان، تیمہِ سٕتۍ خدایس سٕتۍ تہُند رشتہٕ چھُ ژھینان۔

نیک کٲم کرنہٕ باپتھ تہٕ غلط کامہِ (گناہ) نہ کرنہٕ خاطرٕ چھُ ضروٗری زِ ضمیر گژھِ بیدار گژھُن تہٕ دِلس منز گژھِ خٲرتہٕ شر چہ تمیزٕچ خلش پٲد گژھنۍ۔ اتھ چھِ ونان تقویٰ۔ اتھ سٕتۍ گژھِ خلوٗص، توکل، صبر تہٕ شُکر تہٕ آسُن۔

یَا بَنِیٓ آدَمَ خُذُوا زِینَتَکُم عِندَ کُلِّ مَسجِدٍ وَّ کُلُوا وَاشرَبُوا وَلَا تُسرِفُوا اِنَّهُ لَا یُحِبُّ المُسرِفِینَ (۷: ۳۱)

اے اولادِ آدمؑ! نماز ادا کرنہٕ باپتھ لاگ بہترین پلو۔ کھیٚو تہٕ چیٚو مگر فضوٗل خرچی مہ کرِو۔ رب چھُنہٕ فضول خرچی کرن والین پسند کران۔

اسلامس منز چھُ اعتدال، انفرادی تہٕ اجتماعی سطحس پٹھ اپناونکی فائد ویٚژھناونہٕ آمتۍ۔ انسان چھُ قدرتی وسائل خرچ کرنہٕ باپتھ حساب دہ۔ عیاشی تہٕ فضوٗل خرچی چھِ اسلامس منز اکھ بوٚڈ گناہ مانُنہٕ یوان۔ اسلامُک تصور چھُ خدایہِ سٕتۍ بندگی منز نظم وضبط واجِنۍ زندگی گذارٕنی۔ سماجی برائی (منشیات) چھِ انسانس غفلتس منز تراوان تہٕ زندگی ہُند مقصد پرٛاونہٕ نِش دوٗر تھاوان تہٕ خالقِ کائناتس کُن توجہ نہ دیُن چھےٚ اتھ اکھ علامت۔

قرآن چھُ واضح تہٕ صاف لفظن منز ونان:

اتلُ مَا اُوحِیَ اِلَیکَ مِنَ الکِتَابِ وَاَقِمِ الصَّلَاةَ اِنَّ الصَّلَاةَ تَنهٰی عَنِ الفَحشَاءِ وَالمُنکَرِ وَلَذِکرُ اللّٰهِ اَکبَرُ وَاللّٰهُ یَعلَمُ مَا تَصنَعُونَ

(۲۹ : ۴۵)

قرآنچ تلاوت کرِو، نمازٕ کرِو قائیم، نماز چھےٚ فحش تہٕ غاگرضرٗوری تہٕ غلط کامہٕ کرنہٕ نِش بچاوان۔ خدایہٕ سنٛز یاد چھےٚ زندگی منٛز ساروٕے کھوتہٕ بوڑ چیز۔

ضبطِ نفس تہٕ خدایس نزدیک واتہٕ نٕک اکھ خاص سبب چھُ روزٕ درنہٕ۔

**يَا أَيُّهَا الَّذِينَ آمَنُوا كُتِبَ عَلَيْكُمُ الصِّيَامُ كَمَا كُتِبَ عَلَى الَّذِينَ مِن قَبْلِكُمْ لَعَلَّكُمْ تَتَّقُونَ (۲:۱۸۳)**

اے ایمان والو! روزٕ آیہٕ توہہٕ پیٹھ فرض کرنہٕ، ییتھ پاٹھی توہہٕ بروٚنٹھی میٚن پیٹھ فرض آسہٕ تا کہ تُہی ہیٚچھو ضبطِ نفس (تقویٰ)

نماز تہٕ روزٕ چھےٚ انسانہٕ سُنٛد ڈھال (سپر) یمو ستی یہٕ موجوٗدٕ دور چیو خاشونِش بچیتھ ہیکہِ تہٕ اکھ متوازن تہٕ خوشگوار زندگی ہیکہٕ گذارتھ۔

حدیث شریفس منٛز چھُ بیان کرنہٕ آمُت سُہ چیز یُس زیادٕ نشہٕ اننہٕ، تمیُک ساروٕے کھوتہٕ کم وزن تہٕ چھُ حرام (ترمذی، ابوداؤد)

حضرت عمر فاروقؓ چھِ فرماوان خمر چھُ ذیہنس آلوٗدٕ کران، لہٰذا چھِ منشیات حرام قرار دِنہٕ آمتی۔

رب کائینات چھُ قرآنس منٛز فرماوان:

يَسْأَلُونَكَ عَنِ الْخَمْرِ وَالْمَيْسِرِ قُلْ فِيهِمَا إِثْمٌ كَبِيرٌ وَمَنَافِعُ لِلنَّاسِ وَإِثْمُهُمَا أَكْبَرُ مِن نَّفْعِهِمَا وَيَسْأَلُونَكَ مَاذَا يُنفِقُونَ قُلِ الْعَفْوَ كَذَلِكَ يُبَيِّنُ اللَّهُ لَكُمُ الآيَاتِ لَعَلَّكُمْ تَتَفَكَّرُونَ (۲:۲۱۹)

اے نبیؐ! یِم چھِ توہہٕ منشیاتن (خمرس تہٕ زارس) متعلق پرٛژھان، یمن وٕنیو

دوشوٗنی منٛز چھِ زیادٕ گناہ فائیدٕ کم، گناہ چھِ فائیدٕ کھوتہٕ زیادٕ۔

سائنس چھُ منشیاتن متعلق حیاتیاتی مظہر۔ امیُک وجہ ونان تہٕ اسلام چھُ اخلاقی ماڈل یعنے پننہِ مرضی تہٕ ارادٕ ستی امیُک عادی بنان۔

☆ کشیرِ منٛز منشیات

۱) کٔشیرِ منٛز چھِ الہٕ پلہٕ ۹۵۰۰۰ ساس لُکھ اتھ سمأجی برأیی منٛز مُبتلا یمن منٛز ۳۵۰۰۰ زنانہٕ تہٕ شأمل چھےٚ۔

۲) ستتھ فی صد طألب علم چھِ منشیاتن ہنٛدی تجربہ کرٕنکی شکار

۳) ستتھ فی صد نشہ آور چیزن ہنٛدی عادی چھِ ۱۸ اپٹھ ۳۵ ؤرشہِ وأنسہٕ ہنٛدی

۴) زٕ لچھ لُکھ چھِ Opiates استعمال کران

زنانہٕ چھِ منشیاتن ہنٛز شکار آسأنی سان گژھان۔ تکیازِ یم چیز چھِ بازرس منٛز دٔستیاب: پالش، گلو، فیوکول، cannabis تہٕ Toluene بیترِ۔

منشیاتک بیول گالنہٕ باپتھ چھُ سمأجس، بستی، خاندانس، گرٕ والبن، رشتہ دارن تہٕ اُستادن ہُنٛد اہم رول۔ پولیس محکمہ چھُ امہِ کتھِ ہُنٛد ذمہ دار زِ تمہ وُچھن ڈرگس ستی ملوث کم لُکھ چھِ، ڈرگ کتہٕ پیٹھ چھِ یوان، کتہِ چھِ سٹور کرنہٕ یوان، کوٚت چھِ واتناونہٕ یوان، کُس چھُ کنان۔ یم مجرم گژھن قانوٗنٕ کِس دأیرس منٛز اَنٕنہٕ تہٕ تِمن سزا دِتھ عوام آگاہ کرنہٕ یِن۔

ڈرگ ڈی ایڈکشن سینٹر گژھن ضلع سطحس پیٹھ قأیم کرتھ اتہِ نفسیأتی علاجکی مأہر ڈاکٹر، نرسہٕ تہٕ کونسلر تعینات کرنہٕ یِنۍ۔



# نعتِ رسوٗلِ مقبوٗل ﷺ

از لولہٕ چانے روزٕ دران دِل تہٕ جِگر میون
قربان لگہٕ ہس از چھُ رِوان دِل تہٕ جِگر میون

تفسیرِ قرآن زندگی ئمٕ ہٕنٛدی حرف حرف
تس پایہٕ بٔڈس روزِ سران دِل تہٕ جِگر میون

فرقان علامت تہٕ لفظ لفظ عبارت
تس نازنینس لول بران دِل تہٕ جِگر میون

مَلکن تہٕ فلکن پیٹھ شہِ لولاک نبیؐ سون
سُے ناو بوٗزِتھ شاد گژھان دِل تہٕ جِگر میون

یُس عالمن باپتھ سراسر رحمتُک پیغام
زٕ جان فِدا روزِ کران دِل تہٕ جِگر میون

یُس انقلابُک دیُت ربّن منشور بڈ سوغات
عالم چھُ تمے آیہٕ پران دِل تہٕ جِگر میون

ییمہِ وتہِ سہ پوٚک راُچھدر تتھ پانہٕ جبرائیلؑ
تتھ شہرِ پاکس چشمہٕ جران دِل تہٕ جِگر میون

یُمؠ مُرسلن تہٕ انبیاہن پیشوأیی کٔر
تتھ عظمتس از تانٛ نمان دِل تہٕ جِگر میون

یَس ذاتِ پاکن دۄپ ژٕ چھُکھ دۄن عالمن سرتاج
تمہِ آگرِ کیٛ کینٛہہ قطرٕ منگاں دِل تہٕ جِگر میون

یَس ربّ چھُ عاشق اِنتظارس عرشِ معلیٰ
دۄہ راتھ تٔمۍ ہٕنٛز ذِکر کران دِل تہٕ جِگر میون

نٔژُرک چھُ سُے آگُر تہٕ تمے سأنٛی حمایت
گٔرزِ بو شفاعت یِی چھُ منگان دِل تہٕ جِگر میون

یِس بادشأہی منٛز فقیری اَس سبٹھاہ ٹاٹھ
أچھ گاش وٕنٛدٕہس از چھُ توشان دِل تہٕ جِگر میون

ڈٕپۍ زبس پتھر ییمتی چھِ أسۍ بے یار و مددگار
اکھ آش ہیتھ از تارِ تران دِل تہٕ جِگر میون

سوزان رۄزِو ڈألۍ تس دۄہ راتھ سلاما
تابشؔ درۄدن منٛز چھُ پھولان دِل تہٕ جِگر میون



## امیرالمومنین حضرت علی مرتضیٰ رضی اللہ تعالیٰ عنہ

بابِ علمُک یُس چھُ ثانی تس حسینس ون سلام
زاو یُس کعبس اندر تس نازنینس ون سلام

پرؤرِش یس پانہٕ کٕر سأنی ٹاٹھی نبینؐ صبح و شام
حیدرِ کرارؓ تس نوٗرِ مُبینس ون سلام

رحمۃٌ للعالمینسؐ ستی پٕر لرِ لوٗر نماز
سجدسے منٛز سر یٔمی دیُت تس حسینس ون سلام

بو تُرابؓ یس دوٗپکھ درواز دینگ رأچھدر
سارِ علمُک یُس چھُ دفتر تس نگینس ون سلام

یِس نبیؐ پاکن علم دِژ قائفلن ہنٛز رہبری
فاتح خیبر تمِس عینُ الیقینس ون سلام

یَس وُچھِتھ لرٔزان بأطل وٕسۍ پہوان کُفرٕکۍ مُنار
گاشہِ تارُکھ نوٗن چھُ شوٗبان تس مُبینس ون سلام

شمعٔ محفل تہٕ عأدل عبقری سُے بے مثال
سُے چھُ انصافُک شمع سُے گاش دِینس، ون سلام

سیرتِ نبویؐ تہٕ قرآنُک سُہ اکھ تفسیر چھے
فاطمہؓ سُنٛد تاج تس عینُ الیقینس ون سلام

یِس ولایت چھےٚ عطا گرٕمژ خداین تا ابد
مولا علیؓ شیرِ خدا تس نورِ عینس ون سلام



